ISSN 2249-510X

# کأشرِ شعرٕ زآژ

## ہیت، رِوایت تہٕ تجربہ

کأشُر ڈپارٹمنٹ

کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل، سرینگر 190006

ISSN 2249-510 X

# کأشرِ شعرٕ ذٲژ

## ہیت، رِوایت تہٕ تجربہ

(خصوصی شمارٕ)




کأشُر ڈپارٹمنٹ

کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل، سرینگر 190006

## مَجلسِ مَشاورت:

- پروفیسر رحمٰن راہی
- پروفیسر رشید نازکی
- پروفیسر مرغوب بانہالی
- پروفیسر رتن لال شانت
- پروفیسر شفیع شوق

## مَجلسِ ادارت:

- شاد رَمضان
- مَجروح رَشید
- محفوظہ جان

# انہار

۲۰۱۴ء

نگران

**شاد رمضان**

ایڈیٹر

قاضی ظہور

**معاون**

معراج ترکوی

کاشُر ڈپارٹمنٹ

کشمیر نیورسٹی، حضرت بل، سرینگر 190006

# ترتیب

ا

# پیشِ لفظ

کأشرِ شأعری ہُند ویوٚ دتوأرٟیخ چھُ ستَن ہتن ؤری ین پتھ پھٔہلتھ، یَیمیُک دٔسلابہٕ پزنہٕ پأٹھی لل دید تہٕ شیخ العالمؒ کران چھِ۔ اماپوٚز کأشرٮ۪ن ادبی نقادن تہٕ محققن چھُ یقین زِ ’واکھ تہٕ شرُک‘ شعرِ صنفہٕ چھےٚ اکہِ زٕچھِ تہٕ مستند شعرِ رٕوایژ ہُند اکھ تخلیقی عروج تہٕ عظمت۔ ’واکھ، وژن تہٕ پدٕ‘ لفظن ہُند ورتاو چھُ اتھ یقینس دٔلیل پیش کران زِ کأشری شأعر چھِ قدیم کالہٕ پٮ۪ٹھے ’واکھ، وژن تہٕ پدٕ‘ بطورِ صنفِ سخن ورتاوان آسی مٕتی۔ بلکہِ چھُنہٕ یتھ پزرس تہٕ انکار زِ حضرت شیخ العالمؒ سٕندِس کلامس منٛز چھُ ’وژن‘ بطورِ صنف ورتاونہٕ آمُت تہٕ أتی چھِ نظمہِ ہٕندی انہارآ کارتہِ درٕینٛٹھی یوان۔ پٔنِس ارتقأیی سفرس دوران مہجورس پٮ۪ٹھٕ آزادس تام واتان واتان چھُ وژن تہٕ نظم مختلف پڑاو طے کٔرتھ تخلیقی کیٚو لسأنی وسعت تہٕ وُسجار پرٛاوان۔ اماپوٚز مہجورس تہٕ آزادس پتہٕ چھُ جدید شأعری ہٕندِس کالس منٛز ’وژن‘ ہنا ژھوکان تہٕ نظم چھےٚ اردو تہٕ انگریزی زبانن ہٕندِ وساطتہٕ آزاد تہٕ نثری نظمہِ ہنٛز صورتھ پرٛأوتھ کأشرِ شأعری ہٕندِس توأرٟیخس منٛز اکھ نوٚو باب رقم کران۔

فارسی زبأنی تہٕ شأعری ہٕندِس اثرس تل آیہِ مثنوی تہٕ غزل شعرِ صنفہٕ کأشرِس منٛز وجودس۔ مثنوی روٗز (جنگنامہٕ ہٮ۪تھ) پٔنِس مخصوص دورس منٛز

عوٲمی سوٗتھرِس پیٹھ اکھ مقبولِ عام شعرِ صنف تہٕ غزل روٗدمختلف پڑاون تہٕ بدلوٕنین تقاضن ہنٛدِس پوٚت منظرس تحت کاشُرِ شاعری ہُنٛد ارزتھ تہٕ پرٛزنتھ۔ نعت، لیلا تہٕ مرثی ہشہِ موضوعی شعرِ ذاژ تہٕ روزِ پرٛتھ دورس منٛز کاشرِن شاعرن ہنٛد توجہ پرٛاوِتھ رنگا برنگ انہار پرٛاوان۔ اتھ کلہم ادبی سفرس دوران آورباعی تہٕ ژُمصرأے لکھنگ تہِ تجربہ کرنہٕ۔

کاشُر ڈپارٹمنٹ چھُ کاشرِن شعرِ ذاژن ہنٛدِس ہیتی تہٕ موضوعی پوٚت منظرس، ورتاوس، ارتقاہس تہٕ تجربس پھیُر دِنہٕ باپتھ 'کاشرِ شعرِ ذاژ ___ ہیت، روایت تہٕ تجربہٕ' عنوانس تحت 'انہار' رسالُک تازٕ شمارٕ شایع کٔرِتھ طالبِ علمن ہنٛز درسی ضرورت پوٗرٕ کران۔

مقالن ہنٛز ترتیب دِنہٕ وِزِ چھُ اَسہِ بزرگ ادیبن ہنٛدِ ادبی قدُک برپور احساس تہٕ احترام۔ اماپوٚز شعرِ صنفن ہنٛز تواریخی ترتیب اَس اِوکنہ تہِ ضروری تاکہِ پرن وٲلی طالب علم ہکن یمن شعرِ صنفن ہنٛدِ ہیتی، موضوعی کیوٚ تواریخی خدوخالن ہُنٛد ترتیب وار استفادٕ کٔرِتھ۔

**شاد رمضان**
صدر شعبہ کشمیری

فروری ۲۰۱۴ء



# کلیدی خطبہ

مرغوب بانہالی

کٲشیرِ تہٕ کشیرِ أنٛدۍ پٔکھۍ واریاہَن علاقن اندر بولنہٕ یِنہٕ واجنٕن اکثر زبانٕن منٛز چھےٚ کاشُر زبان سنسکرت تہٕ فارسی ہِشن قدیم زبانن ہنٛز بیٚنہِ زانہٕ کنٛز پیٛنٛچ سارِوے کھوتہٕ زِٹھ مگر سارِوے کھوتہٕ نظرانداز گأمٕژ زبان مانٕنہٕ یوان۔ تاہم چھےٚ یہِ زبان دستیاب گأمتو مختلف ادبی آثارو تہٕ ادب پارورٕنگی تہِ سنسکرت چہِ کورِ قرار دِنہٕ آمٕژن پنجأبی، گوجری، اُردو، ہندی، ڈوگری تہٕ پہاڑی ہِشن واریاہَن لوکچن بجن زبانٕن مُقابلہٕ تمو بروٚنٛٹھ واریاہ سُلہِ تخلیقی عملہِ کُن مأیِل أسمٕژ۔ سو چھےٚ بیٛاکھ کتھ زِ قلمی نسخہٕ چھِنہٕ اَسہِ تام وأتِتھ ہیٚکۍ مٕتۍ یم یہِ ہاوِہن زِ قدیم راز دربارن منٛز مشکل دھرمی وبژارن ہنٛز وٲلتھ باوتھ کرن وألۍ سنسکرت عألم کرشھن مقأمی لیٚن تہٕ آہنگن آسہن کأم ہوان تہٕ علاقٲئی زبأنۍ یا دیش بھاشایہِ منٛز کتھ آسہن تمہ فلسفی اصطلاحن تہٕ دیومالأیی کردارن پیش کران۔ تِلکیاز تِمہٕ شیوی سادھووَن ہنٛدِ بن شیوگرنٛتھن یا تنتر گرنٛتھن ہنٛدِس تناظرس منٛز چھِ یٚیتہِ ''سنگرہ شلوک'' تہٕ ''چھُم پد'' بارسس آمٕتۍ۔ پدن منٛز دأیرنہٕ آمٕتۍ بٔہمہِ، ترٛوأہمہِ صدی عیسوی ہنٛدی تمے شِو فلسفکۍ اصطلاح چھِ

بُتھِ پیٚہن واش کڈِتھ واکھ ہِشہِ اولین شعرٕ ذاۓ ژ کاشُر زبو بخشان ۔ حالانکہِ
واکھن ہُند ابتداۓیی روٗپ چھُ سنسکرت آمیز اوسمُت ۔ چنانچہ چھِ شتی کنٹھ نِس
مہانے پرٕ کاشس منز شامِل ۹۴ واکھ ازتہِ دقیق تہٕ مُشکل باسان ۔ مگر للہ دیدِ
نِش وأتتھ چھےٚ واکھ ناوٕچ کاشرِ چ اولین شعرٕ ذات اکھ تیٚتھ وُ پھوارلبان
یُس امکاۓنی طور گذشتہٕ أکِس دوٚن صدی ین ہنٛز طبع آزماۓیی رَتھِ کھالنُک
معراج باسنہٕ علاوٕ لل واکھن ہنٛز استعاراۓتی کرامت تہٕ رمزن کِنا ین ہنٛز
حاۓران کُن روایت بنان چھِ بلکہِ چھےٚ لل واکھن منز سپز ہش بے مثال تجیم
کاۓری تہٕ علامت نگاۓری لرِ لوٚ ریمن ہنٛز محاکاتی مکالمہٕ ساۓزی تہٕ ڈرامائیت
وُ نستام تہِ لاثاۓنی باسان چھےٚ ۔ چنانچہ ہیوٚک نہٕ موجودٕ دورُک زِیٹھ شاۓعر
آنجہانی دینا ناتھ نادمؔ پننو درجن وادو واکھو منزٕ اکھ واکھ تہِ لل واکھن ہِندِ اکہِ
تازٕ وُ پھوارُک عرفان تہٕ زُوز بتہٕ بخشن واجینٛز شعرٕ ذات چھےٚ شُرکی ناوٕ زانہٕ
یوان ۔ ظاۓہری خولہٕ خطلی واریاہ پہلو چھِ شیخہٕ شُرکین ہِندِ حوالہٕ اتھ سِرس باوتھ
کران زِ عربی تہٕ فارسی ہشن مشرقی زبانن منز یُس رول صوفیانہٕ تہٕ عارفانہٕ یا
فلسفیانہٕ تہٕ داۓنشورانہٕ نوکتن پیش کرنہٕ باپتھ رُباۓعی ناوچہِ شعرٕ ذاۓ ژ ادا چھُ
کوٚرمُت سُے رول چھُ شاۓعرِ قرآن تہٕ شاۓعرِ عرفان پننِن عظیم تاثیرٕ والین شیخہٕ
شُرکین منز تہِ ادا کرناوان ۔ کلامِ شیخ العالمس منز شاۓمِل گاۓمتین واریاہَن
اِلحاۓقی شُرکین وارٕ سِنتھ چھےٚ پانے تِہنٛز تفاوت نٔنی نیران ۔ یِم عاۓلم ژودٕ اہمہِ تہٕ
پنداۓہمہِ صدی عیسوی واکھن تہٕ شُرکین ہُند خاص دور قرار چھِ دِوان تِمے چھِ

حبہ خاتوٗن، أرنہٕ مال، محمود گاٗمی، سوچھِ کرٛال، نعمہٕ صاًب، رحیم صاًب تہٕ رسول میرنہٕ حوالہٕ پنداٗہمہِ تہٕ شرٛاٗہمہِ صدی پتہٕ سداٗہمہِ صدی تام وژن کال ماژنچ وکالت کران، تکیاہ زِ اتھ دورس منز یوسہٕ شعر ذات ''جادو وہ سر چڑھ کر بولے'' بنتھ خاص جہارتہٕ وقارلبان چھےٚ سوچھےٚ مختلف ووجن للہٕ کھوٗل کرن واجینٛ وژن ناوٕ چی شعرِ ذات مانہٕ یوان۔ کتھ روزِ کلیدی خطبس منز تہٕ نامکمل اگر نہٕ لل وا کھچ، شیخہٕ شرٛ کچ تہٕ حبہ خاتوٗنہِ ہنٛدِ وژنچ اکھ اکھ مثال پیش کرو:

لوٗلک نار للہِ لولہِ للہٕ نوٗوم　　مرنس موٗیس تہٕ روٗدس نہٕ ذرے
راوٕنہٕ منٛزے راوٗن روٗوم　　رأوِتھ اتھِ آیس بوٚ سرٕے

(لل دیدٕ)

○

خداے چھُ اکُے ناو چھِس لچھا　　ذِکرِ روٗس اکھ کچھا مو
عمر وہندُن اکُے پچھا　　رزقہٕ روٗس کاٗنہہ مچھا مو

(شیخ العالمؒ)

○

یاون میانہِ قرٕمزٕ پٹہِ　　کمیو وانہٕ رنگنے آکھ
مےٚ نو زون أتھر ما زٕٹہِ　　اکہِ لٹہِ ییہٕ ہم نا

(حبہ خوتون)

○

کاٗشرِ شعرِ ادبُک عقیدتی حصہٕ یعنے مُناجاتن، نعتن، منقبتن تہٕ لیلاین ہُنٛد بیشتر حصہٕ تہِ چھُ أتھی وژن صِنفہِ منز تخلیق سپدمُت۔ کاٗشرس منز چھُنہٕ قصیدٕ مخمس تہٕ مسدس لبھنچ کانٛہہ رِوایت نظرِ گژھان۔ صِرف چھُ کاٗشرِ مرثیِن پٹھن اکھ بدون انہاروو تلاوٗن تو گمُت۔ یم کاٗشرِ لفظن ہنٛدِس عواٗمی لہجس

نکھہٕ چھِ :

وژن صنفہٕ پتہٕ یوسہٕ بیٚا کھ اہم شعرٕ صنف کأشرس منز ورتاوس آیہٕ، سُہ گو وغزل
۔وژنن ہنز دردمندانہٕ لولہٕ باوٕژ نوبن سرحدن کُن مأہرانہٕ ژوٕنژٕ بنتھ شفقتٕ
سان پکہٕ ناون واجینٛز تہٕ عالمگیر گشہٕ ہندٕبن شفقن تخیلی کِو جذبأتی تاپلیو
ناوکرن واجینٛز شعرٕ ذات چھےٚ غزل ناوٕ زانہٕ یوان۔ أتھی شفیق نِسوأنی لیہٕ للہٕ
کھول کرن واجنہٕ شعرٕ ذأ ژیٚیتہٕ اردوزبأنی ہٕندی مأہر پننہٕ زیٚو ہُندٕ أبروزانان
چھِ تتہٕ چھِ کأشرس منز تہٕ اتھ صِنفہٕ أخرس پیٹھ شأعرِ کشمیر مہجورس تام کینہہ
ابتدأیی منأزِل طے کرنہٕ پتہٕ نوبن أبرومندانہٕ اظہارن ہنزٕ سبٹھاہ تھزٕ وُپھ
باگہٕ آمژٕ ۔دلکش بحرن منز اِنفرأدی کیو اجتمأعی وأ راگن تہٕ جأبرانہٕ لتہٕ موںجن
ہٕندِس حالتِ زارس خاص فنکأری سان قأبلِ شناخت کیو قأبلِ توجہ بناون
واجینٛز یہٕ رمزیہ شعرٕ ذات چھےٚ اکثر طبع آزمأین ہنزٕ تختہٕ مشق بننہٕ باوجود پننہٕ
باوقار اظہارُک تُلہٕ تژ اوردیفن تہٕ قأفین ہنزٕ شدید پابندی اندر تہٕ رتھِ
کھالان ۔مثالہٕ پأٹھی رحمان راہیٚ نہٕ اکہٕ غزلہٕ ہُنٛد یہٕ نِسوأنی لہجہٕ وول مطلع
یُس رِوایتس منز اکہٕ نوِ تجربُک باس چھُ دِوان ؂

زندٕ روزنہٕ باپتھ چھی مران لُکھ ژٕ مرکھ نا؟
لوٚتہٕ پأٹھی چکھا پیالہٕ ،کھو اُف تہٕ کرکھ نا؟



وٕں بوزیٚو ن نسوأنی کیو مردانہٕ لہجن بیک وقت رلأوِتھ غزلگوئی ہندٕبن نوبن

تجربن ستی ہمکنار کرٕون میانہِ اکہِ غزلہِ ہُندیہِ مطلع کٔشیرِ ہندِ حوالہٕ ۔

پننین روٗشتھ ، پردبن توٗشتھ کاوٕ دِگن ئِج کوسہٕ پھمبہٕ سیر

کٔنز زٔنی کتین ہیکہِ وونی پوٗشتھ پننی بُلنَن کٔر دِل گیر



انسانی سماجکہِ یم حالات وژنن تہٕ غزلن منز اعجازس یا اختصارس کأم

ہیتھ دأیرنہٕ یوان چھہِ، تیہنٛدس پوٚت منظرس تہٕ پیش منظرس تفصیلہٕ سان

پلاٹ بندی تحت دون ہِو بن مصرعن منز دُچہِ دُچہِ زیچھرٕ سان پیش کرنٕچ

شعرٕ ذات چھےٚ مثنوی ۔ وُنیستام چھاپ گأمتس کأشرِس شعرٕ ادبس منز جمع

گأمتہِ کلھم سرمایک بوٚڈ حصہٕ چھُ مثنوی ین پیٹھے مُشتمل ۔ سانبن بزمیہ تہٕ

رزمیہ مثنوین منز یعنے لولہٕ مثنوی ین تہٕ جنگہٕ روٚس جنگنامن منز چھےٚ زٕ

خاص شہکار مثنوِیہِ محمود گأمی سنٛز ''یوسف زلیخا'' تہٕ مقبول شاہ کرٛالہٕ وأری

سنٛز ''گلریز'' ، تسلیم کرنہٕ آمژٕ ۔

مثالہِ پأٹھی بوزوغیرتمند ماجنیارس تہٕ کٔشیرٕ ہندِس ازتام تھٔکبُن لایق

روٗدیٕتس باحیا کردارس متعلق گلریز مثنوی ہندی تم کینٛہہ شعر یم گلریزٕ ہنٛز

موج پاکدامن کورِ وتھ ڈالن واجنہٕ تسنٛزٕ وٚیسہِ کُن ونان چھےٚ ۔

| | |
|---|---|
| یہے چھا رسم و آئینِ اصالت | شرمدارن ژٕے دِیأوتھ یژھ خجالت |
| عداوت یژھ کمچ اُسے ژٕے سأنی | گٔرتھ رسواے عالم کوٗر میأنی |
| ژٕے چھےٚ نہٕ کینٛہہ خطارٕہ چھُم مے پانس | مےٚ پانے پژان مِلوٗم زعفرانس |

ترٛ بن ہتن وٕ ری ین پٮ۪ٹھ محیط روٗتلی مجلسہِ گرماون وأ لِس مثنوی کالس تہٕ صوفی شأعرن ہٕنٛدِس قلبی احوالس چھُ پکھِ تل پابند نظمن بیٚا کھ فارسی تہٕ اردو پھاںپھلاون وول پابند نظمہٕ کال تہِ زایُن لبان۔ پابند نظمہِ ہٕنٛدی تھدِ پایکی نموٗنہٕ چھِ اَسہِ مہجورس تہٕ آزادس نِش برابر نظرِ گژھان۔ مثالہِ پأٹھی وُچھی تو یہُنٛد اکھ شعر۔ گوڈٕ بوزِو مہجورنہِ شِکستِ خوابُک عکس ہاون واجنہِ تسنٛزِ آزأدی عنوانہٕ نظمہِ ہُنٛد یہِ شعر ؎

یہِ آزأدی چھےٚ تراوان مغربس کُن رحمتُک باران
کران سأئنس زمینس پٮ۪ٹھ ژھرے گگرایہِ آزأدی

وُٕں بوزیوٗن آزادنہِ انقلأبی ذہنُک تہٕ اشترأ کی نظریہُک أئینہٕ دار یہِ بند یُس تسنٛزِ ''دٕ ریاوٕ'' ناوِ چہِ نظمہِ منٛز شأمِل چھُ ؎

جواہر مالہٕ ہاوان مال ورتاوان چھِ سوداگر
جران تاجن تہٕ تختن موختہٕ گاٹلی پوختہٕ زوراور



پابند نظمن ہٕنٛدِس مأدانس منٛز گری أزچہِ زِچھِ پُیہِ ہٕنٛد بو سارٕ وے شأعرو مختلف تجربہٕ مگر آزاد نظمن ہٕنٛدٮ۪ن تجربن منٛز سپدی نہٕ سأری کامیاب۔ وُٕں گوٚ ونأدِم، کأمِل، فراق، رأہی، عازم تہٕ چمن ہوی شأعر ہیٚکی واریاہ قأبلِ توجہ تجربہٕ پھاںپھلأوِتھ۔ خاص کٔرِتھ ہیوٚک نأدِم صأب ژھوچن نظمن آے کاچھنس تہٕ سانیٹ لکھنس منٛز ہمکال شأعرن اندر پنُن خاص امتیاز

پڑٲوِتھ۔ بوزو نادٕمنٛز ''گاسہٕ ژٕل'' ناوٕ اکھ ژھوٚٹ آزاد نظم

یتھ گاسہٕ ژٕلس گیہِ میأنۍ وَنَن
سر بہہ اوٗسس تیلہِ اوٗسس پوٚٹ پشس
واوس تہِ نُمن تاوس تہِ نُمن
وندٕ رأژن منٛز از رووٗس سر بہہ
کرتچھِ پٹھ پڑاوٕن اپزے تہہ
وِز تتھ ڈٕج تتھ ڈج ذات پٕننٛز
کھورٕ تلہٕ وڑالیس بُتراتھ پٕننٛز
پھوکہٕ ستیٚ پھٹہِ ، دَکہٕ ستیٚ چوٚر گژھس
رہہ ہأوِیوٚس وُچھِتو سوٚر گژھس

ژھوچہِ راد چھن آزاد نظمن اندر گرامہِ زِچھِ پٕیہِ ہٕندۍ کأشرۍ درجن واد شأعرو تہٕ پٕننۍ تجربن ہنٛز علم بُلند۔ یمو تجربو دیٛت کامیأبی سان ترقی پسند دورٕ کٕنۍ تجربن اکھ نوٚو موڑ۔

تاہم چھےٚ یہِ کتھ سوٚن تحقیق منگان زِ کأشرۍ واکھ تہٕ شرٛکی چھا گوڈٕ بارسس آمتۍ کِنہٕ عربی فارسی رباعی تہٕ دُبیتی۔ یہِ پزر تہِ چھُ تفصیلی باوتھ منگان زِ کأشرِس منٛز کیاز ِ آو علامہ اقبالنِس اثرس تحت پرٛتھ ژُمصر أے فارسس رباعی وننہٕ حالانکہِ مرزا عارف صأبنہِ تہٕ میر غلام رسول نازکی صأبنہِ مشہوٗر رُبأعی تہِ چھنہٕ تتھ میزانس پٹھ پاسہٕ نیران یتھ لاحول ولاقوّۃ اِلاّ باللہ وننہٕ چھُ یوان، وٕں گوٚو تہنٛز دُبیتی یو لٔب رُبأعی ناوس تحتے خاص مقبولیت مثلاً

عارف صائبُن یہِ مشہوٗر ژٲکھ ۔

نٔتس پیوٗ و سجدٕ دِتھ سوٗدرس منگُن آب
حبابس چونٹ دِتھ لب تشنہٕ بے آب
مےٚ نِش گوٗو سوٗدرٕ کھوتہٕ بہتر سماوار
دِژِن گرٕکھ طالبس گوٗو پیالہٕ سیراب

وٗں بوزیوٚن ہمکال زمانس متعلق نازکی صائبٕنی یہِ مشہورٗ بیتی تہٕ ۔

رٕحم پیٚج تھوو وانس پیٹھ نٔبر چھان
گٔرِم ناٲوِد چھُ تٔمی ہٕنزٕ توٗر وایان
زمانے گوٗو پھرِتھ سورُے پھرِتھ گوٗو
دپان گاٹلی ہلبن بانن وُکری ٹھان

أزی کہن شاعرن پزِ اتھ وزنس تحت ربائی پیٹھ طبع آزمایی بلکہِ زور آزمایی ضرور کرٕنی ۔ یہ کرٕ پوٚتُس تٔمن سان تو ہہِ سارِنٕے پرن والین ”پرتوِ ستانٕچ“ یہِ ربائی ارپن ۔

وُچھ ووت سمے کتہِ کور یہِ پکہِ برٕونٛہہ باللہ
لبریز چھُ صبرُک دور ژٕ کر ژبڈ للہ
آشی ژٕے گٹن بنہِ گاش نبراشن بنہِ کیاہ؟
لا حولَ ولا قوّۃ الاّ باللہ



# واکھ تہٕ شُرک...... اکھ ہیٚتی مطالعہٕ

رحمٰن راہی

تخلیقی اَدبس نسبت عام پاٹھؠ تہٕ شاعرِ یہ ہندِس ضمنس منٛز خاصہٕ پاٹھؠ ییٚلہِ معنے یَس لرِلوٚ رصورٕ ژہنٛز یا وَنو موضوعس نکھہٕ پھیٚکہِ ہیٚرٕ ہنٛز کتھ ووتھاں چھےٚ اکھ دُگوش گرٕ ھنک چھُ اندیشہِ روزان۔ تہِ زن گو معنے تہٕ صورت، یا وَنو موضوع تہٕ ہیٚتھ زٕ بیوٚن تہٕ مختلف چیز باسنٕ۔ حالانکہِ عملی تنقیدس دوران چھُ کانٛسہِ تہِ حسبہٕ ہُشارٕ قارِیَس زٕینٛن تگان زِ کُنہِ تہِ موٗللس فن پارس منٛز چھِ یم دوشوٗے اکھ أکِس وجوٗد کیٚوٗ زُوزہتہٕ بخشان۔ اَکِچ لگہٕ ہاٗری چھےٚ بیٚیہِ چہِ لگہاٗری یہِ ہُند ثبوٗت باسان تہٕ بیٚیہِ کِچ رَلنہاٗری چھےٚ گوڈنچہِ رَلنہاٗری یہِ پاپر جا کران۔ مثالہِ موکھہٕ نیتو کُنہِ منظوٗمُک عروضی صورتِ حال؛ مطلب یہِ وُچھُن داچھُن زِ تتھ منظوٗمس منٛز یوسہٕ بحر یا وَنوٗیُس وِزنہٕ بندُت تہٕ یوسہٕ قافیہِ بندی بیترِ ورتاوس آمٕژ چھےٚ سو چھا تتھ منظوٗمس منٛز ووپدَن والہِ موضوعِکس لہجس، احساسس تہٕ لَیہٕ لُہراوس کیٚوٗ کلھُم مزازس پھاپھلاواں کِنہٕ تتھ کُنہِ رنگہٕ ڈیٚجر یا چیر یا کوس انان۔ اکھ معروف للہٕ واکھ چھُ:

آمہِ پنہٕ سوٚدرس ناوِ چھس لمان      کتہٕ بوزِ دَے میوٗن میٚتہٕ دِیہٕ تار

آمین ٹاکنن پوٗنی چھُم شمان          زُو چھُم بڑماں گرٕ گرٕژھ ہا

ظاہر چھُ زِ یہِ واکھ چھُ خلیلی عروضہٕ بجایہِ کاشرِ میٖژ نظامہٕ مطابِق گنڈنہٕ آمُت۔ اِمچ عروٗضی مناسبت ژینہٕ موکھ چھنہٕ اَتھ منٛز ورتاونہٕ آمژن اچھرٕ آوازن گژھنٛد ہیٚنٛز یا تہنٛز تگہٕ ترتیبہٕ ہنٛز کُل گنڈنی بٔلکہِ باوٕژ دوران ورتاوس آمٕتین پھورٕ زورن ہنٛز مناسبت محسوس کرٕنی۔ فرض گرو کانٛہہ ورتاوِمی آمہِ پنٛچہٕ تہٕ امی سوٗ درٕ تارٕچ کتھ باونہٕ باپتھ عربی عروضہٕ حسابہٕ، مثالے بحرِ ہزج سالم (مفاعیلُن، مفاعیلن، مفاعیلُن، مفاعیلُن)۔ ظاہر چھُ زِ پَرنیہِ دوران پھرٕ تَتھ باوٕژنہٕ صرف کلاچ زٕ ٹھُم زٕ ٹھی بلکہِ گژھِ معنہِ مفہومُک پرٕ تھٔن پاے تہِ کم۔ تہٕ توٚنٛز باسہِ کُنہِ تہِ منظوٗمُک مول مرتبہٕ مشخص کرنس دوران تمہِ چہِ ہیٖژ وٗن دِلس ہتہٕ ہتی تمہِ کِس موضوعس تہِ حسبِ ضرورت سام ہیٚنٛز ناگُزیر۔

جنابو! میانہِ وُنی کٔنن چہِ کتھِ ہُنٛد موضوع چھُ کاشرِ شاعریہِ منٛز نظرِ گژھن واجینٛز سوشعرٕ ذاتھ یَتھ واکھ وَنو یا شرٕک۔ مےٚ وَرتوو "تہٕ" لفظہٕ بجایہِ "یا" لفظ۔ یہِ اوٚنٛز زِ واکھس تہٕ شرٕکس مابین چھُ پھیرٕ کھوتہٕ ژوٗرٕ ہشر لبنہٕ آمُت۔ چونکہِ مےٚ چھِ زیرِ بیان موضوعس پنٛنی پاٹھی وِحاطہٕ کرنہٕ پرٕژی کینٛہہ لیکھ بروٚنٛٹھے شایع گری متی۔ توٚنٛز پیٚیہِ اَزِچ میانٛی کتھ بوزاں بوزاں زانن والین میانین پرٕانین کتھن ہُنٛد تکرار یہٕ لُطف وکرم برداش کرُن۔

توجہس لایق اکھ اہم کتھ چھےٚ واکھچ تہٕ شرٕکچ نیٚبری صورت، تہٕ واقعہ چھُ یہِ زِ یمن دوٚن درمیان چھنہٕ کانٛہہ مطلق تہٕ کُل وِحاطٕ پھیرٕ ہاوفرق دیدٕ مان باسان۔ مِصرعن کرو شمار تہٕ ہشر چھُ لبنہٕ یوان۔ قافیہِ بٔندی یہِ ہنٛز تگ

ترتیب وُچھو تہٕ تتھ منز تہِ چھےٚ ہمقدمی درٲنٹھی گرٕھان تہٕ وزنس سَنو تہٕ سُہ تہِ
چھُ رَلِہ وُن باسان۔ گو و مطلب دوشوٕنی ہُنٛد مؤلی طَرح چھُ لہجہ کہِ دَباوٕ ڈٕسی
صورت پراوان تہٕ یسلہٕ پاٗٹھی چھُ دوشوٕنی منز موجود پزٕ ہتھ اکھ مصرعہٕ ژٕون
پھورٕ زورن پیٹھ مشتمل باسان، تتھٕ پاٗٹھی زِ دَباوَن ہُنٛد یہِ سلسلہٕ چھُنہٕ ہیچبن
ہِنٛدِ ژھوچرٕ زیچھرٕ تہٕ گرٕژٕ کنِ تیوٗت گنٛڈتھ تہٕ سُوتھ تہٕ تتھٕ پاٗٹھی سِکینچہٕ بند
آسان تتھٕ پاٗٹھی مثالے عربی فارسی بحرن ہِنٛدی رُکن (فاعلاتن، فاعلاتن
وغاٗرٕ) آسان چھِ بلکہِ چھُ واکھن کیوٗ شُرٕکین منز ورتاونہٕ یِنہٕ وول وزن کُنہِ
ژھوٹہِ زیٹھِ مقداری وزنہٕ بجایہِ لہجہ کہِ کیفیتی دباوٕ کنٛز ووتلن واٗلس پھورٕ
زورس پیٹھ منحصر آسان۔ انگریزی پاٗٹھی وَنو Qualitative Stress Accent۔

محترم بوزَکھ خواتین وحضرات! ہیٗرٕ تہٕ موضوع چھِ ہم قدمیہ تہٕ ہم آہنگیہِ
ہنٛز ژینہٕ وَن دِوان یُس نوکتہٕ اَسہِ پٔنٛنی وُنی کینٛچ کتھ باتھ شروع کرانےٕ تُل سُہ
نوکتہٕ مدِ نظر تھاٗوِتھ پییہ زیرِ غور واکھ تہٕ شُرٕک دوشوٕنی ہِنٛدِس موضوعس تہِ کم
کاسہٕ سام ہینٛز۔ تہٕ سنہٕ پاٗٹھی ہے سَنو تیلہِ باسہِ زِیمن دوشوٕنی چھےٚ نیٚبری
ہِشرِ کی پاٗٹھی أندری ہمنوایی تہِ پانہٕ واٗنی واریاہ نکھٕ انان۔ مثلن للِ دیدٕ چھےٚ
کیٚژن واکھن منز دَیس اَرزوے کران:

کیٚژن دِتی تھَم گُلالہٕ یِژے — کیٚژن دِلس زوتھَم نہٕ وار
کیٚژن ژٕھنی تھم نالی بزمہٕ ہِژے — بھگوانہٕ چانہِ گرٕش نمسکار

تہٕ حضرت شیخ چھُ ونان:

کیٚژن دِیُتھ یِیتہِ کیاو توٚتے — کیٚژن یِیتہِ نتہٕ توٚتے کیاہ

کیٛژن دِیُتھ لالک ترٛوٗے　　کیٛژن گاشہِ منٛزٕ گوٚٹے گاہ

لل دېد ونان:

زَل تھمہِ وُن، ہتواہ ترٛناوُن　　دورِ دوآگمن پیرِو ژٕرِتھ

کاٹھہِ دینہِ دود شرٛ ماوُن　　اَنتہِ سکوٚل کپٹہٕ برِتھ

حض شیخ دپان:

کلکہِ گرٕ گرٕ ریٚش لاگن تہٕ　　اَتہٕ پأتھر لاگن نِش ہنگن

نیٚش بوٚدٕ أنتھ وانہِ لاگن تہٕ　　وَون مٹھ ، کپس تہٕ اَن

تہِ کھیتھ نفسہٕ ژوٗرس الگن تہٕ　　دوہ لوٗسِتھ لگن وَن

لل دېد ونان:

گاٹُلاہ اکھ وُچھم بوچھِ ستی مران　　پَن زن ہران پوٚہنہِ واوِلہِ

نیٚش بوٚداکھ وُچھم وازس ماراں　　تنہٕ لل چھس پراراں ژھینیم ناپڑٕ اہ

مذکورٕ ہشرٕ تہٕ ہمنوأیی چھےٚ تیزٕ توجہہ گیرٕ باسان زِ معروف تحقیق کار موتی لال ساقی چھُ پننِ چھیکرٕسی راے دِواں ونان زِ ''میأنی کنِہ چھنہٕ لل دیٚدِ ہنٛدِس واکھس تہٕ شیخہٕ سنٛدِس شرٛکس کانٛہہ فرق۔ یِم چھِ اَکی صورٕ ژہنٛدی زٕ ناوٗ''۔

ساقی صأبن یوٚہے حتمی فأصلہٕ نظرِ تل تھأوِتھ تُل مےٚ از بروٚنہہ اکہٕ ترٛہ وٕری پتہٕ پننِس أکِس مُفصل مضمونس منٛزٕ سوال زِ ہرگاہ نہٕ واکھس تہٕ شرٛکس مُلے کانٛہہ فرق چھےٚ تیلہِ کیازِ آو لل دیٚدِ ہنٛدین واکھن ہمیشہِ واکھ ونُنہٕ تہٕ حض شیخہٕ سنٛدین شرٛکن ہمیشہِ شرٛکھ؟

بیٚاکھ کتھ چھےٚ یِزواکھ چھِ للہِ برونٛہہ تہٕ کأشرِ بوٚ شاعروٚنٛی مٔتی تہٕ تَس پتہٕ تہِ ، مگر شُرک نہٕ چھُ حض شیٚخس برونٛہہ کأنٛسہِ کأشرِس شاعرِ ہِندِس کلامس وَننہٕ آمُت تہٕ نہٕ چھُ تمن پتہٕ کأنٛسہِ کأشری شاعرن پانہٕ پٔنٛنس کُنہِ فن پارس شُرک ناوکوٚ رمُت۔

امہِ علاوٕ چھےٚ بیٚاکھ وٕنٛنی لایق کتھ یِزِ شُرکٕچ خصوصیت بیان کران چھُ زیادٕ پہَن زور دِتھ وننہٕ آمُت زِ اتھ منٛز چھےٚ پٔرِٛن تہٕ ڈیٚتِن ہِندی پأٹھی کتھ حدٕ رُوٚس گنٛڈتھ چیر تھ تہٕ انتہأیی ژھو چرٕ سان تہٕ یوٚہے ضربُل مثالن ہِندِ آیہِ وننہٕ آمٕژ۔ وٕنٛ گوو بیٚا ٹیٚک یہِ پٔرِٛ چالہِ تہٕ ڈٕیٚتی آیہِ آسَن یوٚ تاہ شیٚخہٕ شُرکٕن متعلق صحی چھُ شاید چھِنہٕ تیوٚ تاہ صحی للہٕ واکھن متعلق باسان۔ اکثر للہٕ واکھ چھِ کُنہِ اکہِ نوقطہٕ پیٚٹھٕ شروع سپدِتھ زنتہٕ وارٕ وارٕ پھألان تہٕ پھألان تہٕ حدن واتان، بلکہِ پانہٕ لامحدوٗد باسان، یِیلہِ زن شیٚخہٕ شُرکٕن منٛز یسلہٕ پأٹھی باسان چھُ زنتہٕ اورٕ یورٕ چھکرِتھ موختہٕ پھٔلی چھِ سومبرٕ نہٕ یوان تہٕ سومبرِتھ تمن کُنی لوٚ بہٕ ؤنی مال بناوٕنہٕ یوان۔

زانٛن والیوٚ یم مختلف معنہِ واکھکی وٕنی مٔتی چھِ تموٚ منٛزٕ چھُ اکھ یہٕ تہٕ زِ واکھ گوو دوٚتھِن ہُنٛد آلو۔ شُرکس متعلق چھِنہٕ یِژھ ہش کتھ شاید کأنٛسہِ وٕنی مٕژ۔ دوٚتھِن ہُنٛد آلو، یعنے بالا فطری حقیقژن ہنٛز باوَتھ۔ ظأہر چھُ زِ یِژھِ باوٕژ گژھِ زبان تہٕ غأر معموٗلی آسٕنی تہٕ تمِیُک ورتاو تہِ۔ کُنٛزٕ تہِ بدلے آسٕنی تہٕ گس گس تہٕ۔ دوٚتھِن ہُنٛد آلو یتھ فضہس منٛزٕ وُزِ سہٕ چھُ أندرِ وُنُک فضا، أندرِ وُنُک عالم، یُس یہٕ آلو بوزِ سہٕ تہِ گژھِ غأر معموٗلی آسُن تہٕ تو ہِنٛد طور طریقہٕ تہٕ تِہنٛدی معاملہٕ

تہٕ مسلہٕ تہٕ گرٛھن عام انسانٔی معاملونٛشہِ مختلف آسنہٕ ۔ ظاہر چھُ زِ امہِ غار معمولی ہوہُک نوہُک گرٛ ٹھہِ منظومہٕ کِس موضوعس سٟتی ٹٕتی تمہِ چہِ ہیٚژ تلہٕ تہٕ باس لگُن ۔ لفظ کیٛو لہجہ کیٛو لَے سورُے کینٛہہ گرٛ ٹھہِ غار معمولی باس دِیُن ۔

تہٕ امہِ نوعیٚژ ہنٛز غار معمولی خصوصیٚژ چھےٚ للہٕ واکھن منٛز جایہِ جایہِ میلان، ییٚلہِ زن شیٚخہٕ شرُکِن منٛز پیش سپدی مٕتی خیال، وسوسہٕ یا خوف دِوتھو بجایہِ پیٛتھ سانہِ بُتراٰژ پیٹھ روزن والین ہنٛدی تجربہٕ بیٚترِ باسان چھِ ۔ بالا فطری شبدٕ گنٛگراے، کٕنچ مٕتی آیہِ موہہ راے، لیہِ لہراوِچ چھکہٕ چھک، پھورٕ زورن تہٕ قافین رٕ دیفن ہُنٛد والہانہٕ سمکھاو، تہٕ امی آیہِ ریٚہن گنٛدنُک مستانہٕ وولساوتہٕ زہرٕ ژہنُک پھٹہٕ پھٹہٕ...... یمہٕ وُ زمٕلی خاصیٚژ چھےٚ للہٕ واکھہٕ ہےٚ باگہٕ آمٕژ ۔ شیٚخہٕ شرُکِن چھُنہٕ لولکہِ ووکھلہٕ وأنچ پشلنچ تہٕ زأنٛتھ زٕنٛتھ ژاشنُک تجربہٕ میٚسر سپدِ مُت ۔ للہٕ واکھس ہرگاہ بقول دینا ناتھ نادمؔ یوٗنانی اوریکل وَنو شیٚخہٕ شرُکِس شوٗبہِ وُنن آدمی یڑھ پڑھ، اورِ زوے کیٛو آش تہٕ خوف کیٛو وسواس ۔

واکھچ کتھ کرن وول ہیٚکہِ یتھ سوالس تہٕ سٟنٛتھ زِ للہِ بروٗنہہ تہٕ تس پتہٕ یم ژُمصری منظومہٕ وننہٕ یالیکھنہٕ آے تمن ہُنٛد حال کیاہ تہٕ کُیتھ چھُ روٗدمُت؟ برٛونٛہمِن متعلق ہیٚکہٕ نہٕ بہٕ پننہِ بوٗزی تھےٚ زأنی سَببہٕ کہین وٕنتھ، البتہٕ للہِ تہٕ شیٚخس پتہٕ یہٕ کینٛژھاواکھ یا شُرُک چالہِ وننہٕ یالکھنہٕ آوتَتھ ضمنس منٛز چھُ روپہٕ دیٛدِ ہُنٛد ناوہیوٗن ضروری ۔ تِکیازِ سوچھےٚ کُنی اہم کاشُر شاعر یمہِ لل دیٛدِ پتہٕ پننہِ باوٕژ باپتھ واکھہٕ ہیٚتھ کھلہٕ پأٹھی ورتاوِمٕژ چھےٚ ۔ تِسنٛدی کٕتی واکھ چھِ یم

پران پران سٕیدِ سیوٚ دللہِ ہٕندی واکھ ژٕنتس پیوان چھِ۔ تاہم ہکو نہٕ اَکس گتھِ انکار کٔرِتھ۔ سُہ گوو یہِ زِ لفظہٕ راشس تہٕ طرزِ بیانس کُن وُچھِتھ چھےٚ یمہٕ زٕ زنانہٕ شاعرا کھ اَکس نشہِ واریاہ بیوٚن باسان۔ للہٕ واکھن ہُند مشکل ترین حِصہٕ تہٕ چھُ روپہٕ بھوانی ہٕند کلامہٕ کھوتہٕ سیوٚ دتہٕ سہل باسان۔

وُہمہِ صدی دوران لیٚکھی کینژٕ وسوخنور وٚ مختلف ناوٚگری گری ژون ژون مصرعن پیٹھ مشتمل پنٛز واریاہ منظومہٕ۔ نور محمد روشنُن "ٹُکھ"، عارفؔ بیگن ژاکھ، میر غلام رسول نازکی سٕنز رُباعی، غلام رسول سنتوشُن تہٕ بملا رینہ یہِ ہُند واکھ یا راقم الحروف سُند ژٕمصراے۔

واکھُک وُنی تو یاشُرٕ رِکیُک ہیٔتی تعمیر، تمیُک ظون تھاون والین چھُ نازکی صابنہٕ رُباعیہِ ہُند اکھ گون خاص پاٹھی پانس کُن متوجہ کران۔ سُہ یہِ زِ نازکی نٕہن اکثر رُباعین منٛز چھُ گوڈنیُک مِصرعہٕ دوٚیمس، دوٚیم مِصرعہٕ ترٛیمس تیتھ کٕنٛز یہِ ڈٔلِ زِتہِ بالہِ پھوکھ بران زِ ژوٚرِمس تام واتاں واتاں چھُ پھٹاکُک احساس گنان، تہٕ اِد ییٚلہِ ژوٚریم مِصرعہٕ وٕاتتھ پیوان چھُ پٔزی چھُ زنتہٕ پھٹاک سپدان۔ للہٕ واکھن منٛز چھُنہٕ مِصرعن ہُند وارٕ وارٕ گتہِ ہِنگ تہٕ پتولاکن دٕرِ ہٕرتھ یپٕہ وسنگ باس لگان۔ اتھ برعکس چھُ تتہِ اکثر جایَن اصلی مؤلہٕ کنٛز مختلف عنصرن ہٕندِ میلہٕ ملاپہٕ ستی وٚ وتلن والہِ کولا جُک ہیوٗ احساس سپدان:

اَکھ چھان پیوم یتھ رازدانے      ہَچو ہأرِنجہِ پیٛٹھیوٗ کان گوم

تیر تھِ رٕوٗس پان گوم کُس مالہِ زانے      منٛزٕ باگ بازرس قلفہٕ رٕوٗس وان گوم

کولاچ ہِش یہ کیفیتھ ووتلاوَن والو عنصر ومنز چھُ سارِوے کھوتہٕ اہم للہِ ہُند استعار، تہٕ امی استعارٕ چ کمی چھےٚ موجوٗدٕ دورٕ چَن تِمن تمام شعرٕ ذاتن للہٕ واکھو نِشہِ بیوٚن کڈان یمن واکھس ستیٚ ہشر باسان چھُ۔

رُباعی اَکتھ کُن ترٛاوِتھ ہکو تِمن مختصر ترین منظوٗمن واکھس تہٕ شُرکس ستیٚ ہیٚتی رِشتہٕ رلاوِتھ یم پتہٕ ممِن الہ پلہٕ پنژہن ؤری ین دوران لکھنہٕ آے۔ مثالے دیناناتھ نادِمنٛز "حاری ثاتھ"۔ اماپوٚز اَتہِ تہٕ چھےٚ یہِ کتھ نظرِ تل تھاوٕنی زِ ہُتھ پژانہِ تہٕ یتھ نوٚ شعرٕ ذاتٕ منٛز ییمہِ اندازٕ تعمیر کھسان چھُ سُہ انداز چھُ اکھاَکس نِشہِ ؤکھرٕ۔ نادِمنٛز حاری ثاتھ" چھِ لرِ ہِنٛدی پاٗٹھی سیرِ سیرِ کھسان تہٕ چھیکرس بام لِگتھ مکانہٕ باسان، تہٕ للہِ ہُند واکھ چھُ یہِ ڈلٕ زتہٕ زمینہِ منٛز تھم تہٕ ژٔنہِ ہتھ پھٔٹ پھٔٹ نیرِتھ بیٚیہ شوٗنکی پاٗٹھی تہٕ سرِ ساوی طرز پننہِ تکمیلک باس دِوان۔

چھیکرس وَنو یتھ پاٗٹھی اَسہِ واکھ تہٕ شُرکھ فرق پرٛزناونچ کوٗشش کراں کراں کُہی یاہ خولہٕ خط بدِ کڈی تمی طریقہٕ ہکو اِشارٕ دِتھ زِ شیخہٕ شُرکن ہنٛز معنوی اولاد چھےٚ سو مختصر نظم یوسہٕ ترقی پسند شاعرن ہنٛدِ ذٔسی پرٛتھیہِ تہٕ للہٕ واکھن ہُند پرَتو چھُ تِمن ژھوچن نظمن منٛز پنُن باس دِوان یمہٕ جدیدٕ ؤی یچہِ پاٗداوارِ گنٛز رنہٕ چھےٚ یوان۔

ذی عزت قارئین! پنُن یہِ یُتھ تیُتھ نوٚشتہٕ اَنٛد واتناوِتھ تہٕ توہہِ رخصت ہواں چھُ مےٚ تُہند سٹھاہے ممنون آسنُک باس دِیُن ضروری باسان زِ پران پران پیوٚ توہہِ میانہِ نےٚ کیٚژن بروٗنہہ باوِژن کتھن ہُند تکرار برداشت کرُن۔



# کاشرِ ادبچہ کینہہ آدن کالی صِنفہٕ

بشر بشیر

عبدالاحد آزادٕن یہِ بیان ووت وونی اَسہِ وٕری ہَتھ دوٕناہ پھِران زِ ''للہِ واکھ تہٕ شیخ العالمن کلام چُھنہٕ کاشرِ شاعریہِ ہُند کُنہٕ کُنی بلکہِ کاشرِ صحیفۂ ادبُک (تحریری ادبُک) اُنتھ'' آزادنہِ کتابہِ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ہِندِس دوٕیمِس جِلدس منٛز چھُ علی جواد زیدی کتابہِ ہِندِس مقدمس منٛز آزادٕنی یِہِ کینہہ بیان پننہِ سیاقہٕ منٛز الگ کڈٕتھ تمن پیٹھ تبصرہ کران یہِ کَتھ باور یژھان کرُن زِ یتھ ہیوٕ بیان چھُ سرسری تہٕ رواروی منٛز تحریر سَپدمُت۔ بلکہِ چھُ سہُ سیٹھے محتاط پاٹھی یِتہِ وَنن یژھان زِ آزادنس گوڈنِکس بیان کرنہٕ آمتِس بیانس پتھ مُصنِف استعارٲتی رنگ اوسمُت یژھان دِیُن مگر یہِ چھُ امیُک قبوح بٔنتھ معنیس کوس انان۔ وُچھوے تہٕ مقدمہٕ لِکھن وٲلی گرِ اَتھ ضِمنس منٛز مزید امکان ژھانڈن والین ہنٛز وَتہٕ بند۔ مگر بڈشاہی دورس منٛز فارسی تہٕ سنسکرتس ہِتی ہِتی کاشرِ ادبہٕ کہِ حوالہٕ یمن کینٛژن تحریرن ہُند سہُ ذکر کران چھُ تمو کُنی چھُ سہُ پانٛی پانے پنٛن وَنُن رَد کران یا اَتھ پیٹھ سوال پاد کران۔ یِتے نہٕ بلکہِ چھُ سہُ شری وٕرن حوالہٕ دِتھ ونان زِ اَتھ دورس منٛز آسہٕ نہٕ علمی سرگرمیہِ صِرف تھدٕ بن ورگن ہندٕ بن لوٕکن تانی محدود، بلکہِ حَد چھُ یہِ زِ منٛزوٕرتہٕ واژ

موٗہنوِی تانٛی آسی شاعرٕ تہٕ مُصنف بنیمتۍ ۔ زنانو اوس عٔلِم حاصل کرنس منٛز ناو پرٛووِمُت ۔ تہٕ یِمن لوٗکن ہِنٛدی تصنیف چھِ وُنِس تانٛی (فتح شاہ تہٕ محمد شاہ نِس دورس تانٛی) پرٛ ہتھ گرِس منٛز موجوٗد ۔ بقولِ زیدی یہِ چھُ کاشرِ زبانی ہُنٛد سارِوۍ کھوتہٕ اہم تہٕ گاشُل دور ۔ یِمو کتھو تلہٕ ہکو أسی سہل پاٹھی یہِ نتیجہ کڈِتھ زِ عام لوٗکھ تہٕ یِتھ شاعرِ ستۍ دلچسپی تھاوان آسہٕ ہن تہٕ یِتھ منٛز شعر گنٛڈان آسہٕ ہن سو آسہِ ہے لوتوۍ طرزِ اظہارٕ تہٕ اسلوٗبٕچ ظاہر چھُ زِ تِتھ آسہِ ہے کانٛہہ تکنیکی گنٛڈ تہٕ میزان تہِ بامے یہِ شاعری تِتھ میزانس پیٹھ پوٗرٕ پاٹھی وُتران آسہِ ہے یانہٕ ۔

علی جواد زیدی نہِ مذکورٕ تحریر پیٹھ محض ژورٕ وُہری چھُ اوتار کرشن رہبر یہِ شِشرُ پھٹران تہٕ کیٛنہہ تِتھی توارِیخی کیٛو نیم توارِیخی بیان زیرِ بحث انان یِمن ہنٛزِ بُنیادِ پیٹھ کاشرِ شاعریہِ ہِنٛدِ قدامتُک اندازٕ کرن وألِس امکی سیٹھاہ دوٗر سرحد کُنہِ حدس تانٛی وُنِس تل ینٛی چھِ ہوان ۔

زیدی ین یہِ بیان تہِ چھُ قابلِ بحث زِ کشیرِ چھےٚ یہِ خصوصیت تہِ حاصل زیٛتہٕ چھُنہٕ پرٛاکرتس منٛز ادب تخلیق سپدمُت ۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھُ سہٕ کیدار ناتھ شرما ہُنٛ حوالہٕ دِتھ ونان زِ کاشرِ ہِنٛدی تصنیف چھِ صرف سنسکرت زبانٛی منٛز میلان ۔ بُدھ مت کہِ پھالاوٕ تہٕ ترویج کہِ حوالہٕ چھےٚ کشیرِ سیٹھے اہمیت بلکہِ ہکو یتہِ وٕنتھ زِ بحثیت فلسفہٕ کوٚڈ بُدھ متن مہایانا صورژ منٛز کاڈ تہٕ یتہٕ پیٹھ گےٚ بودھ بھکشو چین تہٕ باقے علاقن منٛز ۔ بودھ عالم آسی پرٛژار خاطرٕ سنسکرت

بدلہٕ پڑا کرتھنے اہمیت دِوان۔ کٲشیرِ ےیٲ ژکیٲ زِ روزِ ہے امہِ طریقے کارٕ نشہٕ مُچھِ تَتھ پٔٹھ ہکنٕ سوال وٕتھتھ۔ ناگ سیٚنیٚ ''ملند پنہہ'' چھےٚ سوال و جواب تہٕ بحث و مباحٕچ یا وَنو فلسفچ کِتاب، یہِ ہکون نہٕ أسی تخلیقی ادبہ کِس کھاتَس منٛز گٔنزرِتھ۔ مگر یہِ گَتھ ہرگا مانو زِ ناگ سین اوس کاشُر تہٕ تُمی چھےٚ یہِ کتاب تمہِ وقتہٕ کِس کاشرِس منٛز پٔچھمٕژ تیلہِ چھُنا امہِ منٛز یہِ گَتھ تہِ صاف سپدان زِ کاشرِ زبٲنی اوس تمہِ ساعتہٕ سہٕ باوٕ ژبَل یَتھ منٛز نوزک معالمن تہٕ بڈٕ ہن مَسلن باوتھ ہیٚچ سپدِ تھ۔

''ملند پنہہ'' کاشرِس منٛز آسنس متعلق یوٚ دوے شبہٕ تواریخی ثبوت شاید یِیمہِ وجہ کٔنہ أسی دِتھ چھِنہٕ ہکان زِ اَسہِ چھُنہٕ پنہٕ نٕبن پرٲنین تواریخی ماخذن پٔٹھ نظر مگر کاشرِس منٛز یُس اَز تہِ ''ملدٕ پٔنیٚ'' محاورٕ چھُ سہٕ چھُ امہِ گتھِ ہنٛز واضح ژینہٕ وَن۔ أسی چھِ ونان ''گَتھ چھُکھ ملدٕ پٔنیٚ ونانٕ'' یا ونو گَتھ لوگُتھ بحث و مباحث۔ گویا یہِ چھُ واضح اِشارٕ تَتھ بحثا بحثی کُن یوسہٕ متیدرتہٕ ناگ سینس درمیان سپٕز تہٕ یِیمیک ہرتر ''ملند پنہہ'' ہیکہِ آستھ۔ خاراتھ معاملَس چھُ سائنس موضوعس ستی کہے پہن تہٕ ورگہٕ پاٹھی واتھ۔ أسی یِمو سیٚدِ سیٚو دللہِ بروٚنہہ کاشرِ شاعریہ مُتعلق میلن واجبن شہادژن تہٕ حوالن کُن۔ اَتھ سِلسلس منٛز چھُ ناما وار مُصنف تہٕ عالم شیمیند رنٕبن بدس آمژن کتابن ہندی کینٛہہ حوالہِ سٕبٹھے اہم یِم زَن کینٛژ محققو تہٕ کاشرِس ادبی تواریخس ستی لوے خوے تھاون والو پَنہٕ نٕبن تحریرن منٛز پھری متی چھِ یِمن منٛز رہبر،

پشپ، ناجی، شوق تہٕ ٹی این رینہ وغاَیرٕ شامِل چھِ۔ شیٚمنید رینہٕ نرم مالا کتابہٕ
ہُندیہِ حوالہٕ چھُ سٹھاہے اہم تہٕ چشم دید گواہی بنان ییٚلہِ سہٕ ونان چھُ "تمہٕ پتہٕ
وُتھ ووستاد جی، سہٕ اوس نشس منٛز مَست تہٕ تمی بوزنو وپُٹن کَم قلیل کلامہٕ دیش
بھاشایہِ منٛز"۔ گووٕ زِیم اَدبی محفلہٕ تتھ وقتس منٛز سپدان آسہٕ تمن منٛز تہٕ اُسی
مادری تہٕ مقامی زبانٕی منٛز تخلیق پیش کرنہٕ یوان۔ مذکوٗرٕ بیانس منٛز چھُ لفظ
ووستاد جی تہِ سٹھاہ توجہ منگان۔ تہٕ ؤنتھ گووٕ زِ محفلہِ منٛز موجوٗد پننہِ علمی تہٕ تخلیقی
روتبہٕ کنٛز سارنےٚ تھوٚد شخص چھُ سنسکرت بجاے مقامی زبانٕی منٛز کلامہٕ
پران۔ یُس مولہٕ وُن، لایق تہٕ اعلا پایہِ آسُن گژھِ تکیازِ اَتھ محفلہِ منٛز چھِ
شیٚمیند رہوِی عالم تہٕ تخلیق کار تہِ موجوٗد۔ شیٚمند رنس علمی مرتبہٕ تہٕ تخلیقی
صلاحیژن ہُند گس آسہِ نہٕ اعتراف تِکیازِ سنسکرت ہِشہِ بجہِ زبانٕی ہنٛدی عالم،
شاعر تہٕ محقق چھ ساری عزتہٕ سان تُسند ناو ہوان۔ یِہوے مونمت زونمت
عالم ییٚلہِ پنہٕ نبن دوٚ یمبن تصنیفن یاں زِ "دیش اپدیش" تہٕ "کوی کنٹھا بھرن"
کتابن منٛز ترتیب وار پننہِ عبارژ ہنٛدِس ڈسلابس پیٹھ امہِ کِس لفظہٕ ورتاوتہٕ
اسلوبس متعلق تہٕ تتھے کنٛز شاعرن کُن مخاطب اُستھ تمن یتھٕ کنٛز باند باند کرزِ

(ا) "مادری زبانٕی ہند بولفظوٕ ستی میلتھ سنسکرتس منٛز گروٕنی بیان"

(ب) "شاعرن پزِ پننہِ مادری زبانٕی منٛز لکھن پرُن"

پانےٚ چھُ واضح سپدان زِ شیٚمیند رآسہِ ہے پانہٕ مادری زبانٕی منٛز لکھان
پَران تہٕ اکھُتے آسہِ ہے سنسکرت بدلہٕ پننے زبانٕی منٛز وارٕ وبتارٕ سان خیالہٕ

باوتھ ہہٕ کان گرِتھ۔

تسنٛز سنسکرت کِتابہٕ روزٕ یِمہٕ وجہ کِنۍ زِندٕ زِ تمہٕ واژ دوٗر دوٗر مُلکن تانۍ تمن لوٗکن نِشہٕ یموتمہٕ پرٕتھ ہیچہ تہٕ تمن ہر ترٛتُل۔ تتھ برعکس یہ کینٛژھا تمی مُقامی زبانۍ منٛز لیوٗکھ تہٕ سپُد یاتہٕ ضائع نتہٕ یوٗت یوٗت تسنٛد بن باقےٚ تصنیفن ستی ووت تتہٕ توٗگ نہٕ تمن پرٕن عُمجھن۔ گویا تتھ پاٹھی چھےٚ اَسہِ لل دیدِ تہٕ شیخ العالمس برٛونہہ کاشرِ شاعریہٕ ہنٛز باقاعدٕ تواریخی شہادت۔

سوال چھُ یہِ زِ یمہٕ شاعر تہٕ ادیب کمہ صِنفہٕ یا شعرٕ ژاژ آسہٕ ہن ورتاوان تہٕ تمن شعرٕ ژاژن ہنٛدی انہار تہٕ ناو ہکو أسی کُنہِ زبانۍ شہادٕژ یا تحریرٕکِس جوازس پیٹھ گھرٕ گرِتھ۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ مُختلف تواریخی دورَن منٛز چھِ مُختلف موضوٗع تہٕ ہیٔژ تخلیقی بأوژ خأطرٕ غالب رُجحانہٕ رٕنگی ووٕ تلیمتی۔ چنانچہ ہمعصر ادبی منظرنامَس منٛز چھُ ہیتی سطحس پیٹھ آزاد نظمن، معرٗی نظمن، بے قافیہ نظمن، سانیٹن، نثری نظمن وغارن ہُنٛد رُجحان۔ شاید یِمیُک وجہ انگریزی ادبَس تہٕ انگریزی زبانۍ ہُنٛد مطالعہٕ عام سپُدن چھُ۔ تتھے کِنۍ لوٗب کینٛہہ ڈٕلی برٛونہہ اقبال، پریم چند تہٕ دوٗیمین ناماوار لکھارٕن زیرِ اثر کاشرِس منٛز نظم تہٕ افسانہٕ صنفو ووتھ واتھ۔ فارسی زبانۍ ہنٛدِس غلبس تحت سپز مثنوی، غزل، رباعی، مرثیہ وغارٕ صِنفہٕ کاشرس منٛز مقبول تہٕ امہِ نو کتے نظرِ ییلہِ أسی سنسکرت زبانۍ ہنٛدِس دورس متعلق سوچان چھِ تہٕ غالب امکان چھُ یی باسان زِ کاشرس منٛز تہِ آسن تمہِ صِنفہٕ ورتاونہٕ آمژٕ یمہٕ سنسکرتس منٛز یژٕ پاٹھی ورتاونہٕ

آسہٕ یِوان۔ اَتھ سٟتۍ پیٚیہِ اَسہِ یِتہِ وُچھُن زِ توارٟیخ کِس اَتھ دورس منٛز کمن علاقن تہٕ خطن سٟتۍ چھُ ییٚتہِ کٲشِرِ لُکن خاص گٔرِتھ پٔرِ ینہٕ لوٗکن، فلسفہٕ زانن والین، عالمن تہٕ سفارتی سوٗتھرِس پیٹھ دربٲرۍ لوٗکن ہُنٛد رابطہٕ روٗدمُت۔ أتھۍ پسِ منظرس منٛز آدن کالٕکۍ کٲشرِ ادبی صنفن مُتعلق غور گٔرِتھ ہیٚکو أسۍ موضوٗعی تہٕ ہَیتی اعتبارٕ بیوٗن بیوٗن زُمرن ہنٛدِ مُختلف خدو خال والین ادبی لیکھن ہندۍ ناوشہادتن تہٕ تحریری حوالن ہنٛزِ بنیاد پیٹھ یمن ناوَن تحت گھرٕ گٔرِتھ۔

کتھا (کتھ): وُنِستانٕۍ ییٚمہِ گوڈنچہِ کٲشرِ کتابہِ ہُنٛد ذِکر چھُ کرنہٕ یِوان سو چھےٚ گُناڑی ناوِ کِس عالمِ سنٛز ’’برہت کتھا‘‘۔ برٛہت وٕنتھ گوو زبٔڑ یا بٔڈ تہٕ کتھ گوو دٕلیل۔ برہت کتھا مُتعلق چھُ ونہٕ یِوان زِ یہِ أس تمہِ وقتچہِ پشاچ زبٲنۍ منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ گُناڑی چھُ پاٛنٛژِمہِ صدی عیسوی ہُنٛد سنسکرت زبٲنۍ ہُند بارستہٕ عالم وَننہٕ یِوان۔ تٔمۍ کیا زِ لیٚچھ پشاچ زبٲنۍ منٛز برہت کتھا تتھ مُتعلق یہِ کینٛژھا وَننہٕ چھُ آمُت تہِ چھُ بذاتِ خود اکھ دلچسپ قصا۔ بہر حال برہت کتھا چھےٚ اکھ دٕلیلہٕ کتاب أسمٕژ۔ یَتھ منٛز واریاہ دٕلیلہٕ شٲمل آسہٕ ہن۔ گویا امِچ نوعیت چھےٚ افسانوی۔ کتابہِ ہنٛدِس نثرس یا منظوم صوٗرژ منٛز آسنس مُتعلق ہیٚکو نہٕ وثوٗقہٕ سان وٕنِتھ تہٕ کینٛژن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ اَتھ منٛز أسۍ ستھ لٔچھ شعر۔ یہِ بحث اوٗک طرف ترٛاوِتھ تہِ وَنو زِ امِچ نوعیت أس تخلیقی۔

کتھا کیا زِ مانون صِنف؟ تَتھ مُتعلق وَنو یہِ زِ برہت کتھا یا ’’بٔڈ دٕلیل‘‘

کِتابہٕ ناو آسُن چھُ پانسےٚ منٛز یِہ تجویز تھاوان زِ باقےٚ کتھن یادٕ لپلن منٛز چھےٚ یِہ الگ، بیوٚن تہٕ بڈٕ۔ یِتےٚ نہٕ بلکہ کٔشیرِ تہٕ کٔشیرِ نیبر لکھنہٕ آمژن واریہن ترژھن کہانیین ہنزن کتابن ہنٛدبن ناوَن چھُ کتھا ستی۔ چنانچہ برہت کتھا یِہ ہنزِ بُنیاز پیٹھ کٔشیرِ منٛزٕ ے لکھنہٕ آمٕژ سوم دیونہٕ سنسکرت کتابہِ چھُ کتھا سرت ساگر ناو تھاونہٕ آمُت، شیٚمیندرَن اوس پننہِ کہانی سومبرنہِ برہت کتھا منجری ناو تھوٚومُت تہٕ سوم ایشورن سیٚد سیٚو دُے برہت کتھا۔ کتھا لکھنک یِہ سِلسلہ چُھنہٕ امہِ دورٕ پَتہٕ تہِ منقطع گژھان بلکہ اَز یِلہِ کینٛہہ محقق یِتہِ چھُ ثابت دِوان گُرتھ زِ بھٹ اوتار چھُ للہِ برٛونٛٹھم یا تَسنٛد زُیٹھ ہم عصر شاعر تہٕ تَس چھُ ویٚدس کاشرِس تخلیقی ادبس منٛز قدامتُک شرف حاصل تہٕ تمِی ہنٛزِ کتابہِ تہٕ چھُ ناو باناسُر کتھا یا باناسُر ودھ کتھا۔ یتھٕ پأٹھی گژھِ نہٕ اَسہِ کتھا یا ''کتھ'' اکھ باقاعدٕ تہٕ آدن کالٕی کاشُر تخلیقی صنف آسنس منٛز کانٛہہ اعتراض آسُن۔ تکیازِ ادبی صِنف وٕنتھ چھُ مطلب کُنہِ یا کینٛژن خصوٗصیژن ہنٛزِ بُنیاز پیٹھ ہوٚبن تہٕ رلہٕ وِنبن تخلیقن ہنز باگنے۔ اکھُتے چھِ أسی پَنہٕ نبن لُکہِ کہانین تہِ لُکہٕ کتھے وَنان۔

برہت کتھا ہنٛدٕ ے حوالہٕ چھُ یِہ نوکتہٕ تہِ سٹھےٚ اہم تہٕ قابلِ توجہ زِ یِہ کتاب تمہِ وقتچہ مُقأمی زبانی منٛز لکھنہٕ یِنٛ اوس أکِس خاص رَدِ عملکس تحت سُہ یتھٕ پأٹھی زِ تَس اوس وَننہٕ آمُت زِ سُہ ہیچھناوِن شےٚ ربتھ کھوتہٕ کم وقتس منٛز بادشاہَس سنسکرت بوٗلُن۔ تِکیازِ أبی کھیلن ہنٛدِس موقس پیٹھ اوس ووٚپر دیش ہنٛدبن بادشاہن، رانئن، کھلاڑبن تہٕ باقےٚ پرٛژھبن ہُنٛد کٔشیرِ یُن

طے۔ اَتھ موقعس پٔتھ اوس تِہنٛدِ خاطرٕ ضروری زِ سُہ بولِہ ہے سنسکرت زبانٕ منٛز تِکیازِ یِم ہکِہ ہن نہٕ تِہنٛز مادری زبان سمجتھ۔ گناڑی اوسنہٕ ییٚتس کم وقتس منٛز بادشاہس سنسکرت ہیچھناوُن ممکن مانان تہٕ دپان سروہ وَرمن ناوِکی اَکی عالمن کوٚر یہِ چلینج قبول۔ یَتھ پٔتھ گُناڑی ین یہِ اعلانہٕ کوٚر زِ ہرگاہ بادشاہ ییٚتس مُختصر وقتس منٛز سنسکرت ہیٚچھ تہٕ تیٚلہِ ترٛاوِ سنسکرت زبانٕ منٛز لیکھنۍ۔ مگر بادشاہ تہٕ تسندِس ووستادسنٛزِ محنژ تہٕ قابلیژ ہوورنگ تہٕ بادشاہن بوٗل مُقررٕ موقس پٔتھ رٕتی پأٹھی سنسکرت ییٚمہِ کِنۍ گناڑی شہر ترٛاوی تھےٚ ژٕ ۔ ول تہٕ پننہِ وعدٕ مُطأبق سنسکرت بدلہٕ مُقأمی زبانٕ منٛز دٔلیلہٕ لیٚکھتھ سُہ شاہکار تخلیق کوٚر یُس دُنیاچن خوبصورت تہٕ دلچسپ قِصن تہٕ کہأنین ہُند اصل ماخذ مانہٕ چھےٚ یِوان۔

یہٕ وٕنتھ ییٚتھ اہم نوکتس کُن أسی ظوٗن چھِ پھرُن یِژھان سُہ چھُ یہِ زِ أندی پکھٕ تہٕ دوٗردراز مُلکن ہٕنٛتی رأبطچ زبان یوٚ دوَے سنسکرتے أس مگر بادشاہ سُند سنسکرت نہ زانُن یا پھٕٹہٕ پھرٛ اٹھ سنسکرت زانُن چھُ ییٚمہِ کتھِ ہنٛز دٔلیل زِ حکمرأنی تہٕ دربأری معاملن خأطرٕ اوسنہٕ تَتھ وَقتس منٛز سنسکرت لأزمی یا زیادٕ اہمیت تھاوان۔ مُلکک بادشاہ تہِ اوس مادری زبانٕ منٛزٕ ے کأم کار پکناوان۔ بیٚیہِ ییتہٕ سُہ اوسنہٕ کم عقل یا مُڈٕ تہِ ییٚمیُک ثبوٗت یہِ چھُ زِ سیٹھاہے کم وقتس منٛز ہیٚوٕچھ تِمی گناڑی توقعن خلاف سنسکرت۔ ییٚمن سارِنی کتھن پٔتھ سٔرِتھ سوٗچتھ چھِ أسی یَتھ نتیجس پٔتھ واتان زِ اتھ وقتس منٛز چھُ مادری زبانٕ دربأرکی درجہِ اوسمُت تہٕ اکھُتے چھےٚ اَتھ منٛز سو باوٕژ توژھ اَسمٕژ زِ ترٛژھ کتاب سپٕز

تخلیق ییمیُک ناوبڑ ونہہ کُن زِندرۄ دتہٕ اکھتُے بیہ دۄیمبن تصنیفن ہنز بُنیاد۔

لولو: کاشُرِ شاعریہ ہنزِ صِنفہِ باگیہ منز ہکون ڈیلیٖ پاٹھی لولوتہِ گنز رِتھ یاونو یتہِ زِ اتھ زُمرس تحت یِنہ واجینٛز شاعری آس لوتوے لفظ ژار ہنز آسان تہٕ یہ آس عوامی سطحس پیٹھ تخلیق سپدان۔ مُختلف ذاژن ہنٛدی لکہٕ باتھ تہِ ہکو کھ اُتھی صنفہِ منز گنز رتھ۔ یمن لکہٕ باتن ہُند یژ کاجرچھ عالمن کیٛو محققن گوڈے تسلیم۔ لولو بطورِ صنف یا خاص طرزِ کی باتھ گنز رنس چھ یہ جواز زِ اتھ منز چُھ گیوٚنہ تہٕ لیہِ باپتھ اکثر ''لولو'' استعمال سپدان رۄدمُت۔ یتھن (لولو) باتن مُتعلق چھےٚ اَسہِ توارِیخی رِوایت تہِ میلان تہٕ اکھتُے چھ امہِ قبیلہِ کین باتن ہنز بُنیاد پینک یا شروٗع سپدنکہِ زمانُک تصدیق سپدان۔ حالانکہِ لکہٕ باتن ہُند سِلسلہٕ آسہِ ہے امہِ تہِ برٛونہے شروٗع سَپُدمُت تاہم ہکو کھ یم تہِ اُتھی زُمرس منز شامِل کُرِتھ۔ یمہِ توارِیخی حوالچ اَسی یتھ جایہِ ذِکر یژھو کرٕنی سٕہ چُھ تتھ زمانس مُتعلق ییٚلہِ مورخن ہندِ ونہٕ راجہ سندرسین نہِ وَقتہٕ رازِ تہٕ لۄکن ہندِ بوکو کاروٗکنٛز مُلکس شہمت آیہِ تہٕ یہ سورُے آبس تل پھوٚٹ۔ شہر گوو ۆسی تھےٚ تہٕ اَتھ جایہِ آوسہ جھیل وجۄدس یُس ازتانی وُلرناوٕ مَشہوٗر چُھ۔ اَمہِ پتہٕ یم لۄکھ دۄرسَر حدَن کُن بَسان اَسی تموٚے کوٚر اتفاق تہٕ مالوہ کہِ رازِ خانداُنک اَکھ شخص یُس اَزیکِس لولاب اَندَس جاگیر اوس، بنوٗ کھ زارِ پارِ کُرِتھ بادشاہ۔ اُمِس اوس ناو رازِ لو۔ اُمی کُری لۄگُن سٔتھاہ سو چھ تہٕ لولو ناوُک شہر کوٚرُن آباد۔ یتہِ بقولِ کلہن (راج ترنگنی ترنگ۔ ا۔ شلوٚک ۸۵)

شیٹھ لچھ ،بقولِ رتنا گر شیٹھ ساس تہٕ بقولِ خواجہ محمد اعظم اٹھ لچھ شیٹھ ساس گرٕ آباد سپدی ۔ پنڈت بیربل کاچرو چھُ مجموع التواریخس منز واضح طور یہِ کتھ لکھان زِ کاشرٕ بن یُس ازتانی تہٕ (بأتہٕ) لبحن منز حرفِ لولو ورِ دِ زبان چھُ سہٕ چھُ دراصل امی سے بادشاہ ہندِس یادس منز۔ کلہن چھُ رانی یشومتی ہندِس نیچوی گونندا دوٚیمس پتے امی ہنزِ تختِ نشینی ہُند وقت مانان ییلہِ زن مورخ حسن باقے حوالن ہنزِ بُنیاز پیٹھ اتھ درمیان تمن کینژن بادشاہن ہُند تہٕ ناوہواں یم کلہنس پیٹھی چھ یا یتھ متعلق نہٕ تس معلومات بہم اسی سپدی متہٕ ۔ بہرحال یہِ کتھ تہِ چھےٚ اہم زِ شاعر آسہٕ ہن نہٕ شعوری طور لولو بأتن کانٛہہ صنف مانتھ لکھان۔ مگر امہِ قبیلہٕ کہن بأتن ہکو اسی مجموعی طور یوہے ناو دِتھ۔ ازتہِ ییلہِ کانٛہہ ہلکہٕ پھُلکہٕ عمومی سطحُک شعر گنڈ یا ونہِ تتھ چھ طرز الو بر لولوونان۔ گویا سبٹھاہ پرأنی لوتوے لگہٕ شاعری ییہِ لولو صنفہِ منز ے۔

پد: پد چھُ سانہِ قدیم کالی شاعری ہُند اکھ باقاعدٕ صنف اوسُمت۔ چنانچہٕ چھُمہٕ پدن ہُند ذِکر چھُ گوڈے مختلف کتابن منز سپد مُت۔ بقول ناجی منور تہٕ شفیع شوق "امہِ عالمانہٕ شاعری ہندی سارِوے کھوتہٕ پرأنی نموٗنہٕ چھ سنگرہ شلوک تہٕ چھُمہٕ پد مانہٕ یوان۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ "چھُمہٕ" یا چریا" اوس سادن ہُند اکھ گروپ۔ یم اسی روٗحانی فلسفکی اولِی تہٕ زاولِ نوکتہٕ شعرن منز باوان تہٕ وبتہٕ ھنے گران۔ یہِ ہندبن بأتن یا شعرن اسی چھُمہٕ پد یا چریا پدونان ۔ یمہِ تلہٕ یہِ گتھ صاف چھےٚ سپدان زِ چھُمہٕ گرٗوپہٕ علاوہ تہٕ آسہٕ ہن "پد" صنفہِ

تحت بیٚہِ تہٕ شعر وَننہٕ یِوان۔

''پد'' لفظ چھُ لَل دیدِ تہٕ شیخ العالَمؒ تہٕ پننہٕ نِس کلامَس منٛز وَرتو مُت سُتہٕ تمہٕ اَنمانہٕ زِامُیک اِشارٕ چھُ کُنہٕ جامع باوٕ ژانہارُک پے دِوان۔

لَل دیدِ چھےٚ وَنان۔

گیانُکھ اَمبر پَرِتھ تنٕے      یِم پد لَلہِ دٕپی تِم ہرٕدِ اٚنکھ

سارِنےٚ پَدَن کُنے ووکھُن گوم      لَلہِ مےٚ تِراگ گوم لگہِ کمہِ شاٹھے

مأرِتھ پانژہ بھوتھ تِم پھَل ہٕنڈی      توٚے زانگھ پَرَم پد، ژٕنڈی

شیخ اُلعالَمنؒ تہٕ چھُ کینژَن شرُکین منٛز پد لفظ اَمے اَنمانہٕ وَرتو مُت۔

مِثالہَ خأطرٕ یہٕ شعر۔

یِمَن پَدَن مےٚ وہٕار گوٚژھے      بار خدایا پاپ نِوار

بگہٕ نُندی مےٚ یِم پد وٕنی      ہرٕ تیٚتھ مَتہٕ مےٚ زَم دِ

یِم پد وٕنی نُندِ سٕنزی      ژٕ تھاو لولہٕ مَتہٕ لایے

''پد'' لفظس چھُ معنہِ مُقام یا وَنوتھوٚ دمُقام۔ یہٕ ہیکہِ معروٗضی تہٕ اٚستھ تہٕ غأر معروٗضی تہِ۔ ژٕرِت (چرِت) وٕنتھ چھُ مَطلَب سوانح حیات (Biography) تہٕ امہِ قبیلہٕ کین تصنیفن منٛز چھےٚ شخصیژن ہنٛدین حقیقی یا اوٚسطوٗری کردارن ہنٛز باوتھ کَرنہٕ آمژ۔ کٔشیرِ ہنٛدِ بوٚڈانوٚ مورِخو چھِ سٔتھٕے

پڑٲنؠ واقعات یِمے ژٕرِت پٕرِتھ یا بۄزِتھ ترتیب دِتی مِتی ییٚمہٕ کِنؠ سأئنس آدن
کال کِس تأرٟیخس تہٕ وارِیٛہس حدَس تانؠ اۆسطورِی تہٕ تخلیقی رنگ چھُ
کھۄتمُت ۔ اَز تہٕ چھُ اَسہِ کشیرِ منٛز لیکھنہٕ آمتین قدیٖم کالٕکی سنسکرِت ژٕرِتن ناویا
کُنہِ کُنہِ نُسخہٕ تہٕ میلان مگر لَلہِ بۄدٕوہِہ مہٕ زمانک کانٛہہ ژٕرِت چھُنہٕ وُنہِ بدَس
آمُت ۔ تہٕ أستھ تہٕ ییٚتھٕ کِنؠ ژٕرِت ناوَس تحت سانۄ بٕڑٕ شأعر و تہٕ کینٛہہ نظمہٕ
تخلیق کٔرِ لہذا چھُنہٕ یہِ یِہُن لایق باسان زِ لَلہِ بۄدٕونہہ کیٛاہ آسہِ نہٕ کأشرِس
منٛز کانٛہہ ژٕرِت لیکھنہٕ آمُت ۔ اکھُتے ییٚتہِ زِ ہرگاہ "ژٕرِت" صِنفہِ کِردار تہٕ
واقعات نِگأری چھےٚ ہیٚتِلہِ ما مانون أسی سہٕ مشہوٗر قصہٕ تہٕ أتھی صِنفہِ منٛزیُس
مَشہوٗر رفاتح حُکمران راجہ جیاپیڈنہٕ آشنہِ متعلق شأعر وگۄنڈمُت اوس تہٕ لۄکھ أسی
قِصس وَنان تہٕ بوزان تہٕ ییٚمہِ کِنؠ چھیکرس جیاپیڈن برٛہمنن ڈُبہٕ ڈاس کۆر ۔

وٕنتھ: وٕنتھ ناوچہِ کُنہ ادبی صنفہِ ہُند چھُنہٕ کأنٛسہِ نقادن اَز تانؠ ذکر
کۆرمُت مگر شیخ العالمؒ چھُ اکھ درجن کھۄتہٕ زیادٕ جاین تِمن زِچھن نظمن ہِنٛدِس "
لیکھتہٕ" وأرِس شعرس منٛز تِمہِ آیہِ لفظ "وٕنتھ" ورتومُت زِ بطورِ صنف امیُک آسُن
تسلیم نہٕ کرنس چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ جواز بنان ۔ کلامِ شیخ العالمس پیٹھ تبصرٕ کرن والیو یا
کأشرِس منٛز وَژُن، نظم وغارٕ صنفن ہِنٛدِ تواریخہٕ کہِ حوالہٕ چھےٚ کینٛژ واد یبو تہٕ محققو
یِمہٕ نظمہٕ تہٕ زیرِ بحث اَنہِ مژٕ یا یِہنٛد ذِکر کۆرمُت ۔ تہٕ أستھ تہٕ چھُنہٕ ییٚتھ کتھِ
کُن کأنٛسہِ ہُنٛد ظون گۆمُت زِ اما یِہنٛدِس تخلیق کارس کیٛاہ اوس یِمن ہِنٛدِس ہیٚتی
قالبس مُتعلق خیال یا سُہ کمہِ وجہ کِنؠ چھُ یِمن نظمن ہِنٛدِس أنتھس پیٹھ یِمن

''وَنتھ'' ناو دِوان۔ ہرگاہ اَتھ یَمن نظمن ہُند موضوٗع تہِ وجہ آسہِ، تہِ أستھ تہِ وَنوأسی اتھ صِنف۔ تکیازِ صنفن ہُنْد تعین چُھ موضوٗعی یا ہیئتی اعتبارَے سپدان آمُت۔ دلچسپ کَتھ چھےٚ یہِ زِ یَمن سارِنے نظمن ہِنْدی مضموٗن یوٚ دوے بیوٚن بیوٚن چھ تاہم چُھ تمام تر جاین سہ مِصرعہ رَلہٕ وُن یَتھ منٛز ''وَنتھ'' استعمال چُھ سپُد مُت۔ تمہِ کھوتہٕ زیادٕ توجہ طلب چھےٚ یہِ کتھ تہِ زِ شاعرن چُھ کُنہِ کُنہِ تخلص ہیر پھیر کٔرِتھ ورتومُت مگر سہ ناو چھُن تتھے ٔکنز ورتومت یتھ ووٚنی أسی صِنف وَنو یعنی ''وَنتھ''۔ یَتھ جایہِ کروأسی تِتھی شعر درج۔

وٕنی وَنتھ نُنٕد کیموشن ترٛووُم گرِ زیوٚن کتھ ِکتھو

وٕنی وَنتھ نُندِ سنٛزی چھُم زٕبتس مہربانہٕ

وٕنی وَنتھ نُنٕد بابہٕ ریشن کربندن توشہِ خداے

وٕنی وَنتھ نُنٕد بابہٕ سنٛزی بارخدایا پاپ نوٚار

وٕنی وَنتھ نُنٕد بابہٕ سنٛزیے زٕبتس پھن ہاریے

وٕنی وَنتھ نُنٕد بابہٕ ریٚشن پانہٕ آشَن گس کیاہ دِتو

وٕنی وَنتھ نُنٕد کیموٗشی چھوٚن اتہٕ گتھ لوٚگے وَتہٕ گتھ پانہٕ

وٕنی وَنتھ نُندِ بابہٕ سنٛزٕے کو موٚٹھے گرِ پَنہٕ نو

وٕنی وَنتھ نُندسٕنزی ہے زُو پالیس پیتہٕ

وٕنی وَنتھ نُندٕسٕنزٕرے ہے زُو مَرُن موٚ ٹھے کوٕ

وٕنی وَنتھ نُند سنزٕ آیے چُھ تَس پانہٕ خداے

بگُہٕ نُندی مےٚ وَنتھ وٕنی ہے زُوٕ روٚ ٹھکھ کوٕ

وٕنی وَنتھ نُندٕ بابہٕ ریشن یاوُن سوٗر تہٕ بُڈے بایہ

وٕنی وَنتھ نُندٕ سٕنزی تتھی مےٚ ور دِتو دِیوو

یِمن سارِنے نظمن ہٕندی موضوٗع الگ الگ آٔسِتھ تہِ مقطع مِصرعہ اکے اندازٕ استعمال کَرُن چُھ ہاوِتھ دِوان زِ شیخ العالمؒ چُھ شعوٗری طور یِمن تخلیقن وَنتھ ناو دِوان تہٕ اَتھ سلسِلس منٛز چُھنہٕ تِہُند تنقیدی ذہن کانٛہہ سمجھوتہٕ کرنس پیٹھ تیار۔ یتہِ وَنو اَسی زِ یِمو چُھنہٕ پزٕ بتھ نظمہِ ہٕندِس آخری شعرس منٛز ''وَنتھ'' استعمال کوٚر مُت۔ مگر سُہ چُھنہٕ سانہِ کتھِ کمزور بناوان بلکہ دربرٕ بخشان۔ تکیازِ باقٕے نظمن منٛز چُھنہٕ کُنہِ جایہِ امہِ اندازُک ہشر وَنہِ یِوان۔ البتہٕ چھُ حضرتِ شیخن ترٕہن نظمن منٛز لفظ عرض تہٕ اَکِس منٛز امے آیہِ 'زار' استعمال کوٚر مُت۔ یِم شعر چھِ یِتھ پأٹھی۔

گرگُندِتھ نُندٕ ریٚش نوٚم عرض وٕنِس وَتھ رأوأنِس ژین تہٕ میانہِ پانہٕ

نُندٕ ریٚش مےٚ عرض ؤنی دِل بأوِتھ کرٛے گرتو

نُندی عرض تھأوی از شبرنگ تو شوبِنگہٕ پَر تو رحم یا الاہی

نُندٕ ریٚش زارٕ ؤنی تَس کردگارس کیٛاہ زیوٗنُم سمسارس زٕتھ

فنی تہٕ لِسأنی زأوی جارن سنن وأتی ہٕکن سہل پأٹھی یہِ اندازٕ گرِتھ زِ رَلہٕ وِنہِ اندازٕ باوجودتہِ چھنہٕ عرض تہٕ زاریمن شعرن منٛز تمہِ شعوٗری کیفیژ ہنٛز عکاسی کران یہِ زن گوڈ درج کرنہٕ آمتٮ۪ن شعرن منٛز "وَنتھ" لفظ کس استعمالَس منٛز سپدان چھےٚ۔ یِتہِ ہرگاہ وَنو زِ ژکہِ ماچھُ شیٚخ العالمؒ "وَنتھ" مناجات خأطرٕ استعمال کوٚر مُت۔ تیٚلہِ تہِ چھُ سانہِ گتھِ زیادٕ دربرٕ میلان تِکیٛازِ اکھ چھَنہٕ یمہِ سارٮ۪ے نظمہٕ تمنٕے یأژ موضوعن ہنٛزٕ باوتھ یمن منٛز صرِف خدا تعالیٰ ہَس کُن عرض یا تَس اعلیٰ حقیقژ ہنٛدی براہ راست تعریف بلکہِ بیٚیہِ تہِ موضوٗع۔ تمہِ باوجوٗد ہرگاہ یِتہِ مانو زِ موضوٗع اعتبارٕ مانو کھ یم مناجاتھےٕ مگر شیٚخ العالم یٚیلہِ یژھَن زیادٕ تر نظمن بڈٕ تھ بوٗلِتھ "وَنتھ" وَنن تیٚلہِ پٮ۪یہِ اَسہِ یہِ مانُن زِ مُناجات یا اعلیٰ حقیقژ ہنٛدٮ۪ن تعریفن منٛز یہِ کینٛژھا تہِ شیٚخ العالم یا تَس برٛونہہ لِکھنہٕ اوس یِوان تَتھ اوس "وَنتھ" وننہٕ یِوان۔ بہر حال "وَنتھ" صِنفہِ ہُنٛد معیارِ قالب یا پیمانہٕ ہیٚکہِ وونٛی یموٕے نظموٗ کنٛی مُقرر کرنہٕ یِتھ تِکیٛازِ تنقید چھُ بہر حال تخلیقس تابع آسان۔ شیٚخ العالمؒ سنٛزِ نظمہٕ برٛونہہ کنہِ رٕٹِتھ ہیٚکو أسی "وَنتھ" صِنفہِ ہنٛدی خدوخال مُقرر کرِتھ۔

وٚژُن: یہِ گَتھ چھےٚ گوڈٕ تہِ مےٚ کینژَن مضموٗنن منٛز اِشارتاً تہٕ تہٕ واضح پأٹھۍ تہِ بیان کرہٕ ژ زِ کأشرِ ہن شعرِ صنفن ہنٛدی تعریف کرنہٕ وَقتہٕ یا یِمن ہنٛدی پرٛزناوَن نِشانہٕ بیان کرنہٕ وَقتہٕ یِمہٕ تہِ گَتھ اوتار کرشن رہبر صأبنہٕ کأشر ادبٕچ تأریخ چھپنہٕ پتہٕ لِکھنہٕ تہٕ وَننہٕ آیہِ تِمن چُھنہٕ تِمن صنفن ہنٛدِ ہن تخلیقن ستۍ کانٛہہ واٹھ یَتھ زن حَبہ خوتوٗنہِ بڑ ونہہ وژُن وَننہٕ اوس یِوان۔ حبہ خوتوٗنہِ ہُنٛد کلامہٕ چُھ ''غزل'' یہِ زن تَتھ سأنی سأری پرٲنی شأعرتہِ آسی ونان۔ گُس وَنہِ رُسُل میر تہٕ محموٗد گأمی کیاہ اوسنہٕ غزلچہِ ہیٔژنِش واقف۔ تِہنٛدِ وقتُک یا تِہنٛدِ ہن ووجہِ دار غزلَن ہُنٛد کانٛہہ تہِ قلمی نُسخہٕ وُچھو تِمن کیاہ زِنہٕ وَژُن وَننہٕ آمُت۔ یا تِتھے کُنہِ فارسی کِتابہِ تِمن غزلن متعلق کیاہ وَنوٚیِمن ترِہن ژوٚن لفظن پٕٹھ مشتمل تیٚتھ رٔدیف چُھ زِ مصرعہِ ہرگاہ دوٚن حصن منٛز بأگروٚکھ تہٕ سارِنۍ منٛز یِیہِ ووج مِصرعہٕ وَنہِ۔ خأرا تھ مُتعلق چھُ بیٚین جاین مےٚ تفصیلی بحث کوٚر مُت۔

لل دید تہٕ شیخ العالم نہِ کلامہٕ کہِ مطالعہ پتہٕ ہیٚکہِ خالے کانٛہہ حیلہٕ تہٕ ہیٚتھ رٔٹِتھ ہیٚتھ زِ تِہنٛدِ وَقتہٕ کیاہ آس نہٕ امہِ ناوِچ کانٛہہ صنف کأشرِس منٛز موجوٗد۔ تِکیاز اِ کِس جایہِ اگر معنیٚس کانٛہہ ژھاے روزان چھےٚ سو چھےٚ دوٚیمہِ جایہِ پوٗرٕ سپدان۔ لل دیدِ چھُ کم از کم ترِہن جاین لفظ ''وژُن'' ورتومُت۔

گوٚرَن ووٚنُم کُنُے وَژُن سُے گوٚولِلہٕ مےٚ واکھ تہٕ وَژُن

پوٚت پھیرتھ چھےٚ توٚتُے اَژُن یِہوے وَژُن ژِتِس تھاو

تہٕ شیخ العالمؒ تہٕ چھ بابہٕ نصر الدینس مخاطب سپدتھ ونان:

نصر بابہٕ ژٕبوز گوٗر سُند وَژُن سوٗرِ سنٛز ووڈِ آسہِ موٗرِ سُند تاج

رہبر صأبن یٔیمہِ وَقتہٕ کأشرِ ادبٕچ تأریخ لیچھ تِمن تہِ آسہِ ہے ضروٗر

ذہنَس منٛز ِ''وَژُن'' چھُ اکھ وِژ پرأنی شعرٕ صِنف کأشرِس منٛز آسمٕژ۔ چنانچہِ

شیخ العالمَس پیٹھ محموٗد گأمی یَس تانی کلامٕچ سام ہیوان کوٚر تِموٚ محسوٗس زِ حبہ

خوتوٗنہِ ہُنٛد کلامہٕ چھُ امہِ منٛزٕ م پرٛاو یادور۔ تِمۍ سندین غزلن منٛز موجوٗد مقأمی

نغمہٕ گی تہٕ لَیہِ ہنٛزٕ ترٛاے تہٕ اٚڈرن، یہے چھےٚ کتہِ تأنی غزلہٕ کیوٚ شِشٕ تقاضو نِشہِ

الگ تہٕ اٚتھی بُنیاز پیٹھ دیت تِمو ووج دار غزلن وَژُن ناو۔ سُہ بامےحبہ

خوتوٗنہِ یا أری نہِ مالہِ ہُنٛد اوس یا محموٗد گأمی، رُسل میر تہٕ تِمن پتہٕ درجن واد غزل

گو کأشرِین شأعرن ہُنٛد۔ تِمو کرۍ کینٛہہ پھیرٕ تہِ گھرٕ یٔیمہِ کِنۍ بڑٕ ونہٕ کُن تہِ یہِ

کنفیوٗجن پکان گو وتہٕ آزادن تہٕ مجبوٗرن تہِ یتھ غزل ووٚن تتھی ہیوٚت ادٕ باقیو

تہٕ وَژُن تہِ وَنُن۔

توارٔیخُک مطالعہٕ چھ یہِ اندازٕ بخشان زِ وَژُن چھُ اکھ سبٔٹھاہ پرأنی شعرٕ

صِنف۔ کم از کم تیژٕ پرأنی ییژٕ کنٛڈ زبأنی منٛز اَمے ناوٕچ ''وچَن'' صنف چھےٚ۔

کنٛڈس چھ کلاسیکی زبأنی ہُنٛد درجہ تہٕ وَچن چھےٚ تِمہِ زبأنی ہنٛز آدن کألی موٗلہٕ

صنفِ سخن مانٛنہٕ یِوان۔

پروفیسر پی این پشپؔ چھ کنٛڈ زبأنی ہنٛزٕ امہِ صِنفہِ ہنٛز کتھ کران اَکِس

مضموٗنس منٛز تیٚتھ ہیوٚ کیا ہتام باوُن یژھان یتھ شاہد رہبر صأبنۍ راے تِمن

وار وبستار سان کتھ کرنس ٹھوٚ رہیوٚ چھےٚ باسان۔ حالانکہِ تم چھِ مضموٗن کس شروٗعس پیٹھے لیکھان ''کاشر زبانی منز یُس (اندرٕ رکیوٗ نیبری) انہار واکھن ہُنٛد چھُ سے ہیوٚ بوٗزی تو کنڈ زبانی منز وَچنن ہُنٛد۔ باسان چھُ کشیرِ اندرٕ تہٕ ما آسہِ ہے روٗحانی رنگس منز یتھے ہیوٚ کینہہ وننہٕ یوان یتھ وَژن ونان اَسی۔ لل دیدِ تہٕ چھُ أتھی کُن اشارٕ کران وٚنمت ''سُے مےٚ للہِ گوو واکھ تہٕ وَژن'' کتھ چھنہٕ أنی مأنی ہش تہٕ کینہہ۔ تکیا زِ کشیرِ تہٕ کرناٹکس اوس لل دیدِ بروٗنہہ ؤری ہَتھ ڈایہِ مَرٕ یُن گرٕ ژھن تہٕ تہٕ تمدنی رِشتہٕ تہِ اُستوار سپُد مُت''

امہِ حوالہِ کنی یمن گتھن کُن پرن وألی سُند ظوٗن چھُ گژھان تتھ منز چھ یم نوکتہٕ اہم ز:

(ا) یتھ شعر صنفہِ أسی از وَژن ونان چھِ، سو چھنہٕ وَژن۔

(ب) وَژن صِنفہِ ہُنٛد دَس چھُنہٕ حبہ خوتوٗنہٕ ہِنٛدِ زمانہٕ ووتھان۔

(ت) لل دیدِ تہٕ شیخ العالم سِنٛدِ زمانہٕ آس یہِ صِنف کأشرٕ ہن ویز۔

کشیرِ کرناٹکس درمیان یُن گرٕ ژھن آسنس متعلق ییتہٕ پُشپ صأب یہِ چھ ونان زِلل دیدِ بروٗنہہ ؤری ہَتھ ڈایہِ مَرٕ اوس یمن دوٚن بیوٚن علاقن پانہٕ وأنی رأبطہٕ، یئلہِ رأبطچ کتھ ؤژھے تیٚلہِ کیاز مٔشرا وو أسی پننہٕ ننِ تمام توأریخی کتابن منز موجوٗد سُہ حوالہٕ ییمہِ کنی کشیرِ ہِنٛدی سفاک حکمران رازٕ مہر کُلہن کلیان (أز یک کرناٹک) فتح اوس کوٚرمُت تہٕ تمہِ پتہٕ تمن علاقن ہُنٛد فوج ہتی ہیتھ تمہِ بڑونہہ سنگالدیپ تہٕ کوٚرُن سُہ زیر۔ سنگالدیپ زیر کرنُک وجہ

اوٗسس یہ زِ دپان مہر کُلنہٕ آشنہٕ اوس اکہِ دوٗہہ سٕہ پلو لو گمُت یَتھ سنگالدیپ
کِس حائے کمہٕ سٕنز شکل اٗس بنآوِتھ۔ اوے اوس مہر کُلس خشم کھوٗتمُت تہٕ ژکھہِ
ہوٚت قسم کھیوٚمُت زِیوٚت تانٛی نہٕ یہِ مُلک زیر کرن توٚت تانٛی بیہمہٕ نہٕ۔ گویا
امہِ تلہٕ چھُ یہِ نتان زِ امہِ علاقہٕ کہن لوٗکن ہُنٛد چھُ مہر کُل نہِ برٛونٛہہ تہِ یورکُن
یُن گژھُن اوسمُت۔ یُن گژھنُے یوت نہٕ بلکل کاربارتہٕ۔ مہر کُل چھُ ۲۳۳۹
کُل یکس منٛز کٔشیرِ ہُنٛد حکمران آسان۔ تمِیُک مطلب گوو تیٚلہِ زِ ڈاے ساس
ؤری برٛونٛہہ تہِ چھُ کٔشیرِ یمن علاقن سٟتی رأبطہٕ اوسمُت۔ کٔشیرِ ہنٛدِ ن ابتدأیی
بسکین ناگن ہُنٛد ہرگاہ دراوڑن سٟتی کانٛہہ تعلق چھُ تیٚلہِ ہیکوٚ یتہٕ ؤنِتھ زِ جنوبی
ہندوستانس منٛز بسن والین لوٗکن چھُ پانٛژھ ساس ؤری پیٚٹھی تہِ پانہٕ وأنی
تعلق اوسمُت۔ اَتھ صوٗرتحالس تہٕ کٔشیرِ ہنٛدِ آدن کالُک علمی تہٕ فلسفیانہٕ بجر نظر
تُل تھاؤِتھ ماہیکوٚ یتہٕ ؤنِتھ زِ وٕ ژُن ما آسہِ گوڈٕ ییٚتی بار سٕس آمُت تہٕ اِدٕ ووت
کنٛڈ زبانٛی منٛز۔ کنٛڈ لوٗکھ چھِ پننہِ زبانٛی تہٕ ادبس اَز تہِ سخ لول بران تہٕ امہِ کِنہٕ
چھِ وَچنن تہِ باقٕے زبانن منٛز ترجمہٕ سپدان۔ اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ شوٗنیہ
سمپادنے وَچنن ہنٛزِ سومبرنہٕ ہنٛدِس اٗکس بابَس چھُ مارٟین سمپادنے ناو
آمُت تھاونہٕ۔ ماریہ چھُ کٔشیرِ ہُنٛدُے کُس تانٛی راز گوٚبُر اوسمُت یَس کلیانس
منٛز "مولہِ گییہ ماریَہ" ونان چھِ آسٟ متی، تیمُیک معنہِ "زِیُن کِنن وول" چھُ۔
یہ رازِ گوٚبُر اوس شاہی شان وشوکت ترٛاوِتھ پنٕنہِ آشِنٛی ہیتھ کرناٹک کِس
اٗکِس شیوی سادس نشہِ روحانی آگہی پرٛاونکہِ غرضہٕ گوٚمُت۔ یہِ کتھ

یۆ دوے یتھ مضموٗنس ستی سێد سیوٚد تعلق چھنہٕ تھاوان تہٕ اٴستھ تہٕ چھےٚ سارِنے ہُنٛد توجہ منگان زِ شُنٛز وادتہٕ اَمیُک فلسفیانہٕ ارتقا تتھ کنٛز کٲشرِ منٛز سپُد تمہٕ کنٛز ما آسہِ ہے ناماوار ریاضی دان آریہ بھٹُن تعلق تہٕ کشیرِ ستی، یہ زَن ناو تلہٕ تہٕ باسان چھُ۔ اَتھ سلسِلس منٛز چھُ تحقیق سپٕدھٕنۍ ضرورت۔

کٲشرِ ہنٛزن آدن کالٕکی ادبی صنفن منٛز چھےٚ واکھن تہٕ شُکبن سپٕدھٕنۍ اہمیت تِکیازِ یہند زبر تعداد چھُ اَسہِ نِشہِ تحریری صوٗرژ منٛز دستیاب۔ خاص کٔرتھ للہٕ واکھ تہٕ شیخ شُکبن ہنٛزِ صورژ منٛز۔ یمن کُس ہشر تہٕ بینبر چھُ پانہٕ وأنۍ تتھ مُتعلق چھُ میون اکھ مضموٗن شیرازس منٛز تہٕ میانہِ کتابہِ ''یمن پدن مے وہرار گوٚ ژھے'' منٛز چھپیومُت یُس زَن یێمہِ مضموٗنک تتمہٕ مانتھ ہکون۔ صرف کروس یێتتھ یہِ ہُرر زِ شُکبن چھِ اٴسۍ شاید عام غلطیہ کنٛز شرٛکی ونان حالانکہ شیخہٕ شُکبن پٔٹھ مِنی رێش نامَن منٛز تہٕ چھُ شیخ العالمٔنؒ اکھ مصرعہ یێمہٕ اندازٕ لیٚکھتھ ''کن تھاو شُکبن بییہٕ پنٛج سوٗرن'' ویسے تہٕ ہکہِ ''شلوک'' لفظٕچ کأشر صوٗرت ''شُک'' اٴستھ۔



# شیخہٕ شرٕ کبن ہُنٛد شعری جمالیات

## رِوایت تہٕ ورتاو

مجروح رشید

ایمان دأری ہٕنز کتھ چھےٚ یہ زِ حضرت شیخ العالمؒ سٕنز زندگی تہٕ شأعری متعلق کتھ کرنہٕ وِزِ چھِ مشکلات درپیش یوان۔ اَتھ صورت حالس پتہٕ کُنہٕ چھِ زٕ وَجہ کارفرما۔ اکھ یہ زِ ؤنہِ تہِ چھِ علمدارؒ سٕنز زندگی ہٕنٛدی واریاہ گوشہِ وُنلہِ تل تہٕ دوٚیم زِ تِہٕنٛدِس کلامس متعلق کانٛہہ نوٚ کتھ وٕنٛی چھےٚ ناممکن تِکیازِ اَمہِ حوالہٕ چھِ سیٹھےٚ عألمانہٕ تہٕ ناقدانہٕ بحث سپدی مٕتی یم جامع تہٕ بسیط مقالن ہٕنٛدِس صورتس منٛز شائع تہِ سپدی مٕتی چھِ۔ آزادس، راہی یَس تہٕ ٹینگس پیٹھہٕ مرغوب بانہالیس، رشید نازکیس تہٕ شفیع شوقس تام سارِوٕے اہم نقادو چھُ اتھ سلسلس منٛز قأبلِ قدر کأم کرمٕژ، یِتھ باضأبطہٕ پأٹھی قدر سنجی تہِ سپزٕ مٕژ چھےٚ۔

یِتھس صورت حالس منٛز ہےٚ کیٛنٛہہ نوٚ وَنوتہٕ کیٛاہ وَنوتہٕ، کِتھِ پأٹھی وَنو۔ یہ چھُس ہےٚ بنگہٕ مگر کیٛنٛہہ نتہٕ کیٛنٛہہ وَنُن چھُ میأنٛی تدریسی مجبوٗری۔ بہر حال یہ پھِرِ یِتھ مختصر پرچس منٛز یتھ کتھِ کُن تِہٕنٛد ظون زِ أسی چھِ حضرت شیخ العالمؒ سٕنٛز شأعری نِشہِ فأض تُلنہٕ باوجوٗد تمی سٕنٛز شعری جمالیات کُبن مؤلہٕ

آگرن نِشہٕ ناواقف۔ یہِ چھُ پوٚز زِ تہٕندِس کلامس منٛز چھِ یِژ پاٹھی قرآنی تعلیماتن للہِ کھول سپُد مُت مگر شعرُک تہٕ فنُک یُس تصور کلامِ شیخس منٛز ٹاکارٕ چھُ تتھ چھِ سانہِ پرٛانہِ جمالیاتی تحریکہِ ستی اکھ سوٚن تہٕ اژھیوٚن واٹھ۔ اوٚ کنِ چھُ ضروری زِ اسی کرو تمہِ شعریاتکو وِتھی پوٚٹھی نوکتہٕ برونٛہہ کُن انٛنچ کوٗشش یوسہٕ کلامِ شیخسٕ منٛز کارفرما چھِ۔ یہِ چھےٚ الگ کتھ زِ سانیو معتبر نقادو چھُ فارسی، اردو تہٕ انگریزی شعریات زیرِ نظر تھاوِتھ شیخہٕ شُرکین ہنٛز فنی سام ہیٚژ مژ تہٕ حضرت شیخ العالمؒ سُند شاعرانہ مرتبہٕ مشخص کرنٕچ چھکھ اکھ سنجید کوٗشش کٔرمژ۔ میوٚن مدعا چھُنہٕ ییٚتھن تمن ستی کانٛہہ مجادلہٕ لاگُن بلکہِ بس یِتے یوٗت ونُن زِ ییٚلہِ علمدار کاشرِس شعری منظرنامس پیٹھ نمودار سپدی تمہِ ساعتہٕ اوس کٔشیرِ منٛز بارسس آمتین جمالیاتی نوکتن ہُند بحث برصغیرٕکین اہم ترین ادبی حلقن منٛز کمالس پیٹھ ووٗمُت تہٕ خود کٔشیرِ منٛز تہٕ آسہِ ہے شعرونہٕ وِزِ تمن نوکتن ہُند خیال تھاونہٕ یوان یم ییٚتی ووٗتلیمتی آسی۔ مطلب یہِ زِ حضرت شیخ العالمؒ سٕندِس زمانس منٛز اُس اکھ شعری جمالیات شعوری یا لاشعوری طور بارسس تہٕ اکہِ مخصوص شعری ساختہِ تہٕ آہنگ چہِ غارٕ موجودگی منٛز ہیکہِ ہے نہٕ شعر تخلیق سپدِتھ۔ للہِ ہُند کلامہٕ تہٕ چھُ حضرت شیخ سٕندِس کلامس پتہٕ کنہِ بحیثیتِ رِوایتھ موجود تہٕ للہِ آسہِ اظہارچہِ وَتہٕ اکس حدس تام ہموار کٔرِتھ تھاوِمژ۔

ضروری چھُنہٕ زِ شیخ العالمس کیاہ آسہِ ہے کاشُر شعریاتکین اصولن ہنٛز شعوری زان تاہم چھُ تہٕندِ کلامہٕ ییتھ کتھِ اٚنہٕ ہاوان زِ تم چھِ شعرِکین بنیادی نوکتن تہٕ زٲوی جارن واقف اسی متی۔ تمن نوکتن ہنٛز یم سنسکرت شعریاتکی اہم

ترین نوکتہٕماننہٕ چھِ یوان۔ بہٕ کرٕ نہٕ ییٚتھن حضرت شیخ ہنٛدِ کلامہٕ کِس خاَرجی آہنگس یا خاَرجی ساختس متعلق کانٛہہ کتھ تکیاز ِتتھ متعلق چھُ پروفیسر رحمٰن راہی صاٮ۪بن پننہِ کتابہِ "کاشُر شاعری تہٕ وزنُک صورتحال" منٛز مفصل بحث کوٚرمُت۔

سنسکرت شعریاتس چھُ دون کاشرٮ۪ن ماہرن ہُند واریاہ بوٚڈ دیُت۔ آنند وردھن تہٕ ممٹ۔ یم دونوٚے ماہر جمالیات تہٕ شعریات چھِ دھونکی قائل اَسی متی۔ دھونہٕ یتھ اَسی پننہِ آسانی خاطرٕ علامتھ پسندی تہٕ وَنتھ ہکو۔ یمن دونوٚنی عالمن چھِ شاعری منٛز رس کٮ۪ن عنصرن ہنٛزِ اہمیژ ہُند ادراک، تاہم چھِ دونوٚ بوموٚلہِ اہمیتھ دھونس دِژمٕژ۔ آنندوردھنن وۄن شاعری پٮ۪ٹھ بحث کران زِ عظیم شاعری چھےٚ علامتی آسان تہٕ اَتھ منٛز چھِ علامتی جذبہٕ ووتلاونُک طاقت موجود آسان، سُہ طاقت یُس عظیم شاعری ہُند روح چھُ تہٕ سُہ چھُ اَتھی طاقتس دھونہٕ وَنان۔ دھونس وبژھنے کران وۄن تمی زِ اَتھ چھےٚ ترےٚ سطح۔ گوڈنچ سطح چھےٚ محض خیالس تام محدود روزان تہٕ اَتھ کوٚر تمی واستودھونہٕ ناو۔ دوٚیمس سطحس وۄن تمی النکار دھونہٕ تہٕ ترٮ۪یمس تہٕ اَخری سطحس وۄن تمی اکھ علامتھ یوسہٕ پرن وألس اندر علامتی جذبہٕ ووتلاوِتھ ہیکہِ۔ شاعری ہنٛز یہِ سطح چھےٚ تہنٛدِ خاطرٕ بہترین تہٕ عظیم تہٕ تمی وۄن یژھن نظمن دھونہِ کاویہ۔ یعنے سو شاعری یتھ منٛز علامتی معنی ظاہری معنی یس پٮ۪ٹھ غالب یا حاوی چھُ روزان۔

ابھنوگپتن یٮ۪لہِ آنندوردھن ہنٛدِس "دھونہٕ لوکس" پٮ۪ٹھ پننہِ "لوچن" کتابہِ تبصرٕ کوٚر سُہ ووت یتھ نتیجس پٮ۪ٹھ زِ دھونہٕ چھُ آنندوردھن ہنٛدِ خاطرٕ سارِوٕے کھوتہٕ اہم نظریہ۔ سُہ چھُنہٕ صرف نظریہ سازٕ ے یوت بلکہِ کرِ تمی

پرن وألی ہنٛدِس ذوقِ جمالس تہٕ تصحیح تہٕ ''رس'' ہُک تصور کوٚرُن نوٚبن معنی ین ہتیٚ ہمکنار۔ ''رس'' ہُک تصور اوس لتس بروٚنہہ خطابت کِنہِ زاوی جارن ہنٛدِس گٹاشتس منٛز ژھایہِ رُوٚ دمُت تہٕ پزرچھُ یہِ زِ ''رس'' سپُد تمہِ ساعتہٕ نوِ سرٕ زِندٕ ییلہِ یہِ دھونیک اکھ اہم تہٕ نامیٲتی انگ بنیوٚ و۔

ممٹ چھُ آنندوردھنس مقابلہٕ دھونس تہٕ رَسس متعلق ژھوپہ کٔرِتھ۔ مگر امیک مطلب چھُنہٕ ہرگزتہٕ یہِ زِ تمی کیاہ چھُ دھونہ وادتہٕ رس وادرد کٔری مِتی۔ پزرچھُ یہِ زِ تمی چھِ دھونکی تہٕ رسکی تصور ناوہنہٕ ورأے تسلیم کٔری مِتی تہٕ تِہنٛز چھُن قدر سنٛجی تہٕ کٔرمٕژ۔ ممٹ تہٕ چھُ شاعری ترٛین قسمن منٛز بأگراوان یا ترٛین سوٚتھرٛن ہنٛز گٔنزراوان۔ تِہنٛدِ خاطرٕ چھےٚ بہترین نظم سو ییتھ منٛز علامتی معنہِ ظأہری معنہٕ کھوتہٕ زیادٕ پُرکشش آسہِ۔ سُہ چھُ اتھ اتم کاویہ ونان تہٕ آنند وردھنن چھُ اتھ دھونہ کاویہ وُنمُت۔ پتہٕ بحث بروٚنہہ پکناوان چھُ ممٹ ییتھ نتیجس پیٹھ وٚوتمُت زِ ییتھ نظمہِ منٛز باونہٕ آمتہٕ خیالہٕ مقابلہٕ علامتی مواد کم آسہِ تتھ چھِ پرن وول کمےٚ پہن مازان۔ سُہ چھُ یژھ نظمہِ مدھیم کاویہ وَنان۔ یہِ چھُ آنندوردھن ہنٛدِس النکار دھونس ہتیٚ رلان تہٕ یژھ نظمہٕ چھُ محض النکارن ہنٛدِ سجاونہٕ ہتیٚ بارسس یوان۔ ممٹ چھُ آخری شاعری سطحس ادھیم کاویہ ونان ییتھ آنندوردھن ہنٛدِس چھتر کاویس ہتیٚ واٹھ چھُ لگان۔

بہرحال یہِ اوس سنسکرت شعریاتُک اکھ سرسری تہٕ پیٹھی پیٹھی خاکہ تہٕ امہِ کِنہِ زاوی جارن منٛز واتنہٕ ورأے چھِ أسی یہِ کتھ ونس منٛز حق بجانب زِ مغربی شعریاتس تہٕ سنسکرت شعریاتس چھِ پانہٕ وأنی واریاہ ہشر تہٕ یہِ ہشر چھُ

فطری تہٕ، تِکیازِ تمام فن چھِ مؤلہٕ کنِ عالمگیرتہٕ آفاقی انسانی تجربن ہنٛدی أنہٕ تہٕ اوٕ کنِ ہکبن تہنٛدی عکس تہٕ نقش ہوی تہٕ أستھ۔

وونی ییمہِ ساعتہٕ حضرت شیخ العالم ہٕندِس کلامس سنسکرت شعریات کِس أنس منٛز أسی وُچھنچ کوشش کرومے چھُ باسان تہنٛد کلامہٕ ہیکہِ زیادٕ زبرپأٹھ پرکھاونہٕ یتھ۔ أسی ہکون کلامِ شیخ تربن باگن یا ترہن قسمن منٛز آسانی سان بأگرِتھ یمن ہنٛز نشان دہی آننروردھن تہٕ ممٹ ہوبو نقادو کرمٕژ چھے۔ مطلب زِ أسی ہکو واریاہ تِتھی شرکی بٕدِ کڈِتھ یمن منٛز علامتھ موجود چھے تہٕ یمن منٛز یہِ زِ أسی ہکو واریاہ تِتھی شرکی بٕدِ کڈِتھ یمن منٛز علامتھ موجود چھے تہٕ یمن منٛز پرن والی ہٕندِ خاطرٕ اکھ غار شخصی جمالیأتی مسرت بہم چھے۔

أسی ہکو علمدار ہٕندٕ بن شرکبن ہنٛز اکھ تژھ ژأرتہٕ گرِتھ یمن منٛز محض النکارن ہنٛدِ ورتاوٕ دٔسی کتھ چھے باونہٕ آمٕژ تہٕ یمن منٛز نہٕ کانٛہہ خاص علامتی معنویت نٔی چھے تہٕ یتھے پأٹھی ہکو أسی شیخہٕ شرکبن ہُنٛد اکھ تِیُتھ انتخاب تہِ پیش گرِتھ یمن ہنٛز ظأہری ساخت ہو تہٕ علامتی سطحس پیٹھ زیادٕ پرُکشش چھنہٕ۔

کلامِ شیخُک مطالعہٕ کران چھُ اَسہِ ضرور عالمگیرانسأنی مسلن ہُنٛد ادراک سپدان یمن ہُنٛد اظہار شرکبن منٛز سپدٕ مُت چھُ۔ حضرت شیخ ہٕندِس کلامس منٛز چھُ ڈرامہکہِ تہٕ نژٕنکہِ فنکی عکس تہِ واریاہن جاین ٹاکارٕ تہٕ نٔی۔ ڈرامأتہٕ نژن چھِ مؤلہٕ کنِ بصری شأعری ہنٛز صورت تہٕ مشرق تہٕ مغربس منٛز چھِ یموفنو پنٛنی اکھ معنویت پرٛأوِمٕژ۔ حضرت شیخ العالمن چھِ واریاہ استعارٕ تہٕ پیکر تِتھی تہِ ورتأوی مٕتی یمن ہُنٛد تعلق ڈرامہس تہٕ نژنس ہِتی چھُ۔ ''ماگن'' تہٕ ''رنگ'' ہوبن لفظن ہُنٛد ورتاو چھُ اتھ کتھِ دربر کران۔

○○○

# کأشُر غزلُک اِرتقایی سفر: سرسری نظرا

محمد یوسف ٹینگ

کأشُر زبان چھےٚ پننہِ قبیلہٕ کرٚانہِ کنیٚ تمن پرٚاکرتن نکھٕ ڈکھٕ یِم سنسکرت چوٚ گوبوٚ گوبوٚ پکھوتلہٕ رأسے ژجہِ تہٕ پننہٕ نبن الگ تہٕ آزاد ڈورہٕن ڈارن منٛز واش کوٚڈتہٕ پھریکھ ترٛوو۔ یژ رچھُ یی زِ غزل اوس اتہِ پرُدتہٕ غأرزان۔ لل ماجہِ ہنٛدہٕن واکھن تہٕ نُندریٚش ہنٛدہٕن شروٗکین منٛز چھُ غزل یعنی زنانن وُنن دپُن بدلہٕ آیہِ ترٛایہِ ونہِ یوان مگر صنفہِ کہِ حیثیتہٕ نہَ دارد...... یہِ صورت روزجبہ خوتونہِ اکھےٚ محمود گامیس تام وِہر بدلاوِتھ موجود۔ حالانکہِ وژن کالہٕ کین شأعرن ہنٛدی آلو چھِ تتھی زِ یمن پتہٕ چھِ غزلکی بزٕأنتی گرٛھان۔ مثالے محمود گامیس تہِ بروٗنہہ مومن صأبنیٚ یِم شعر نیتو کھ۔

| | |
|---|---|
| پننےٚ خون گرٛھِ تریٚشہِ کنہٕ چیوٚن یے | سےٚ گرٛھِ ژانگہِ زالُن یے لو |
| تمہِ کے گاشہِ گرٛھِ یار پرٛ بزُنن یے | رژھِ رژھِ مرٛھِ ماز کھیوٚن یے لے |

اتھ منٛز چھےٚ عاشقی ہنٛز دَگ تہٕ تہٕ امہِ کہِ دادِچ تلہٕ زالے تہِ مگر صنفہِ کہِ رزِ منٛز چھےٚ وژنس ستی مجرا۔ دراصل چھِ شأعرٕ سنٛدِ تخلیقی کوندِ منٛز جذبن تہٕ خیالن ہُنٛد نارٕ دریاو صنفہِ نشہِ آزاد آسان تہٕ یِم تالہِ رزٕ چھےٚ ییتہِ زبأنی ہنٛز و مصلحتو تہٕ مجبوریو کنیٚ گردِنہٕ نالی تراونہٕ یوان۔ غزل چھُ امہِ حسابہٕ مومن

صأبنہِ وقتہٕ کأشرِ چ دورم دورشعرٕ ذاتھ۔امیُک ناوچھُ عربی زبأنی پٹھٕ آمُت تہٕ اتھ چھُ رگن منٛز فارسی کیٚن خواجہ حافظ تہٕ امیر خسروٗ وہوٚن بارٕ ووستادن ہُنٛد بوٚ رمُت شراب موجود۔کأشرِس منٛز چھِ امہِ کہِ رسمی سوٗنتہٕ بروٗنہہ امکی تتھی ہی رنگدار نموٗنہٕ نظرِ گژھان حالانکہِ تِمن چھُ ہٕتس وٕژنک ہونٛز رلاٗ گتھ۔

معشوقہِ ہنٛزے حسنہٕ تلوارے عاشق کونہٕ تتھ دارے سر

(شاہ غفور)

ژٕ گرژھتے جستہٕ ہے ویٚسی استہٕ ون یارسے

سُہ بوزیاہ یا نہ بوزیاہ توتہِ ون یارسے

(نعمہٕ صأب)

شمع تہٕ پوٚنپُر دژاے لاٗگتھ یارانتے

دوشوٗے دٕزتھ پیے اِد سپدُکھ یکسانتے

(شمس فقیر)

یمن شأعرن ہُنٛد نشہِ چھُ غزلہٕ کہِ شراب وانٛک۔یمن ہُنٛد لفظہٕ ووٗترتہِ تتھے۔یمن منٛز چھُنہٕ بال، بالہٕ یار، اُتی، مدٕنو بیترٕ وژن کردارن ہُنٛد نٕژُن پھیرُن۔اکھتُے غزلہٕ کہِ بزم آرأیی ہُنٛد ظون تہٕ زوٗتُن تہِ مگر یم ییٚن بہرحال وژنہٕ کِس ہنگ گُٹھی ہے منٛز پأرنہٕ تہٕ رٕژھرنہٕ تِکیازِ أندرٕ کُس چھُ ژانٛکان، نبرم سورِ سامانے چھُ یمن ہنٛز پرٕ زنتھ بناوان۔یہِ صورت حال چھُ نأدر سخن گو رسول میرس تام برابر مگر اتھ جایہِ چھُ اتھ اکھ نارٕ دریاو رلہٕ گژھان تہٕ اِچ شکلٕے یوت نہٕ بلکہِ کیفیت تہٕ رنگ روغن تام بدلہٕ آیہِ شیران پأران۔

رسول میرس نشہِ تہِ چھُ وزُن گژایہِ ماران تہٕ ڈالہِ دِوان۔ ژون مصرعن ہٕنٛدی بند۔ یتھ منٛز اکھ ووجک مصرعہٕ آسان چھُ۔ مگر یہِ اُس صنفچ زوراوری نتہٕ زن اوس رسول میرنہِ شکلہِ منٛز کانٛہہ فارسی گوٚن وول شاہ آبادوأ نتھ پیوٚمُت تہٕ تتہِ تس کأشر زبان زن یمہِ چالہِ ونہٕ ون ہُری تراوان۔

شوقہٕ چانہِ وایے چنگہٕ نے سازو آکھو شہرِ شیرازو

رسول میرنہِ وزُنن منٛز تہِ اوس زن غزل یمن رنگن منٛز چھوٚرِ چھور کران۔

چھُکھ یوسفنہِ انہارِ کہِ بوزٕ زلیخا مُژ نیرِ دربازارِ لچھِ پرِدٕ ژٹے لو

یمن بأتن منٛز ہرگاہ لے تہٕ آلو پژأنی اندازٕ چھِ مگر جذبن ہُنٛد باس چھُ زیادٕ شکلہِ بارتہٕ خیالن ہُنٛد انہار زیادٕ تازٕ تہٕ بے باک۔ رسول میرس اوس عجمی زبانن ہُنٛد واریاہ معرفت تہِ تہٕ توٚے اوٚن تمۍ غزل پنٛن قدتہٕ قالب ہتھ کأشرس منٛز تمے وزنہٕ، تمے نقشہِ تہٕ تمے مردانہٕ وجاہت سان۔

دِلبندِ دِلآزارِ ، دِلا رام نگارو گُل خندہ، گُل رخسارِ، گُل اندام نگارو

اتھ شعرس منٛز چھُنہٕ بحر تہٕ کیفیتے یوت فارسی طرچ بلکہِ چھ لفظ گنڈنی تہٕ تہنٛز نشست تہِ بالکل تمے انمانہٕ۔ یہِ اوس کأشرِ کہِ نوِغزلُک نیٛہہ دژاو۔ رسول میر اوس لولُک تہٕ امارُک شأعر مگر یُس گھاٹ سُہ اُستوار کران اوس تتھ پیٹھ اوس کہِ کال پتہٕ مہجورس ہیوٚ نونواگری ہُنٛد شأعر پننہِ سوخن گوئی ہنٛز ناویٛلہٕ تژاون وول۔ پزر چھُ یِی زِ ہرگاہ مہجورس برونٛہہ تہِ کأشرِس منٛز اسد میر ہیوٚ شأعر یُتھ ہیوٚ غزل آثار مصرعہٕ ہبکان اوس وٕنتھ۔

جانانہٕ ژھے زُلفِ دوتا اکھ اور کُن اکھ یور کُن
شامِ حبش ، دامِ بلا اکھ اور کُن اکھ یور کُن

مگر کأشرِ غزلُک باضأبطہٕ دٔسلابہٕ کوٚر مہجورنے۔ مہجورُن اکثر و بیشتر کلامہٕ چھُ وزنہٕ رکس مجموعہ ہے منٛز شیرِ تھ تہٕ تِہندِ شناختی رنگُک سرٚیہہ تیٚہہ تہٕ چھِ اُتھی منٛز۔ مگر یم کینٛہہ غزل تمۍ وٗنۍ تم چھِ کأشرِس منٛز تمے رنگہٕ امیٚک اعلان ییتھِ کنۍ اردوہس منٛز میر سوزٕنۍ غزل تتہٕ اتھ نوٚن کڈان چھ۔ مہجورن اوس فارسی علاوٕ اردو غزلُک مس تہٕ چھووُمُت تہٕ توَے چھِ تِہندِ دٔسۍ اَسہٕ اردو غزلکۍ کینٛہہ گوڈنِکۍ پرتوتہٕ کأشرِس منٛز نظرِ گژھان۔

ساقیا آباد روزن تا ابد میخانہٕ چون
آفتابکۍ پأٹھۍ پرٛزلنۍ دم بدم پیمانہٕ چون

ژلہٕ لارِ وُچھمکھ ، حال ونہٕ ہے ، وارِ وُچھِ ہے روے
گلۍ زیوٗ میٚہ گیم اوٗش ووٗتھم دٕرٲیہٕ ونے کیاہ

لالو لالو ہا گُلِ لالو حال دِل کر اظہار
داغ ہیتھ کتہٕ آکھ لالہٕ گوپالو تتہٕ چھِ سأری داغدار

کشیرِ ے مشرقس بیدار کرِ وُزناوِ وقتس پتھ
یہٕ آلو کأشرِ ہندِ بن گرن منٛز واتناوُن چھُم

مہجورٕنی یہٕ سازٕ بدلی آس اکھ پیش قدمی۔ کأشرِ شأعری اُکس نوٚس

سوٗخن شہرس درواز مژ رآ وِتھ امیُک ہوا، نوا، تہٕ فضا تبدیل کرنچ۔ تس نکھٕ نکھٕ دژاو عبدالاحد آزادیس کینژٕ وتبصرٕ نگاروشاعرِ انقلابُک لقب تہٕ دِیُت۔ تسنزِ شاعری منز اوس نہٕ پزٕ شاعری ہنز سوسنطوٗ رنوآ زی یوسہٕ رسول میر یا مہجورس نِشہِ ٹیٹھ دہٕس تام پمپوش بناوان چھِ۔ مگر یہِ اُس حقیقت پسندی ہنز نوٗ ہوہہ رائے۔ ژینن تہٕ باون تژ ایہِ ہُندا کھ نوٚ ولرِ پھرُن۔ تمی لیوٚ کھ ہم عصر معاملن پیٹھ تہٕ شعر گویی ہنٛدِ دیوان خانہٕ نبر ووت پٹوٗآ ری خانن تہٕ کھہن کھلیانن منز تہٕ عام زندگی ہنزن ربہِ داروتن کوچن منز۔ سُہ چھُ کاشُرس منز نظم صِنفہِ ہُنٛد باقاعدٕ آغاز کرن وول تہِ

مدن وارو لگے پاَری  ہٕ نو زرٕ عشقہٕ بیماَری
ژٕے چھُے زُلفُک تہٕ خالُک غم  مےٚ چھُم نوزُک عیالُک غم
ژٕ سنگین دِل ہٕ لاچاَری  ہٕ نو زرٕ عشقہٕ بیماَری



آزادس پتہٕ چھُ شاعرن ہُنٛدا کھ کاروان یتھ منز دلسوز، مرزا عارف، فاضل کشمیری بیترِ شامل آسی۔ مگر یمن اُس غزلہٕ بدلہٕ بیٚین صِنفن ستی زیادٕ برابری۔ دلسوز اوس ریختہ تہٕ لوٗکٕٹ موٗکٕٹ ڈرامہ لکھان تہٕ عارف صاًب اوس ژٕ مصراین تہٕ گُنہِ حدس تام نظمن لاشکھ۔ تقریبن یہاے صورت اُس فاضلنٛز تہِ۔ بوٚڈ تہٕ پاٹ دارسوٗخن گو، مگر غزلہٕ نِشہِ روگہٕ روگہٕ پکان، حالانکہٕ تتھی شعر تہِ لکھان

بزم دِتھ ساقی نُشرا وِتھ گوم
چینہٕ روٗس پیالہٕ گوم خاَلی یے

عارفس نشہِ چھِ ژھاری ژھاری تہٕ تسٕندی غزل ژھیٚپھ دِتھ روزان۔ مگر تسٕندی دریافت دینا ناتھ نادمن کوٚر کاشرِس منز اکھ انقلاب بر پا۔ نادم اوس بڈ کربکہِ ہُنٛد شاعر تہٕ تس ئتی آو کاشرِس منز سنسکرتک رس تہٕ ہیٚند یک نو رنگ۔ نادم چھُ ترقی پسندلیہِ ہُنٛد شاعر مگر پتہٕ مہن دوہن ییٚلہِ ترقی پسندی ہُنٛد آفتابہٕ سوویت یونین ہتھ لوٚس تس آیہِ نوٚ شاعری تہٕ غزلس کُن تہِ اتھ وتھ۔ تمی چھِ کہٕ پہن غزل لیکھی متی مگر یتہٕ تمن ہُنٛد جوش تہٕ بوش چھُ نرل، نایاب تہٕ نادر۔ صرف کینٛہہ مصرعہ کرن اچھ وبرتھنے۔

یہِ کوسہٕ چھِ بڈ کنھ شراب خانس اژن تہٕ کاژھا شراب چاوٕن
کمال گو روگہِ روگہِ نظراہ تُلنٕ تہٕ کانٛہہ بے حساب چاوٕن



تن چھِ ووزلیش گولابس نارٕ جم جم کیاہ ونے
حبہ خوتون دژایہِ آبس بادشاہم کیاہ ونے

اتھ وقتس منز گیہِ کاشرِس منز پانژالہ اپارِچ اکھ آواز بلند...... یہے پاں ژادر ہش ہکچہِ کران...... عبدالقدوس رسا جاوِدانی ہنٛز آواز...... رسا جاوِدانی اوس اردو ونان مگر بھدرواہس منز بستھ کُس بوزِ ہے تس۔ ژکہِ اوس پوٚز شاعر۔ کاشرِس کُن پھِرُن واریاہ ژیری قلمس وگ مگر یہِ ووٚنُن تہٕ اوس پاسہٕ...... سُہ اوس فارسی تہٕ اردو روایژ ہُنٛد عرفان تھاوان مگر عرفانس گرژھِ وانٛجہِ گاشک تاپھ رتھِ کھالُن۔ رساہن یہِ لیوٚکھ تہٕ سپُد کاشرِس دنیاہس منز مقبول تہٕ مشہور تہِ۔ سُہ چھُ مہجورس تام چہِ شاعری منز سون بکاولی پوشِ۔

ژ چھکھ بلقیس وَتھ ، سبٹھاہ چھے رُتبہٕ عالی

سلیمان جاہ واراہ ژےٚ کُن آمتیٚ سوالی



دِلس منز چانٮ۪ تعشوقن کرم جاے

ڈلس منز زن تہٕ لوگ نیلوفرس آے



امین کامِل آو کاشُرِ غزلُک ووستہٕ کار ونتھ ۔ تس اوس اردو غزلُک مزاز سرِ گوٚمُت تہٕ پانس تہِ اوسُس نوِ ژینن ترایہ ہُند بوگ ہٹہِ مٹہِ ۔ تسُند غزل چھُ یکدم نوٚس اردو غزلس ستی پھیکیٚ رلاوان ۔ تس چھِ وُٹھ تلیٚ اسنک اکھ عجیب عادت تہٕ نالی نال ۔ چنانچہ تسُندِ دٔسی ووت کاشُر غزل ہم کال غزلس لرِ لوٚر تہٕ یہ ہیکہٕ ہون تسنزے مثالہِ کُنہ تہِ زبانٮ۪ ہندِس غزلس نکھٕ ڈکھٕ تھاٲرِتھ ۔

امہِ کتھِ گری نم وانجہِ ژدی کیاہ سا نظرٕ ے دِزِ ہے یور



حرفن ہُند زریف نایاب نتھٕ نٔز معنی گامتیٚ ضایہِ

کامِلؔ الہاٚچ کتھ کر اکھ اکھ مصرعہٕ چھُ اکھ اکھ آیہِ



رحمٰن راہی چھُ امہِ تری مورتی ہُند منز باگُک مگر سارِوے کھوتہٕ تابہٕ دُن تارُک ۔ اگر رسول میرن عجمُک شارٕ ژینتن کاشر ووتہٕ نادمن سنسکرت تہٕ ہیٚند یُک رس کاشرِ ن کھاسبن منز باگرو ...... رحمٰن راہین کوٚر راتھ ستی ستی فارس تہٕ تمہِ اپورو ولایتن یعنی یونان تہٕ انگریزیس تام پلو ۔ سُہ چھُ اردو، فارسی

تہٕ انگریزی شاعری ہُند نوکتہٕ رس تہٕ ذأیقہٕ شناس تہٕ تمہِ علاوٕ کأشرِ رواینگ آگاہ تہٕ دلدارتہِ۔ تسنز شاعری ہندی بُڑی تیثٲلی چھِ تہٕسنٛد بن نظمن منز ونہِ گرٛھان مگر غزلس منز تہِ رٔوُدسہٕ حافظؔ، غالبؔ تہٕ فیضؔ احمد فیضؔ ہوٚبن بڑبن سوخن سراین ستؠ ہم کلام تہٕ ہم نشین۔ تہٕ یمن سارِنے ہندبن میخانن ہنٛزٕ دوژہٕ چھےٚ تسندِس کلامس منز رلہٕ ملہٕ تہٕ تمہِ علاوٕ فروغ فرخدادس۔ ٹی ایس ایلیٹ، ناصر کاظمی تہٕ سارِوے کھوتہٕ تُسنٛد خود رنگ۔ مےٚ چھُ بروٚنہہ تہِ یہِ دعویٰ کوٚرمُت زِ لل دیدِ پتہٕ چھُنہٕ تس ہیوٚ بڑِ قامتُک کہٕنہٕ شأعری کأشرِس باگہِ آمُت۔ کمال چھُ یہِ زِ عالمی مثالن کھوٚنی کِل دِتھ چھُ شیتہٕ ؤہری پیٚٹھی ومرِ منز تہِ، رس دار تہٕ زبردست تخلیق کار تہٕ غأئبن روٚٹ شیٹھ پتے غزل گوئی نشہِ قلم پتھ تہٕ پڑھے ہِش کتھاہ چھےٚ علامہ اقبال تہٕ بیٚیہٕ واریاہن بڑبن شأعرن ہنٛز۔ راہی سنٛز تازٕ سومبرن ''کٔدلہِ ٹھٔٹھِس پٹھ'' چھِ اچ شہادت دِوان۔ بس اکھ زٕ شعر۔

نہَ چھےٚ دأرالان پرٕ تہٕ نہَ چھُ برٛانٛدٕ دزان ژونگ
واوس چھِ دپان کاوٕ ژٕ معلوم کرکھ نا



اگر نہٕ حسن تہِ ئلہِ لاگہِ گاہ بیگاہ دِل سنگ
بےٚ رنگ ما گرٛژھِ یاوُن تہٕ لول ما ییہِ تنگ



راہیس دٕچھِنی کھوٕری تُل بیٚیو شاندار سوخن سرایو تہِ پنُن پنُن نغمہٕ۔ غلام

نبی فراق، امین کامل، غلام نبی خیال تہٕ اردوٕ کی بیابان ژھٕٹھ تہٕ پننہٕ سوخن گوئی ہٹہٕ بستہٕ کھاٲرِتھ غلام رسول نازکی۔ یِمن چھِ سارِنٕے پنُن الگ آلوتہٕ انداز۔ کامل صأبن اوٗن جدید کأشرِ غزلُک طنزتہٕ تیٚج آزادروے تہٕ تتھ دِتُن پننہٕ گونٛرشھٕ تلٕی اسنگ خاص طرح۔

کُمی دوٗپ ییتہٕ چھَنہٕ آدٕمی بوے
یم کیٛا اِد چھا سارییے ژھایہٕ

(امین کامل)

ناوِ دریاوس اندر لۄگ نار ہأنزن کربکھ تُج
لوکھ سونٛرٕنی ناو بُچراٲون اما پۆز پانہٕ دوٗد

(غلام رسول نازکی)

ہم عصر کأشرِ شأعری منٛز چھِ وُنی کینٛہ آوازن ہُنٛد واریاہ زور وشور۔ مگر نوٚبن آوازن ہُنٛد زیروبم تہِ چھُنہٕ کم۔ یِمن منٛز چھِ رفیق راز، شاد رمضان، شہناز رشید، مرغوب بانہالی، غلام نبی ناظر، مکھن لال کنول، ظریف احمد ظریف، غلام نبی آتش، پریم ناتھ شاد، مشعل سلطانپوری، شہباز راجوروی، غلام محمد غمگین، نسیم شفائی، محفوظہ جان، نثار اعظم، نکہت صاحبہ تہٕ اکھ واریاہ بۆڈ کاروان۔ کینٛہہ زٕ ژٕ وُچھو۔

کینٛہہ نس منٛز مےٚ رفیقو سہٕ عجب راز لۄبُم
ژھایہِ تل پیاو ابلر ، زاو ازل ہو ہو

(رفیق راز)

سۄ دُر شرٕ پان چھُ ہن ہن أچھن اندر تُمس
جنگل قدیم کالُک تیٚنٛگُل تیٚنٛگُل وُہاں

(شادرمضان)

از پگاہ چھُکھ دِنے گلابن ناد
أسی چھِ خوشبو ضرور لاین ناد

(شہنازرشید)

صبح نِشاط نِندرِ وۄتھ ، چشمہٕ تُلان وۄنُن ڈلس
سائہِ متین گرِو کنن سانہِ سمن بہار آو

(مکھن لال کنولؔ)

کالہٕ نبس کُس ئلہِ ہے تِکھ وزنہٕ تیچھس سوئہری تِکھ

(ارجن دیو مجبور)

ژیرٕ کُجہِ تہرِس دُزالس کُکلہِ اول
توٚنتہِ منز اوٚنمُت دزمن تُل یاد پیوٚم

(پریم ناتھ شاد)

شبنمی موختہٕ چھِ پوشس پوٚژھاز کنہِ گُل روے چھُ گُمہٕ شیٚہلاوان

(شہباز راجوری)

لوٚلس ییٚلہِ پھوٚرتیٚلہِ پھوٚرسونچ بزم دِتھ ارزُن ژوٚل پاتائر

(مشعل سلطانپوری)

مژرس متہٕ کرتم شاباش تھپھ دِس کُستام دِل ہیتھ ژوٚل

(ظریف احمد ظریفؔ)

ماگہٕ شِشُرۍ دِیُت شاپھ روٗحن     وُہہ وُنہِ نارِچ کتھ گمیٔ گر

(غلام محمد غمگین)

آرِ پلن منز گوم کنن تمہِ اَنک ٹھس

ژھوپہِ ہُند مالیُن ژاس تہٕ کتھ ووٗنی باوٕ کس

(غلام نبی ناظر)

پرٛتھ کانٛہہ ڈُنگل چھُ تھاوان مرغوبہٕ ہانگین سۓ

نہ چھُ ووٗنت موختہٕ سوٚ درس نہٓ چھُ اَنتھ کانٛہہ امارن

(مرغوب بانہالی)

یٚتہِ چھِ ساریٔ سور داس     اَنہٕ     پانس     ہاو     با

(جی۔آر۔سنتوش)

تارکھ جرنہِ مے یم اَسی آمتۍ دامانس

روپہٕ تنہِ ہنہِ ہنہِ دگ وُزناوِتھ تم کوٚت گۓ

(نکہت صاحبہ)

یتھٕ کٔنی چھِ کاشُر غزل رومان کِنۍ عصری حالاتن تہٕ لیلاین ستۍ گِندٕ باشہِ کران اتھ ستۍ بدلیمژن قدرن، ژینن تراین تہٕ فلسفہٕ وبژارن کمناوان تہٕ پاناوان یتۍ یوت کیاٗ زِ اتھ منز چھِ سارے زگتہٕ چھِ ذہنی زِتنہِ تارکن ہٕندۍ پاٹھۍ ناپان تہٕ تیوٗت گرِتھ پٔنن کاشُر مشک تہٕ ماٗنتھٕر قایم تھوان۔

یہِ چھُ پوٚز زِ کاشُر غزل چھُ ازوہمہِ صدی ہنز وکشاد وُڑ ربون کُن بسان

تہٕ غزل سراین ہنٛز گنتی تہِ چھہٕ کم باسان مگر اتھ ہیٚکہِ بیٚیہِ کنوہمہِ صدی ہنٛد بوصوفی شاعروہنٛدی پاٚٹھی تخلیق کاٗری ہنٛز تازٕ گتھ روان تھاٗوِتھ۔ کاٗشرس منٛز گووننٕ ریٚشس پتہٕ تہِ تہٕ حبہ خوتونہِ پتہٕ تہِ یِی مگر یِمو گنڈ ومنٛز دژایہ بیٚیہِ سوخن سراٰیی ہنٛز جوے وایان تہٕ گایان۔ کاٗشرِ ن غزلن ہُنٛد عصری تاثُر چھُ اتھ رِوایتن ہُنٛد مٔدریرآپراوان مگراتھ اصل لَے چھِ نوِ ن آلون تہٕ آگاہن ہنٛزٕ۔ اردوکی پاٚٹھی چھِ کاٗشرشاعری ہُنٛد سارُوے کھوتہٕ لوٗبہٕ وُن، شوٗبہٕ وُن تہٕ خوش کرن وول صِنف غزلے۔ اتھ چھِ خلقِ خدایہٕ ہنٛز اجابت بروٗنہہ بروٗنہہ پکان۔ توَے چھِ راہی، راز، شاد، شہناز تہٕ نگہت ہوی کاٗنسی تہٕ زِھی رباب نوازٕ اتھی ہتی رامشگری کران تہٕ نژان۔ بقول غلام رسول نازکی

غزل لیوٚکھ راہین انداز بدلاٗوِتھ سبٛھاہ رُت گو
طبیعت خوش سپُن ہتی دوٗپُن اتھ گوژھ جواب آسُن



# غزل...... صنفی شناخت تہٕ رِوایت

شاد رمضان

غزل چھُ مشرقی زبانن ہُنٛد اکھ مقبول ترین صِنف سخن ، بلکہِ مشرقی شاعری ہُنٛد تخلیقی عروج تہٕ عظمت ، یُس پننہِ ازکالہِ پیٹھہٕ از تام زمانہٕ کین بدلوٕنین تقاضن ہنٛز آگہی پٕرزناوِتھ پانناوِتھ شاہی دربان تہٕ ادبی مفلن مجلس ہُنٛد زینت تہِ روٗدتہٕ شاعری پیٹھ بحث کرن والین ہُنٛد مرکزی موضوع تہِ ، یُس مشرقی جمالیاتی حِسا گہی تہٕ اجتماعی لاشعورُک ترجمان بٔنِتھ سنجید سخن وَرن ہنٛدِ سونٛچُک عرفان تہِ شولیٖو و تہٕ سازتہٕ آواز بوزن والین ہنٛدِ سوز و گداز ک سرٕ دتہِ ۔ غزل چھُ سو ہیتی شعرِ صِنف یمہِ عربی قصیدٕ منٛزٕ زایِن پٕرٲوِتھ فارسی یَس منٛز پننہٕ مُقررِ صنفی شناخت پرٲو تہٕ یِہاے فارسی زبان چھےٚ امہِ اہم شعرِ صنفہِ ہُنٛد آگُر تہٕ ازتام سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ مرکز تہِ ۔ فارسی پیٹھہٕ ووت غزل پننہٕ صنفی شناخت برقرار تھاوِتھ اردو تہٕ کأشرس منٛز تہٕ باقٕے شعرِ صنفن مقابلہٕ چھُ غزل امی صنفی پھیرِ ہاوخصوٗصیژ کِنہٕ بیوٚن تہٕ بدٕون پٕرزناون نشانہٕ تہٕ باقٕے صنفن مقابلہٕ اہم پھیرِ ہاوخصوصیت ۔ حالانکہِ اردو والوٚ کٔری تہٕ غزل لیکھنٕکی کینٛہہ نٔوی ہیتی تجربہٕ تہِ یِم نہٕ کامیاب روٗدی یا یِمن نہٕ صنفی پذیرٲئی ممکن سپٕز

تہٕ کینژ وکأشر بۄ نقاد دۄوۄن کأشرس وژنس تہٕ غزل، اما پۄز یہِ اوس محض اکھ غأر سنجید تہٕ غأر منطقی بیان یا تصور۔ یتھ غزل صنفہِ ہنٛدِس کلہم سفرس دوران (غزلس چھےٚ تقریبن اکھ ساس ؤری وأنس) کانٛہہ شہادت یا سند چھنہٕ۔

غزلُک گوڈٕ شعر چھُ دۄن مصرعن ہُند آسان یُس لأزمی طور ہم قأفیہ یا ہم قأفیہ ہم رٕدیف آسُن گژھِ تہٕ یتی گژھِ یہِ غزل شعرأ کِس مخصوص وزنس تہٕ کُنہِ مقرر بحرِ منز گنٛڈتھ آسُن۔ یتھ مخصوص وزنس تہٕ یتھ مقرر بحرِ منز غزلُک گوڈنیُک شعر گنڈنہٕ آمُت آسہِ، تتھی مخصوص وزنس تہٕ تتھی مقرر بحرِ منز گژھن ہیرِ پیٹھٕ بۄن تام غزلکی باقے سأری شعر گنڈنہٕ آمتی آسنی۔ یا ونو یتھ کنی زِ یُس وزن تہٕ یوسہٕ بحر غزلہٕ کِس گوڈٕ شعرس منز ورتاونہٕ آمژ آسہِ، سُے وزن تہٕ سوے بحر گژھِ امہِ غزلہٕ کِین باقے سارِنے شعرن منز تہٕ ورتاونہٕ یِنی۔ غزلہٕ کِس اتھ گوڈنکِس شعرس چھِ فارسی تہٕ اردوٕ ہس منز مطلع ونان تہٕ کأشرِس منز چھِس گوڈٕ شعر ونان۔ امہِ مطلع یا گوڈٕ شعر پتہٕ یِم باقے شعر اتھ غزلس منز آسان چھِ تِمن شعرن ہُند گوڈنیُک مصرعہِ چھُ آزاد آسان تہٕ شعرِ کِس دۄیمِس مصرعس منز گژھِ لأزمن سُے قأفیہِ یا سُے قأفیہ رٕدیف ورتاونہٕ یُن یُس گوڈنکِس شعرس منز ورتاونہٕ آسہِ آمُت۔ یِیتھن چھےٚ یہِ کتھ وننی مناسب زِ یمن غزل شعرن منز ورتاونہٕ آمت قأفیہ یا قأفیہ رٕدیف گۄژھ نہٕ محض آوازن ہُند ہشر آسُن تہٕ شعرس منز باونہٕ آمتِس معنہِ مفہومس یا خیالس تہٕ تجربس یتی آسبن نہٕ کہنی مناسبت تہٕ محض قأفیہ بندی ہنز مجبوری کنی آسہِ بے

معنہٕ تہٕ ہریمانہٕ ۔ بلکہِ گژھہِ قاَفیہ یا قاَفیہٕ رٕ دیف شعرس منٛز باوِنہٕ آمتہٕ خیالُک، تجربُک یا معنہٕ مفہومُک اژھِن انگ آسُن ۔ تیُتھ زِ ہر گہ قاَفیہٕ رٕ دیف شعر مصرعہٕ منٛز الگ کڈون، شعرُک معنہٕ مفہوم گژھہِ چھلہٕ چھانگرِ تہٕ شعرُک آہنگ آکار گژھہِ ڈنجہ ڈلُن ۔ دوٚیِم یہ زِ غزل شعرن ہُنٛد قاَفیہٕ رٕ دیف گوٚژھہ ہشن تہٕ مشترک اچھرِ آوازن ہُنٛد نغمأتی ورتاو آسُن ۔ تتھے کٔنۍ یتھہٕ کٔرٕ رحمان ڈار ''دشش رنگ'' نظمہِ ہنٛدن شٕن بندن منٛز شعوری طور أکِس باکمال ووستادہٕ سنٛدی پأٹھۍ ارتأجی قاَفیہ ورتاوان چھُ ۔ أکِس بندس منٛز چھِ مشترک اچھرن تہٕ آوازن ہنٛدی أٹھ قاَفیہ فنکارانہٕ اندازٕ ورتاوِنہٕ آمتۍ ۔ گوڈنکہِ بندٕ کِنہِ أٹھن قاَفین منٛز چھُ د+ن (دن)، دوٚیمہِ بندٕ کِنہِ أٹھن بندن منٛز و+ن (ون)، ترٛیمہِ بندٕ کِنہِ أٹھن قافین منٛز پ+ن (پن)، ژوٗرِیمہِ بندٕ کِنہِ أٹھن مصرعن منٛز ک+ن (کن)، پأنٛژمہِ بندٕ کِنہِ أٹھن مصرعن منٛز م+ن (من) تہٕ شٛیمہِ بندٕ کِنہِ أٹھن مصرن منٛز ت+ن (تن) قاَفیہ چھِ شأعرٕ سنٛزن لسأنی تہٕ تخلیقی صلاحیژن ہُنٛد پَے دِوان ۔ اتھ برعکس چھُ ضروٗر پزٕ أنِس، نٔوِس تہٕ جدید کأشرِس غزلس منٛز امہٕ قسمُک سقُم نظرِ گژھان ۔ مثالے غزلہٕ کِس گوڈٕ شعرس منٛز چھُ اکہِ مصرُک قاَفیہ ''دسنن'' تہٕ دوٚیمہِ مصرُک قاَفیہٕ وزن تہٕ باقے شعرن منٛز ''دفن، کفن، تہٕ شوگُن'' بیترِ بیترِ ۔ (حالانکہِ یہ چھُنہٕ کأنٛہہ بوٚڈ سقُم اما پوٚز ووستادانہٕ ہونرمندی تہٕ چھُنہٕ) بیٚاکھ توجہ طلب کتھ یہ زِ کلہم کأشرِس غزلس منٛز چھُ اکثر جاین قاَفیہ یا قاَفیہٕ رٕ دیف ہریمانہٕ، بےٚ معنہٕ

تہٕ محض قافیہٕ بندی ہنٛز مجبوری کنٛز ہم آواز لفظن ہُند بے محل ورتاو۔ فارسی تہٕ اردوہس منٛز چھِ غزلہٕ کِس أخری شعرس مقطع تہٕ کأشرِس منٛز لکھتی شعرونان یتھ منٛز شأعر پنُن تخلص یانا وورتاوان چھُ۔ موجوٗدٕ زمانس منٛز رؤدنہٕ غزلس منٛز یہِ رواج یا رِوایت عام بلکہِ چھِ جدید دورس منٛز اکثر غزل لکھتی شعر (مقطع) بغأرِ ے نظرِ گژھان۔

غزل شعرن ہُند تعداد بنیوٗ ونہٕ کُنی زمانس منٛز غزلُک اہم یا بنیأدی جُز۔ پرٛون تصور اوس زِ غزل گوٚژھ پانٛژ و (۵) شعرو پیٹھہٕ سدہن (۱۷) شعرن ہُند آسُن (۲۵ شعرن ہُند رواج تہِ اوس) تہٕ غزل شعرن ہُند تعداد گوٚژھ طاق آسُن نہٕ زِ جُفت۔ اماپوٚز موجوٗدٕ دورس منٛز تہِ چھُنہٕ پرٛانی زمانکِ پأٹھی اتھ تصورس یا اتھ رِوایتس کانٛہہ اہمیت یا افأدیت۔

ووٚنی تُلہِ کانٛہہ سوال زِ مثنوی صنفہِ ہُند شعر تہِ چھُ دون ہم قأفیہ یا ہم قأفیہ ہم رٕدیف مصرعن ہُند آسان تہٕ مثنوی ہُند شعر تہِ چھُ أکِس مخصوص وزنس تہٕ أکِس مقرر بحرِ منٛز آسان۔ اماپوٚز غزل شعرن مقابلہٕ چھُ مثنوی ہُند پرٛ ہتھ کانٛہہ شعر الگ الگ تہٕ مختلف قأفین یا قأفیہ رٕدیفن پیٹھ مشتمل آسان۔ یا ونو زِ مثنوی ہنٛدِس پرٛ ہتھ شعرس چھُ پنُن الگ الگ قأفیہ یا قأفیہ رٕدیف آسان یعنے شعر پتہٕ شعر چھُ بدلان تہٕ پرٛ ہتھ شعرُک قأفیہِ یا قأفیہ رٕدیف چھُ اکھ أکِس نِشہِ مختلف تہٕ خودمختار آسان۔ یِیلہِ زن غزلُک پرٛ ہتھ کانٛہہ شعر گوڈنِکِس شعرِ کِس قأفیس یا قأفیس رٕدیفس تابع آسان چھُ۔ دوٚیِم یہِ زِ

غزلک پڑتھ اکھ شعر چھُ جداگانہٕ، آزاد، خود مختار تہٕ خود کفیل آسان۔ توَے چھُ وننہٕ یوان زِ غزلک پڑتھ اکھ شعر چھُ پٔنُن الگ الگ دنیا، پٔنُن الگ الگ داستان تہٕ پٔنُن الگ الگ افسانہٕ یُس پڑتھ اعتبارٕ آزاد، خود مختار تہٕ خود کفیل آسان چھُ۔ اتھ برعکس چھُ مثنوی ہٕندٕ ن شعرن منز اکھ داستانوی تہٕ تمثیلی تسلسل آسان یُس ہانکلہِ کرٕ ن ہٕندی پأٹھی اکھأ کِس ستی گنڈِتھ آسان چھُ۔ یہِ تسلسل چھُ أکِس گنڈِتھ عنوانس تحت باوتھ پڑاوان یا وننہٕ یوان یُس کلہم پأٹھی اکھ مکمل داستان یا ڈٔلیلہِ ہنٛز صورت پڑاوان چھُ۔ یہِ ڈٔلیل یا داستان ہیٚکہِ ہتہٕ وادن تہٕ ساسہٕ وادن شعرن پیٹھ مشتمل أستھ (مثنوی منز چھُنہٕ شعرن ہُنٛد تعداد گنڈِتھ آسان) حتاکہِ بعضے چھُ غزل تہِ مسلسل آسان تہٕ مسلسل غزل چھِ تخلیق تہِ سپدی مٕتی تہٕ امہِ قبیلہٕ کِہ ن مسلسل غزلن ہٕندٕ ن شعرن چھُ پانہٕ وأنی اکھ معنوی ربط آسان، یعنے مسلسل غزلکی شعر چھِ سلسلہٕ وار مربوط آسان تہٕ یہِ سلسلہٕ وار تسلسل چھُ یمن شعرن معنوی اعتبارٕ اکھ أکِس ستی رِشتہٕ جوڑان۔ امہِ قبیلہٕ کِہ ن مسلسل غزلن منز چھُ بعضے اکوے مضمون الگ الگ شعرن منز الگ الگ انمانہٕ بیان سپدان۔ اماپوٚز کأشرس منز مسلسل غزل لیکھنک چھُنہٕ تیُتھ کانٛہہ خاص تجربہ سپدُ مُت۔

موضوعی اعتبارٕ چھُ وننہٕ آمُت زِ غزلُک لغوی معنہِ گوو زنانن ستی یا زنانن متعلق کتھ کرنہِ یا لولکی تہٕ حسنکی افسانہٕ باوٕنی۔ اماپوٚز پننہِ ابتدا کالہ پیٹھے روٗدنہٕ غزل اتھ لغوی معنیس تہِ محتاج یا تابع۔ بلکہِ روٗد غزل موضوعی اعتبارٕ زمانہٕ کِہ ن

بدلونن تقاضن ستی ہم آہنگ تہٕ ہم مزاز بنٕتھ پنُن دامانہٕ کشادٕ کران۔ سمأجی
زندگی ستی وابستہٕ یم تہِ خأرجی یا دأخلی مسلہٕ تہٕ معاملات انسانس پننہِ ابتداء
کالہٕ پیٹھٕ درپیش آے یا یمن ستی تس واسطہٕ پیوٚو یا تجربہٕ گوو تم سأری مسلہٕ تہٕ
معاملات بناوی زمانہٕ پتھ زمانہٕ غزلن ہٕنٛز موضوع۔ غزل روٗدنہٕ کُنہِ مخصوص
موضوعس تابع بلکہِ پاناوِن تہٕ ورتاوِن تم سأری موضوع یم عالمی پیمانس
پیٹھ کلھم شأعری منٛز ازتام ورتاونہٕ آمتی چھِ۔ حالانکہِ یہِ چھُ اکھ الگ بحث زِ
کیاہ شأعری ہکو نا موضوعی اعتبارٕ الگ الگ خانن منٛز بأگرِتھ یا شأعری منٛز
چھا تیاہ موضوعس کانٛہہ اہمیت یا مختلف صنفِ سخنن منٛز تخلیق سپزمژ شأعری
ہٕنٛدی موضوع کم تہٕ کیاہ گرٕھن آسنہٕ یا موضوع چہِ بنیاذ پیٹھ ہکوا شأعری
ہُنٛد معیار مقرر کٔرِتھ یا آفاقی شأعری تہٕ عام شأعری ہُنٛد بٕن ہکوا صرف
موضوعی بنیاذن پیٹھ مشخص کٔرِتھ یا موضوع چھاتہِ شأعری ہنٛز لگہأری تہٕ نا
لگہأری ہُنٛد ضأمن؟ یہِ بحث چھُنہٕ کُنہِ حتمی فأصلس یا پزرس تام شایدٕ اوٚکنہٕ
ووتمت تکیازِ دراصل چھِ انسان ہٕنٛدی بنیأدی مسلہٕ تہٕ معاملات پننہِ ارکالہٕ
پیٹھٕ ازتام ہوی تہٕ کُنی تہٕ کلھم انسأنی ذأژہٕنٛدی خأرجی کیوٚ دأخلی معاملات چھِ
ژکہِ مشترک۔ اوٚکنہٕ چھےٚ شأعری ورگہٕ خانن تہٕ الگ الگ مکتبِ خیالن منٛز
بأگراوٕنی ہنا مشکل تہٕ توٚے کٔنی چھِ عالمی پیمانس پیٹھ شأعری ہٕنٛدی موضوع
تقریبن ہوی۔ حیات تہٕ کائنات کہن اسرأری معاملاتن ہٕنٛدِس پوٚت منظرس
منٛز یم خدشہِ تہٕ سوال انسأنی ذہنس وُبوٚ دُرٹلان روٗدی تہُنٛد فکری احساس چھُ

کلہم آفاقی شاعری ہُند موضوع اما پوٚز مشرقی زبانن منٛز چھُ امیُک ترجمان غزل یُس اتھ پوٚت منظرس منٛز کلہم انسانی صورتِ حالک آدِمی وِہدا اکھ بٔنتھ مشرقی زبانن ہنٛدِ بن قداور شاعرن ہنٛدِ بن غزل شعرن منٛز باوتھ پراوان روٗد۔ تہٕ یہاے چھےٚ کلہم مشرقی شاعری منٛز غزل صنفہِ ہنٛز عظمت تہٕ تہٕ پزٕ بتھ زمانس منٛز اچھ لگہارٕی تہٕ۔ حالانکہِ عمومی طور چھُ غزلس منٛز لول، عشق، مذہب، تصوف تہٕ انسانی زندگی سٍتیٚ وابستہٕ سماجی تہٕ سیاسی معاملات تہٕ باونہٕ آمتیٚ تہٕ کینژن سونچن تراین تہٕ فکری روجحانن ہنٛدِس فلسفیانہٕ پوٚت منظرس تحت تہٕ چھُ غزل پھانپھلیوٗمُت تہٕ پھبیوٗمُت۔

غزل چھُ لسانی اعتبارٕ تہٕ پننہِ مخصوص مزاز، لہجہِ تہٕ آہنگ کِنۍ اکھ منفرد شعرٕ صنف۔ شاعری منٛز چھےٚ کینٛہہ شعرٕ ذاتٕ ژ ہیتی صنفہٕ تہٕ کینٛہہ چھےٚ موضوعی صنفہٕ ماننہٕ یوان تہٕ تِوکِنۍ چھےٚ پزٕ بتھ کانٛہہ شعرِ صنف پننہِ ہیتی تہٕ موضوعی اعتبارٕ پننٛز لسانی صورت یا ونو پننٛز شعرِ زبان پانے مشخص کران۔ مثلن نعت چھُ اکھ موضوعی شعرِ صنف، یمیُک موضوع مقدس، نوزُک تہٕ مشخص چھُ یمہِ کِنۍ امہِ شعرِ صنفہِ ہنٛز زبان امیُک مقدس موضوع مشخص کران چھُ۔ یوٗتاہ حضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہُند ذاتِ مقدس عظیم، اعلیٰ تہٕ ارفع چھُ تیژٕے شوٗژتہٕ شوٚز زبان چھےٚ امہِ صنفہِ ہنٛدِ باپتھ لازمی۔ اتھ برعکس چھےٚ مرثی تہٕ اکھ موضوعی تہٕ عقیدتی شعرِ ذاتھ۔ مذہبی موضوع آسنہٕ باوجود چھےٚ مرثی صنفہِ پننٛز مخصوص زبان یوسہٕ نعتیہ شاعری نشہِ موٚلے مختلف چھےٚ۔ یوٚہے صورتحال چھُ "لیلا"

ہِشہِ عقیدتی صنفہِ ہنْد تہٕ ، امہِ موضوعی صنفہِ ہنٛز زبان چھ امہِ صنفہِ ہُنْد مزاز ماحول تہٕ عقیدتی انہار مشخص کران۔ نظم نہٕ چھےٚ موضوعی تہٕ نہٕ ہیتی شعرٕ صنف، یمہِ کِنۍ نظم پأنۍ پانے پننہِ ہیٚژ تہٕ موضوع اعتبارٕ پننۍ لسأنی صورت گران چھےٚ۔ مثلن ہرگاہ کانٛہہ نظم غزل فارمہِ منٛز آسہِ تہٕ موضوع تہٕ آسِس کُنہِ اعلیٰ غزل شعرٕ کۍ پأٹھۍ کاہم انسأنی صورت حالُک اکھ یا بیا کھ احساس، اَمِچ زبان آسہِ لازمن کُنہِ آزاد یا نثری نظمہِ نِشہِ الگ تہٕ مختلف۔ مثالہِ پأٹھۍ اکہِ پاسہٕ تھأوِو تون مہجورٕنی ''یمبرزل'' عنوانہٕ نظم ...... تہٕ بیکہِ پاسہٕ تھأوِو تون آزادٕنی ''دریاو'' عنوانہٕ نظم۔ دوشوٕنی ہنٛز زبان چھےٚ مختلف۔ اوٚکِنۍ نہٕ زِ دوٚن شاعرن چھُ پنُن بِدوٚن اسلوٗب بلکہِ اوٚکِنۍ زِ نظمہِ ہُنْد موضوع تہٕ ہیت چھےٚ نظمہِ ہنٛز لسأنی صورتھ مقرر کران۔ اتھ دعواہس ہیٚکَن کأنسہِ شأعرٕ سنٛز زِ شعرٕ تخلیقہٕ دٔلیل بنِتھ، اکھ غزل تہٕ بیا کھ نظم۔ نیِتوٚن رحمان راہی سُنْد کانٛہہ غزل تہٕ کانٛہہ نثری یا آزاد نظم۔ دوشوٕنی تخلیقن ہنٛز زبان چھےٚ مختلف، لہجہِ آہنگ تہٕ احساس ہیٚتھ۔ حالانکہِ موضوع تہٕ آسہِ بظأہر کُنے۔ انسأنی صورت حالُک آدمی وبد اکھ۔

ووٚنۍ وَنہِ کانٛہہ زِ غزل شعرتہٕ ہیٚکہِ أزۍ چہِ منحصر نثری یا آزاد نظمہِ ہنٛز ہیتی صورت پزٲوِتھ، مثلن:

لوٚہیٚژ تہٕ چھٔندرٕ یمٕژ

مسول ونان

چھَ پوشن

دامانہِ میۆن تیمۍ چھۆل

تس زانۍہ

قرار آسیا



یا کُنہِ بظاہر غزل شعرس ہکو وژن بندٕچ صورت تہِ دِتھ۔

ژٕ وس سنہِ سۆدرس سۆن محیط کیاہ زانی اۆن
سہل چھا معنہِ بوزٕن تہِ بوزن گاٹٕلی

(شمس فقیر) 

غزل شعرس نثری نظمہِ ہنٛز صورت دِنی یا مذکورٕ بظاہر غزل شعرس وژن بندٕچ صورت دِنی سپُد اِو کنٛہ ممکن تِکیازِ غزل شعرس چھُ پنُن اکھ مکمل وجود آسان۔ ہیئتی اعتبارٕ تہِ مکمل وجود تہٕ معنہِ مفہومہٕ کنٛہ تہِ اکھ مکمل تہٕ خود کفیل مضمون یا تخلیقی تجربہ۔ ووٕنی ہرگاہ کُنہِ غزل شعرس منٛز ورتاونہٕ آمتی لفظ آزاد یا نثری نظمہِ ہنٛز صورتھ دِتھ چھکراونہٕ ین، مذکورٕ غزل شعرس منٛز باونہٕ آمُت خیال یا تجربہ روزِ تہِ گرِتھ تہٕ اکھ مکمل وجود۔ یہِ خصوصیت تہٕ وسعت چھےٚ فقط غزل شعرن منٛز ممکن۔ یہِ خصوصی صفت تہٕ گون چھُ غزل شعرچہِ فنکاری منٛز تہِ ژھیپتھ تہٕ غزل شعرس منٛز باونہٕ آمتس خود کفیل معنہِ پرور تجربس منٛز تہِ۔ اتھ برعکس ہیکہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ نثری یا آزاد نظم غزل شعرٕچ ہیئت پرٕ آوِتھ تہٕ نہَ ہیکہِ وژن، واکھ یا شرک کُنہِ اعتبارٕ غزل یا غزل شعرٕچ صنفی شناخت پرٕ آوِتھ،

ییٚلہِ زن یمن ترێشوٕنی شعر صنفن منٛز نظمہِ ہُنٛد تخلیقی وو پذ او ممکن چھُ ۔ یہاے چھےٚ سو بِدوٕن صنفی شناخت یا ہیتی پھیرٕ ہاو خصوصیت یوسہٕ غزلس باقیٚ شعر ذاٗژن نشہِ بِدوٕن تہٕ کڈان چھِ تہٕ امتیاز تہِ بخشان چھِ ۔

یہِ بحث چھُ ییتھ اہم سوالس زاینٛن دِوان زِ کاٗنسہِ بادشاہس تعریف کرنہٕ وِزِ کیا زلیوٚ کھ بڈٕ شاعرو تام غزل بدلہٕ قصید ۔ شہرن ہنٛز سیاسی تباہ حاٗلی تہٕ بربادی پیٹھ کیا زِ آو غزل صنفہِ بدل شہر آشوب لیکھنہٕ ۔ مرزا غالب ہِوس عظیم شاعرس کیا زِ پیوٚ وَنُن:

بقدرِ شوق نہیں ظرف تنگ نائے غزل

کچھ اور چاہیے وسعت میرے بیان کے لئے



تہٕ ہرگاہ کاٗنسہِ أزی کس شاعرس تہِ پننہِ سیاسی تہٕ سماجی بدحاٗلی پیٹھ لیکھُن آسہِ ، سُہ تہِ کرِ غزل بدلہٕ نظمہِ ہُنٛدُے انتخاب ۔ یمن سوالن ہنٛدِس جوابس منٛز چھُ یہِ پزرٹا کارٕ زِ یمن صِنفن مقابلہٕ چھُ غزل بالواسطہٕ اظہارُک تخلیقی ییتھ داٗخلیت تہٕ استعاراٗتی اسلوٗب پننہِ مخصوص پزٕ زنتھ بخشان چھُ ۔ غزلس منٛز تہِ ہیکہِ کُنہِ شہرٕچہِ سیاسی تباہ حاٗلی ہُنٛد حال بیان سپدِتھ یا جنگی ہتھیارو تہٕ گولہٕ بورٕ دستیٚ موجوٗدٕ زمانک تباہ کُن تہٕ خونین صورتِ حال تہِ موضوع بٔنِتھ اما پوٚز سُہ صورت حال آسہِ نہٕ واقعاتی بلکہٕ بالواسطہٕ بیانک استعاراٗتی اظہار تہٕ اتھ بالواسطہٕ استعاراٗتی اظہارس منٛز وپھن نہٕ گولہٕ بورٕ دس ستیٚ وابستہٕ کلاشنکوف ، کراس فائرنگ یا کریک ڈاوٗن ہِوی لفظ ۔ شاید چھُ اردو

والوٕ اوے کنہٕ غزلس ڈ، ڑ، تہٕ ٹھ ہشہِ گوبہِ آوازٕ ورتاونس ہنا پرہیز کۄرمُت تِکیاز بِاوٕژہُند اختصار تہٕ لفظن ہُند حسین مِیُل چھُ غزل شعرن ہنزِ زبانٕ ہُند بنیادی وصف۔

فارسی پیٹھٕ ووزُم اَنتھ کۄر کاشرس منز فاخرن تہٕ محمود گامی ین غزل صنف متعارف تہٕ رسول میر بنیوٚ وامیُگ گوڈنیُک اہم پڑاو۔ رسول میرس پتہٕ آو صوفی شاعرن ہُند اکھ بوٚڈ کاروان بروٚنہہ کُن، اما پوٚز امہِ بڈٕ کاروانہٕ منز روٗد خاص پاٹھی وازٕ محمود تہٕ تس پتہٕ اسدمیر غزلچ ہیتی پرٕزنتھ برقرار تھوِتھ۔

مہجور چھُ کاشرِ غزلک دوٚیم اہم پڑاو یمی کاشُر غزل کاشرِ زبانٕ ہنٛدِس عام محاورس نکھہٕ اَنتھ موضوعی اعتبارٕ نوٚن سرحدن ستی متعارف کوٚر۔ مہجورنس اتھ مجازی مزازس چھُ آزاد، مرزا عارف، فاضل کشمیری تہٕ رسا جاوِدانی بیٚیہ ہن بوش کھالان تہٕ زمینی مزازٕ عطا کران۔

کاشُر غزل چھُ ترقی پسند مزاز تہٕ مفہوم تہِ چھاوان تہٕ جدید حسیا گہی ہُند رَس چیتھ ووسنس تہِ یوان۔ اَزِ یُگ ہمکال کاشُر غزل چھُ کاشرِ نظمہِ مقابلہٕ اَزی کٕہن کینژھن ہمکال (۱۹۸۰ء یور کُن) شاعرن نِشہِ وَاَتھ پنٕنہِ سرتازٕ لسانی آہنگہٕ، باوٕژطرز تہٕ فکری واتنیار اعتبارٕ زیادٕ ے پہن ووسیوٚ مُت باسان یُس کُنہِ مکتبی تحریکہِ یا فکری رجحانس تابع آسنہٕ بجایہ پنٕنہٕ خدوخال پانہٕ مقرر کران چھُ تہٕ یہے تازگی چھےٚ اَچھو کھوربو امہِ شعرِ صنفہِ ہُند تابناک مستقبل ہاوان باوان۔

○○○

# کاشِر مثنوی...... رِوایت تہٕ تجربہٕ

غلام نبی خیال

کأشرِ زبأنی منز آیہِ مثنوی اردأہمہِ صدی منز بارسس۔ تمہِ وقتہٕ اُس فارسی زبان جہارس پٹھ تہٕ شأہی دربارٕ پٹھٕ عام لوکن تام اُسی سأری اُتھی زبأنی لولہٕ متہٕ لاے کران تہٕ کأشر زبٕو اُس گال کھاتس گأمژ۔ درسگاہن تہٕ مدرسن منز تہٕ اُسی فارسی یکی کلاسیکی شہکار مثالے شاہنامہ، پنج گنج، گلستان تہٕ بوستان لولہٕ سان پرناونہٕ یوان۔ فارسی زبأنی ہنٛدِس اتھ نِصابس منز آسہٕ تمہٕ فارسی مثنویہِ شأمل یمہ جنگ وجدل تہٕ حسن تہٕ عشقہٕ کیٛو داستانوٕ ستی بٕرتھ آسہٕ۔ امیُک نتیجہِ دژاویہِ زِمقأمی گونماتوتہِ ٹُل یہِ ادب پرٕی پرٕی لطف تہٕ یمن ہُنٛد اثرٕ ژٹھ کرکھ یمو منز واریاہ مثنویہ پننہِ ماجہِ زیٚوِ منز منتقل۔ فارسی زبأنی ہنٛز رزمیہ تہٕ بزمیہ مثنویہِ کأشرِس منز پھِرٕنک سلسلہٕ رٕو دالہٕ پلہٕ ڈوڈس ہتس وٕریس چلان تہٕ اتھ دوران آیہِ لگ بھگ زٕ ہتھ فارسی مثنویہِ کأشرِس منز پھِرنہٕ۔

فارسی زبأنی ہنٛزن مثنوین ہنٛدی پأٹھی چھُ کأشرٕن مثنوین ہُنٛد ترتیب تہٕ اندراج کم وبیش ہوٕے۔ تہٕ زن گوو گوڈٕ حمدِ بأری تعالیٰ، پتہٕ نعتِ شریف تہٕ تمہِ پتہٕ خلفائے راشدین تہٕ ولی اللہ ہَن ہنٛدی تعریف۔ کتاب لیٚکھنُک سبب تہٕ چھیکرس پٹھ داستانُک گوڈٕ تہٕ اند۔ اماپوٚز فارسی زبأنی منز اوس امہِ علاوٕ بیاکھ

عنوان لأزمن شأمل سپدان سہ گوو بادشاہِ وقت یا وزیرس یا امیرس قصیدہ پرُن۔ مگر کأشرِ مثنوی نگارنہٕ اُسی کُنہِ دربارہٕ سٟتی وابستہٕ تہٕ نہٕ اُس تِمن اتھ سرپرستی حاصِل۔ لہٰذا اچھنہٕ کأنٛسہِ کأشرِ مثنوی نگارن یہِ مدح خوأنی کرمژ۔

یِتھین چھُ اکھ سوال سرٕ کھرٕ کرنہٕ باپتھ پرٕ ژھُن پوان۔ شُراہمہِ صدی ہنٛزِ حبہ خوتونہِ پتہٕ چھُنہٕ اَسہِ ڈوڈس ہتس ؤری یس کأنٛسہِ تہِ شاعرِ سُنٛد پے پتاہ لگان۔ یہِ خلا رٕو دتو تام، یوٚ تام محمود گامی ۱۹ اہمہِ صدی منٛز اَکس ہمہ جہت شاعرٕ سٕندی رٕنگی بروٚنٛہہ کُن آو تہٕ کوٚرُن یوسف زلیخاناوٕچ مثنوی لیکھتھ کأشرِ شاعری اکھ باگہِ بوٚرُت تحفہٕ پیش۔

مثنوی چھےٚ شاعری ہُنٛد اکھ خاص صِنف یوسہٕ نہٕ قدیم کلاسیکی زبانٕن یعنے سنسکرت، یونأنی، لاطینی یا عربی زبانَن منٛز دریٚنٹھی چھےٚ گرٛ ژھان۔ اماپوٚز یمہٕ عظیم زبأنی چھےٚ جنگ ناموٚ یعنے رزمیہ یا ایپک داستانوٕ سٟتی مالامال یمن منٛز مہابھارت، رامائن، ایپک آف گلگامیش، فلو پونچیا جنگ نامہٕ تہٕ ایلیڈ تہٕ اینیڈ سرِس چھِ۔ یمن زمانن سٟتی یم ایپک تعلق چھِ تھاوان تِم یوٚ دوَے زن سٹھاہ قدیم اُسی مگر یِہُنٛد ہم عصر کال تہٕ اوس جنگ وجدل تہٕ خون ریزٕلڑایوٕ سٟتی بٕرتھ۔ لہٰذا اگر یِموٚ پننِس قلمس پین دِتھ امی ماحوٕچ عکأسی۔ بیٚیہِ چھُنہٕ یِتہِ ضروری زِ کانٛہہ خاص صِنفِ سخن آسہِ بیٚین زبانَن منٛز تہٕ مروجہ۔ اماپوٚز فارسی زبأنی ہُنٛد سارٕوے کھوتہٕ مولُل سرمایہٕ چھُ امی شعرٕ ذأژٕ سٟتی بٕری بٕری یِموٚ منٛز ہَتہٕ بٕز مثنویہِ کأشرِس منٛز تہِ پھرنہٕ آیہٕ۔

فارسی ورأے یمن زبانن ہُندؤنی تذکرٕ سپُد تمن منز چھُنہٕ سانٹ یُس انگریزیس منز اکھ مقبول صنفِ سخن چھُ۔ اتھ چھُ گُنہٕ حدس تام سماجی پۆت منظرتہٕ ذمہ وار آسان۔ یتھ پیٹھ بحث کرنچ ییتھن گنجائش چھَنہٕ۔ کأشرِ پأٹھی لیکھنچ اۆگرٕ تھوگرٕ کوشش ناکام۔

کأشرِ پأٹھی واریاہ جنگ نامہٕ پھرنس چھُ اکھ خاص پۆت منظر۔ خودمختار کشیرِ ہُند بادشاہ یوسف شاہ ییلہِ ۱۵۸۱ عیسوی منز مغل شہنشاہ اکبرن فریب تہٕ فندورتأوِتھ پننس دربارس منز نادِتھ نیٗ تہٕ ترٛوٗن صوبہٕ بہارکس أکِس وأران پرگنہٕ بسوکس منز تمی دوہہ آیہِ کشیر تتھ سیاہ تہٕ طویل رأژ منز ولنہٕ یتھ پتہٕ زانہہ تہِ گاش پھۆل نہٕ۔

امہِ زور زبردستی تہِ پھیرِ کینژھا کأشرِن گونماتن ہُند توجہ تمن جنگ نامن مقأمی رنگ دِنس کُن یمن منز ظألمن تہٕ استحصال کرن والین حأکمن تہٕ عوام دشمن راژن خلاف انسأنی جذبن وتِش اوس لگان۔ امہِ کِنہٕ تہِ آے کتی جنگ نامہٕ کأشرس منز پھرنہٕ۔

کشیرِ پیٹھ کٔر مغلو ۱۵۸۶ پیٹھہٕ ۱۷۵۳ عیسوی تام حکمرأنی، پتہٕ آے افغان۔ ۱۸۱۹ عیسویس منز آو سِکھ راج تہٕ ۱۸۴۶ عیسویس اندر آو ملکِ کشمیرُک سودا کٔرِتھ ڈوگرہ راج نأفذ کرنہٕ۔ مغل حکمرأنی ہِندِس دورس منز چھُنہٕ مزاحمتی ادب نظرِ گژھان۔ اتھ نسبت ہکوی انداز کٔرِتھ زِ یاتہٕ کۆرنہٕ مغلو کأشرِن پیٹھ زیادٕ ظلم تہٕ یا چھُ تمہِ دورُک شعری ادب ضایہٕ گومُت۔ مگر

مغل سلطنت ختم گژھنہٕ پتہٕ یُس افغانن تہٕ سِکھن ہُند انسان کُش تہٕ ظالمانہٕ دور آو سُہ اوس کأشرِ ہن ہنٛزِ غلأمی تہٕ بے بسی ہُند بدترین زمانہٕ تہٕ أتھی وقتس منٛز آیہِ مزاحمتی مضمون چہٕ مثنویہِ لیٛکھنہٕ یمن محمود گامی صأبن دس تُل۔

بقولِ علی جواد زیدی ''اتھ دورس منٛز اوس رزمیہ نظمن ہنٛدِ ترویجُک تہٕ تخلیقُک سیأسی جواز تہِ۔ عام پأٹھی چھِ رزمیہ تتھ دورس منٛز فروغ لبان ییٛلہِ سلطنژ ملک گیری ہُند طماہ تہٕ جنگ جویانہٕ جذبہٕ عام چھِ کران یا چھُ سیأسی تہٕ سمأجی استحصالس خلاف لُکن ہنٛدبن دِلن منٛز بغاوت ہِکس جذبس وُتش لگان۔ یتھ دربرٛ بخشنہٕ باپتھ شأعر رزمیک دامن چھِ رٹان۔ یتھ دورس منٛز کأشرِ ہن رزمین ہُند تخلیق سپُد، سُہ تہِ اوس کأشرِ ہن ہنٛدِ سیأسی تہٕ اقتصأدی استحصالُک دور۔ وہاب حاجنی تہٕ لکھمن کول چھِ ظأہر پأٹھی فارسی مثنوین ہنٛدی ترجمہٕ کار باسان مگر دراصل چھِ تِم عوأمی اضطرابکی نقیب تہٕ تِہنٛدی جذبات چھِ بغاوتکی ترجمان۔ سُہ زمانہٕ اوس نہٕ کتھ وأتتھ وننگ، لہذا پیوٚو تِمن دربردٕے پٹھن دود باوُن''۔

کلیاتِ امیر شاہ ہِکس پیش نامس منٛز تہِ چھُ یہِ بیان اہم زِ ''مُغلن ہُند أخری حملہٕ سپُد کأشرِ ہن ہنٛدِ باپتھ غلأمی ہُند ئسلابہٕ ثأبت۔ تمہِ پتہٕ کمن بالن پتی کنزِ لوٚس کُشیرِ ہنٛدِ آزأدی ہُند افتابہٕ، سُہ داستان چھُ تأریخ کین صفن پٹھ خونہٕ تہِ اَشہِ وانہِ ستی لیکھنہٕ آمُت۔ ییٛلہِ سأنِس آسمانس محکومی نال وٚول تہٕ سانہِ خود مختأری ہنٛزِ زوٗنہِ لوٚگ گرِہُن، سانیو شأعروأنی فارسی زبأنی ہنٛدبن

داستان گوسخن ورن نشہِ رُستم تہٕ سام ہِندی قصہٕ دوزِ کہ تہٕ ڈٕکیمن کرِدارن ہِند بن اتھن منز سوتلوار یوسہٕ مغلواسہٕ تھپہِ اُس نیمژ"۔

کأشرِ مثنوی منز اگرچہِ عربستانکہِ پس منظرچہِ کینہہ مثنویہ تہٕ بتہٕ غیرچھے آمژٕ یمن منز لیلیٰ مجنون، وامق عذرا، یوسف زلیخا بیترِ شأمل چھے مگر کأشرِ مثنوی نگاروچھنہٕ یمن ہِندِس آگرس کُن اشارٕ کوٗرمُت۔ووٗ چھ پرن وول پانے ووٗن دِتھ وُچھان زِ یوسف زلیخا داستان چھےٚ قرآنِ پاکس منز باونہٕ آمژ یتھ "احسن القصص" چھِ ونان۔ باقی عربی داستانہٕ چھےٚ الف لیلیٰ یا دویمو عربی کتابو پیٹھٕ تُلنہٕ آمژٕ یم دلچسپ رومانوی افسانہٕ نظم چھِ آمتی کرنہٕ۔ اماپوز محمودٕنی زُلیخا چھےٚ سیدِ سیوٗد عبدالرحمان جامیؔ سُند ترجمہٕ۔

کأشرس منز یمہٕ رزمیہ تہٕ بزمیہ مثنویہ موجود چھےٚ تمن منز چھُ جنگ نامہٕ تہٕ تہٕ دلچسپ عشقہٕ داستان تہٕ۔ جنگ نامن منز چھےٚ کینہہ مثنویہ غأرضروری زیچھرُک شکار گمژٕ۔ یمہٕ کِنہ داستان زن ٹاکہن چھُ وہراونہٕ آمُت۔ مثالے امیر شاہ کریری سُند سام نامہٕ۔ اتھ برعکس چھُ لکھمن کول بُلبُلن کُن یوٗ بے داستان سیٹھاہ خوبصورت تہٕ اثر دار اسلوبس منز پھیرُ مُت۔ وہاب حاجنی ین چھُ فردوسیؔ سُند شیٹھن ساسن شعرن ہُند شاہ نامہٕ محض ترٕ وہن ساسن شعرن منز ژوٗمرووُمت۔ یمو منزٕ ہتہٕ بدی شعر فارسیک سیدِ سیوٗد نقل تہٕ بے جان شأعری ہِنزٕ مثال چھِ۔ امہٕ ترجمک شانِ نزول چھُ باوان زِ یہٕ اوس نہٕ کُنہٕ شوقُک یا فطری جذبُک ردِ عمل بلکہِ اوس اَکِس واقھس پیٹھ مبنی۔ دپان حاجنکہ

أ کہ مولوی صأبن انہٕ نووشہنامُک اکھ نسخہٕ بمبیہِ پیٹھٕ یُس وہاب صأبن پرنہٕ باپتھ نیوٗ۔ کینٛہہ دوہ گژھتھ موٗنگ مولوی صأبن یہِ نسخہٕ واپس مگر وہاب صأب روٗ دتس ازتہٕ پگاہ کران۔ چھیکرس کوٗر وہاب صأبن شاہنامہٕ واپس تہٕ کوٗرُن اراد زِبہٕ کرن یہِ سورُے داستان پانہٕ کأشرِ پأٹھی بیان۔ سُہ چھُ پانے وَنان:

تہِ بوٗ زِتھ بغیرت سبٹھاہ خارہ گوم تمی خارہ زن مے وسَے نار پیوم

پتھ کنۍ آونہٕ فردوسی ہِندِس تتھ عظیم رزمیس ستۍ کأشرِس منٛز انصاف کرنہٕ یُس لیکھان لیکھان تس وُمرِ ہنٛدۍ ترٛہ (۳۰) وٕری أسۍ گأمتۍ:

جہاں کردہ ام ایں سخن چوں بہشت ازیں پیش تخمِ سُکن کس نکِشت

بسے رنج بر دم دریں سال سی عجم زندہ کردم بدیں پارسی

ہرگاہ کأشرِن مثنوی ین اکھ سرسری سام ہمو، یہِ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ پأٹھی نَنان زِ یمن سارِنے منٛز چھِ یوسف زلیخا تہٕ گُلریز کمال فنکۍ شہکار۔ محمود گأمی چھُ مثنوی نگارن منٛز اوٚل کنۍ تہِ سرس زِ تمی لیچھ گوڈنچ کأشُر مثنوی تہٕ فارسی زبأنۍ ہنٛزٕ مثنویہِ شیرین خسرو، لیلیٰ مجنون، یوسف زلیخا، قصہٕ ہارون الرشید تہٕ شیخ منصور وغارٕ تارٕن پننہِ زبأنۍ منٛز۔ یوسف زلیخا چھےٚ تسُند مقبول عام شعری کارنامہٕ۔ اتھ منٛز چھِ شأعرن تتھی خوبصورت شعروٕنۍ متۍ زِ تسُند فنی کمالس پیٹھ عبور آسُن چھُ نوٚن نیران۔ مثنوی ہِندِس اَخرس پیٹھ شأعرن یوسہٕ مرثی حضرت یوسف سِندِس انتقالس پیٹھ زلیخایہ ہنٛزٕ زیوِ وننہٕ آمٕژ چھےٚ، سو چھےٚ اکھ شاہکارتہٕ کأشرِن گرن منٛز ازتہِ مشہورتہٕ مقبول:

مرنہٕ چانے آسمان گوو پُشتِ خم  مرنہٕ چانے گوم اُچھن گاش کم

متہٕ مرتم وُنہِ مےٚ چھِی ہو ماتٔژِ نم  ناد لایے میانہِ یوسفو وولو

یتھے کٔنژ چھےٚ مقبول کرٲلہِ وٲری ہنٛز گل ریزتہٕ کٔشیرِ منٛز اکھ پسندیدٕ مثنوی۔ یتھ سارِنے مثنوین منٛز اکھ ممتاز درجہ حاصل چھُ۔ یہِ اُس گوڈٕ فارسی پاٹھی فیاٚئی بخشی ین لیچھمٕژ مگر فارسی دنیاہس منٛز سپُدنہٕ اتھ شوہرتھ حاصل یُس امہِ کاشرِ پاٹھی پننس ہلمس بوٚر۔ مقبولن کٔری اتھ منٛز خوبصورت تلمیح تہٕ استعارٕ شامل یمہِ کنٛز تسُند قوتِ تخیل تہٕ فن کارانہِ صلاحیت ٹاکارٕ چھےٚ نیران۔ یتھ کنٛز بنیوو یہِ اکھ عظیم ادبی کارنامہ:

صبح پھوٚل بُلبلو تُل شور و غوغا  گٔیس بیدار مُژرِم چشمِ شہلا

نظر ترٲوِم نہٕ ڈیوٗڈھُم باغ نےٚ گُل  نہٕ بوزِم از چمن آوازِ بُلبل

ہم عصر زمانن دِژ آدم زادِ ہنٛدِس وقتس تہٕ قرارس تھپھ۔ اوٚ کنٛز چھُنہٕ از کاشُرِ ادب نوازس نِشہٕ یہِ توقع تھاوُن زِ سُہ کیاہ پرِ دِل و جان کانٛہہ نوٚ مثنوی۔ یوسہٕ شعرٕ ذاتژ منٛز سارِوے کھوتہٕ طویل ذات چھےٚ تہٕ صبر آزماہمت چھےٚ منگان۔

کاشرِ شاعری ہُند سارِوے کھوتہٕ باگہِ بوٚرُت خزانہٕ چھُ مثنوی تہٕ تمہِ پتہٕ صوفی شاعری۔ ہم عصر دورس منٛز چھےٚ عبدالغنی ٹھوکر مشہور ہنٛزٕ کینٛہہ اہم مثنوی یہِ تہٕ مولانا حیرت کاملی ہنٛز رعنا زیبا نظرِ گژھان، تمہِ پتہٕ چھِ مہجورس پتہٕ تہِ باقے کینٛہہ شاعرامہِ کٔمن زُلفن شیرِ پاٚرکران تہٕ یہِ سلسلہٕ چھُ کم و بیش وُنہِ تہِ جاری۔



# کأشِر مثنوی......کردار تہٕ اسطوٗر

فاروق فیاض

کُنہ تہِ لسأنی یا تہذیبی دأرِس منز چھُ تخلیقی یا ادبی اظہار کہِ حوالہٕ مختلف دورن منز فِکری، نفسیأتی، معأشی، مذہبی، تمدنی تہٕ نظریأتی اثراتن ہِنٛدِس نتیجس منز تبدیلیہِ رونما سپدان روزان۔ یہِ چھُ زِنٛدٕ، باشعور تہٕ تہذیبی تہٕ عملی طور آگاہ تہٕ سنجیدٕ قومن ہُنٛد خاصہٕ رُودمُت۔ وونی گوو دریافت تہٕ بازیافتٕچ یہِ عمل چھُنہٕ انسأنی سماجس منز اکی ڈنجہِ جأری روزان۔ قومن ہِنٛدِ معأشی، سیأسی تہٕ تہذیبی زوال وکمال سِتی چھُ اتھ اجتمأعی ادبی تہٕ اظہار کِس وٕسیلن تہٕ وَلن منز ہنا تیز یا ہنا گچھر ضرور یوان۔ یمیُک لأزمی اثر زندگی ہِنٛدِس پرٛتھ شعبس پیٹھ ضرور پیوان چھُ۔ چنانچہِ ادبی شعبہٕ چھُ انسأنی فِکر تہٕ دأنشورانہٕ زندگی ہُنٛد اکھ باوقار جہتٕ ہُنٛد آنہٕ تہٕ عکس آسان۔ لہٰذا پچھٕ تہذیبی ارتقاچہِ اتھ عملہِ منز کُنہ تہِ انسأنی سماجُک طرزِ اظہار تمہِ کِنہِ ادبی تہٕ لسأنی آثارن تہٕ گرتس منز مختلف صورژن منز آشکار سپدان روزان۔ ژوداہمہِ صدی پیٹھٕ اردأہمہِ صدی عیسوی تام رُودی سلسلہٕ پأٹھی کأشرِ زبأنی ہِنٛدِس شعری ہیتس تہٕ متنس منز سری، نسوأنی تہٕ عقیدتی تہٕ صوفیانہٕ موضوعاتن تہٕ مضمونن ہُنٛد غلبہٕ تہٕ یمن موضوعاتن ہِنٛدِ ورٛتھیہِ خأطرٕ آے ژُمصرأے (واکھ تہٕ شُرٛکی) یا وژن بیترِ

استعمالس منز اننہٕ یوٗ دوٚے کُنہِ کُنہِ ساعتہٕ اردٲہمہِ صدی ہٕنٛدِس ابتداہس منز تہِ غزل فارمہِ ہٕنٛدی کینٛہہ مثالہٕ تہِ درٛینٛٹھۍ چھےٚ گژھان مگر غزل چھُنہٕ کُنہِ وقس تام اکہِ خود مختار منفی اظہارٕ رٕنگۍ کٔشیرِ ہٕنٛدِس ادبی منظرنامس منز جاے پراوان۔ اردٲہمہِ صدی ہٕنٛدِس وسطس تام چھےٚ قریب یہاے صورت حال روزان۔

1752 ءمنز ییلہِ کٔشیر کابل انتظامیہ کِس حدِ اختیارس منز بحیثیت اکہِ صوبہٕ رٕنگۍ وجود پراوان چھےٚ۔ اتھ ستۍ ستۍ چھُ کٔشیرِ منز فارسی زبٲنۍ تہٕ ادبُک جہارتہٕ بہارنٛوی سرحد ژھنڈان تہٕ فارسی زبٲنۍ تہٕ ادبہٕ کہِ حوالہٕ سپُد واریاہ سرگرمین ہُنٛد اضافہٕ۔ ادب تہٕ زبٲنۍ ہٕنٛدِ حوالہِ یِمو سرگرمیو ستۍ میوٗل کاشرٕن فارسی خواند شاعرن تہِ ماجہِ زیوٗ منزٕ نٛوی تجربہٕ تہٕ نوٚن موضوعاتن شعرٕ منٛک مرکز تہٕ محور بناوٕنچ اکھ تحریک۔ چنانچہٕ اردٲہمہِ صدی ہٕنٛدِس دوٚیمِس وسطس منز یعنی کُنوہمہِ صدی ہٕنٛدِس ابتداہس تام آسہٕ فارسی زبٲنۍ ہٕنٛز مشہور مثنوی یہٕ تہٕ تمیُک کردار کاشرٕن ویدی سپدی ہتۍ مگر اکثریتی کاشر فارسی زبٲنۍ نِش بے زان آسنہٕ کِنۍ ٲسی نہٕ تم یمن لولہٕ مثنوی ین ہٕنٛدِس طلسمٲتی تہٕ داستانوی جادوگری تہٕ کرٛشمہٕ سازی نِش محظوظ ہیکان گٔژھتھ۔ یپأری اوس سیأسی تہٕ اقتصأدی سوٗتھرِس پیٹھ کاشرٕن پیٹھ رواظلم وجبرٕ کہ apparatus کاشرٕن منز احتجاجُک احساس ختم کوٚرمُت۔ تخیلی خوابہٕ زوٚبن ہُنٛد سأرکرُن، خأرجی بےبس دنیاہس موکھ مداے کرنہٕ بجایہِ ذاتہٕ کِس انہٕ گٔٹس منز پناہ نٛین تہٕ

بغاوت کرنہٕ بجایہِ تُل پلوتہٕ ووتھ زٕلو اجتماعی برتاوس مقدر تسلیم کرُن۔ یہے بنیہِ کنوہمہِ صدی ہِندِس وسطس تام بنیہِ کأشرِ Personality تہٕ یہٕنز سائکی ہِنٛدی اہم امتیأزی نشانہٕ۔ یمو پتہٕ زندگی ہِنٛدی مختلف شعبہٕ متأثر کری تتہِ کتھ روزِ ہا ادبی یا تخلیقی شعبہٕ یمو تبدیلیو نِشہِ مُچھ۔ کأشرٕ بوٗ شاعر وزیون عوامک یہِ sentiment تہٕ ستی اوسُک اقتدارُک بے تہِ اہرِ تہِ۔ لہٰذا سرکارِ وقتس ستی کانٛہہ موکھ مدأے کرنہٕ بغأر پانٛنو تموسہ زٕوی یہِ یمہِ ستی مظلوم کأشرین ظأہری، نفسیأتی آسودگی تہٕ من رٔنز ناوُنک وٕسیلہٕ تہِ بدآوتہٕ ستی سپزٕ کھ ذأتی insecurity تہٕ یہِ گیہِ سومثال۔ کباب تہِ دزِنہٕ سیخ تہٕ بچہ۔ پزرنے یہِ آسہِ ہے تیٚلہِ کونہٕ موزٕ کھ حمید اللہ شاہ آبادی صأب فارسی زبأنی منٛز سکھن خلاف پزر ونس پیٹھ۔ مگر کأشرٕ بوٗ شاعر وموٗ ردوہے کأر۔ تہٕ بہٕ چھُس نہٕ توٚے۔ یتھ کنٛہِ کانٛہہ وزن بخشان زِ کأشرٕ بوٗ مثنوی نگاروتہٕ خصوصاً جنگ نامہٕ لکھن والین شاعرن ہُنٛد مُدعا اوس کأشرین منٛز شونٛگتھ احساس آزأدی ہِنٛدِس جذبس تہٕ تہنٛز خوفتہٕ جوانمردی ہِنٛدِس جذبس وُتِش دِتھ تمن منٛز قومیتُک جذبہٕ ووتلاوُن۔ اگر تہِ آسہِ ہا مقصد تیٚلہِ یژھہن نہٕ تم سام ہوس ایرأنی بہودری ہِنٛدِس ہیرو سٕنزن مژھن بنگرین ہُنٛد سازٕت تہٕ گوڈن منٛز گوڈٕ کرین ہُنٛد شروٗنی شروٗنی وُچھن۔ اگر شعوری طور وہاب حاجنی سام نامہٕ لیکھتھ فردوسی سنٛدِ شاہنامکی پأٹھی ایرانین منٛز قومیتُک احساس پأدٕ کرُن اوس یژھان تیٚلہِ آسہِ ہا نہٕ سُہ سامنامہٕ کأشرس منٛز پھرنس ستی پتہٕ تنگ آمُت تہٕ اڈٕ وتی آسہِ ہن شانو

پتھ یہ بور پتھر لاینہٕ موکھ فارسی شاہ نامس کأشرس منز پھرنس دوران پتہٕ سو
أدر کھل کرٕ منز یمیُک تمو پانہٕ اعتراف چھُ کوٚر مُت۔ أمی صورتِ حالن رٕٹ
سِکھ دورس منز (1846-1819ء) زیادٕ ے پھن سٕنز ترا ے یمیُک نتیجہِ یہِ
دژاوزِ کأشرِ شأعری منز سپُد صوفیانہٕ تہٕ عاشقانہٕ موضوعاتن ہُنٛد واریاہ اضافہ
یموٕ ستی خوش قسمتی کنز صوفیانہٕ شأعری تہٕ مثنوی کنز واریاہ کینٛہہ رٕتی جاندار تہٕ
معیأری تخلیقات تہٕ کأشرِس شعرِ سرمایس نصیب سپدی۔

کُنوہمہِ صدی منز رٕوایتی شعری ہیٔت وژنس ستی ستی یُس طوٗیل بیانیہ
شأعری یعنی مثنوی ہُنٛد کأشرِس منز اضافہٕ گوو تتھ أسی واریاہ محرکات تہٕ
مضمرات تہٕ۔

1752ء پتھ 1846ء یعنی افغان تہٕ سِکھ دورس منز سپدی کٔشیرِ ہنٛزِ
سماجی زندگی منز واریاہ تبدیلیہٕ۔ افغان تہٕ سِکھ Aristocracy تہٕ افسر
شأہی ہٕنٛدِ حوصلہ افزأیی ستی کٔشیرِ منز تتھی کینٛہہ ادارٕ محرک۔ یمہِ ستی سماجی زندگی
منز لذت پسندی، شہوت پرستی، ظأہری ہاوٕ باوس تہٕ عیش پسندی سبٹھاہ چلے جاو
لوٚگ۔ توأریخی آثار چھِ یہِ کتھ گواہ زِ یمن ادارن ہٕنٛدِ ذٔسی حاصل سپدن وول
ٹیکسانہٕ اوس سرکأری خزانٕک اکھ زبردست آمدنی ہُنٛد ؤسیلہٕ۔ یوٚ دوٚے زن
یمن نفسیأتی اوسودگی ہٕنٛد بن ادارن ستی شأہی نوکر شأہی، حکمران طبقہٕ تہٕ
سماجکی منصبہٕ دار زیادٕ وابستہٕ أسی مگر امیُک اثر پیوٚ وغأر شعوری طور کٔشیرِ ہٕنٛدِس
اجتمأعی ذٔہنی ؤطیرس پتھ تہٕ شکارٕسأل، بچہِ نغمہٕ، چھکرِ مجلسہٕ، بھانڈ جشنہٕ، حافظ

نغمہٕ، چرسہٕ تکیہٕ، شہوت پرستی ہٕنٛدی اڈٕ بنےٚ یہِ عام کأشرٕن ہنٛدِ نفسیأتی سکوٗنکۍ تہٕ طبعی اوسودگی ہٕنٛدی وَل تہٕ وٕطیرٕ۔ سیأسی تہٕ معأشی طور بے کَس تہٕ مظلوم عوامہٕ خأطرٕ کوٚر یِمو چیزو اکہِ intoxicant ہٕچ کأم۔ تتھ وقتس منٛز ییٚلہِ معمولی چوکیدار ہٕنٛدِ پٮ۪ٹھ حأکمِ اعلیٰ ہَس تام سأری سرکأرۍ کارنٛدٕ کأشرٕن ہٕنٛدِس پرٕ ہتھ حرکتس پٮ۪ٹھ نظر گزرتھأوِتھ اُسی آسان۔ سرکارکہِ مألی وصولیأبی ہُنٛد نمتھ فی صد حصہٕ اوس حکمران طبقہٕ تہٕ امہِ کِنہِ پوٚت پچھارٕن ہٕنٛدٕن ذأتی اخراجاتن تہٕ کابل تہٕ لاہور مرکزی خزانن سوزنہٕ یوان۔ شہری کأسبن زرعی مزوٗرن اوس محض وٕریس جکھِتھ زٕینتھ صرف ترٕن رتٕن تام غلہٕ پوشان۔ شال انڈسٹری پٮ۪ٹھ یسلہٕ ٹٮ۪کس عأید کرنہٕ ستی اوس شہری کأسبن ہُنٛد کمر پھُٹمت تہٕ یہِ کینٛژھا زرزٕتہٕ موچھِ اوسکھ روزان سُہ آسِکھ کارخانہٕ دار مُہتھ نوان۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ اکثر گأمی بأے اُسی وندس اژوٗنے ہندوستان کِنہِ پأتھلی علاقن کُن مزورِ ہٕنٛدِ غرضہٕ روخ کران تہٕ سوٗنتھ یُون اُسی واپس کشیرِ تران۔ یِمن کأشرٕن اُسی شمألی ہندوستان کِنہِ شہرن منٛز دِل بہلأیی ہٕنٛدی واریاہ سامانہٕ بدس مگر یِم کأشرۍ وندٕ رأژن منٛز ہِتھ بٕکارگرن منٛز بند اُسی آسان تِمن ہٕنٛدِ طبعی تہٕ نفسیأتی مسرت کہِ غرضہٕ کوٚر کأشرٕ مثنوی نگارو فارسی چہِ لولہٕ تہٕ رزمیہ مثنوی کأشرِس منٛز ترجمہٕ کرنٕچ یا پھِرنٕچ شعوری کوشش۔ یِمو مرثیو کوٚر واریاہَس حدس تام کأشرٕن دِل بہلأیی ہُنٛد سامانہٕ بہم تہٕ امہِ ستی پھُٹ کأشرِ شعرٕ سرمایک سُہ شِشرُتہٕ یُس اتھ یک رنٛگی ستی پأدٕ اوس گوٚمُت۔

بیا کھ اکھ وجہ چھُ گُنو ہمہِ صدی منز مثنوی صِنفہِ ہِندِس پرٛ تھنس تہٕ پوٛ ٹھنس

پتہٕ پتہٕ زِ 1819 ءمنز ییلہِ کشیر رنجیت سنگھ نہِ سر برا ہی منز پنجابُک اکھ صوبہٕ

بنیوٚو۔ کاشرٕ ہن ہُندٕ ین گرٛ ٹھن ہُر یوو پنجابس ، دہلی ، لکھنوتہٕ لاہورس ستی

وارِیاہ تہٕ ییلہِ کینہہ وقت گذرِتھ Anglo-Sikh تصادُم صورتس منز

پنجابس خود مختاری رأوِتھ یہِ British India ہُک اکھ صوبہٕ بنیوٚو۔

پنجابس ستی ستی برٛ ھیاو کاشرٕ ہن ہُندٕ ین گرٛ ٹھن امرتسر ، پٹھانکوٹ ، راولپنڈی

،لدھیانہ ، امبالہ ، لاہور ، سیالکوٹ علاوٕ دہلی ، لکھنوتہٕ علی گڈھ شہرن ستی ۔ شمالی

ہندوستانس منز اوس اردو ہس منز امہِ ساعتہٕ مثنوی صِنفن وارِیاہ کاڈ کوٚ ڈُمت

تہٕ کاشری آسی دوہہ مزوٗری کرِتھ یا کارٕ بارٕ مصروفیت نِشہِ موکلِتھ شامہٕ پٔتی پننین

ڈیرن پیٹھ یکوٹہٕ سپدِتھ یمن اُردو مثنوی ہِندِ بوزنہٕ ستی تہٕ ذہنی تھکاوٹ دوٗر

کران ۔ مومن ، ذوق ، نسیم ، مرزا شوق ، نہال چند لاہوری ، میر حسن بیترِ مثنوی

نگارن ہِندٕ ہن تخلیقاتن اوس وارِیاہ عوأمی مقبولیت حأصِل سپز مژ۔

1846 ءمنز پنجاب امرتسرِکس مسودس تحت ییلہِ کشیر منز ڈوگرہ راج

کہِ قیامہٕ پتہٕ زمینس پیٹھ کوٚ ملکیتس پیٹھ شب

خون تراونہٕ آو تہٕ کشیرِ ہُندٕ سورُے زمین زراعت آو ڈوگرہ شاہی خاندان کہِ

وراثت رٔنگی تسلیم کرنہٕ ۔ زمیندارن تہٕ کاشتکارن ہنز حیثیت اُس محض

tenant at will روٗز مژ۔ جاگیرداری ، چک داری ، ذالداری تہٕ

Absantee Land Lords کِنز لارےیہِ کشیرِ ہِندی گامی بأے

پانہٕ فاقے پھکرے روٗزِتھ سرکارٕکس درس بُتھِ۔ شہر باشن ہنٛز یڈ پالنہٕ خاطرٕ اوس گامٕہ یٖن پانہٕ فاقہٕ پھرِ روزُن پیوان تہٕ یتھٕ کنٕہ گووشہری تہٕ گامٕہ یٖن درمیان اکھ أندرٕ رٕ تضاد شروع یمیُک فأیدٕ سرکارِ وقتن پننٕہ حقیر مقصد حاصل کرنہٕ خاطرٕ زبرپاٹھی تُل۔ سود خوآری، ووڈٕ دآری، بے کآری تہٕ بٕگآری بنے یہِ ڈوگرٕ دورس منٛز کاشرٕ بن ہُند مقدر۔

1870ء Franco-Persian جنگہٕ ستی ووت کاشرٕ بن اتھہٕ کامٕہن وار یاہ دَدارٕ تہٕ شہری کاسب وأتی یہِ ڈٕلِ زِ تہٕ پننٕہ گلوٗ ژٕ ٹنس پیٹھ۔ ہُپأرٕ اوس قدرت تہِ کاشرٕ بن زن یہِ ڈٕلِ زِ تہِ پھیرِتھ ہیوٗ گوٗمُت باسان۔ قحط، سٔہلاب، نار، ہُنلی تہٕ وبأیی بیمارِ آیہِ اتھ دوران یسلہٕ پاٹھی ووتلِتھ تہٕ کاشرٕ بن رآویہِ ڈٕلِ زِ تہٕ پننٕہ پأرٕ زان تہِ۔ مایوسی، نا اُمیدی، افلاس، غربت، ترَدُد، خوف، بنے یہِ کاشرِ Personality ہٕنٛدٕ پرٕ زناون نشانہٕ۔ ظلمس تہٕ تشدُدس برونٛٹھہ کنہٕ کلہٕ نوٗمبراوُن بنیوٗ وکاشرٕ بن ہٕندِ اجتماعی ذہنی رٕ وی یُک اظہار۔ خأرجی ماحولس منٛز کانٛسہِ ژُکی دریادَردِل نا آسنہٕ کِس صورتس منٛز بنوو کاشرٕ بو تقدیر پرست تہٕ توہم پرست تہٕ بغاوت تہٕ احتجاج کرنہٕ بدل زون کاشرٕ بو شاعرو وجود کیٚن انہِ گٹہن زاٗلی دِنی جان۔ تہٕ نا انصأفی، ظلمس تہٕ جبرس خلاف لوٗکن بغاوچ تعلیم دِنہٕ بدلہٕ کرنأوِ سانوٚ کاشرٕ بو شاعرو لوٗکھ طلسمأتی خوابہٕ زُوٕبن پیٹھِ۔ کنٕہ تخیلی وُڑو بیا کھا اکھ وجہ اوس کنٕہ وہمہِ صدی منٛز مثنوی صنفہِ ہٕندِس ووتلنس پتٕہ کنٕہ یتہٕ زِ کاشرٕ بن آس داستان گوئی ہنٛز اکھ

پرٛانۍ طاقت ورتہٕ مقبولِ عام روایت دردِس۔ آریٲیی نسل پرستی ہنٛز دٔلیل، بودھن ہُند نروانۍ کتھایہِ تہٕ ناگن ہُند انہار بدلاونچہ دٔلیلہٕ تہٕ Palace Paradigm پیٹھٕ بنی پادشاہ کتھن تہٕ پرٛی یہ کتھن ہُند جودوٗنہٕ ذہنن پیٹھ یہ دٔپی زِ تہٕ موجوٗدٕ ے۔ لہذا ایٚیلہِ سانہٕ مثنوی نگاروٚ گٔو ہمہِ صدی منٛز یسلہٕ پاٚٹھی اتھ شعری صنفس کُن پنٛن تخلیقی توجہ مرکوز کوٚر کاشرٕن ہندی اجتماعی مزازن ژیوٚن امیُک وُشنیر سیٚٹھاہ جلد تہٕ عوامُک یہِ مثبت ردِعمل وُچھتھ پھِر کاشرٕ بوگو نما تو فارسی، عربی تہٕ ہندوستانۍ زبانن ہنٛز وارِیاہ مثنوی کاشرِس منٛز۔

## کاشرِ مثنوٕیہِ...... کردار تہٕ اسطوٗر

کردار نگاری چھےٚ بیانیہ شعری صنفہِ خصوصاً مثنوی ہُند اکھ بنیادی فنی تہٕ تکنیکی عنصر مگر ڈراماتہٕ ناولہِ ہندی پاٚٹھی چھنہٕ تتہٕ کردارن ہنٛز مکمل شخصیت واقعاتن، مکالمہٕ، عمل تہٕ پسِ منظر کہِ امدادٕ نٔنی نیران، کاڈ کڈان تہٕ تکمیلس واتان بلکہِ چھِ مثنوی منٛز کردارن ہنٛز مجموعی شناخت تہٕ پہچان ووتلاونس منٛز شبیہہ نگاری، جذبات نگاری بیترِ وَلوٚستو اِشارن منٛز بروٚنہہ کُن یوان تہٕ امیُک دارٕدار چھُ مثنوی نگار ہندِس ذاتی تخلیقی ہُنرس پیٹھ۔ تمی سٕنز سوٗنچہ تژایہِ پیٹھ تہٕ تمی ہندِس زاوٕیہ نگاہس پیٹھ دٔرِتھ آسان۔ کردارن ہندِس ووتلاونس تہٕ آزاد وجود پرٛاونس منٛز چھُ تمہِ تہذیبی، جغرافیٲیی تہٕ لسانی بنہٕ بُندی ہُند تہٕ سیٚٹھاہ اہم رول روزان یُس مثنوی ہُند پوٚت منظر تعمیر تہٕ تشکیل کران چھُ۔ اتھ صورتس منٛز چھُ وارِیاہس حدس تام یہِ ممکن زِ کردار

ہکَن متضاد خارجی صورتِ حالس منز پنٕنین جذباتن، احساساتن مثنوی نگار ہنٕدِ زیٚوِی سہی اظہار پرٛاوِتھ یمہٕ ستی کردارن ہنز داخلی کرائسس مختلف انہارٕ تہٕ طرح تہٕ ووتلتھ ہکَن مگر یوٚ تامتھ زن کاشرِ مثنوین ہنٕدین نمایندٕ تہٕ ذیلی کردارن ہُنٕد تعلق چھُ یم چھِنہٕ یہٕ نمائندٕ وصف پانس منز پادٕ ہیکِی متی کرِتھ۔ امیُک غالب وجہ ہیکہِ شاید یہٕ آستھ زِ سانہِ بیشتر مثنوی چھےٚ جزیرہ نما عرب، مغربی ایشیا، وسطِ ایشیائی خطہٕ، ایرانی تہٕ ہندوستانی لسانی تہٕ جغرافیائی خطن ہنٕدِس تہذیبی پوٚت منظرس نش منتخب کرنہٕ آمٕژ۔ یِہنٕدی کردار، یِہنٕدی ناو، تِہنٕز زبان، تِہنٕد نفسیاتی برتاو تہٕ تمدنی ارزتھ چھےٚ کشیرِ ہنٕدِ لسانی، تہذیبی تہٕ ادبی ماحولہٕ نش دٔ کھرٕ تہٕ بدٔون۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ کاشرِ زبانی منز ترجمہٕ کرنچہِ عملہِ یا کاشرِس منز adopt کرنہٕ کِس صورتس منز چھِنہٕ یمن کردارن سوتوژھ تہٕ سکت باقے روٗزمٕژ یوسہٕ یمن پنٕنِس ماحولس منز باگہِ چھےٚ آمٕژ۔

لولہٕ مثنوی، جنگ نامن، اخلاقی تہٕ تواریخی مثنوی ین منز ژارنہٕ آمتی کردار چھِ کلہم پاٹھی ترٛین گاچن ستی تعلق تھاوان۔ افسانوی کردار، اساطیری کردار تہٕ تواریخی کردار۔

گوڈٕ ٹُلو اسی لولہٕ مثنوی ین ہنٕدی کردار:

یتھ پاٹھی مےٚ گوڈے عرض کوٚر زِ اکثر لولہٕ مثنوی ین ہنٕدی کردار چھِ بناوٹی، بےٚ زُوتہٕ stereotype۔

شیخ صنعان مثنوی منز چھُ مثنوی ہُنٕد مرکزی تہٕ اہم کردار اکہِ بجہٕ ذہنی تہٕ نفسیاتی تبدیلی یا transition ہنٛک شکار سپدان تہٕ اتھ transition

ہس دوران یمہِ ذہنی کربک تہٕ انتشارُک شکار یہِ کردار سپدان چھُ تتھ چھُنہٕ پۆت منظرس ستی کانْہہ تہِ واقعاتی یا عملی واٹھ تہٕ آخرس پٹھ ییلہِ شیخ صنعانس پنُن مرید آتش پرست محبوبایہِ ہنْد ہو جاءدی زُلفونشہِ آزاد گژھنہٕ باپتھ استدعا چھُ کران تِتْنس تہِ چھُنہٕ کردارٕچ کانْہہ complexity یا تمہ ہنزٕ اندٕری کشمکش ووتلتھ ہیکان۔ اگرتہِ آسہِ ہا، کردار ہیکِہ ہا واقعی اکھ نمایندٕ کردار ثابت سپدتھ۔

(ناظم ) زین العرب مثنوی ہنْدی کردار چھِ انسانی کردار یمن منز کینْہہ کردار تواریخی ڈۆکھ تہِ تھاوان چھِ مگر مثنوی منز چھِ زٕ کردار رابع ( زین العرب تہٕ اُمی سُنْد ترکی غلام عاشق ) یِہ چھےٚ اکھ tragic کہانی یوسہٕ المیہ ہس پیٹھےٚ اندٕ تہِ چھےٚ واتان۔ ناظم چھُ واریاہس حدس تام زین العرب ہنٛز جذباتی ہیجان خیزی، نفسیاتی تضاد تہٕ داخلی ترٛدُ مختلف situation منز ووتلاونس منز واریاہس حدس تام کامیاب سپدمُت۔

لِکھاتش، رابعہ ہُنْد ترکی غلام عاشق تہِ چھُ اتھ المیہ شعری Narratives منز پننٛی مختلف شخصاوی جہتہٕ ہیتھ ووتلان۔

| | |
|---|---|
| مہٕ گژھی نے خار اچھ سور مس تہٕ سازس | نظر تھاو راستی ہنٛز سروِ نازس |
| بہ صورت ؤچھ مگر منز معنی ہس راو | خیالے غارِ حق از دِل ژٹتھ تراو |

لِکھاتش تہٕ چھُ مثنوی ہنْدٕ ن مختلف پڑاون پیٹھ ؤکھرٕ ؤکھرٕ کیفیژن تہٕ واقعاتن ہنْدِس پۆت منظرس منز پنُن ذہنی رۆدی یہ تبدیل کران روزان تہٕ تمی سُنْد کردار یا اُمی ہنٛز شخصیت چھےٚ بدلاوتہٕ بالیدگی پراوان۔

حارث زین العرب سُند بوے تہٕ چھُ معاشرتی تہٕ سمأجی قدرن ہنٛدِس
تنظیمیس منٛز ہمشیر سٕنٛز بدنأمی پیٹھ تتھے پأٹھی ردِعمل ہاوان ییتھٕ پأٹھی أکِس
باغأرت بأیِس کرُن پییہِ ۔ پۆتُس ییلہِ حارث بہنہٕ ہُنٛد المناک موت وُچھتھ
پشیمان گژھان چھُ سو تہٕ چھےٚ انسأنی جبلت تہٕ معاشرتی تقاضن ہنٛز
علمدأری۔

ہی مال نأگ رائے چھےٚ اکھ اساطیری ڈٕلیل مگر امہِ کِس داستانوی رازٕ
ہونٛزس منٛز چھِ کٲشیر ہنٛدِ قدیم ییم توأریخی منظرنامکی کینٛہہ تتھی طرح وٕ وتلان ییم
أکِس پرن وألِس یا بوزن وألِس برونٛہہ کنہِ واریاہن اسرارن نسبت چشم
کشأیی ہنٛدی سامانہٕ بہم کران چھِ ۔ یہِ مثنوی چھےٚ أکِس قدیم کأشرِ لُکہٕ ڈٕلیلہِ
پیٹھٕ استادٕ یمکی سأری کردار اساطیری فضہُک پروردٕ چھِ ۔ مثنوی نگار ہیکہِ ہانیم
توأریخی پۆت منظر کہِ امدادٕ یمن اساطیری کردارن قبول صورت افسانوی
کردار بنأوِتھ مگر تہٕ چھُنہٕ ہیوٚ کُمت سپدِتھ۔ کردار چھِ مثنوی نگار سٕنٛدِس dictates
تابع مگر اکھ کتھ چھےٚ دأیراونی لایق زِ ولی اللہ متو چھُ بالا فطری کردارن یا
اساطیری کردارن تہٕ انسأنی فطرت تہٕ مزازٕ کرٕ آکار تہٕ انہار دِتھ ہیوٚ کُمت۔
امہِ ستی چھِ مثنوی ہنٛدِس پیچیدٕ ساختس اکھ وَیہِ وُن یا response بہم سپدان۔
گُلریز مثنوی ہنٛدِس پۆت منظرس منٛز مقبول شاہ کرٛالہِ وأری یُس
cultural تہٕ sociological landscape وٕ وتلاوان چھِ تمہِ کہِ
امدادٕ ستی چھِ مثنوی ہنٛدی اکثر کردار کٲشیرِ ہنٛدٕ ہن سمأجی قدرن ہنٛدی نقیب
بنٕتھ وٕ وتلان۔ بوالہوسی، شہوأنیت تہٕ لذت پسندی یمہِ باپتھ مثنوی ہنٛدِس

پُلاٹس منز space موجود اُس مگر مقبول شاہ کرٛالہٕ وأری چھےٚ کشیرِ ہنٛز مخصوص معاشرتی فضہِکی لوٲزمات نظرن تل تھاوِتھ کردارن ہنٛدِس نفسیأتی رُوِیس تہٕ ذہنی برتاوس modify کرنٕچ کامیاب کوشش کرٕمٕژ۔ تمہٕ کِس نتیجس منز بوالہوسی، شرم وحیا، شہوأنیت بدلہٕ عشقٕچ پاکدامنی تہٕ لذت پسندی بدلہٕ تسکین تہٕ طہارتِ قلبس فوقیت دِوان چھُ۔ ہرگاہ کرٛالہٕ وأری یِمن چیزن ہُنٛد خیال ذہنس منز تھوٗمُت آسہِ ہانہٕ أمی سنٛزِ اتھ مثنوی پیٹھ مالگہِ ہا سوے توہمت یوسہٕ وُہمہِ صدی منز سعادت حسین منٹو ہنٛدٮ۪ن افسانن تہٕ کردارن پیٹھ لٔج۔

نوش لب یوٚ دوٚے لولہٕ چہٕ جاڈی ہانکلہِ تہٕ والہٕ واشہٕ شعوری طور لگیمٕژ چھےٚ مگر ناز مست نشہِ چھےٚ سوٲ کِس باوقار تہٕ پاکدامن انہٕری شہِ کورِ ہنٛدی پأٹھی یب ہوان تہٕ ویٚسہِ ہنٛدِ زیوٚ ناشایان کلمات اظہار کرنس پیٹھ پننہِ برہمی ہُنٛد اظہار کران۔ تُسنٛد افسانوی کردار چھُ کأشُر معاشرتی پوٚت منظر مکمل پأٹھی حیادار کأشرِ کورِ ہنٛدٮ۪ن پاکیزٕ جذباتن ہنٛزن تہٕ نمائندگی کران:

نہٕ زانن کانٛہہ نہٕ زانم کانٛہہ مےٚ ازتام ژٕ کوٚیژٕ چھکھ کران ناحق مےٚ بدنام

تتھے پأٹھی چھےٚ نوش لبہِ ہنٛز مأج تہٕ مثنوی منز اَکِس باوقار رعب دار ماجہِ ہنٛدِس کردارس منز پننی سأری تضادات تہٕ توہمات ہتھ برونٛہہ کُن یوان۔ کردار سُنٛد یہِ شخصأوی روح تہٕ طرح چھُ تتھ واقعس ستی طیس واتان ییٚتہٕ نس نوش لبہٕ ہنٛز مأج پننہِ کورِ نوش لبہِ یارٕ سنٛدِس وُشلِس وچھس ستی مدمست لأرِتھ وُچھان چھےٚ، سو چھےٚ نازمستہِ یِیمہٕ آیہِ ملامت کران۔

عداوت پژھ کچ اَسے ژٕے میٲنی　　　　گٔژتھ رُسواے عالم کوٚر میٲنی

متضاد معاشرتی پوٚت منظرس منز اوس سوہنی مہیوال مثنوی منز سوہنی مہیوال مرکزی کردارن کامرآنی ہنٛدہن تجربن تہٕ احساساتن ہٕتی خودمختار کردارہنٛدِس صورتس منز ووٚتلیمٕتی جان موقعہٕ بدس مگر مثنوی نگار چھُنہٕ امیُک فائد ہیوٚ کمُت تُلتھ۔ نتیجہِ چھُ دژ امُت زِ دوشوَے کردار چھِ رسمی غاٗر حقیقت پسند تہٕ بےٚ جان روٗ دیٕمتی۔ مثنوی نگارن یُس سراپا اہم کردارن ہُنٛد بیان چھُ کوٚر مُت تتھ چھُنہٕ کردار ہنٛدِ شخصیت، تہنٛدِس برتاوس تہٕ سوچن نہجہِ ہٕتی کانٛہہ ہشر یاواٹھ۔

بےنظیر، بدرمُنیر تہٕ نجم النساء چھِ گلدستۂ بےنظیرٕ ٕنی ترٛے اہم کردار۔ یوٚ دوَے زن حقانٔی ین چھِ اہم کردار ووتلاونچ پوٗرٕ کوشش کٔرہٕمژ مگر تہٕ گٔژتھ تہٕ چھُنہٕ بےنظیر تہٕ نہٕ بدرمنیر خوددار تہٕ باعمل کردار ٕرنگو ووتلِتھ ہیٚکیٕمتی۔ مثنوی منز چھِ تژہہ واریاہ situations رونما سپدان یمن منز کردار عملہٕ تہٕ حرکژ ہٕتی ساٗنِس ذہنس پیٹھ پننہٕ کردارُک چھاپ ترٛاوِتھ ہیکہٕ ہن مگر تہٕ چھُنہٕ سپدان۔ نجم النساء چھےٚ قربانٔی تہٕ وفاداری ہنٛز مجسمہٕ۔ سو چھےٚ ویٚسہٕ بدرُمنیر نہٕ، خوشی خاطرٕ غاٗر جنس یعنی جِنس ہٕتی تہٕ نیتھر کرنس پیٹھ آمادٕ سپدان۔ قربانٔی گیہِ پوٚز۔ نجم النساءِ ہنٛز یہِ قربانٔی اگرچہِ مثنوی اکھ نوٚ موڈ عطا کران چھِ مگر یوٚہے چھُ امہِ کردارُک نقص تہٕ بنان۔

گُل بکاولی ہنٛدی کردار چھُنہٕ پننہٕ عملہٕ تہٕ مکالمو، آپرآوی ہتو مکالموٕ ہٕتی پننہٕ شخصیت تہٕ کردارُک تکمیل پژاوان بلکہِ چھُ مثنوی نگار بناوٹی طور کردارن ہٕتی کینٛہہ شخصأوی اوصاف club کران۔ یمہِ ہٕتی مثنوی ہنٛدِس پلاٹس تہٕ

constructs پٮ۪ٹھ تہٕ اکھ منفی اثر پاوان چھُ۔ ووٚنۍ گوو پیٚٹنس کردار مکالموٗ ذریعہٕ پٔنُن اندرون تہٕ ذہنی کیفیژ بناونچ کوشش چھِ کران۔ اتہِ نس چھِ کردار بازو تہٕ حرکژل باسان۔ یِمن کردارن منز چھِ افروز پٔری تہٕ کوتوالِ شہر شامِل۔

اسطور چھِ ژھوٚٹۍ پاٹھۍ ئنہٕ سماجی اکائی ہِندِ اجتماعی لاشعورٕک آرکی ٹایپن ہُند آنہٕ آسان۔ اسطور چھِ قدیم کالہٕ پٮ۪ٹھ شعری اظہارُک اکھ اہم تہٕ موثر Medium روٗدمُت۔ ہومر ہِندِ وقتہٕ پٮ۪ٹھ برابر از تام تہٕ چھُ عالمہٕ کِس آفاقی ادب پارن منز ہم عصر سماجی صداقتس ستی ستی اسطوری images تہٕ کردار تہِ سیٚدِ سیوٚد یا ورگہٕ پاٹھۍ اظہار پراوان۔ یہٕ چھُ دراصل فنی تخیلک تہٕ تخلیقی وو پراوٗک سُہ وُڈو یتھ بروٗنٹھ کنہٕ زمان و مکانٕکۍ سأری سرحد لُہرتھ گژھتھ فن پارس منز اکھ وسیع، جامع تہٕ انسأنی عقلہٕ ہِندی دأیرٕ ہیوٚ راکھنوٗ کائنات خلق سپدان چھےٚ۔

مثنوی صِنفہِ منز چھِ گوڈٕ پٮ۪ٹھےٚ زِندٕ انسأنی کردارن ستی ستی اسطور تہٕ بالا فطری کردارن ہنٛز تہِ گنجأیش لبنہٕ یوان۔ رزمیہ مثنوی ین یا جنگ نامن منز تہِ چھِ زِندٕ زُوانسأنی کردارن ستی یِسلہٕ پاٹھۍ اسطوری تہٕ بالافطری کردار میلان۔

فردوسی ہِندی شاہ نامن چھِ مشرقس منز پزنہٕ پاٹھۍ اتھ روایژ معیار تہٕ مقدار دوشوٕنی صورژن منز سبٹھاہ بٔرژرکوٚرمُت۔ فردوس ہِندِ شاہنامکۍ اکثر کردار چھِ legendary نوعیتکۍ یِمن منز رستم، سہراب، افراسیاب، دارا تہٕ سام بیترِ شامِل چھِ۔ یِم سأری کردار چھِ ژکہِ تخیلی طور ایران کہِ قدیم روایتی بہادری، شان وشوکت، تأریخی عظمت تہٕ تہذیبی بجرٕکی نقیب تہٕ ستی چھِ ایرأنی

قومکہِ احساس قومیتُک ترجمان تہٕ۔

تتھے پاٹھی چھُ عرب ہیرو امیر حمزہؓ عرب بہادُری تہٕ جُرتُک ترجمان بٕنتھ اسلامی فتوحاتن ہُنٛد ترجمان رٕنگی مثنوی منز جاے رٹان۔ حضرت علیؓ تہٕ حضرت وقاصؓ تواریخی کردار تہِ چھِ ساہن ترجمہٕ کٔرۍ مِتۍ جنگ نامن منز شامِل۔ جنگ نامن ہنٛدِ شعوری مطالعہٕ تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ واضح سپدان زِ صنفی ین مثنوی منز چھُنہٕ امیر حمزہؓ عرب ہیرو کہِ حیثیتہٕ وۄتلان بلکہِ چھُ اسلامُک محافظ بٕنتھ بروٚنہہ کُن یوان مگر لکھمن کول بُلبل، وہاب پرے حاجنی تہٕ امیر شاہ کرٛیری ہنٛزن ترجمہٕ کٔرۍ متین یا کاشراونہٕ آمژن مثنوی ین منز چھُ سام ضرور اکہِ جنگی کردارٕ رٕنگی وۄتلاونہٕ آمُت مگر فردوسی ہنٛدِس شاہ نامہٕ کِس سامس پتہٕ یُس قدیم ایرانی احساس قومیتُک، تہذیبی بجرُک تہٕ شان وشوکت یُس عنصر ڈٔکھس اوس، تمیُک عشرِ عشیر تہِ چھُنہٕ کاشرِس سامس۔ سام ہیؤ بہادُر، جری تہٕ قومی ہیرو چھُنہٕ کاشرِس landscapes منز فِٹ گژھان۔ وۄنی گوو یتھ کتھِ کرِ نہٕ کانٛہہ انکار زِ کاشری آسی سام نامہِ بوزِتھ یہِ ڈٔلۍ زِ تہِ ببہِ أندری ظالم اقتدارس خلاف مُشتہٕ ہاوٕنچ ناکام کوشش کران۔

تتھے پاٹھی چھِ کاشری مثنوی نگارو تواریخی کردار کاشرِس منز پھرنس دوران تہنٛز تواریخی شبیہہ تہٕ صداقت تہِ مسخ کٔرمژ۔ سکندر نامُک مرکزی کردار سکندر چھُنہٕ سُہ مقدونیا ہُک سکندر اعظم روزان ییمی دنیا فتح کرنُک ارادٕ اوس کوٚرمُت۔ بلکہِ چھُکھ سُہ اسلامی ہیرو ہنٛدِس روٗپس منز مثنوی منز بحیثیتِ کردار وۄتلیوٗمُت۔

مثنوی صِنفہِ ہنز رِوایت نظرِ تل تھاوتھ ییٚتہٕ عالمی شہرت یافتہ بیانیہ شعری صِنفہِ ہنْد بوٚ خالقو زندٕ انسانی کردارن ستۍ ستۍ اسطوری کردارن تہٕ جاے دِژہٕمژ چھےٚ کاشرِ مثنوی نگاروتہِ چھِ ایرٲنی تہٕ عرب اسطورن ستۍ ستۍ مقامی اسطورن تہٕ پننین مثنوی ین منز جاے دِژہٕمژ۔ آگر پچھنی، بزم بزم چوک، سوٕ بز ورتہٕ بوٕ بزور، ناگ راے، اکہ ننٛدن، جن، پٔری، دوٗ بیتر چھِ یسلہٕ پاٹھۍ سانین مثنوی ین منز میلان۔ ییٚتہِ نٔس انسٲنی کردار پنٕن منزل بدِ کڈنس تہٕ مدعاپژاونس منز ناکام چھِ سپدان تِتھنس چھُ بالافطری کردارن ہنٛدِ امدادٕ ستۍ سہ مثنوی ہنٛدِس پلاٹس بروٗنہہ پکناونس منز مدد کران۔ یہِ چھنہٕ مثنوی ہنٛدِ صنفہِ حوالہٕ کانہہ نٔو کتھ۔

ہاں یتھ کتھِ منز چھُ واریاہ دربر زِ مایوسی، بے کٲری، خوف تہٕ ذہنی پراگندگی ہنٛدِس ماحولس منز نبھوو یِمو مثنوی یو سُے رول یُس از industry entertainment ہنٛدی مختلف ادارٕ لوٗکن نفسیٲتی تسکینکہِ تہٕ ذہنی وُبوٗدُر دوٗرکرنہٕ خاطرٕ یمن اسناوٕنکہِ تہٕ فرحتکہِ وَل بہم کران چھِ۔ پتھ گوو یِہ وُنُن زِ یِمو مثنویو خاص کٔرِتھ رزمیہ مثنوی لیکھتھ اَسی سانۍ مثنوی نگار کاشرِ ہنٛدِس قومی غارتس تہٕ تہنٛزِ دلیری وُتِش دِنچ کوشش کران۔ تتھ پیٹھ چھےٚ مےٚ کیٚہ پہن پژھ۔



# مثنوی ہُنٛد شعریات

محفوظہ جان

پڑ ہتھ کانٛہہ شعرِ ذات چھَ اکہِ توآریخی تہٕ تخلیقی سفرٕ پتہٕ پننٕز روہ رکان نٔز کڈان تہٕ پننٕز اکھ مخصوص شناخت تہٕ پڑ زنتھ حاصِل کران۔ یَتھ أسی تمِچ شعریات وٕنتھ ہیکو۔ کُنہِ تہِ شعرِ ذآژ ہنٛدی روہ رکان پڑ زناونہٕ تہٕ سمجھنہٕ خأطرٕ چھُ ضروری زِ یہِ وُچھنٛج یِیہِ کوشش کرنہٕ زِ امیُک اکھ جداگانہٕ تجزیہ سپدِ یُتھ یہِ اندازٕ سپدِتھ ہیکہِ زِ یہٕ شعرِ ذات کتھٕ پأٹھی چھےٚ ورتاونہٕ یوان۔ کتیٚن چھےٚ شروع سپدان۔ امیُک پلو کوٚت تام چھُ واتان تہٕ آخری رَتھٕ پأٹھی چھُ شأعراتھ اندواتناوان۔ امِ حسابہٕ یِیِہ مثنوی پیٹھ نظر چھِ تراوان یہٕ کتھ چھےٚ کھرٕ سپدان زِ مثنوی گٔیہِ سو شعرِ ذات یَتھ منٛز پڑ ہتھ بأتُک قأفیہ بیوٚن بیوٚن آسان چھُ۔ مثنوی چھنہٕ غزٕلکی پأٹھی پابندِ ردیف تہٕ نہٕ چھِس قصیدٕکی پأٹھی محدوٗد شعر آسان۔ بلکہِ چھُ امیُک کنواس کُشادٕ یتھ منٛز کانٛہہ تہِ توآریخی، اخلأقی، عقیدتی، اساطیری، مذہبی، جنگی تہٕ عاشقانہٕ ہیترِ واقعہٕ باقٕے صنفن مقابلہٕ آسأنی سان نظماونہٕ چھِ یوان۔ مثنوی ہیکہِ سہٕٹھاہ زیٛٹھ تہِ تہٕ سہٕٹھاہ

ژھوٹ تہٕ اُستھ۔ یہ ہیکہٕ لچھہٕ واد شعرن ہنز تہٕ اُستھ تہٕ یہ ہیکہٕ ژورن شعرن پٕٹھ تہٕ مشتمل اُستھ۔ مثنوی چھنہٕ کُنہٕ مجلسہٕ خاطرٕ اکہ ہے نشستس منز بوزناونہٕ باپتھ لکھنہٕ یوان بلکہٕ چھہٕ پرنہٕ باپتھ تحریر سپدان۔ فارسی زبانٕ منز چھہٕ کینہہ طویل مثنوی یہٕ نظرِ گژھان یمن منز شاہنامہ فردوسیؔ، سکندر نامہٕ تہٕ مثنوی مولانا روم بیترٕ قابلِ ذکر چھےٚ۔ یمہٕ چھےٚ تمہٕ طویل نظمہٕ یمہٕ کُنہٕ محفلہٕ یا مجلسہٕ منز پرنہٕ ییٚن نہٕ تِکیازِ یمن منز چھُ مسلسل نظمہٕ ہندی پٲٹھی تسلسل۔ یمن منز چھُ ڈلیلہٕ منزٕ ڈلیل وجود پزاوان۔ اتھ منز چھہٕ پرٕ تھ قسمکی موضوع ورتاونہٕ یوان۔ مثلن حسن و عشق، رزم، فلسفکی مختلف اسرار تہٕ رموز بیترٕ چھہٕ اتھ منز نظماونہٕ یا ورتاونہٕ یوان۔

مثنوی چھُ عربی لفظ ''مثنٰی'' منزٕ درامُت ییٚمیُک معنی جورٕ جورٕ چھُ۔ گوو مثنوی چھہٕ تتھ مسلسل نظمہٕ وَنان ییٚمکہ دوشوے شعر ہم قافیہ، ہم وزن تہٕ کُنی بحر تہٕ آسن۔ مثنوی صنف تہٕ چھےٚ باقی صنفن ہندی پٲٹھی فارسی پٕٹھے آمٕژ۔

مولانا حالیؔ چھُ مثنوی متعلق یتھہٕ پٲٹھی بیان کران:

''جتنی صنفیں فارسی اور اردو شاعری میں متداول ہیں ان میں کوئی صنف مسلسل مضامین کے بیان کرنے کے قابل مثنوی سے بہتر نہیں ہے۔ یہی وہ صنف ہے جس کی وجہ سے فارسی شاعری کو عرب کی شاعری پر ترجیح دی جا سکتی ہے۔ عرب کی شاعری میں مثنوی کا رواج نہ ہونے یا نہ ہو سکنے کے سبب تاریخ یا قصہ یا اخلاق یا تصوف میں غالباً ایک کتاب بھی ایسی نہیں لکھی جا سکی جیسی فارسی میں سینکڑوں بلکہ ہزاروں لکھی گئی ہیں۔ اسی لئے عرب شاہنامہ کو قرآن عجم کہتے ہیں [illegible]

کہا گیا ہے"[۱]

فارسی شاعرو واتنأو مثنوی صنف سبٹھاہ تھزرس۔ یُہے چھُ وجہ زِ شاہنامہ فردوسی تہٕ مثنوی مولانا روم چھِ پننہِ فنہٕ کہِ کمالہٕ ستی دنیاچہن اعلیٰ کتابن منز شمار سپدان۔ یمو دویو شاہکار مثنوی یو واتنأو فارسی زبان تھٔدس مقامس تہٕ امہِ علاوٕ میچ یوسف زلیخا (مولانا جامی)، سکندر نامہٕ (مولانا نظامی)، حدیقۂ ثنائی ہفت پیکر، شیرین خسرو تہٕ بیٚیہٕ تہٕ واریاہَن مثنوی یَن عالمی شہرت۔

یتھٕ پأٹھی زن پرٚتھ صنفہِ خأطرٕ کینٛہہ ٹکنیکہٕ مقرر کرنہٕ چھےٚ آمٕژ تتھے پأٹھی چھےٚ مثنوی خأطرٕ تہِ کینٛہہ ٹکنیکہٕ ضروری۔ گوڈنتھےٕ چھےٚ علمِ عروض کیو ماہروامہِ خأطرٕ ستھ بحرٕ مقرر کرِمژٕ یمہٕ یتھٕ پأٹھی چھےٚ:

(۱) بحر ہزج مسد مخدوف یا مقصور

ارکارن: مفاعیلن مفاعیلن فعولن یا مفاعیل

(۲) بحر ہزج مسدس اخرب مقبوض مخدوف یا مقصور

ارکان: مفعول مفاعلن فعولن یا مفاعیل

(۳) بحر متقارب مثمن مخدوف یا مقصور

ارکان: فعولن فعولن فعولن فعل یا فعول

(۴) بحر خفیف مسدس مجنون مخدوف یا مقصور

ارکان: فاعلاتن، مفاعلن، فعلن

---

۱: مولانا الطاف حسین حالی، مقدمہ شعر وشاعری، مطبوعہ مبارک علی لاہور، ص:۱۶۶، ۱۶۷

(۵) بحر سریع مسدس مخدوف یا مقصور

ارکان: مفتعلن مفتعلن فاعلن یا فاعلات

(۶) بحر رمل مسدس مخدوف یا مقصور

ارکان: فاعلاتن، فاعلاتن، فاعلن یا فاعلات

(۷) بحر رمل مسدس مجنون مخدوف یا مقصور

ارکان: فاعلاتن فعلاتن فعلن[1]

مثنوی ہنز شعرِ ذات چھےٚ یتھ پاٚٹھی پننٕ شناخت قائیم کرنس منز نہٕ صرف کامیاب گمٕژ بلکہِ چھےٚ واریاہس کالس شاعرن ہُند اکھ اہم باوٕژ ہُند اکھ خاص روٗپ روٗزمٕژ۔ مثنوی ہنٛدِس پرن وأٹس گژھِ یہِ کتھ زیرِ نظر روزٕنی زِ یہِ چھےٚ اکھِ خاص نوقطہِ پیٹھٕ شروع گژھان تہٕ أکس خاص عروجس پیٹھ وأتِتھ چھےٚ بیٚیہِ اختتامس کُن پکان۔ اکھ دٔلیل برونٛہہ پکناونہٕ باپتھ چھُ شاعر بیا کھ دٔلیل گران یُتھ بنیاٚدی یا موٗلہٕ دٔلیلہِ ہنز اہمیت عیان چھےٚ سپدان۔ اکھ خاص کتھ یوسہٕ مثنوی تمام دوٚیمو شعرٕ ذاٚژو نِشہِ بیوٚن چھےٚ کڈان سو چھےٚ یہِ زِ مثنوی چھےٚ اکھ رواں دٔلیل یوسہٕ عموماً زیٹھ چھِ آسان تہٕ اتھ چھُ شاعر پننہٕ زورِ بیانہٕ ستی برونٛہہ پکناوان تہٕ تس چھُ پننٕ شاعرانہٕ ہونر ہاونہٕ خاطرٕ گژھتام موقعے باہم سپدان۔ مطلب یہ زِ شاعر چھُ پننٕ شاعرانہٕ ہونر جذبات نگاری تہٕ سراپا نگاری کرن وِزِ بر پوٗر پاٚٹھی ہاوِتھ ہیکان۔ کلہم پاٚٹھی چھےٚ مثنوی اکھ

---

[1]: میزان العروض مؤلفہ محمد شریف شوخ، امیر العروض، بزمی انصاری

رواں دٔلیل۔ یتھ منز دٔلیلہِ ہُند پلاٹ تہٕ کردارن ہُند عمل تہٕ ردِعمل مثنوی پرن وأٲلِس پانس کُن متوجہ چھُ کران۔ منظر نگاری، جذبات نگاری تہٕ سراپا نگاری ہٕندی عناصر چھِ مثنوی منز شاعرِ سنٛزِ شاعرانہٕ قدرت پٔز زناوُنس منز اہم رول ادا کران۔ ٹریجڈی تہٕ کامیڈی ہٕندی پأٹھی چھےٚ مثنوی تہِ پرن وأٲلِس منز اکھ خاص قسمُک تطہیرُک عمل پأدٕ کران زِ پرن وول چھُ دٔلیل بوٗزِتھ یا پرِتھ پنُن بوس لوٗ ژرا وِتھ ہیٚکان۔

مثنوی خأطرِ اوس گوڈٕ گوڈٕ تسلسل تہٕ قأفِیچ پابندی ضروری مانہٕ یوان مگر پتہٕ آیہِ اتھ منز کینٛہہ نٔوی تجربہٕ تہِ کرنہٕ تہٕ قصیدکی پأٹھی آیہِ اتھ منز کینٛہہ چیز شأمِل کرنہٕ۔ مثالے حمد، نعت، منقبت، بادشاہن ہٕندی تعریف، قصہٕ تہٕ اند بیترِ۔ اگر أسی مثنوی صنفہِ پٕرٕ پأٹھی سام ہموتیٚلہِ چھِ یہِ کتھ واضح سپدان زِ یِم چیز چھِنہٕ مثنوی خأطرِ ضروری۔ البتہٕ اسلام تہٕ اسلأمی دورٕ نشہِ متأثر سپدِتھ أسی کینٛہہ شأعر مثنوی ہُند ابتداء حمد تہٕ نعتِ شریف ستی کرُن خیر و برکت زانان۔

مثنوی صنفہِ خأطرِ چھُنہٕ صرف یہٕ یوت ضروری بلکہِ مثنوی نگار چھُ تتھ موضوعس کُن زیادٕ توجہ دِوان یُس تٔمی امہِ باپتھ ژورمُت آسہِ۔ اِد سُہ عشقیہ، رزمیہ، مذہبی یا اخلأقی أسی تن۔ تِس چھُ تٔمن خیالاتن کُن زیادٕ توجہ دِیُن یُس سُہ ژأری ہِتِس موضوعس منز ورتاوِ۔ یُہے چھُ وجہ زِ "شاہنامہ فردوسی"، "مثنوی مولانا روم"، تہٕ "یوسف زلیخا" بیترِ چھِ دنیاچہِ عظیم مثنوی یہِ مانہٕ یوان تہٕ پٔرِتھ زبأنی منز چھُکھ اعلیٰ مرتبہٕ حأصِل کوٚرمُت۔ مثنوی صنفہِ منز چھِ دون

چیزن خاص اہمیت۔ اکھ کردار نگأری تہٕ دوٗیم واقعہٕ نگأری۔ مثنوی نگار گژھِ کردارس تمام خوٗبیہ تہٕ خأمیہِ ہٮ۪تھ پیش کرٕن۔ مثنوی ہُنٛد کانٛہہ تہِ واقعہٕ ہکوٗن زٮ۪ٹھر اُوتھ تہِ تہٕ ژھوٗٹر اُوتھ تہِ۔ امہِ خأطرٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ پابندی۔ یِیلہِ عظیم مثنوی یٮ۪ن ہُنٛد مطالعہٕ سپدان چھُ، مثنوی نگار چھِ کردارو تہٕ واقعاتو ذریعہِ تِم تمام تاثرات بیان کٔری مٕتۍ یِم مختلف حالاتو کِنۍ پیش آسن آمٕتۍ، اِدٕ تِم عقیدت یُس موقعس پٮ۪ٹھ پیش یِنہٕ وأنۍ یا عقیدٕتکۍ آسن، تِم غمٕکۍ یا خُشی ہٕنٛدی کوٗنہٕ آسن۔ تِمو چھِ فنکأری سان پننہِ دِلی جذبات، عقیدت تہٕ رسم و رواج یِمن منٛز پیش کٔری مٕتۍ۔

مثنوی صنفہِ خأطرٕ چھُنہٕ کانٛہہ گۍنڑتھ موضوع۔ مثنوی نگار ہیکہِ کانٛہہ تہِ موضوع اتھ صنفہِ منٛز ورتأوِتھ مثلن عشقیہ، رزمیہ، غنائیہ (Lyric)، وأعظانہٕ تہٕ صوفیانہٕ بیترِ۔ بقولِ مولانا شبلی:

"انواع شاعری میں یہ صنف تمام انواع شاعری کی بہ نسبت زیادہ مفید، زیادہ وسیع، زیادہ ہمہ گیر ہے، شاعری کے جس قدر انواع ہیں سب اس میں نہایت خوبی سے ادا ہو سکتے ہیں۔ جذبات انسانی، مناظر قدرت، واقعہ نگاری، تخیل ان تمام چیزوں کے لئے مثنی سے زیادہ کوئی میدان ہاتھ نہیں آ سکتا۔ مثنوی میں اکثر کوئی تاریخی واقعہ یا کوئی قصہ بیان کیا جاتا ہے۔ اس بناء پر زندگی اور معاشرت کے جس قدر پہلو ہیں سب اس میں آ جاتے ہیں، عشق و محبت، رنج و مسرت، غیظ و غضب، کینہ و انتقام غرض جس قدر انسانی جذبات ہیں سب کے سماں دکھانے کا موقع مل سکتا ہے۔ تاریخ میں مختلف اور گوناگوں واقعات پیش آئے، اس لئے ہر قسم کی واقعہ نگاری کا کمال دکھایا جا سکتا ہے۔ مناظر قدرت، بہار و خزان، گرمی و سردی، صبح و شام یا جنگل و بیابان، کوہ و صحراء، سبزہ زار وغیرہ کی تصویر کھینچی جا سکتی

ہے۔ اخلاق ، فلسفہ ، تصوف کے مسائل نہایت تفصیل سے ادا کئے جا سکتے ہیں...... مثنوی کے لئے اشعار کی تعداد بھی محدود نہیں۔ اس لئے جس قدر وسعت دینا چاہیں دے سکتے ہیں، مضامین کی بھی کوئی تخصیص نہیں، رزمیہ، عشقیہ، تصوف ، فلسفہ، واقعہ نگاری جو مضمون چاہیں مثنوی میں ادا کر سکتے ہیں،،[1]

مولانا حالی چھُ پننہِ رایہِ ہُنٛد اظہار یِتھہٕ انمانہٕ کران:

''مثنوی اصناف سخن میں سب سے زیادہ مفید اور کارآمد صنف ہے کیونکہ غزل یا قصیدہ میں اس وجہ سے کہ اول سے آخر تک ایک قافیہ کی پابندی ہوتی ہے ہر قسم کے مسلسل مضامین کی گنجائش نہیں ہو سکتی،،[2]

تہٕ امداد امام اثرتہٕ چھُ مثنوی صنفہِ متعلق پننہٕ نِن خیالاتن ہُنٛد اظہار یِتھہٕ پاٹھۍ کران:

''مضامین کے اعتبار سے جو وسعت اس صنف شاعری کو حاصل ہے کسی اور صنف کو نہیں ہے۔ ہر طرح کے داخلی اور خارجی مضامین اس میں گنجائش پاتے ہیں،،[3]

یِتھہٕ کٕنۍ چھِ مثنوی سو صنفہِ سخن یتھ منٛز پٕرتھ قسمٕکۍ مضامین ورتاوِتھ ہیکو۔ فارسی زبانۍ منٛز آیہِ عشقیہ ، رزمیہ ، اخلاقی تہٕ مذہبی بیترِ موضوعاتن پیٹھ بے شمار مثنوی یہِ لیکھنہٕ۔ مثنوی صنفہِ پیٹھ مزید کتھ باتھ کرنہٕ برونٛہہ ونو عشقیہ یا بزمیہ مثنوی متعلق کینٛہہ وٕتھِ پوچھِ کتھہٕ۔ بزمیہ یا عشقیہ مثنوی گٔیہِ سو مثنوی یتھ منٛز حسن و عشق وبرٕ ھناونہٕ یِیہِ تہٕ دون دِلن درمیان لول ، محبت ، عشق تہٕ مِلہٕ ژار ہاونہٕ یِیہِ۔ عشقیہ مثنوی ہُنٛد بنیأدی مقصدٕ ے چھُ دون فردن ہُنٛد لول ، محبت

---

[1]: مولانا شبلی نعمانی، شعر العجم ، جلد: چہارم ، ص: ۱۹۵، ۱۹۶، مطبوعہ: انوار المطابع لکھنو

[2]: مولانا الطاف حسین حالی ، مقدمہ شعر و شاعری ، ص: ۱۶۶، مطبوعہ: المناظر پریس لکھنو

[3]: امداد امام اثر ، کاشف الحقائق ، ص: ۲۹۷

تہٕ حسن و جمال بیان کرُن۔ اتھ منز چھُ عاشق معشوق سُند فراق تہٕ کرِتھ جدائی در پیٹھی گژھان تہٕ آخرس چھُ دون دِلن مِیل سپدان تہٕ یتھ پاٹھی چھِ عاشق معشوق پنُن مقام پرٛاوان۔

رزمیہ مثنوی چھِ مثنوی ہنٛز تتھ صنفِ وَنان یتھ منز جنگ وجدل بیان کرنہٕ ییہِ۔ پزٛ یتھ زبانی منز چھِ رزمیہ مثنوی یا جنگ نامہٕ پنُن منفرد رنگ، میچھر، الگ تہٕ بدؤن صورت حال، منفرد تہٕ الگ وجود تہٕ مقام برقرار تھاوِتھ۔ رزمیہ مثنوی متعلق چھِ مختلف لکھارِ پننہٕ راے پیش کران:

"ٹیلر (Tylor) اپنی کتاب ابتدائی تہذیب (Primitive Culture) میں لکھتا ہے کہ ایپک فطرت اور زندگی کا وہ حقیقی تجربہ ہے جسے انسانی تخیلات کو سمجھنے کا ذریعہ بنایا جاسکتا ہے مگر گمیر (Gummere) کا خیال ہے کہ صرف ذریعہ ہی نہیں بنایا جاسکتا بلکہ ایپک فطرت کے تجربات اور زندگی کے تجربات کا نچوڑ ہے جو انسانی فطرت میں چھپے ہوئے تخیلات کو بیدار اور برانگیختہ کرتا ہے"[1]

رزمیہ مثنوی منز چھِ بہادُر تہٕ طاقتور کردار آسان یم جنگس منز تتھی کارنامہٕ انجام دِوان لبنہٕ چھِ یوان ییمہِ کنہٕ یم گِہے اساطیری باسان چھِ تہٕ منزٕ چھِ واقعات تہٕ تتھی پیش یوان یم تہٕ چھِ بعضے اساطیری رنگ رٹان چھِ۔ یوٚدوَے رزمیہ مثنوی منز تہٕ عشقُک عنصر نظرِ گژھان چھِ مگر مثنوی نگار چھُ سورُے توجہ صرف جنگ و جدلس پیٹھ دِوان۔ جنگ نامن منز چھُ قدمس قدمس پیٹھ جنگی ماحول نظرِ گژھان۔ مثالے سامنامہٕ، جنگ امیر حمزہؓ بیترِ چھِ

---

[1] سید محمد عقیل رضوی، اردو مثنوی کا ارتقاء، اتر پردیش اردو اکادمی لکھنو، دوسرا ایڈیشن: ۱۹۸۳ء، ص: ۲۲

اچھ بہترین مثالہٕ۔

یہِ کتھ چھےٚ سکہٕ زِ مثنوی ہنٛز صنف چھےٚ فارسی زبانٕ پٲٹھے آمٕژ۔ وٕنیکتام یُس مثنوی ہُنٛد سارِوے کھوتہٕ قدیم نموٗنہٕ موجود چھُ سُہ چھُ ابوشکور بلخی سٕنٛزِ طویل مثنوی ہُنٛد اکھ نسخہٕ۔ قدیم اسلامی فارسی ادبُک حصہٕ یُس وٕنیکتام دستیاب سپُد مُت چھُ، اتھ منٛز چھُ باقٕے اصنافِ سخنن علاوٕ مثنوی ہُنٛد نموٗنہٕ تہٕ میلان۔ امہٕ پتہٕ چھُ رودکی ''کلیل دمن'' یوسہٕ بنیادی عربی زبانٕ منٛز آسمٕژ چھےٚ، فارسی زبانٕ منٛز ترجمہٕ کٔرِتھ اتھ مثنوی ہنٛز شکل دِوان۔ تمہِ پتہٕ یوسہٕ مکمل مثنوی فارسی زبانٕ منٛز بروٗنہہ کُن یوان چھِ، سو چھےٚ فردوسی سٕنٛز ''شاہنامہ'' یمیُک آغاز دقیقی کران چھُ تہٕ اختتامس چھُس فردوسی واتناوان۔ شاہنامہ فردوسی یَس منٛز یِمہٕ خوٗبیہِ لبنہٕ چھےٚ یوان تمے چھےٚ اکھِ کامیاب مثنوی ہنٛزٕ خوٗبیہِ[1]۔ فردوسی سٕنٛدِس شاہنامس منٛز چھُ توارٟخ تہٕ جنگ۔ یہِ چھُ اکھ توارٟیخی جنگ نامہٕ۔ اتھ منٛز چھِ ایرانٕی تہذیب، شان وشوکت، تمدن، طرزِ جنگ تہٕ توارٟیخہٕ علاوٕ ایرانس متعلق پوٗرٕ زانکاری فراہم سپدان۔ شاہنامُک مطالعہٕ کٔرِتھ چھِ یہِ کتھ واضح سپدان زِ ایرانس منٛز کرسپُد تہذیبُک ابتداء تہٕ لوٗکن منٛز ییلہِ وو تھنٛگی، بہنک، پلوپوشاک لاگنُک صحیح طریقہ تہٕ طرزِ زندگی ہنٛدی باقٕے طور طریقن ہُنٛد شعور پٲدٕ گوو، امیُک سورُے صورت حال چھُ فردوسی سُنٛد شاہنامہ پٔرِتھ بروٗنہہ کُن یوان۔ یوٗ دوٕے اتھ منٛز عشقیہ داستان تہٕ بروٗنہہ کُن

---

[1]: مولانا شبلی شعرالعجم، جلد: ۴، ص: ۱۹۹

یوان چھِ مگر مختلف جنگ چھِ جایہِ جایہِ نظرِ گژھان۔ دنیاہس منز ییلہِ تہذیب وتمدنک آغاز وُ چھان چھِ، ایران چھُ سرفہرست یوان تِلکیاز ایران ہے منز چھُ جانورر چھنگ، گروپ بندی، نارپاؤ کرُن، جہاز رآنی تہٕ بیٚیہ تہِ واریاہن چیزن ہُند آغاز سپدمُت۔ یِمن کتھن ہُند ثبوت چھُ شاہنامس منز میلان۔ شاہنامس منز چھِ سیاست، حکومت، مذہب، فطرت نگاری، جنگی ماحول تہٕ جنگی مآدان باربار نظرِ گژھان۔

مثنوی چھےٚ مولہٕ کِنی بیانیہ صنف تہِ گژھتہٕ چھِ اتھ منز شاعر پننہِ شاعرانہ ہُنرمندی ہِندِ بدولۍ تیٚتھ مقام پاؤ کران یتھن ڈراما وجودس چھُ یوان۔ اگر بوزوو تیٚھی نےٚ موقعن پیٹھ چھےٚ مثنوی منز شاعر ہندس تخلیقی پلوس تام پرن والی ہنز رسأیی ممکن سپدان تہٕ پرن وول چھُ شاعر ہندس فنس واقف گژھنس ستی مثنوی منز موجود تخلیقی امکاناتن ہُند تہِ قأیل گژھان۔ گلریز مثنوی آدکین یا یوسف زلیخا اَسی چھ تیٚمبےٚ جاین شاعر ہِند فنہ ستی زیادہ متاثر گژھان [illegible]

[illegible]

پیکر، خسرو شیرین، سکندر نامہ (نظامی)، مولانا روم، سعدی، عراقیؔ تہٕ اوحدی کرمانی بیترِ۔ پتہٕ چھِ اتھ کاروانس بے شمار مثنوی نگار پننہٕ پننہٕ مقدوٗرٕ موجب لول بران۔ مغل دورس تہٕ خاص کرا اکبرٕ سنٛدِس دورس منٛز آیہٕ ایرانہٕ پیٹھٕ بڈٕ بڈٕ شاعر ہندوستان۔ ہندوستانس منٛز چھُ فارسی شاعری ہُنٛد ابتداء امیر خسرو سنٛدِس دورس منٛز سپُدمُت تہٕ فیضی سنٛز مثنوی یہِ مرکز ادوار، سلیمان و بلقیس، نل ودمن ہفت کشور تہٕ اکبر نامہٕ بیترِ چھِ ہندوستانس منٛز مثنوی ہنٛدی ابتدائی نموٗنہٕ زٕنگی نظرِ گژھان۔

مثنوی منٛز چھُ کردار پلاٹس تابع۔ پلاٹک پیچیدٕ آسُن چھُ کردارس تہٕ پیچیدٕ بناوِتھ ہیکان۔ مطلب چھُ یہِ زِ پلاٹس چھےٚ گوڈنچ اہمیت تہٕ کردارس ثانوی۔ کردارٕ سنٛز فطرت تہٕ چھےٚ مثنوی ہنٛدِس موضوعس بروٗنٛہہ پکناونس منٛز اہمیت عطا کران۔ مثنوی منٛز پیش سپدن وٲلۍ واقعات تہٕ مافوق الفطرت کردار چھِ تِمن حالاتن تہٕ عناصرن کُن اکھ علامتی اشارٕ آسان یِم انسٲنی زندگی ہنٛدِس سماجس منٛز بارسس استحصٲلی عناصرن ہنٛز نمائندگی چھےٚ کران۔ لہذا چھُ مثنوی ہنٛدِس مطالعس دوران امہِ کتھِ ہُنٛد خیال تھاوُن ضروری یُتھ مثنوی ہُنٛد مطالعہٕ صحیح تنوظرس منٛز سپدِتھ ہیکہِ۔ بیٛاکھ کتھ چھےٚ یہِ زِ مثنوی چھےٚ بیک وقت اکہِ کھوتہٕ زیادٕ انسٲنی جذبن ہنٛز نمائندگی کٕرِتھ ہیکان۔ اکھ سوٗتھر ہیکہِ زمینی آسِتھ تہٕ بیٛاکھ ہیکہِ عارفانہٕ آسِتھ۔

کٲشِرِ منٛز چھُ مثنوی ہُنٛد ابتدٲئی نموٗنہٕ ژودٲہمہِ صدی منٛز لبنہٕ یوان۔ شیخ

نورالدین نورانیؒ چھِ اکھ ہتھ تہٕ ترٛہ (۱۳۰) شعری مسلسل پٹھ مبنی مثنوی نما اکھ طویل نظم تحریر کران۔ یتھ ''نامِ حق'' یا ''صدوسی مسلہٕ'' ناو چھُ۔ امہِ مسلسل نظمہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ شیخ العالمسؒ چھُ فارسی زبانٕی ہُند مطالعہٕ اوسُمت تہٕ یوہے چھُ وجہ زِ سُہ چھُ پننین شرٛکین منٛز فارسی زبانٕی ہندِس عظیم شاعر مولانا رومیؒ سُند ناو دوہراوان۔ یہِ کتھ تہِ چھےٚ ثابت سپدان زِ سُہ چھُ تمن نِش کانٛہہ متأثر اوسُمت۔ تووے چھُ شعوٗری یا غاٲر شعوٗری طور مثنوی صِنفہِ ہندِس طرزس پٹھ زٕ یٹھ نظم تحریر کران۔ مگر حضرت شیخ العالمسؒ پتہٕ چھُنہٕ واریاہس کالس مثنوی ہُند کانٛہہ تہِ ٹھوس نموٗنہٕ نظرِ گژھان۔ یِمن پتہٕ لگ بگ ژور ہتھ ؤری یعنے ارداہمہِ صدی منٛز چھُ میر عبداللہ بیہقیؒ[1] مثنوی ہنٛزٕ صنفہِ نِشہِ کاشرِ ن متعاٲرف کران تہٕ یہِ صنف ورتاوس انان۔ سُہ چھُ فارسی زبانٕی ہنٛزن دون مثنوی ین ''عقاید تہٕ وقایہ'' کاشرِس منٛز ترجمہٕ کران۔ یِمن منٛز چھِ شریعتُک مسلہٕ سیوٚد ساد زبانٕی منٛز بیان کران۔ امہِ علاوٕ چھُ سُہ لوکچین لوکچین حکایژن تہِ کاشرِس منٛز پھران۔ اتھ کتھِ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ شک زِ یوٚدوے بیہقی ہنٛزن مثنوی ین منٛز خامیہ نظرِ چھِ گژھان مگر میر عبداللہ بیہقیؒ چھُ سُہ شخص یُس مثنوی صِنفہِ ہنٛدِ ن فنی زاوی جارن کُن کم توجہ چھُ دِوان تکیا زِ تسُند مقصد اوس نہٕ

---

[1] سید محمد بیہقی چھُ ایرانکہِ نیشا پور شہر کہِ اکہِ لوکٹہِ ضلع بیہقُک روزن وول اوسُمت۔ امیر تیمور ییلہٕ ایران تہٕ امہِ کین اَندی پٔکی کین علاقن پٹھ قبضہٕ جماوان چھُ، سید محمد بیہقی تہِ چھُ تمن ساسہٕ واد ساداتن سٟتی کشیرِ کُن روخ کران یِم پنٕنہِ وطن ترٛاوِتھ باقے اطرافن کُن ژلان چھِ۔ سید محمد بیہقی چھُ حضرت امیر کبیرن بروٗنہے کشیر آمِتی تہٕ میر عبداللہ بیہقی چھُ اَتھی خاندانس سٟتی تعلق تھاوان۔

مثنوی بحیثیت صنف لوٚکن بروٚنہہ کنہٕ ترٛ آوِتھ شہرتھ پرٛاوٕنی بلکہِ اوس کأشرٕ ن لوٚکن اسلأمی نوقطن تہٕ مسلن کُن رأغب کرُن یژھان، یُتھ تم اَمہِ نِش زأنی یاب سپدِتھ دیٖنِ اسلامچ پیروی کرِہن۔ امہِ کتھِ نِش چھُنہٕ کأنسہِ انکارزِ فنی کمزوٗریہِ آسنہٕ باوجودتہِ چھُ میر عبداللہ بیہقی صأبسے گوڈنیُک مثنوی نگار آسنُک شرف۔ مگر مثنوی بحیثیتِ اکھ مکمل صنف چھِ کُنوہمہِ صدی منٛز محمود گأمی سٕندِ ذٕسی وجود پرٛاوان۔ تم چھِ ''شیرین خسرو'' مثنوی کأشرِس منٛز ترجمہٕ کرِتھ اتھ صنفہِ باضأبطہٕ دَس ٹُلان۔ یوٚ دوَے محمود گأمی یس بروٚنہہ تہِ مثنوی ہٕنٛدی نموٗنہٕ نظرِ گژھان چھِ، یِمن منٛز شاہ قلندرٕنی ''سلطان ادھم تہٕ گلجان''، ''طوطہٕ نامہٕ'' چھُ پاک ناوٕ اکی شخصن وٕنی ہژ۔ یَس متعلق مزید کینٛہہ زانکأری فراہم چھےٚ سپزٕ ہژ۔ امہِ علاوٕ چھُ مومن صأب تہِ شیخ فریدالدین عطارٕ سٕنزٕ مثنوی ''منطق الطیر رس'' اختصارس کأم ہٕتھ کأشرِس منٛز ترجمہٕ کران۔

مثنوی چھےٚ سو صنف یتھ منٛز داستانوی عنصر موجود چھُ آسان تہٕ امہِ علاوٕ کمن کمن فنی زاوی جارن ہنٛز ضرورت چھِ آسان، امہِ کتھِ ہنٛز وضاحت سپزٕ بروٚنٹھے۔ یہِ کتھ تہِ چھےٚ ژٕنتس تھاوٕنی لایق زِ فارسی مثنوی باپتھ چھےٚ بحرٕ مقرر کرنہٕ آمژٕ مگر کأشرٕ ن مثنوٚ یَن منٛز چھےٚ صرف پانٛژھ بحرٕ ورتاونہٕ آمژٕ۔ یِہنٛد تفصیل یتھہٕ پأٹھی چھُ:

ا: بحرِ ہزج مسدس مخدوف یا مقصور

ارکان: مفاعیلن مفاعیلن فعولن یا مفاعیل

۲/ بحر متقارب مثمن محذوف یا مقصور

ارکان: فعولن فعولن فعولن فعلن یا فعول

۳/ بحر خفیف مسدس مجنون محذوف یا مقصور

ارکان: فاعلاتن مفاعلن فعلن

۴/ بحر رمل مسدس محذوف یا مقصور

ارکان: فاعلاتن فاعلاتن فاعلن یا فاعلات

۵/ بحر رجز مثمن مطوی مجنون

ارکان: مفتعلن مفاعلن مفتعلن مفاعلن

یمہ پانژ وے بحر چھےٚ کأشر بوٚ مثنوی نگار وورتاوس انمٕژ۔ مثنوی صِنفہِ ییلہٕ کٲشِرِ منز پوٚر پاٚٹھی سام ہینہٕ چھےٚ یوان أسی چھِ أتھی نتیجس پیٹھ واتان زِ محمود گأمی چھُ سُہ گوڈنیُک شأعرِیُس کأشرِس منز مثنوی ہُنٛد باضأبطہٕ آغاز کران چھُ۔ سُہ چھُ داہ مثنوی لیکھان یِمن منز شرین خسرو، قصہٕ شیخ صنعان، قصہٕ ہارون رشید ، یوسف زلیخا، لألی مجنون، منصور، قصہٕ محمود غزنوی، پہلی نامہٕ، یک حکایت تہٕ پوٚنپرٕ نامہٕ بیترِ۔ محمود گأمیس پتہٕ چھِ اتھ کاروانس منز بے شمار شأعر شأمل گژھان تہٕ اتھ صنفہِ دوہ پتہٕ دوہ پوچھر بخشان۔ محمود گأمی تہٕ ہمعصر یِمن منز ولی اللہ متو، پیر علی شاہ، عبدالاحد ناظم، تہٕ مقبول امرتسری چھِ اتھ مزید توسیع کران۔ ولی اللہ متو چھُ ”ہی مال نأ گی رائے“ فارسی زبأنی پیٹھٕ کأشرِس منز ترجمہٕ کران یوسہٕ فارسی زبأنی منز گوڈٕ صدرالدین صأبن لیٚمٕژ یوسہٕ کٲشِرِ

ہِنٛدٕ بن اتبدٲیی بسکین درن ناگ، پشاچ تہٕ آریا قبیلہٕ کٕمن لوٗکن متعلق چھےٚ۔
یہِ نہٕ چھےٚ ایرانٲنی سرزمینچ تہٕ نہٕ ترکستانٕچ کانٛہہ دٔلیل بلکہِ چھےٚ یہِ تیٚمی سرزمینچ
پٲداوار یہ مثنوی چھےٚ کٲشیر ہنٛز اکھ نیم توارٟیخی داستان۔ ولی اللہ متو چھُ امہِ علاوٕ
''چہل اسرار'' تہٕ ''ضروریاتِ دین'' ناوچہِ مثنوی تہٕ ترجمہٕ کران۔ مقبول شاہ
ہنٛز طبع زاد مثنوی ''خدیج نامہٕ'' چھِ مذہبی پوٚت منظر آسنہٕ کنٛی کافی شہرت
پرٛاوان۔ عبدالاحد ناظم چھُ سُہ شاعر یمِس فارسی زبانٲنی ہُنٛد سوٗن مطالعہٕ اوس
تہٕ سُہ چھُ شیخ فرید الدین عطار ہنٛز فارسی مثنوی ''الٰہی نامہٕ'' منٛز ''زین
العرب'' مثنوی کاشرِس منٛز ترجمہٕ کران تہٕ امہِ علاوٕ چھِ مقبول امرتسری ترےٚ
مثنوی تحریر کرمٕژ یہنٛدی ناو ''پہلی نامہٕ''، ''منصور نامہٕ'' تہٕ ''یوسف زلیخا'' چھِ۔
تِتھے پاٹھی چھُ سیف الدین تارٟبلی زٕ مثنوی ''وامق عذرا'' تہٕ قصہٕ ارزن وہی
مال'' تہٕ پرکاش بٹ کُری گامی ''رامائن'' ناوی مثنوی لیکھتھ کاشرِس مثنوی ادبس
برٛژر کران۔

محمود گامی ہنٛز ''یوسف زلیخا'' یوسہٕ شہرت پرٛاوان چھِ تتہِ چھُ اُمِس پتہٕ مقبول
شاہ کرٛالہ وارٟی ''گلریز'' مثنوی لیکھتھ اکھ اہم کارنامہٕ انجام دِوان۔ مقبول
شاہ کرٛالہ وارٟی چھُ مثنوی ادبس بروٛنٛہہ پکناوان۔ اُمی کرِ واریاہ مثنوی تحریر
یمن منٛز ''گریسی نامہٕ''، ''گلریز''، ''پیر نامہٕ''، ''بہار نامہٕ''، ''منصور نامہٕ'' تہٕ
''زلیخا'' قابلِ ذکر چھےٚ۔

مثنوی ادبک بیا کھ دور چھُ ۱۸۱۰ءٕ پتہٕ شروع گژھان۔ یوٚ دوے اتھ

دورس منز لولہِ مثنوی یہِ لکھنہٕ آیہِ مگر جنگ نامہٕ تہٕ آیہِ بارسس۔ پیر محی الدین مسکین چھُ "زیبا نگار"، "سوہنی مہیوال"، "یوسف زلیخا"، "لاَل مجنون"، "چندر بدن" تہٕ "ہیر رانجھا" لکھان۔ حاجی محی الدین مسکین (سریہ بل سرینگر) چھُ "یوسف زلیخا"، "وامق عذرا" تہٕ "گلنور" تہٕ مہدی ترآلی بیترِ چھِ (چندر بدن) لولہِ مثنوی لکھان مگر کلہم پاٹھی چھُ اتھ دورس منز رزمیہ مثنوی نگارن ہُنٛدٕ ے پوتُر گوٚب گژھان۔ یمن منز وہاب پرے حاجنی (شاہنامہٕ، خلافت نامہٕ، اکبر نامہٕ)، مولوی صدیق اللہ حاجنی (سکندر نامہٕ)، لکھمن جو بلبل (سامنامہٕ)، امیر شاہ کریری سُنٛد (سامنامہٕ، خاور نامہٕ، ظفر نامہٕ)، غلام محمد خفی (جنگ امیر حمزہؓ)، محمد اسماعیل نامی (جنگ احد، جنگ خندق)، محمد افضل (جنگ بدر)، ممتاز شاہ (جنگ خیبر) تہٕ خضر ملک صفائی بیترِ ناوہنس لایق چھِ۔ خضر ملک صفائی سُنٛد ناو چھُ اوٚ کنہٕ قابلِ ذِکر تکیاز سہ رؤ دواریاہس کالس گمنامی ہِندِس عالمس منز۔ وونی ییلہِ تسُنٛد مثنوی ادب بروٚنہہ کُن آوٕ سہٕ چھُ تحقیقہٕ موجُب الہ پلہٕ درجن کھوتہٕ زیادٕ مثنوی لکھان۔ یمن منز قصص الانبیاء، شاہنامہ فردوسی، جنگ عجم، نظمِ عجیب، مولوی نامہٕ تہٕ باغِ شہدا بیترِ قابلِ ذکر چھِ۔ یمن مثنوٕ ین منز چھےٚ قصص الانبیاء ریاستی کلچرل اکادمی حال حالے چھاپ کرِمژ۔

امہِ پتہٕ چھُ وارِ وارِ مثنوی ہُنٛد آخری دور شروع گژھان۔ اتھ دورس منز چھِ پیر عزیز اللہ حقانی، لسہٕ خان فدا، حیرت پاندآنی، عبدالغنی ٹھوکر مشہور، حاجی

الیاس تہٕ مولوی احمد اللہ ہاکباری بیترِ بارسس یوان۔ حقانی صابن چھُ مثنوی ادبس کأنی ہُر بر کوٗرمُت۔ اُہنزٕ مثنوی چھےٚ ''قصہٕ بےنظیر''، ''بدرمنیر''، ''گلبدن عاشق''، ''ماہروے گل اندام''، ''جوہر عشق''، ''قصہٕ دشنان''، ''چراغ محفل''، ''جنگ عراق''، ''ممتاز بےنظیر''، ''گلدستہ بےنظیر''، ''روضۃ الشہدا''، ''چندر بدن'' بیترِ۔

لسہٕ خان فدا چھُ ژور مثنوی یہ ''گلزارِ حقیقت''، ''گلِ بکاولی''، قصہٕ شاہ بہرام'' تہٕ ''قصہٕ چہار درویش'' لکھان۔ حاجی الیاس چھُ ''ممتاز بےنظیر'' تحریر کران۔ کینٛہہ کال بروٛنہہ چھُ غلام محمد رفیق ''عرفانِ وجود'' ناوِ چ مثنوی تحریر کران۔ یہ صنف آیہ وارٕ وارٕ ژھوکان تہٕ سوتان۔ حالانکہِ وُنہِ چھِ کینٛہہ کأشری شأعراتھ صنفہِ منٛز طبع آزمأیی کران تہٕ کینٛہہ لوکچہِ لوکچہِ مثنوی آیہِ بازر تہِ مگر پزر چھُ یہ زِ باسان چھُ یہِ صنف چھنہٕ وونی شأعرن یا تہٕ راس یوان نتہٕ عوأمی تہٕ ادبی عدمِ توجہی کِنہٕ چھنہٕ شأعر پٔنُن توجہ اتھ صنفس کُن مرغوب کران۔ پزر چھُ یہ زِ اٲسی صِنفہِ دِیُت کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس واریاہ کینٛہہ تہٕ ہرگاہ أزکی کأشری شأعر ییٚہِ اتھ صنفہِ کُن توجہ دِیہ ہن شاید گرٛشھِ ہے ییٚہِ اکہِ پھِرِ عوأمی کیوٗ ادبی سطحس پیٹھ یہ صنف پٔنٛز نوی تہٕ جدید موضوع ہیٚتھ متعأرف۔ تِکیاز یہے چھےٚ سو صنف یتھ منٛز انسان کانٛہہ تہِ واقعہٕ بےٚ پھرُوک پأٹھی بأوِتھ ہیکہِ تہٕ شاید کرن مےٚ ستی سأری اتفاق زِ أزِچ کٔشیر چھےٚ مختلف سیأسی، سمأجی تہٕ ثقافتی واقعاتو اعتبارٕ شأعرن رٔنش امی صنفہِ ہنٛز منگ کران۔

000

# کاشرِ جنگ نامہ...... صِنفی مطالعہٕ تہٕ تجربہٕ

آفاق عزیز

فارسی رزمیہ یا یونانی زبانی ہِنٛدِ ''اِپکوس'' لفظٕ چھِ بگریمتٕ صورتس ''اِپوس'' منٛز درٛامُت لفظ ''ایپک'' یمہِ معنہِ، مطلب، مفہوم تہٕ خاصیژ خاطرٕ زانہٕ چھُ یوان، سُے معنہِ مفہوم چھُ برصغیرٕکس شمالس منٛز بولن واجنٛن بٔشیتر قدیم کیو جدید آریٲئی زبانن پیٹھ تہِ راس یوان۔ یتھ منٛز دٕری، پشتو، سندھی، پنجٲبی، اردو تہٕ کاشر زبان بیترٕ شامل چھےٚ۔

جنگ نامہٕ ایپک یا رزمیہ شاعری کتھ ونو تتھ متعلق چھِ مختلف نظریہ بروٚنہہ کُن آمتی۔ تاہم یتھ رایہِ پیٹھ زیادٕ یہن عمل چھےٚ سپدان تمیُک نچوڑ چھےٚ ڈاکٹر ایڈلین جونز پُتر ایمن لفظن منٛز پیش کران:

"The simplest definition for the epic is a long, heroic , narrative poem. However, the epic means much more than this, for the very word connotes a special status, a prefound national or even universal relevance as well as greatness, not merely in the scope and breadth of the narrative but in its poetic merit. The problem, however, which describing the epic in terms of its special status is that this easily

becomes a prescription rather than description, a demand that poems must be good enough to be an epic". [1]

اگرو ٚتھی پوٚتھی پاٚٹھی وُنن آسہِ تیٚلہِ گوو جنگ نامہٕ اکھ طویل نظم یتھ قومی، ملکی، عالمی یا بین الاقوأمی اہمیت آسہِ۔ اتھ منٛز چھُ لاز من اکھ مرکزی کردار آسان یُس بہر حال بالا فطری خصأیلن ہُنٛد مأ لِک چھُ۔ یہِ چھُ دشمنس پیٹھ کُنہِ تہٕ صورتس منٛز غأ لب گژھان۔ جنگ نامچ زبان تہٕ گژھِ فنی لحاظہٕ اعلیٰ آسنٕے۔ اتھ منٛز چھُ ڈٲلیہِ ہُنٛد تسلسل آسُن تہٕ ضروری۔ پُلاٹ تہٕ واقعاتن ہُنٛد ربط تہٕ گژھِ آسُن۔ ادبی سکالر خصوصاً رزمیہ ادب شناسن تہٕ نقادن ووت وارہ کال یہِ کوشش کران زِ مثنوی خاص کر جنگ نامن گژھ زُمرٕ بندی سپدٕنی۔ امہِ حوالہٕ چھِ آئی سی ایس لوس رقمطراز:

> "There are number of ways in which Literary Scholars have tried to classify the varied types of poems that are generally considered to be "Epics", but two systems are offored for the students consideration. Primary epic poetry and secondary epic poetry" [2]

اصلی یا اول نتہٕ پرائمری جنگ نامہٕ گووُسہ رزمیہ یتھ منٛز حقیقتس پیٹھ مبنی واقعاتن ہُنٛد جُرتمندانہٕ تہٕ دلیرانہٕ تذکرٕ تمہِ آیہِ آسہِ کرنہٕ آمُت یتھ تم ناقأبلِ فراموش شاہکار بٕنتھ ہیکن۔ یتِ یوت نہٕ بلکہِ گژھن اتھ منٛز عملی طور تیمی

1: Adeline Johns Putra, 2004, Defination and Characteristics of Epic Form, U.K., p. 5

2: ICS Lewis, A preface to Paradise Lost, p. 4

دنیاہکی واقعات درج آسنہٕ۔ یہِ تہٕ چھُ پوٚ ز زِامہٕ قسمکی جنگ نامہٕ لیٚکھنہٕ وِزِ چھِ اتھ منٛز ہر لحاظہٕ مبالغہٕ آرائی تہٕ سپدان آمٕژ۔ تتھے پاٹھی چھےٚ دوٚیمہٕ درجکی یا سیکنڈری اِیک پوئٹری ہنٛز وابستگی تِمن بہادرانہٕ کھاوٕژن، ڈیلین تہٕ واقعاتن ستی آسان یمہٕ خیالی یا ذہنی اختراہس پیٹھ مبنی آسن تہٕ یِمن چھرادِل بہلایی خاطرٕ شاعرانہٕ زبو دِنٕچ ضرورت محسوس چھےٚ کرنہٕ یوان نہٕ کہِ اوکنہٕ زِ اتھ منٛز چھےٚ گذشتہٕ ایامن ہنٛز تاریخ رٕژھرِ تھ۔ امیُک بیشتر مواد چھُ عقلہِ نَہ وبژن وول آسان یمہٕ ستی جنگ نامُک اکھ الگےٚ دنیا وجود چھُ پراوان تہٕ پرن وألِس چھُ پرنہٕ باپتھ سُہ مواد میسر سپدان یتھ اصلس ستی کہنہٕ واٹھ چھُنہٕ آسان۔

جنگ نامن پیٹھ یہِ بحث جأری تھاونہٕ خاطرِ چھُ یہِ وُنن ضروری زِ رزمیہ لیٚکھنُک آغاز کرتہٕ کتہِ سپُد۔ اتھ متعلق اگرچہِ گوڈٕ گوڈٕ بیوٚن بیوٚن رایہِ ظاہر کرنہٕ آسہٕ یوان مگر وونی چھِ عالمکی سأری ادبی محقق یتھ کتھِ پیٹھ متفق زِ ''قصہٕ جلجلموس'' چھُ سمسارُک گوڈنیُک اِیک یا جنگ نامہٕ۔ یمیُک وق ۲۲۰۰ ق م مقرر کرنہٕ چھُ آمُت[۳]۔ یہِ جنگ نامہٕ آو تیٚلہِ کِس میسوپوٹیمیا یا بابل تہٕ أزی کِس عراقی شہر سُمیرس منٛز بارسس۔ امہِ جنگ نامُک مرکزی کردار اوس دریائے فرات کِس بٹھس پیٹھ واقع اُرُک شہرُک راجہِ جلجلموس، یُس ۲۷۰۰ ق م منٛز اتھ شہرس پیٹھ حکومت کران اوس۔ یہِ جنگ نامہٕ چھُ یتھٕ کنہٕ

[۳]: Stephanie Dalley, 1998, Myths from Mesopotamia: Creation, the Flood, Gilgamesh, and others, USA, p. 42

شروع گژھان زِ بابلہٕ کِس شہرٕکس چھُ کُستام دشمن گیرٕ کران یمہٕ کنٕ اتکۍ لۆکھ بڈٕ پریشان سپدی۔ ڈٕلیلہِ منٛز چھُنہٕ یہِ وننے یوان زِ شہرس گیرٕ کرن واٗلِس دشمنس کیاہ گووتہٕ نہٕ چھُ یہِ وننہٕ آمُت زِ دشمن کُس اوس۔ واقعاتن تہٕ ڈٕلیلہِ منٛز یہِ ژھٕٹن چھُ جلجلموس داستانٕچ کمزوری بدٕ کڈان۔ راوی چھُ اچانک اُچھ ٹٕوارس منٛز شہرٕ کِس حکمران جلجلموٕسنٕ ذِکر شروع کران یُس لۆکن منٛز وحشت پھاٗلاوان تہٕ عام لۆکن پیٹھ ظلم کران اوس۔ اُمۍ اٗسۍ لۆکھ سخٕٹھاہ تنگ اٗنۍ متۍ۔ یہِ اوس نوجوانن زبردستی فوجس منٛز بُرتی کران۔ لُکہٕ ہنٛزن کورن اوس پننہِ دربارٕچ زینت بناوان۔ سُمیری زباٗنۍ منٛز لیکھنہٕ آمتہِ جلجلموس ناوِ کہِ جنگ نامُک اکھ انگریزی مترجم آرکیمبل تھامس چھُ لیکھان:

"جلجلموسن اوس نہٕ کاٗنسہِ ماٗلِس ماجہِ نِش تسُند پُتُن اولاد تھۆمُت نہٕ جوان ہنٛدِ باپتھ معشوقہٕ تہٕ نہٕ خاندارٕ ہنٛدِ باپتھ تسنٛز زنانہٕ"۔

تتھے پاٗٹھۍ چھِ عالمہٕ چہٕن بیشتر زبانن منٛز کامیاب جنگ نامہٕ لیکھنہٕ آمتۍ یتھ منٛز یوناٗنۍ زباٗنۍ ہُنٛد ایلڈ تہٕ اوڈیسی (ہومر)، لاطینی زباٗنۍ ہُنٛد انیٹ وٕرجل)، انگریزی زباٗنۍ ہُنٛد بیوولف تہٕ پیراڈیئز لاسٹ، سنسکرت زباٗنۍ ہُنٛد مہابھارت تہٕ رامائن تہٕ فارسی زباٗنۍ ہُنٛد شاہنامہٕ قاٗبلِ ذِکر چھُ۔ یۆت تام کٲشرِ منٛز جنگ نامہٕ لیکھنُک تعلق چھُ امیُک آغاز چھُ بڈشاہ ہنٛدِس دورس منٛز سپدان یېلہِ تمۍ دارالترجمہ قاٗیم کۆر۔ ترجمُک یہِ شعبہٕ قاٗیم سپدنس ستی لۆگ سنسکرت ادب فارسی یس منٛز تہٕ فارسی ادب سنسکرتس منٛز پھرنس چلے جاوتہٕ ستی آویمن دوشوٕنۍ زبانن ہُنٛد ادب کاٗشرِس منٛز ترجمہٕ کرنہٕ۔ شعبہٕ ترجمہٕ موثر

تہٕ ترقی یافتہٕ بناونہٕ خاطرٕ چھُ بڈ شاہ مختلف زبانہٕ زانن والین قلمکارن، مورخن

تہٕ شاعرن طرفا تو پیٹھٕ بُلاوِتھ انان۔ اَمی ادارٕ کہِ برکتہٕ چھُ ملا احمد مہابھارت

تہٕ راج ترنگنی فارسی زبانۍ منز پھِران تہٕ کینٛہہ کال گژھتھ چھُ محمد شاہ آبادی

راج ترنگنی ہُند ترجمہٕ فارسی پاٹھی کران۔ اَتھی دورس منز پھیُر لارِ کی اوتار بٹن

مہابھارتُک اکھ قصہٕ "بانا سروٗ دکتھا" سنسکرت زبانۍ پیٹھ کاشرِس منز۔ یِیہِ تہٕ

آیہِ کتی سنسکرت تہٕ فارسی نسخہٕ کاشرِس منز پھِرنہٕ یتھ منز رامائن تہٕ شامل

اَس۔ تاہم چھِنہٕ یم ترجمہٕ وُنیکتام بدس آمتی۔ ممکن چھُ یم ما آسن جارج بہلر

، سٹاین یا گریرسنن انگلستان واتنامتی۔ بہرحال "بانا سروٗ دکتھا، رامائن یا

ماباتی قصہٕ کاشراونہٕ ستی آسہِ کاشرٛن قلمکارن زبانۍ ہُند کانٛہہ لحاظ کرنہٕ

ورآے جنگی داستان لیکھنُک شوق ضرور گنیوٗمُت۔ یمیُک نتیجہٕ ژٕیری پہن دزاو

ییلہِ کُنوہمہِ صدی ہِندِس ابتداہس منز رٕعنہٕ وارِیُک پنڈت تاب رام ترکی

عرف بیتاب [1776-1847] فارسی زبانۍ منز اکبرنامہٕ تہٕ رنجیت نامہٕ

لیکھِتھ کشیرِ منز جنگ نامہٕ لیکھنُک ماحول یِیہٕ ہن گرماوان چھُ۔ جے کے

بینزجی چھِ لیکھان:

> "Outstanding among the Hindu pandits who made important contribution to Persian poetry may be mentioned the name of Pandit Taba Ram Turki, whose Jangnama reached classic heights"[4]

ادبی تاریخہٕ تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ واضح زِ افغان تہٕ سِکھ دورس منز چھُ فارسی

---

4. Pandit Taba Ram Turki... Wekipedia.

تہٕ کأشُر ادب کشمکشس منٛز لبنہٕ یوان۔ اکہِ طرفہٕ چھُ ترجمن ہُنٛد ماحول کاڑ

اوسمُت کڑان تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ اوس کأشرِس قلمکارس کأشرِ زبأنی منٛز پننٛز ادبی

کمالات ہاوُنک شوق گنان۔ چنانچہ لوٗگ درجنہٕ وادلولہ مثنوی تہٕ جنگ نامہٕ

ترجمہٕ کرنس سخ چلے جاوِتھ منٛز لالہ لکھمن جوٗ بُلبُل سُنٛد سامنامہٕ، صدیق اللہ

حاجنی سُنٛد سکندرنامہٕ، وہاب پرے حاجنیٚن شاہنامہٕ تہٕ اکبرنامہٕ، امیر شاہِ کریر

سُنٛد سامنامہٕ تہٕ خاورنامہٕ، عزیز اللہ حقانی سُنٛد جنگِ عراق تہٕ غلام محمد حنفی

سوپورِیُن جنگ امیر حمزہؓ تہٕ شأمِل چھُ۔ تاہم چھِ سام نامہٕ، شاہنامہٕ، خاور

نامہٕ تہٕ امیر حمزہؓ تِتھی جنگ نامہٕ یِمو کأشُر زبان نہٕ صرف شأعری اعتبارٕ مالا

مال کُر بلکہِ موضوع تہٕ موادٕ رٕنگی تہٕ تیٚمکی اثرات کأشرِس ادبس پیٹھ ازتہِ

نمایاں چھِ۔ یِمو سارِوے جنگ نامو منٛز چھُ لالہ لکھمن جوٗ بُلبُل سُنٛد سامنامہٕ

ہرلحاظہٕ کأشُر باسان تیٚچ زبان ٹھیٹھ کأشُر چھےٚ یوسہٕ اتھ جنگ نامس بیوٚن تہٕ

قأبلِ توجہ بناوان چھےٚ۔ مثلاً ملگو کال دیو چھُ سامس ونان:

اڑکھ وِنی بڑوٗر ڈیشتھ زن گگُر وأج

خبر بوزِتھ قبر ژھاراں یِی مأج

گُمان چھُ گژھان زن تہٕ یہِ تخلیق بُلبُلس پننٛز چھےٚ نہٕ کہِ ترجمہٕ۔ یِژھے

ہِش زبان چھےٚ جنگ امیر حمزسؓ تہٕ باگہِ آمٕژ۔ البتہٕ چھےٚ ترجمہٕ کارن

داستان میرس منٛز اکثر جاین اختصارس کأم ہیٚژٕمٕژ۔

اگر وہاب پرے حاجنی ہِنٛدِ شاہنامٕچ کتھ کرو یہِ چھُ من وعن تم سأری

لوأزمات پورٕ کران یِم جنگ نامہٕ لیٚکھنہٕ باپتھ ضروری چھِ۔ امیُک مرکزی

کردار رُستم چھُ پورٕ داستانٕک روحِ روان:

سُہ از نامِ رستم سیٹھاہ تنگ گو | زِ ہاٗبتھ سپُد سرد ، نامرد گو

تہٕ کُنہِ کُنہِ جایہِ بیٚلہِ رستم دشمنس مقابلہٕ پسپا چھُ گژھان یہِ کتھ چھےٚ بروٗنہہ کُن یوان زِ رستم چھُ بیمی سمسارُک کردار نہ کہِ بالافطری، مثلاً:

دِگر سوے آں رستم تُند خوے | وَدان پیش کے خسرو نام جوے

زِ پیکار ہا وارٕ بیکار گوس | بہٕ آوار تےٚ خار لاچارٕ گوس

زُوارس دُوٚ پُن گُرِ تہٕ زاٗنپانہٕ اَن | میٚہ چھُم ماٗلِ دِل جانبِ سیستان

یہِ تہٕ چھُ پزر زِ کاٗشری جنگ نامہٕ چھِنہٕ ہرلحاظہٕ فنی لوٗ ازمات پورٕ کران۔ کُنہِ چھےٚ یمنٕز زبان کمزور روٗزمژٕ ، کُنہِ چھِنہٕ مرکزی کردارس ستیٚ انصاف سپُد مُت ، کُنہِ چھِ واقعات غاٗر ضروری طور زیٹھر اونہٕ آمتیٚ تہٕ کُنہِ چھُ اصلی واقعاتن ہنٛز چیر دِنہٕ آمُت۔ اِتھ مذہبی موضوعن پیٹھ مبنی رزمیہ داستان چھےٚ (یتھ منٛز امیر حمزہؓ تہٕ خاور نامہٕ قاۓبلِ ذکر چھِ ) یا قومی تہٕ وطنی موضوعن ہنٛزٕ مثنوی چھےٚ یتھ منٛز شاہنامہٕ ناوٕہنٛس لایق چھِ۔ کاٗشری بیشتر جنگ نامہٕ چھِ تمنٕے بحرن منٛز ترجمہٕ کرنہٕ آمتیٚ یمن بحرن منٛز تم فارسی لیس منٛز لکھنہٕ آمتیٚ چھِ۔ مگر یہِ کتھ چھےٚ سیٹھاہ مایوس کُن زِ یہِ صِنف چھےٚ تقریباً ژھوکیمٕژ بلکہِ موکلیمٕژ۔ لہٰذا چھےٚ یمہِ کتھِ ہنٛز ضرورت زِ یہِ صِنف بازیاف کرنہٕ خاطرٕ گژھن موثر قدم تُلنہٕ یِنۍ۔



# وژُن...... ہیتی انہار

منشور بانہالی

شعری اصطلاحس منز چھُ وژُن کأشرِ شعرِ ادبچ سو گوڈ کالچ شعرِ ذاتھ یتھ اکھ پننز ہیت چھےٚ، یتھ مختلف میژ باگنے ہیکہِ أستھ تہٕ اکھ بے ساختہٕ غنأیی آہنگ آسہِ۔ وِچھوٚے تہٕ یہ چھےٚ سو مقبول ادبی شعرِ ذاتھ یتھ پیٹھ کأشرِ شأعری ہنز بنیادوٗ سوار سپز۔

کأشرس منز چھےٚ تم شعرِ ذأژ تہٕ یم باقے زبانو پیٹھ آمژ چھےٚ مگر واکھ، شرُک تہٕ وژُن چھُ کأشرِ زبأنی ہندِ آگرِ چ شعرِ ذأژ زانہٕ یوان۔ یمن منز سانہِ یتھ کالہِ پیٹھ کہِ اجتمأعی لاشعورِ کی تخلیقی گتھ درینٹھی چھِ گرژھان۔ گوو موضوعی بلکہِ ہیتی اعتبارہٕ تہٕ یم ادبی رُجحانات مختلف سمأجی تہٕ سیأسی تبدیلین تہٕ تحریکاتن زیرِ اثر عالمی ادبس منز وِزِ وِزِ ووتلے یہ تہٕ پھانپھلے یہ تمو سارِوے ستی سپز کأشر شأعری تہِ اکہِ یا بیٚیہِ رنگہٕ پننہِ پننہِ وِزِ زأنی یاب۔ وٗں گوو یوٚ تام کأشرس شعرِ ادبس منز ''وژنک'' تعلق چھُ یہ شعرِ ذاتھ چھےٚ اوٚکنی زیادٕ پہن لایقِ توجہ تِکیازِ یہ چھےٚ واکھ تہٕ شرُک کی شعرِ ذأژن مقابلہٕ گوڈٕ سلابہ پیٹھے پننی عصری تقاضہٕ رچھان رچھان برابر پنُن اِرتقأیی سفر جأری تھوٚتھ پننس

مٔنزلس کُن گامزن روٗزہٕ تہٕ ووتھ بوپراوان روٗزہٕ ۔ اگرچہ یہِ وٕنن چھُ سہل باسان زِ امیُک وژُن چھُ مزاز کنیٚ غزلس ستی رلان مگر ہیت کنیٚ چھُ امہِ نِشہِ مختلف آسان۔

وژنچ کتھ کران چھُ امین کامل صاب لکھان زِ "اتھ صِنفہِ چھُ ژون مصرعن ہُند اکھ بند آسان، ژوٗرِم مصرعہٕ چھُ وکھنے مصرعہٕ یمیُک تکرار پزٕ تتھ ترٚیمہِ مصرعہٕ پتہٕ چھُ سپدان۔ شیخ العالمؒ ہٕندی مناجات، گونگل نامہٕ ہیوٚ مسلسل شُرک تہٕ شامہٕ بی بی ہُند شیخ العالمس پیٹھ مرثی چھِ امکی گوڈنکی نموٗنہٕ۔ شُراہمہِ صدی اندر جبہ خوتونہِ ہٕندی لولہٕ باتھ تہٕ چھِ اتھی صِنفہِ کام ہوان"۔ پتہِ پاٹھی چھُ کامل صابنہِ وننہٕ امیُک ذِسلابہٕ حضرت شیخ العالمؒ صابنس زمانس منز لبنہٕ یوان۔ (حالانکہ للہٕ ہٕندِ ن کینژن وژنن منز تہٕ ہیکن تتھی انہار کُنہِ کُنہِ جایہ لبنہٕ یتھ)۔

پتہٕ چھُ اکھ پزر زِ بیشتر لوٗکھ چھِ انزانی سببہٕ وژنس تہٕ غزلس اکی گیچھِ گنڈان روٗدی متی۔ حتی کہِ کاشُر زبان وادبُک نامور مورخ، نقاد عبدالاحد آزادن تہِ چھُنہٕ وژنُک تہٕ غزلُک امہِ قسمُک کانٛہہ بٕن ظاہر کوٚرمُت تہٕ نہٕ وژنکہِ ہیتی زاوی جارحوالے کانٛہہ اشارِ دِیُتمُت۔ وژنکہِ ہیتی تہٕ موضوعی خولہٕ خطہٕ حوالہ چھُ اوتار کرشن کاشرِ شاعری ہنز اکھ پننی ذاتھ۔ اَکس وژنس اندر چھِ کینٛہہ بند آسان۔ یمن ہُند تعداد ہیکہِ کینٛہہ تہٕ آسِتھ۔ اکھ وژُن چھُ عام طوراکہِ ہرِ ستی شروع گژھان۔ ہُر گوو وژنُک گوڈنیُک پدیا مصرعہٕ۔ امہِ پتہٕ

چھُ وکھنے مصرعہٕ "Refrain" یوان۔ پتہٕ چھُ مختلف بند یوان تہٕ پرٛتھ بندہٕ
پتہٕ چھُ وکھنے مصرعہٕ بار بار یوان۔ أکِس بندس چھِ (وکھنے مصرعہٕ ورأے)
ترٛے پد آسان۔ یِم ترٛے پد ہیٚکن ہم قافیہ تہٕ آسِتھ تہٕ قافیہ نِشہِ آزاد تہٕ
آسِتھ۔ مگر زیادٕ چھِ تِم یِمن اندر گوڈنیُک تہٕ ترٛیِم پد ہم قافیہ آسان چھِ۔
کینٛہہ وژن چھِ تِتھی تہٕ یِم ہُرٕ نِشہِ آزاد چھِ...... کینٛہہ وژن چھِ ہُرس ستی ستی
وکھنے مصرعہٕ نِشہِ تہٕ آزاد...... سُہ چھُ اِمکی سرحد ہندوستأنی گیتس تہٕ انگریزی
لائِرکس (Lyrics) ستی رلاوان۔ سُہ چھُ وژنس عشقس ستی واٹھ دِوان، اَدٕ
سُہ زیٛنی آسن یا خُدأیی، مأدی آسن یا غأرمأدی۔ تِہنٛدِ ونُنہٕ چھُ لولہٕ وژنن منٛز
"محبتُک اظہار ہمیشہ زنانہٕ ہٕنٛزِ زبأنی کرنہٕ یوان"۔ رہبر صاب چھُ
امیُک قأیِل زِ اَمِچ ابتدأیی کوٗشش سپٕز (۱۲۰۰-۱۵۵۵ء) منٛز اما "وژن چھُ
گوڈنچہِ لٹہِ سوزُک شرونی تہٕ لفظن ہُنٛد صحیح پھر ہبہ خوتونہِ ہٕنٛدی اتھہٕ شاہ لبان
تہٕ بال بچھِ لگان"۔ سُہ چھُ ۱۵۵۵-۱۷۷۵ء تام کِس کأشرِ شأعری ہٕنٛدِس
دٔرس زمانس "وژن کال" ناو کران۔ تِہنٛدِ ونُنہٕ چھُ "وژن" کٲشِرِ پٲٹھ ایرأنی
تہذیب وتمدن تہٕ زبأنی ہٕنٛدِس اثرٕ کِس پوٚت منظرس منٛز زوٗزہتہٕ لبان تہٕ اِستادٕ
سپدان" سُہ چھُ امیُک تہٕ قأیِل زِ وژن چھُ فارسی غزلہِ نِشہِ واریاہ کینٛہہ حأصل
کران"۔ مگر ستی چھُ یِتہٕ ونان زِ "یہ چھُنہٕ فارسی شأعری ہٕنٛز کُنہِ ذأژ پٲٹھ پوٗرٕ
وُتران"۔ تُسنٛد خیال چھُ زِ "سنسکرت، فارسی تہٕ مقأمی بحر چھے تِتھ پأٹھی رلہٕ
گأمٕژ زِ اکھ نوٚو پیوند چھُ تیار سپدان"۔ مگر مطالعہٕ تلہٕ چھےٚ یہ کتھ ننان زِ انگریزی

لیئر کس ستی چھنہٕ وژنچ مماثلت تمہ آیہِ مُشابہ، تکیازِ لیٖر کس منز تہٕ یوٗ دوے غنائی آہنگک التزام چھُ مگر وکھنے stanza ہُک تکرار چھُنہٕ وژنکہِ آیہِ درٛینٹھی گژھان۔ البتہٕ چھُ سپنسر (Spenser) سٕنزن Apitholomion تہٕ Protholominہِشن نظمن منز امہِ قسمُک کم زیادٕ ورتاو موجود۔

رہبر صابنہٕ آخرالذکر رایہِ ستی زِ ''یہِ (وژن) چھُنہٕ فارسی شاعری ہنٛزِ کُنہِ ذاژ پیٹھ پوٗر وُتران'' نسبت چھُ پروفیسر مشعل سلطانپوری پنٛنی تحفظات ظاہر کران تہٕ ونان ''امہِ کتھِ ہُند چھُنہٕ ازتام کانٛہہ پےلوٗ گُمت زِ سنسکرت شعرٕ سرمایس منز یا ہندوستان چہ کُنہِ علاقائی زبانٕ ہنٛدِس ادبس منز چھا یژھ کانٛہہ شعرٕ ذاتھ...... البتہٕ مثالہ ژھارنچہِ کوششہِ پتہٕ چھےٚ اَسہِ فارسی شاعری منز کینٛہہ یژٕہ مثالہ نظرِ گژھان۔

اے سرو بالا سہی کز صورت جاں آگہی
وز ہر کہ دو عالم بہی ما نیز ہم بد نیستم

(شیخ سعدی شیرازیؒ)

نہی ہر فرقِ جان تاج بری دِل را بہ از معراج
چہ خورشیدش بر آرائی کہ سبحٰن الذی اسریٰ

(دیوانِ شمس تبریزی)



(کأشرٕ شعرٕ صنف وژن، پروفیسر مشعل سلطانپوری، آلو، جلد:۵، ص:۲۴)

درج بالا فارسی شعرن منز چھِ کُنہِ گوڈ نِکی ترے مصرعہٕ ہم قافیہِ تہٕ کُنہِ گوڈنیُک تہٕ تریِیم مصرعہٕ، تہٕ امہِ علاوٕ وکھنے مصرعہٕ۔ یمہِ ستی یہِ انداز کرُن مشکل چھُنہٕ زِ یہِ رٔوِش پچھے فارسی شعرِ ادبس منز تہِ ورتاوس منز روٗزمٕژ۔ مذکورٕ بالا یَم شاعر چھِ ایرانس منز کینٛہہ صدی برونٛہہ وٗتھی ٚمتی یِیلہِ زن امہِ پتہٕ یژ کاٗکی لل دیدٕ تہٕ شیخ العالمؒ صاٗب آے۔ چنانچہِ ہندوستانس منز اوٗسن فارسی زبان وادبُک کم کم سٔرگروہمہِ صدی پیٹھے شروع ہیوٚتمُت سپدُن یمیُک اثر پوٗرٕ شماٗلی ہندوستانس تام ووت (تہٕ کٔشیرِ کتہِ ہیکہِ ہے امہِ نِشہِ مُچھِ روٗزِتھ)۔ بتہٕ چھُ ممکن زِ امہِ قسمُک کانٛہہ کلامہٕ آسہِ ہے یورتہِ ووتمُت تہٕ یُس شیخ العالمؒ صاٗبنہِ نظرِ تل تہِ آسہِ ہے گزریومُت، یمہِ کِنہِ تہنٛدِ ذٔ ستہِ یہِ اسلوٗب پانناوُن خارج از اِمکان ہیکہِ نہٕ اٗسِتھ۔

پروفیسر شفیع شوقؔ چھُ ''وژنس'' کاشرِ شعرِ ادبٕچ اکھ خودزاد ذاتھ قیاس کران تہٕ ونان ''وژُن چھُ کاشرِ شاعری ہنٛز اکھ آدواٗسی شعرِ ذاتھ یا باوٕژ آے۔ امِچ قدامت چھے اِو کِنہِ قابلِ توجہ زِ وژُن چھُ دراصل سُہ کانٛہہ تہِ نغمہٕ یُس یِتھ دنیاہس منز کانٛسہِ ہنٛدِس أندری وٗنِس منز 'پکنس' منز کاٗم کرنس، وتھنس، بہنس یا شونگنس دوران جسمہٕ کہِ أندرِمہِ فطری آہنگہٕ پیٹھ ووپدان چھُ۔ بنان چھُ لفظ وژُن تہِ آسہِ اکھ پرٕون کاشُر لفظ تہٕ اتھ آسہِ نہٕ سنسکرت ''وَچنہٕ'' لفظس ستی کانٛہہ واٹھے۔ ''وچنہٕ'' معنی لیس منز گووژُن کانٛہہ کتھ یا دوٚپ (گورن وُنم واکھ تہٕ وژُن) یِیلہِ زن وژُن کہنِ چھُ ونان۔ اتھ منز

چھےٚ صرف حرکت تہٕ ؤنتھ گوو زِوژُن چھُ کرنہٕ یوان۔ یہِ چھُنہٕ ممکن زِ باقے شعرِ ذاژن ہندی پاٹھی کیاہ آسہِ یہِ شعرِ ذاتھ تہِ نیٚبرِ پیٚٹھےٚ آمٕژ'' (وژنک جمالیات، پروفیسر شفیع شوقؔ، شیرازہ، شمارہ:۶، ص:۳۰)۔ یتھِن چھےٚ یہِ جسارت پیش زِ اصل شعر چھُ 'گورن وٚ نم گُنےٚ وژن' نہ کہِ 'واکھ تہٕ وژن'۔ یہِ زن فاضل مضمون نگارن ورتوومُت چھُ یمہِ کنہِ امہِ کِس تشریکس منز ہنا پھیرِ چھُ پیوٚمُت زِ وژن چھُنہٕ کہنہِ ونان بلکہِ چھُ یہِ کرنہٕ یوان۔ البتہٕ چھِ تم بروٚنہہ کُن فرماوان ''پرٛتھ کُنہِ زبانی منز چھےٚ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ نغماتی باتہٕ صورت گوڈٕ پیٚٹھےٚ موجود آسان تہٕ سانہِ زبانی منز چھُنہٕ بیٚیہ کانٛہہ باتہٕ صورت اسہِ پننہٕ۔ وژن آسہِ ہے تہِ قدیم زمانس منز یتہِ چہِ پاداوٕری عملہِ لرِ لوٚر روٗ زِتھ پرٛتھیوٚمُت، اوِکنہِ چھِ امکی موٗل پرٛانین ماٗنتھرن (Chats) پرٛژھن، پیشہٕ ورن ہندٕ بن باتن، رٕفی باتن تہٕ گندن باتن منزٕ نظرِ گژھان۔ امہِ قسمکی باتھ چھِ لازماً سارِوٕے کھوتہٕ قدیم کاشرِ باتھ۔ سانہِ للہِ شاعری منز چھِ امکی رنگ نہایت تنوع دار تہٕ سارِوٕے وژن گو شاعرو چھِ اَتھی منز پننہٕ پننہٕ پاٹھی مہارت ہاوٕمژ یہِ واکھ تہِ وُچھتون

گورن وٚ نم گُنےٚ وژن   نیٚبرِ دوٚ پٛنم اندرٕ اژن

سےٚ للہِ مےٚ گوٚو واکھ تہٕ وژن   ادٕ للہِ ہیوٚتُم ننگے نژن



واکھ کِس گوڈِنکِس شعرس منز چھُ وژنک مفہوم، اشاراتی یا تاکیدی کتھ وٕنہٕ، یعنے نیٚبرِ دوٚ پٛنم اندر اژن تہٕ پننہِ باطنی وجودک احتساب یا محاسبہٕ کرُن تہٕ

دۆیمس شعرس منز چھُ ''سُہ للہِ مےٚ گووواکھ نہٕ وٕژن''، واکھ تہٕ وٕژن گرٕژھُن چھُ کاشُر محاورٕ یمیُک مطلب، وجہ یا سبب... یعنے گورٕ سنز معنہٕ ساوی کتھ بنے یہ میانہٕ باطنی منزٕل سرٕ کرنُک سبب... وٕژن یۆ دوٚے گوڑٕ ڈٕسلا بے للہِ ہندِس کلامس منز درٕیٹھی گرٕژھان چھُ مگر... رٕصنف یا شعرٕ ذاتھ چھُنہٕ تِسندِ ڈٕسی اتھ ورتاوس منز انٕنگ تاحال معلوم شہادتون... نہٕ تہٕ امہِ گاچُک نموٗنہٕ کلامہٕ پاتھان۔ البتہٕ چھِ وٕژنکی ابتدأیی نموٗنہٕ شیخ العالمؒ صابنِس کلامس منز پاتھان۔ یمن منز تِہُند نعتیہ کلامہٕ تہٕ دۆیم منظوٗمہٕ شامل چھِ۔ شیخ العالمؒ صابن ورتووو وٕژن پننہٕ نبن صوفی خیالاتن تہٕ دینی عقائدن عوام الناسس تام واتناوٕ برٕکہِ تہٕ اصلاح احوالہٕ کہِ مقصدٕ موجب۔ تِہُند گونگل نامہٕ، ہاژوو پالیس پتھ، بخشس بودچھے خدمتگار، ہۄن چھو دپان ووباوو، کرٕ دنو مسلمان پزے تہٕ بارخدایا پاپ نوارٕ بیترِ مسلسل شُرکی چھِ وٕژنہٕ گاچے زانٕنہٕ یوان، یم اکھ رۆحانی، اخلاقی تہٕ اصلاحی شیچھ تہٕ اکھ پیامی آہنگ ہتھ چھِ۔

انگن ناو چھو کران ہو تو
بایو مے کُن تِہی سُنٕزتو
تیمی یہِ دۆو تےٚ تُمی تی لونو
ہۄن چھو دپان وو وو وو



آدن سونتھ چھے زٕین اول تے
سُلہِ گرِ رٹو مالہِ پننے تاو
اتھِ یُتھ نہٕ گرٕژھی سونتھ چھے زٕھل تے
یُس کرِ گونگُل سُے کرِ کرٕاو

(گونگل نامہٕ: شیخ العالمؒ)

خارٕجی ہیٛژ حوالہٕ ہیٛ دوٚے ''وژنٕس'' غزل، مثنوی، قصیدہ یا رُباعی ہنٛدی پاٛٹھی بند تعریف ہکوٚن کرِتھ۔ مگر گوڈ بند تہٕ وکھنے مصرعہٕ پتہٕ چھ ژورن مصرعن ہنٛدی بندآہنگی تہٕ امہِ پتہٕ وَکھنے مصرعک ورتاو عام پورامہِ چہ ہیٛژ ہنٛز پرٕ بزٕژی ہُنٛد ضامن بنان۔ وکھنے مصرعہٕ چھ بار بار کیٛژن جاین مرکزی خیالن کُن رجوع کران۔ اتھ منٛز چھ پنُن اکھ جودتہٕ میچھر۔ خیالن ہنٛز روانی تہٕ لوٚکہٕ باتن ہُنٛد حسن چھ امِکی خاص گون تہٕ وصف۔ غزلہٕ کی پاٛٹھی چھ امیُک پرٕ ہتھ بند معنہِ کہِ لحاظہٕ الگ تہٕ آزاد آسان۔ ''اما غزلہٕ کی پاٛٹھی یُس چیز اتھ وحدت چھُ بخشان سو گیہ جذبن تہٕ احساسن ہنٛز ہم آہنگی تہٕ ہم رنگی'' (غلام نبی فراق)۔ وژنچہ ہیٛژ ہنٛدِ حوالہٕ چھ ڈاکٹر شاد رمضان اکھ اختصاری زانکاری دِوان ونان: ''وژُن چھ کیٛژن بندن ہُنٛد اکھ منظومہ تہٕ پرٕ ہتھ بندس چھِ ژور مصرعہٕ آسان۔ بندن ہُنٛد تعداد چھُنہٕ گنٛڈِتھ تہٕ یسلہٕ پاٛٹھی چھِ اتھ کم از کم پانٛژھ بندآسان تہٕ آخری بندس منٛز چھُ شاعر (غزلہٕ کی پاٛٹھی) لکھُت دِوان یاوٕنی تو پنُن تخلص یا ناو ورتاوان۔ وژنس چھُ گوڈنیُک شعرآسان یُس دوٚن مصرعن ہُنٛد چھُ آسان تہٕ باقے ژون مصرعن ہُنٛد تہِ۔ گوڈنِکہِ شعرُک دوٚیم مصرعہٕ چھُ ووج بنان تہٕ یوہَے ووج چھُ پرٕ ہتھ ژوٚرمہِ مصرعہِ بدلہٕ پھِری پھِری یوان''۔ مثالہِ پاٛٹھی:

| | |
|---|---|
| بہٕ چھُس زمین تے ژٕ چھُکھ آسمانے | ژٕ ے سیرن سرپوش! |
| بہٕ چھُس نعمت ژٕ چھُکھ مہمانے | چھاو میانٛی دانے پوش |



سُلہِ سوئنتہٕ لوشن لُج پھُلے

باغن چھِ بولان بُلبلے

وولساں چھَ سوئنچ وُزملے

مولہٕ وان چھےٚ پانس بازرے

یکھناتہٕ پوشن گوٚندی کرے



اَ کِس وژنس منز چھُ وژن میژتہٕ قافیہ بندی ہٕنٛدِ حوالہٕ مختلف طرح درینٛٹھی گژھان۔ کُنہِ ساعتہٕ چھِ اکہِ وژ ہٕکی گوڈنکی دوشوَے شعر ہم قافیہٕ آسان:

ژٕ کموٚسونہِ میانہِ برٛم دِتھ نیوٗنکھو      ژےٚ رِکھو زِ گیہے میانٛی دِے

ژکھ ترٛاودِ ے ملالہٕ وونہٕ چھےٚ نایوان      ژےٚ رِکھو زِ گئے میانٛی دِے



کُنہِ ساعتہٕ چھُ کُنہِ وژن بنہٕ کی گوڈنکی ترٛےٚ مصرعہٕ ہم قافیہ (ردیف) آسان تہٕ ژورِم مصرعہٕ چھُ ووج آسان۔

دوہ اکہِ لتس مےٚ میچاے تن

ہا اموٚب تھاوٗنم سوے لادن

اَوِلؠ، سنیوٗس زائلؠ بدن

ژٕ نوٚن نساوٗنی زبس گیلہِ عالم

(ہاژٕ نووٗنی زبس)

(حبیب اللہ نوشہری)



کُنہِ ساعتہٕ چھِ کُنہِ بندس منز گوڈنکہِ بندُک گوڈنِیُک مصرعہٕ تہٕ دۆیم تہٕ ترٛیِیمہِ بندُک گوڈنِیُک مصرعہٕ تہِ ہم قافیہ درٛینٹھی گژھان تہٕ امہِ پتہٕ چھُ ووج مصرعہٕ یوان:

نامہِ لیکھِس ہٹہِ کے رتہٕ ہے    کامہِ دِیو چھُم سُہ جانان

میلہِ قلمہٕ تہٕ زوأی لہِ خطہٕ ہے    تیم نتہٕ ہے مارس پان

(رحم صأب سوپوری)



بعضے چھِ کُنہِ وژن بندس منز نیٚبری قافیو علاوٕ أندٕری قافین ہُند تہِ ورتاو درٛینٹھی گژھان تہٕ تو پتہٕ چھُ ووج مصرعہٕ یوان:

کونگہِ کستوٗری مشکہِ کوفوری تن ناوس تے

مِتھر بیٚہم ، چھٔتر بونٛبن ہواوس تے

شِتری گیلن متہٕ کرتم چھس بے کس تے

گژھتے ویٚسیے یار انتن استے استے

(محمود گامی)



یتھ بندس منز ییٚتہِ نیٚبری قافیہِ (ردیف) ناوس تے ، ہواوس تے تہٕ بے کس تے چھِ تتہِ چھِ مِتھر ، چھٔتر تہٕ شِتر ہوی أندٕری قافیہ تہِ نظرِ گژھان ، یمہِ وژنہٕ کِس کلہم مزاز س منز اکھ متوأتر سوز وگداز چھُ پارٕ کران ۔ بعضے چھِ کُنہِ وژنہٕ کِس بندس منز گوڈنکی زٕ مصرعہٕ ہم قافیہِ آسان تہٕ ترٛیِیم مصرعہٕ تہِ چھُ وکھنے مصرعُک ہم قافیہ آسان:

نبرٕ اندر اژھ          أندرٕ بڈی پڑھ
وُچھن ژٕ شہنشاہ          لۆتھے تہٕ لۆبُتھ کیٛاہ
(مومن صاب)



کینٛژن وزن بندن منٛز چھُ گوڈنکہِ مصرعُک قافیہ باقٕے سارِنٕے بندن ہنٛدٕن گوڈنکِس تہٕ تریمِس مصرعس منٛز تہِ نظرِ گژھان یُس أندٕری قافیہٕ رٕنگی پورٕ وزنس منٛز برقرار چھُ روزان:

عشقٕ نارس زوراوارس          چھُس نہٕ پوشان دِل چھُم دزان
سوختہٕ کۆرنم یتھ لوکچارس          بال پژارس عشقہِ مقام
(رحمان ڈار)



بوسرٕ شمس فقیر ونے          سر تژاو پتھر در معمور
سُے اژِیَس تتہِ بر مُژرنے          بہٕ کیٛاہ ونے یی گۆو ظہور
(شمس فقیر)



وژن شعرن ہنٛزٕ کینٛہہ متفرق مثالہٕ:

أمی یآری کُرنس بہٕ بانٛبرے          حۆرے مے نیوٗنم ژۆرِ دِل
چھُم جوش عشقٕنہِ سوندرے          حۆرے مے نیوٗنم ژۆرِ دِل
(نعمہ صاب)



دلجویہ ہا سرو طناز یارے      میٚیتہِ چانہِ پُڑھِ کیاہ خارے گوو
گلروِیہِ میانے ہا وفادارے      میٚیتہِ چانہِ پُڑھِ کیاہ خارے گوو

(اعمیٰ عبدالرحیم)



رنگ بالہِ ڈوٗلُم تازٕ گُلس      سُے مےٚ دِلس کان
سنگ کائلی ژوٗلُم رازٕ بلس      سُے مےٚ دِلس کان

(احد زرگر)



باغکی ریٛژل وارلین گالن      بُلبل غم تراو کرپکھن واش
ییٚتہِ یور چونئے مذہب پالن      سنگرمالن پیٚو پڑاگاش

(مہجوٓر)



ژروٗنی ییٚلہِ کوٚرتُمی رونہِ دامانس      اِدِ نسا روٗدُم پانس تام
سرو شُہُل پیٚو آبِ روانس      اِدِ نسا روٗدُم پانس تام

(راہیؔ)



مُشرٲوتھس جانانہِ      ژےٚ کر یاد پیٚیے بو
اے دردِ کے درمانہِ      ژےٚ کر یاد پیٚیے بو

(رسؔا جاودانی)



مثالہ چھےٚ ابریز، البتہٕ وارہ وژن چھِ تم تہٕ یمن منز ترٛیٚو مصرعو پتہٕ وَ کھنے مصرعٕک پورٕ التزام چھُنہٕ یا وَ کھنے مصرعٕک نصفٕے حصہٕ چھُ، البتہٕ چھُ باقٕے شعر بندن ہٕنٛدی ہے صورتس منز یمہِ کنۍ تِھبن منظوٗمن تہِ اگر وژنہٕ کِس شمارس منز انو کھ تہٕ اتھ سرمایس منز گژھِ بییہٕ ہن تہِ ہُر بر، مثالہِ پأٹھی یہِ وژُن نما:

ساز لولُک رنگُن اضطرابس اندر زندگی ہُنٛد قسم زندگی گٔے ییہے

بے نیأزی کرٕنی خام طمہن نشن بندگی ہُنٛد قسم بندی گٔے ییہے



یتھ کتھِ منز چھُنہٕ ذراتہِ مبالغہٕ زِ کأشرِس شعرٕ ادبس منز یم تہِ ہیٔتی تجربہٕ بارسس آے تِمن منز چھِ کینٛہہ تجربہٕ تم تہٕ یم محض برائے تجربہٕ روٗدی تہٕ زیادٕ قبولیت ہیٚکی نہٕ پرٛاوِتھ۔ییلہِ زن کأشرِس وژنس اکھ بوٚڈ شعری سرمایہِ ڈٲکھس چھُ یُس أکِس بڈِس دورس کوم کُرِتھ چھِ۔ تہٕ بقول مشعل سلطانپوری تیٚژاہ مقبول شعرٕ ذأژ چھےٚ زِ ''شیخ العالمؒ سِنٛدِ پتہٕ رحمان راہی یس تام چھُ پرٛتھ أکی شأعرن وژُن لیوٚکھمُت''۔ البتہٕ وُہمہِ صدی ہٕنٛدِ دوٚیمہِ نصفہِ پتہٕ ہیوٚتُن نوبن ہیٔتی تجربن زیرِ اثر وژنُک رواج متأثر سپدُن۔ وژُن ہیت چھےٚ مختلف موضوعاتن بیان کرنہٕ خأطرٕ ورتاوس منز اننہٕ آمٕژ۔ یہِ چھےٚ سو شعرٕ ذاتھ یوسہٕ کأشرٕبن شأعرن ہٕنٛدِ ووہنٛدٕ باوٕ ژھُنٛد یسلہٕ پأٹھی اظہارُک وٚسیلہٕ بنے یہٕ تہٕ کأشرس شعرٕ ادبس منز چھُ امیُک پوٚتر زیادٕ وزن دارتہٕ گوٚب۔ اتھ منز چھِ مختلف یژھ پرٕمانن منز مختلف العبادتہٕ مختلف النوع موضوعات کاپہِ اننہٕ آمٕتی۔

صوفی شاعرویتہِ یہِ شعرِ ذاتھ روحانی تجربن تہٕ سری حال واحوال باپتھ ورتاو
تتہِ کر رومانی شاعرواتھ منز زمینی حسنکو تہٕ مجازی عشقکی راز و نیاز بیان تہٕ وطنی
تہٕ پیامی شاعروکر اتھ منز خیال چہِ آزادی تہٕ انسانن ہنٛدٕ بن حقوقن ہنٛدِ تحفظچ
کتھ تہٕ دِتکھ قومی تہٕ ملی بیداری تہٕ بارے بند تیٚک آلو۔ یہِ چھےٚ سوصنفِ سوخن
یوسہٕ عصری رحجاناتن پریزناوان تہٕ لرلوٚ رپکان روٗزتہٕ یمہِ ساعتہٕ زمانس یوسہٕ
تہِ ضرورت آس تہٕ تتھ پٔنن پان آیتن تھٔوتھ تہٕ پرٛتھ قسمُک موضوعات
وپٚر آوِتھ دِتُن پننہِ توانایی تہٕ تابانی ہُنٛد ثبوٗت۔ یہِ چھےٚ سو شاندار تہٕ مقبول
ہیت یوسہِ کاشرِ شاعری ہنٛدِس شعرس منز اکہِ شوٗبہِ دارمیلہٕ کنہِ ہنٛز حیثیت
چھےٚ تھوان تہٕ کلھم انسانی تجربن ہنٛز رنگارنگی کھورِشورِ وپٚر آوِتھ۔



# وٚزُن:

## کیٛہہ وَتچھِ پوٚچھِ خصوٗصیٛژ

رتن تلاشی

''وٚزُن'' چھُ کاشرِ زبانۍ ہنز اکھ پرانۍ تہٕ پٔژٕ شعرٕ ذاتھ۔ پٔزُن ووٗن مےٚ امہِ سبہٕ زِ یہ شعرٕ ذاتھ چھِ اَسہِ کاشرِ ادبہٕ کِس ادبی توارٟخ کِس طلوع آفتابس ستی وُچھان۔ ممکن چھُ زِ امہِ رنٛگٕ شعرٕ ذاتھ آسہِ سنسکرت کہِ زیرِ اثر وجوٗدس آمٕژ۔ وونی گوٚو واتھ متلق ہکوٗ نہٕ شقہٕ پٲٹھۍ کیٛہہ تہٕ وٕنتھ نِکیا زِ گاہَے ستی ازٕھِن واتھ آسنہٕ کِنی چھُ نہٕ یہِ ممکن زِ کاشرِ زبانۍ منز آسہِ ہے نہٕ امہ رنٛگٕ کلامہٕ موجود۔ چناچہِ سنگیت تہٕ گیوٗن چھُ دُنیہکِن مختلف اہم تہذیبن ہنٛدی پٲٹھۍ کشیرِ منز تہٕ قدیم کالہٕ پیٹھٕ اوسمُت۔ امہِ سبہٕ ہکو وٕنتھ زِ گیوٗن لایق کلام آسہِ ہےٚ پیتہِ تہٕ، بامے سہٕ لگہٕ باتن ہنٛدس صوٗرتس منزٕ ے آسہِ ہے۔ سنسکرتس ستی چھےٚ اتھ صنفہِ سوٗخنس دو یو وجہو کِنی تارٕ کانٛج کرنہٕ آمٕژ۔ اول امہِ صنفہِ ہنٛدِ ناوٕ لفظ کہِ ماخذٕ حسابہٕ ہے وُچھوٗ تتھ پٲٹھۍ واکھ سنسکرت کہِ لفظٕچ تبدیل شُدٕ صوٗرت چھےٚ تتھے پٲٹھۍ چھُ ''وٚزُن'' لفظ تہِ ''وچن'' سنسکرت لفظٕچ تبدیل شُدٕ کاشرِ صوٗرت۔ دوٗیم سنسکرت تہٕ جدیدِ ہند آریائی زبانن ہُنٛد گیت چھُ واریا حدس تام نغمگی، آہنگ تہٕ کیٛژ صنفی انہارو کِنی وٚزُنس ہم پلہٕ

باسان۔ مُمکن چھُ زِ سنسکرت زیرِ اثر آسہِ ہے یہِ شعرِ ذاتھ سنسکرت چھندوزن نظامہٕ نِش مُتأثر سپز مِژ۔ معنہِ مفہوٗمہٕ موجب چھُ یوٗرپی ادبُک ''لیرِک'' الہٕ پلہٕ وژنس ہم پلہٕ۔ لیرِک چھُ دراصل جرمنی زبأنی ہُنٛد لفظ تہٕ امیک موٗل چھُ ''لایرا'' یُس اکہٕ قسمُک سازاوسُمت چھُ۔ اتھ سازس پیٹھ گوٚنہٕ یِنہٕ وأِلس کلامس آسی لیرِک ونان۔ یعنی مطلب چھُ زِ لیرک آسی تتھ کلامس ونان یُس سازس پیٹھ گوٚنہٕ یِیہِ ہے۔ ''گیت'' باپتھ تہِ چھُ سنگیت لابوٗ دی۔ ہندوستانی روایتہٕ مُطأبق یُس کلامہٕ سور، پد تہٕ تالہِ پیٹھ گوٚنہٕ یِیہِ تتھ ونو گیت۔ ''وژُن'' تہِ چھُ گوٚنہٕ باپتھ موزوٗن کلامہٕ تہٕ موسیقیت چھےٚ امیُک گُہنہٕ تہِ۔ گیت کِس مفہوٗمس منٛز چھُ سانہِ زبأنی منٛز بیا کھ لفظ ''بأتھ''۔ بأتھ لفظ چھُ عربی زبأنی ہنٛدِ ''بیت'' لفظچ کأشر صوٗرت یمیُک لوغأتی معنی ''کلام''، یا ''شعر'' چھُ۔ سنسکرت ''وچن'' لفظُک معنی چھُ ''کتھ''، ''قول''، ''کلام'' یا ''کُنہِ عألمانہٕ تصنیفہِ ہُنٛد حوالہٕ'' یا ''اچھ عبارت''۔ وژنس تہٕ بأتس یوٚ دوے معنی مفہومہٕ رٕنگی کأشرِس منٛز کانہہ نوٚن پھیرِ چھُنہٕ تہِ گُرتھ تہِ ہکو یہِ مأنتھ زِ وژُن چھےٚ یٕژپأٹھی شوز ادبی اصطلاح تہٕ بأتھ چھُ موسیقی ہنٛدس مفہوٗمس تہِ وحاظ کران۔ ہندوستانی شعریاتہٕ مطأبق چھِ گیت دون قسمن ہنٛدی۔ گاتر گیت تہٕ نیتر گیت۔ گاتر گیت گِیہِ تِم گیت یِمن ہنٛدس گوٚنس منٛز صرف انسأنی لہنٛک دخل آسہِ تہٕ نیتر گیت گِیہِ تِم گیت یِم سازس پیٹھ گوٚنہٕ یوان چھِ۔ ہرگاہ امہِ لحاظ وُچھوتیلہِ چھِ سانہِ زبأنی ہُنٛد ''واکھ'' گاتر گیتس ستی رلان تہٕ وژنس منٛز چھِ یِم

دوشوے کُنی سپد ان۔

یہِ کتھ چھِ بیشتر عالم مانان زِ وژنُک واتھ چھُ ہندوستانٕی گیتکی پاٹھی اقدآری وزن نظامس ستی۔ مگر کینہہ وژن ہکَن مقدآری وزن نظام چھِ کھوچھِ تہِ کھٔسِتھ یوس فارسی شاعری ہُند خاصہ چھُ۔ امیک وجہ چھُ مقامی اقدآری تہٕ فارسی کہِ مقدآری وزن نظامٕچ سومِلہٕ مِش یوس فارسی ادب تہٕ زبانٕی ہِنٛدِ زیرِ اثر یمن باہم سپز ہٕش چھےٚ۔ امہِ علاوٕ چونکہِ وژنی شاعری اُس گونٛج شاعری۔ فارسی دورس منٛز تروو اتھ پیٛٹھ ایرآنی موسیقی تہِ پنُن اثر۔ موسیقی منٛز تہِ آیہِ مقامی سازن ستی ستی ایرآنی سازتہِ ورتاونہٕ۔ تہٕ ایرآنی موسیقی ہنٛز کھوٚٹ لاگتھ آیہِ کاشرٕن باتن ہنٛز مقام بندی کرنہٕ۔

وژنس چھَنہٕ بحیثیت ادبی صنف تہٕ ہیتی انہار ورٕنگی یتھ پاٹھی کانٛہہ تہِ شقہٕ تہٕ مقرر شناخت یتھِ پاٹھی زن مثنوی یا غزلس پنٕنی صنفی لوآزمات چھِ بٔلکہِ اتھ برعکس چھےٚ لچکدآری تہٕ یلہٕ گی اچھ صنفی تہٕ ہیتی پھیرٕ ہاوخوبی۔ مثلاً غزلکی پاٹھی چھَنہٕ اتھ ردیف قافیہِ ہوٚن صنفی اصولن ہنٛز شٕٹھ پابندی۔ وونی گوٚو لچکدآری باوجوٗد چھِ وژن صنفہِ ہنٛدی سرحد غزلس سان مختلف ادبی صنفن ستی تہِ رلان۔ کاشرِ زبانٕی منٛز چھِ وژنی شاعری منٛز ترٕٹھ شعرِ تخلیقہٕ تہِ شامِل یمن متعلق غزلُک بزٕ ونت سپدِتھ ہیکہِ یا آسانی سان ہکو کھ غزل شاعری ہنٛدس زُمرس منٛز ترآوِتھ۔ تہٕ کینٛژن وژنن چھُ موضوعی تسلسل کُنی نظمہِ ستی تہِ ہشر۔ یا یتہِ زِ بعضے چھُ کُنہِ مخصوٗص موضوع چہِ بُنیاز پیٛٹھ یوہے وژن

بدل موضوعی صنفہِ ہُند ناو رٹان ۔ مثلاً نعت، لیلا، رنگ، ڈولکہِ شعر یا لُکہٕ شأعری ہُند لڑی شاہ بیترِ۔

بہر حال امہِ باوجوٗد ہیکہِ وژنکس صنفی ساختس منز کیٚنژن خصوصیتن ہنز نشاندہی کرنہٕ یتھ۔ کینٛہہ نقادچھِ ونان زِ وژنس یُس چیز وژن بناوان چھُ سہٕ چھُ گوٗو امیک ووج۔ مگر چھراوو جی یوت ہکہِ نہٕ وژن بناٗوِتھ تِکیا زِ امہِ برونہہ تہٕ گژھِ اکھ مصرعہٕ آسُن یتھ ستی ووج مصرعہٕ مقفٰ آسہِ۔ وژنکس اتھ ژسلأبِ مصرعس چھِ "ہر" ونان یمہِ پتہٕ وکھنے مصرعہٕ یوان چھُ۔ یُس ووج بنتھ پوٚرِ وژنس منز پرٛتھ بندس ستی دوہراونہٕ یوان چھُ۔ مثلن:

مےٚ ہاکری ژیٚے کتی پوشہِ دسوانے      چھاو میأنی دانے پوش

کیٚنژن وژنن منز چھِ یم ژسلأبی ہُری مصرعہٕ تہٕ وکھنے مصرعہٕ کہِ دوگناونہٕ تہٕ آمتی۔ شاید کیٚنژھایہِ آغازُک بندژُ مصری بناونہٕ باپتھ۔ مثلن:

ٹُلکھنا پرٕدِ مستانے      وولو بےدردٕ جانانے

گُل وبُلبل چھِ دیوانے      وولو بےدردٕ جاناے

تُکبندی یا قأفیہ بندی لحاظٕ ہیکہِ امہِ ابتدأیی بندٕچ ترتیب یتھٕ پأٹھی آسِتھ:

الف ---- الف      یا      بعضے الف ---- ب

مثلن الف --- الف ترتیب چھےٚ پتھ کنہِ دِنہٕ آمژ دوٚیمہِ مثالہِ منز تہٕ الف --- ب طرح چھُ گوڈنچہِ مثالہِ منز ٹاکارٕ۔ وکھنے مصرعہٕ پتہٕ چھِ مختلف بند آسان یمن ہُند تعداد مُقرر چھُنہٕ۔ یم ہیکن کم تہٕ آسِتھ تہٕ زیادٕ تہِ۔ بندن

تہٕ بندن باہم تہٕ چھُنہٕ کانہہ منطقی ربط۔ بند چھِ بیشتر پاٹھی ژورن مصرعن پیٹھ مشتمل آسان یمو منز ژوٗرِم مصرعہٕ وکھنے مصرُک دوہراوآسان چھُ۔ بندس منز تہٕ چھُ نہٕ مصرعن ہُنٛد تعداد گنڈتھ۔ تہٕ زن گوٚو بعضے ہیٚکہِ بند ترٛن مصرعن پیٹھ مشتمِل آستھ یتھ منز تریم مصرے ووج بنان چھُ۔ ووج چھُ دراصل اکھ سو پنہ داو یمہ ذٕسی وژ ہٕنکن الگ الگ بندن ہُرِ مصرعس ستی جوڑ لگان چھُ۔ مگر ووج چھُ باضے ہُر یمانہٕ تہٕ بنان تکیاٚ زِ شعرکس تکمیلس منز چھُنہٕ اتھ اکثر کانہہ تہٕ دخل روزان۔ بلکہِ چھِ تتھی کر تہٕ وژن ییٚتہٕ شعر دوٚنی مصرعن منز مکمل سپدان چھُ تہٕ تریم شعر تہٕ چھُ محض ووجکہِ مصرعُک قافیہ اننہٕ رِچہِ مجبوری باپتھ لاگُن پیوان۔ ''واژس'' متعلق ہکو شاید یمہِ انمانہٕ تہٕ غور کرِتھ۔ سہٕ گوٚو یہ زِ باسان چھُ زِ وژنس منز چھُ نہٕ ووج کُنہِ معنوی تکمیل یا تخلیقی تجرب چہِ مجبوری باپتھ ورتاونہٕ آمُت بلکہِ باسان چھُ نغمگی ووتلاونہٕ تہٕ اجتماعی طور گیونس لایق بناونہٕ باپتھ۔ یعنی اسی ہکو وٕنتھ زِ اَمچ تحریک چھنہٕ شعری تجرُبہٕ بلکہِ گیوٗن یتھ منز چھرا انسانی لہنک یا موسیقی تہٕ آوازِ ہُنٛد دخل آسہِ ہے۔ وژن ترایہِ ہنز یہِ شاعری اَس مُلہٕ تلہٕ گیونچ شاعری تہٕ وژنہٕ کِس گیونس منز چھُ ووج مصرعُک دوہراونہٕ صرف اکھ طرح تہٕ لے ووپداوان بلکہِ اصل گیون وألس علاوٕ باقے سازندرن یا پوٚرِ جماتچہِ شرکتچ وتھ ہموار کران۔ تمی چھِ اَسی تم وژن تہٕ وُچھان ییٚتہِ وژنُک بند دون مصرعن منزے مکمل آسنہٕ باوجوٗد اتھ ستی ووج نتھی کرنہٕ آمُت چھُ۔ مثلاً:

وٲرِی وٕنِ ستۍ وارِ چھس نو     چارٕ کر میون مالِنیو

گرِ بہٕ وزٲلیس آبہٕ نٔٹس     نوٚٹ مےٚ پھُٹمو مالَنیو

یا مےٚ دِی تو نٹہِ نوٚٹا     نتہٕ نٹہِ ژچے ہارٕ مالِنیو

امہِ پتہٕ چھُ ووج مصرعُک دوہراو، ''وٲرِی وٕنِ ستۍ''۔ یُس ٹاکارٕ پٲٹھۍ گوٚنچہِ مجبوٗری ہُنٛد باس دِوان چھُ۔ غزل گوٚنس دوران تہِ چھُ ووج نَہٕ آسنہٕ باوجود مطلع شعرٕکۍ دوشوے یا اکھ مصرعہٕ ووجکۍ پٲٹھۍ دوہراونہٕ یوان۔ گوٚن مجبوری کٔنی چھُ بندس منٛز ترٛیم مصرعہٕ تہِ آمُت یتھ ستۍ پتہٕ ووج لاگنہٕ یوان چھُ۔ چاہے امہِ ستۍ شعرٕکِس معنوی پہلوٗہس کانٛہہ تہٕ سوٗ چھ سپدان اوس یا نَہ سپدان اوس۔ وزٕن گو شاعرس چھُ لیہِ لہلاوس کُن خاص توجہ روزان۔ چناچہِ کُنہ تہِ زبانِٛ منٛز چھےٚ زٕچھِ آوازٕ زیادٕ مترنم مانہٕ یوان۔ تہٕ یہِ کتھ چھےٚ کاشرِ زبانِٛ متعلق تہِ صحی۔ وزنن منٛز وُچھو اَسی لیہِ ووپداوِ باپتھ بیشتر پٲٹھۍ زٕچھن آوازن ہُنٛد ورتاو۔ کاشرِ ہن وزنن منٛز چھےٚ اکھ دلچسپ خوٗبی۔ اول یہِ زِ بیشتر وزنن منٛز چھِ مصرعہٕ اند ''او'' ''آ'' ''یا'' ''ے'' ہِشن زٕچھن آوازن پتھ انداوتان۔ امی ترٛایہِ کٔنی چھِ مصمتن ستۍ زٕٹھۍ مصوتہٕ لاگنہٕ یوانِ۔ دوٚیم یہِ زِ یوٚدوے کانٛہہ مصرعہٕ اند کُنہِ مصمتہٕ آوازِ پتھ انداوتان آسہِ تہٕ یہِ آواز آسہِ غٲر تھوٚپہٕ مصمتہٕ۔ تھوٚپہٕ آوازِ وٲلۍ قافیہِ یا مصرعہٕ اند چھِ کاشرِ ہن وزنن منٛز عنقا۔ شایدامی کٔنی زِ تھوٚپہٕ آوازن چھےٚ موسیقی ہنٛز لہرٕ ووپداونچ توژھ باقے ورگہٕ چنِ آوازن مقابلہٕ کمے۔

یتھ پاٹھۍ برونٛہہ تہٕ وننہٕ آوزِ وژنچ پھیرِ ہاوخوٗبی چھےٚ امچ لچک تہٕ ییلہٕ گی۔ یہ خصوٗصیت چھےٚ امچہ قافیہٕ بندی منٛز تہٕ درپیٛٹھۍ گژھان۔ وژنکین مصرعن منٛز چھُ نہٕ غزلکی پاٹھۍ قافیہٕ ورتاو۔ تہٕ نَہ چھےٚ غزلکی پاٹھۍ مقرر جاے۔ اتھ منٛز ہیکہٕ مصرعُک کوٗڈنیُک لفظ تہٕ قافیہٕ بَنِتھ تہٕ منٛزم تہٕ یا اندِم تہٕ۔ بعضے آسہٕ نہٕ ووج مصرعہٕ کُس رٔدیف قافیس ستی کانٛہہ تہٕ ہشر۔

ہندوستانۍ شعریات مُطابق چھُ ''گیتُک'' بُنیادی رس ''شرنگاررس''۔ یہ چھُ کاشرس وژنس متعلق تہٕ صحی، خاص پاٹھۍ لولہٕ وژنن متعلق۔ وژنکۍ اصل خدوخال کڈی حبہ خوتوٗنِ نٕۍ تہٕ تِسنٛدے پیٛٹھ بنیہٕ یہ صنف ہتہٕ وادن وٕرین ہنٛدِ خاطرٕ کاشرِ ادبچ غالب صنف۔ حبہ خوتوٗنِ ہنٛد ہن وژنن ہُنٛد مرکزی موضوع چھُ ''لول''۔ یتھ منٛز عاشق معشوق سُنٛد ہجرتہٕ وصلُک ہمسوسہٕ یا شادمانی اظہارلبان چھےٚ۔ یوہے لول چھُ کاشرِ صوفی شاعری منٛز تہٕ مرکزی محرک قووتھ بنان۔ یتھ منٛز عارف تہٕ ابدی حقیقژ ہنٛدِ پوشہٕ وٕنہٕ مِلِکی نغمہٕ چھِ۔ لولہٕ وژنن منٛز چھُ خیالہٕ کھوتہٕ وقتی احساسس پیٛٹھ زورتہٕ ژھوٚٹ تہٕ موخصر ذاتی وٲری داتھ، حارٔی ثات تہٕ أندرٕی مژر کیوٚ گدرن حال چھُ یژ پاٹھۍ وژنن شاعری منٛز اظہار پراوان۔ لہجہ کنۍ چھُ اکثر وژنن منٛز ''آلوی'' رنگ تہٕ وونہٕ سنٛز وَمنٛز یم آلونیر نہٕ سبہٕ چھُ یمن پیٛٹھ باوکھ ہنٛز شخصیت غالب روزان۔ وونۍ گوٚ وِیہ آلو چھُ نہٕ باوکھ ہنٛدِ دُنیہکس چوگردس تامے محدوٗد۔ بلکہ چھُ امیُک منٛزلِ مقصود بوزکھ۔ تہٕ بیشتر وژنن منٛز چھےٚ باوکھس ستی ستی بوزکھ ہنٛز موجودگی

تہٕ درینٹھمان روزان۔ییٚتہِ باوکھ بوزکھس برونہہ کنہٕ بوس ژھانژھناونس منز
محوروزان چھُ۔یم لولہٕ وژنن منز عاشق معشوق ہنٛدِس صورتس منز برونٛہہ کُن
یوان چھِ۔ بیشتر وژنن منز چھُ عاشق زنان تہٕ معشوق مرد۔شایدہیکہِ یہِ لُکہٕ
بأتن ہُند اثرٲسِتھ۔نسوأنی لہجس منز ہجر وصلہٕ کہِن جذباتن ہنٛدِ اظہارٕ کنی چھُ
وژنن ہُند لہجہِ پُرسوز۔یتھ منز جذبن ہنٛز شدت تابانہٕ روزان چھےٚ۔ووٚنی گوٚو
تتھی لولہٕ وژن تہِ چھِ یمن منز عاشق مرٕد چھُ۔مثلن روٗسُل میرسُنٛد ''شوٗبہِ
شاباش چانہِ پوٚت ژھایہِ لولو''۔وژن شاعری منز گژھن رومأنی ترایہِ ہنٛدی
وصف درٲٹھی ییٚتہِ شعرٕ کردار پنہٕ حقیقی چوگردٕنش أچھ پھرِتھ پنہِ ووندُک دُنیا
بساونس تہٕ لولناونس درپے روزان چھُ۔ووٚنی گوواَتھ دُنیہس منز نہ چھُتس
ووپرأزی ہُند باس گژھان تہٕ نہٕ جدید نظمن ہنٛدِس شعرٕ کردار ہنٛدی پأٹھی
تنہأیی ہُند۔بٔلکہِ چھےٚ اتہِ حقیقی دُنیا منہ مون نہٕ زانہٕ کنی تنہأیی منز راوٕنچ کل نزِ
خوف۔خاص پأٹھی لولہٕ وژنن منز یوٚ دوے دوکھ،ووداٗسی تہٕ دوربر باوتھ
لبان چھُ،اما پوٚ زانچ چارٕ جویی تہٕ چھےٚ۔تہٕ سو چارٕ جویی چھےٚ شعرٕ کردار ہنٛزِ
شخصیٚژ نیبر کُنہِ ماورأیی محبوبہٕ ہنٛدِس صورتس منز تہٕ کُنہِ غارٕ ماورأیی محبوبہٕ ہنٛدِس
صورتس منز۔

وژن صنفہِ چھُ پننہِ زبان واظہار کہِ حوالہٕ کأشرِ تہذیبی زندگی ستی نٔمک
تہٕ ماژُک رشتہٕ روٗدُمت۔اَمچ نغمگی چھےٚ سانہِ تہذیبی زندگی تہٕ لسأنی ٹُلہٕ تراو
کہِ پرٕنہِ چھانہِ نیرِتھ مزازس تہٕ مزاقس موأفق تہٕ مطأبق۔وژن شاعری

ہنٛدی مۄل چھِ سانہِ تہذیبی زندگی منٛز سرٛنی پأٹھی پیوستہٕ ۔ مانوس اجتمأعی علامژ، روایژ تہٕ ویٛدی موروض چھِ یژھِ شأعری ہُنٛد خاصہٕ ییمہِ سبہٕ اکثر وژنی شأعری سادٕ تہٕ سہل بنیمژ چھےٚ۔

وٕتھی پۄٹھی پأٹھی ہیکو وژنس منٛز یِم کینہہ خصوٗصیژ بدٕ کڈٕتھ۔ نغمگیِ دأخلیت تہٕ جذبن ہنٛز شدتھ۔ نغمگی ووتلاونہٕ تہٕ لے مٔدراونہٕ باپتھ چھِ وژن گو شأعرن صرف قأفیہٕ رٕدیفن ہنٛدی ترتیبہ جایہِ ستیٚ رنگہٕ رنگہٕ تجربہٕ کران بٔلکہِ چھِ آوازن تہٕ لفظن ہنٛدس تجنیس کامہِ لأگتھ موسیقیت ووتلاوان۔ وژنن منٛز چھےٚ جذبأتی قدرن نغمأتی لہرن منٛز تبدیل کرنٕچ عمل کارفرماروزان۔ امہِ سبہٕ چھُنہٕ وژن گوشأعر محض لفظن موسیقی ہنٛدس سانچس منٛز پیوستہٕ کران، بٔلکہِ چھُ سُہ جذبن مُترنم الفاظن ہنٛزِ آوازِ منٛز تبدیل کران۔ جذبہٕ چھُ آوازِ ہُنٛد قألب پرٛاوان تہٕ آوازلیہِ ہُنٛد تہٕ لےَ موسیقی ہُنٛد۔ بقولہِ لاسیلز ابار کراسے چھِ یژھِ شأعری منٛز زبأنی دٕسی خوش کرٕن سنگیت تخلیق کرُنک رُجحان تخلیق کارس لفظٕ ورتاوس منٛز وتہٕ ہاوُک بنان۔ امی چھُ وژنن منٛز لفظن ہُنٛد عام تلفظ برعکس وژنچہِ لیہِ مطأبق لفظن ہنٛزِ صوٗرت ڈالنُک رُجحان تہِ۔ خاص پأٹھی چھِ لفظ زٕتھرٛاونہٕ یِوان۔ مثلاً دِلبر بدلہٕ دِلبرو، بألی بدلہٕ بأئی یے، پرٛی بدلہٕ پۄرٛی یے۔ امہ عملہٕ ہنٛدی کنی چھِ ترنم ووتلنہٕ علاوہ مصرعن باہم ماترین یاروکنن ہنٛدس تفرقس تہِ ژھٕدُن سپدان۔

موجوٗدٕ دورس منٛز چھےٚ یہٕ صنف ووٚنی صدی وادن ہنٛز حکمرأنی ترٲوِتھ

مۄرِ دیادِمۍ آیہِ لۆب کُن بہتھ تہٕ باسان چھُ زِ ووُنۍ چھےٚ ژھۄکیمٕژ۔ بہرحال
وژُن چھُ سانہِ شعرٕ توٲریخ کُنہ کُنہٕ تہٕ أمۍ صنفہِ چھِ پتھ کالہِ نہَ صرف اسہِ
حبہ خوتون، محمود گامی تہٕ مہجور ہِوۍ کوہنہٕ مشق شاعر دِتۍ متۍ بلکہِ موجوٗدٕ
دورکیۆ نمایندٕ شاعروتہِ چھُ نوٚینہٕ شعری صنفہٕ ورتاونس ستۍ ستۍ وژن صنفہِ تہٕ
گوڈبۆ رمُت۔

○○○

# وان: اکھ تعارُف

غلام نبی آتش

دوہدِش یسلہٕ پأٹھۍ ورتاونہٕ یِنہٕ وول لفظ ''وان'' چھُ لغوی معنہِ یو علاوٕ کٔہ یاہ لفظن ہُنٛد پوٚت لوٚگ تہٕ بروٚنٛہہ لوٚگ بٔنتھ نٔوۍ محاورٕ تہٕ نوِ ترکیبہ بارسس أنتھ معنہِ ین ہٕنٛدۍ سمندر پیش کران۔ ''وان'' گووُ دُوکان، داتھُر، کارخانہٕ، آواز، نیٚاے، ہٕٹھ، کارٕ وول، داندٕ البانہٕ ستۍ زمین وایُن بیترِ[1]۔ یِتھہ پأٹھۍ مثالے کھارٕ وان، بزازِ وان، تِلوآنۍ وان، عدالتٕ وان، ووُرۍ وان، کنہٕ وان، ڈیڈۍ وان، باغوان، وانہٕ وول تہٕ وانہٕ موٚنڈ وغارٕ لفظ ورتاوس منٛز چھِ یایم تہٕ تِتھۍ ہوۍ وار یاہ محاورٕ: ''تھانس مول وانس پٮ۪ٹھ''، ''وانہٕ وانہٕ بانہٕ ہیٚتھ پھیرُن''، ''وانہٕ وانہٕ پھیرِتھ نانہٕ پیوٚوُے ناوٗ''، ''وان وہراوُن''، ''وان بڈاوُن''، ''وان وٕٹُن'' تہٕ ''وان لاگُن''۔ اما پوٚز بیٛاکھ معنہِ چھُ اتھ لفظس ''ودُن''۔ اصطلاحس منٛز چھِ ''وان''، تمن خاص منظوٗمن وِنان یم بروٚنٛہہ کالہِ کأنسہِ ہٕنٛدِس مرنس پٮ۪ٹھ لہر ترأوِتھ وکھناونہٕ یوان آسۍ۔

ژھہنہٕ ژھُدایہِ تہٕ جورِ جُدایہِ ہُنٛد دود تہٕ دوکھ محسوس کرُن تہٕ امِچ باوتھ کرٕنۍ چھُ اکھ خاص جذبہٕ یُس انسانس ازلے عطا چھُ کرنہٕ آمُت۔ حالانکہِ

حیوان تہِ چھِنہٕ امہِ نِش مُچھِ ۔ انسان بامے کُنہِ تہِ مُلکس منز روزان آسہِ ، سُہ چھُ کانٛسہِ ٹاٹھی ہِنٛدِس مرنس پتہٕ باکہٕ ژھٹان تہِ وِبد اکھ وِلاپ دِوان ۔ یہِ عمل چھُ پزٕ بتھ قومس منز پتہٕ وتھ چلہٕ وُن رٕو دمت ۔ ودن لہرن منز دگ ، دوکھ تہِ دود باوُن آو وارٕ وارٕ کہیاہ قومن منز اکھ دھارمِک رسم مانٛنہٕ ۔ کٔشیرِ منز تہِ چھُ مرنس پتہٕ وِلاپ دِیُن سبٹھاہ پرٛون رسم ۔ حتا کہِ رامائن ، مہابھارت ، ویدن منز تہِ بیٚین واریاہن دھارمِک گرٛنتھن تہٕ پوٗتھن منز چھُ تھدِ تھدِ وِلاپ دِنہٕ کہِ دھارمِک رسمُک ذکر موجود ۔ کرمہٕ کانڈ کِو رسمو مطابق چھُ کانٛسہِ ہِنٛدِس مرنس پتہٕ ، تِہنٛدِس گرس منز انگن آشناون ، اولادن تہٕ زُرہن دہن دوہن تام ہتھے ماتم کرُن پیوان ۔ یِمن دوہن دوران چھِ واریاہ رسم یوان پالنہٕ ، اما پوٚز دوہے چھِ صبحٲے وان پرنہٕ یوان تہٕ شامس کتھاہ بوزناوُنک بندوبست کرنہٕ یوان ۲ ۔ یِمو وانو وِبد اکھو ذریعہٕ یہِ کیٚنژھا ونہٕ وکھناونہٕ یوان اوس ، رسہ رسہ سپد سُہ لُکہٕ بٲتن ہِنٛدی پاٹھی اکہِ پیٚیہِ پتہٕ بیٚیس پیٚیہِ تام سینہٕ بہ سینہٕ منتقل ، یِمو موزون وِبد اکھو تہٕ وِلاپو پزٕ آو منظومن ہِنٛز صورت تہٕ یِم آیہِ لُکہٕ شاعری منز ماتمی بٲتن ہِنٛزِ صِنف مانٛنہٕ ۔ وانٛکی ہُری چھِ ژھوٚٹ ژھوٚٹ آسان مگر یِم آسی زیٚٹھ تانٛتھ کھارِتھ قرارٕ سان وکھناونہٕ یوان ۳ ۔ عام لُکہٕ بٲتن ہِنٛدی پاٹھی چھِنہٕ وانن ہِنٛز مصرعہٕ گرہند مشخص ۔ کانٛہہ وان چھُ زٕ مصرعہٕ ، کانٛہہ ژور یا شےٚ مصرعہٕ وول تہِ ۔ وٕں گو ولُکہٕ بٲتن ہِنٛدی پاٹھی چھِ وانس واریاہ ووجہِ مصرعہٕ تہِ واٹنہٕ یوان ۔ ژھوچن بحرن منز ونہٕ آمتۍ

یم وانہٕ مصرعہٕ چھِ تتھے پاٹھی زِ یتھہٕ راٲوِتھ پھِرِ پھِرِ وکھناونہٕ یوان یتھہٕ پاٹھی بٹہٕ ونہٕ وہنکی ہُرِ وَنونہٕ یوان چھِ۔ گوڈٕ گوڈٕ ٲس کانٛہہ خاص معتبر تہٕ تجربہٕ کار بزرگ زٔنی وان پرنہٕ چہ عملہٕ ہنٛزٕ پیشوٲیی کران تہٕ باقے زنہٕ آسہٕ تسنٛدی ہے آرتس منٛز تمے وانہٕ مصرعہٕ تُلان یمہٕ سوٗزٔنی وکھناوان ٲس[4]۔

حالانکہٕ امی طریقہٕ اوس بٹہٕ ونہٕ وُن تہٕ پیش یوان کرنہٕ۔ دوٕنوٕنی منٛز ٲس یہٕ بارٕ فرق زِوان ٲسی ماتمی ہُری تہٕ ماتمی ماحول ٲسی پاۂدٕ کران تہٕ ونہٕ وُن ہُری ٲسی خوشی تہٕ شادمانی ہُنٛد ماحول ووتلاوان۔

وَق گنذرنس ستی آیہٕ وان پرنٛچ ذمہٕ داٲری تمی ہے معتبر زنہٕ پُشراونہٕ یوسہٕ گوڈٕ گوڈٕ وِدن وانہٕ چہ اتھ مجموعی عملہٕ پیشوٲیی کران ٲس۔ وٕں ٲس یہے زٔنی صحبٲے صحبٲے دٕہن دوٕہن وان پران۔ ٲمِس چھِ وانہٕ رِینٛزٕ تہٕ ونان تہٕ وانہٕ گرِ تہٕ۔ یہٕ ٲس سٮ۪ٹھاہ عزت دار یوان مانہٕ تِکیاز ِ ٲمِس ٲس کرمہٕ کانٛڈ کٔین رسمن ہنٛزٕ پورِ پوٗرزانکاری آسان۔ لۄکھ ٲسس عزتہٕ سان ڈالہٕ تہٕ بخشایشہٕ دِوان۔ اماپوٚ زوارٕ وارٕ بنوٕ وامہٕ وانہٕ گرِ یہٕ کارٕ پٔنٕ پیشہٕ۔ وان پرنٛک تہٕ وانہٕ گرِ ہُنٛد ذِکر چھُ ابراہم گریرسنس[5] علاوٕ واریاہو ملکی تہٕ غاٗر ملکی تذکرِ نگارو تہِ کوٚرمُت۔ وانہٕ رنٛہن اوس زبر چلے جاو، اماپوٚ زرسہٕ رسہٕ آو وان وکھناونٛک یہٕ رسم وٲنٛسٹھ لۄکن ہنٛدس مرنس تامے محدود کرنہٕ۔ موردٕ یوٚت وٲنٛسٹھ آسہٕ رسم تہٕ رواج تہٕ چھِ آسان تیتی زیادٕ۔ اِڈٕ ژٕرِس چھُنہٕ یوان زیادٕ آڈمبر کرنہٕ[6]۔

بُڈِس چھے صحبٲے وانہٕ گرِ ہنٛزٕ پیشوٲیی منٛز شرہن باٗژن ہنٛدِ ذریعہٕ وانہٕ باکھ

یِوان تراونہٕ، مثالے یہِ وان:

| | |
|---|---|
| یارٕبل وق اوے مأج یے | ہٕندرِ وُز تے مأج یے |
| دیانٕک وق اوے مأج یے | شرانٕک وق اوے مأج یے |

وانن ہُنٛد مؤلہٕ موضوع چھُ دوکھ تہٕ ماتَم، یِمن ہٕنٛدی بنیأدی بناون وألی تہٕ ونن وألی چھِ تِتھے کُنہٕ نامعلوم تہٕ کُنہٕ لُکہٕ شأعری ہٕنزٕن باقٕے صِنفن ہٕنٛدی مؤلہٕ تخلیق کاراَویدی چھِ۔ یِم چھِ زیادٕ پٔہن زنانن ستی منسوب تہٕ لُکہٕ وۄترِس منٛز گردِشس منٛز روزنہٕ سببہٕ چھُکھ علاقہٕ وار وکھنیہٕ پھیرٕ تہٕ۔ وُں گوو یِمن منٛز چھِ خاص پأٹھی دوٚیہٕ قسمکی خیالات باوتھ لبان۔ کینٛژن منٛز چھِ مرن وألی سٕنٛدین صِفتن تہٕ تٕہنٛدس دنیأوی بجرس کیٛو دھارِمِک کامٕن پٕزٕ اپٕز تھٕر یِوان کھارنہٕ۔ یِمس پزی یِم صفت آسہٕ ہَن تِمس تعریف کرٕنی گیو وأسی تھے مگر یُس یِموٕنِش مُچھِ آسان اوس تس تہٕ آسی ہوٚل گنٛڈِتھ ٹٔلی تعریف یِوان کرنہٕ، ہُپأری چھُ شاستر ومطأبق ضروری زِمرن وألی سُنٛد گرٕ ھِ رُتے رُت وننہٕ یِن۔ تِتھٕن وانہٕ مصرعن چھُ وأجِس ووج واٹنہٕ یِوان مثلن:

| | |
|---|---|
| مأج درایہ لبہِ تٔلی گاہ تراوان | مأج درایہ لبہِ تٔلی گاہ تراوان |
| زُرٕن ہُنٛد چھِس تھیکہٕ ناوان | شُرٕن ہُنٛد چھِس تھیکہٕ ناوان |
| مأج درایہ لبہِ تٔلی گاہ تراوان | دِزٕن ہُنٛد چھِس تھیکہٕ ناوان |



| | |
|---|---|
| نوشہِ کورِ انہٕن کیٛاہ سوندر | بَب گوو بُرزُل باغ اندر |

ویداہ پۆرُن کیاہ زبر　　　یوگ یوگ سۆرُن کیاہ زبر

سمیاہ کۆڈُن کیاہ سوندر　　　بَب گوو بُرزُل باغ اندر

وانن ہُند دۆیم قسم چھُ سہ یتھ منز تم دوکھ باونہٕ یوان چھِ یم مرن وألی سِند بن ٹاٹھِن تہٕ تہندِس گرس وبتراونی پیوان چھِ۔ مرن وول بزرگ بیلہِ دھن دولت وول تہٕ سماجس منز رژ پرتیتھ تھاون وول آسہِ، تہندِ مرنہٕ چھےٚ پۆت وانن پرتیتھ راوان تہٕ ڈۆکھ چھُکھ نیرِتھ ژلان۔ یتھ وانس منز چھُ گرِ چہ مرن واجنہِ بزرگ زنہِ "ٲلی یارِ ہُند نانہٕ گنڈ" ونہٕ آمُت۔ اتھ تشبیہأتی ترکیبہِ چھُنہٕ شاید کلہم کأشرِ شأعری منز بیٚیہِ کُنہِ جایہِ نیب یوان۔ گرِچ بزرگ زٲنی چھےٚ سارِنی بأژن یکجارٔ ٹتھ مُشترکہٕ خاندانس واوُ رلگنہٕ نِش بچاوان، بلکل تِتھے پأٹھی یتھ پأٹھی ژُرنن، کانہن تہٕ باڑچ ٲلی یأر، تیلہِ سُوتہٕ ڈر روزان چھےٚ بیلہِ تتھ منٛزِم ارِ ورٹُرن، یتھ نانہٕ ژُرن یانانہٕ مۆرتہِ ونان چھِ، منٛزِ موٚ مضبوط گنڈ وستی سُوتہٕ چیر رٔ ٹتھ آسہِ:

ٲلی یارِ نانہٕ گنڈ یلہِ گیہِ ہم　　　ونتے مأجی کۆت گیہِ ہم

زیٖپھ مالہِ تلے سرِ گیہِ ہم　　　ونتے مأجی کۆت گیہِ ہم

پۆزایہِ تلے سرِ گیہِ ہم　　　ونتے مأجی کۆت گیہِ ہم

موردن ڈری گنڈی گنڈی ودنک تہٕ وان پرنک رسم کوتاہ پزون چھُ، اتھ متعلق شیقہِ پأٹھی کینہہ ونُن چھُ مشکِل، وٗں گوو ماتم کرُن تہٕ دوکھ باوُن چھُ تیوٗتے پزون یۆت انسان بجاے خود پزون چھُ۔ تم کأشری وان کرآیہِ

گنڈنہٕ یم کأشرۍ بٹہٕ حال حال تام پران تہٕ ورتاوان آسۍ تہٕ چھُنہٕ معلوم۔
حالانکہِ وان پرُنک تہٕ پرناوُنک قدیم رسم گوو رسہٕ رسہٕ گأل کھالتس۔ نہ رٕودۍ
وانہٕ ہُرۍ محفوظ تہٕ نہٕ روزٕ وانہٕ گرِ موجود۔ اوہند ناو چھُ ووٚنۍ لُکہٕ وٕتُرِس منز
محض لوٗسی متہٕ کردارٕ رٔنگی ہنہٕ یوان۔ موتی لال ساقی تہٕ شام لال پردیسی کیوٚ
سومناتھ سادھو سٕنزٕ کوششہِ ستۍ نے کلچرل اکاڈمی طرفہٕ شایع سپدیمژن لُکہٕ
شأعری ہنزن جلد (۵) تہٕ جلد (۷) سومبرنن منز کُل بلِ سترٕ ہہ (۳۷) وان
شأمِل سپدۍ ہتۍ آسہٕ ہن، شاید سپد ہے نہٕ ازنموٗنہٕ باپتھ تہِ کانہہ وان
دستیاب۔ وُنۍ کَمن چھُ اَسہِ نَش امہِ رٔنگی پٔتے سرمایہِ موجود۔

اسلام کٔشیرِ منز عام سپدتھ تہِ اوس لوٗکن منز مرن والین ہندِ باپتھ وِبداکھ
دِنہٕ ستۍ تہٕ لبل کرنہٕ ستۍ ماتم کرنُک رواج۔ اتھ طریقس اُس نہٕ بٹن ہندِ
دھارمِک طریقہٕ وان پرنہٕ نش زیادٕ فرق۔ حالانکہِ مسلمانن منز تہِ سپُد
أکِس مخصوص زنہٕ ہندِ ذریعہِ موردس ودٕنُک، لبل وأنی کرنُک تہٕ وبداکھ
دِنُک رسم شروع۔ أمِس زنہِ اوس باضابطہٕ معاوضہٕ یوان دِنہٕ۔ یہٕ أس وانہٕ
گرِ ہندۍ پأٹھۍ ماہرٕ تہٕ تجربہٕ کار آسان۔ أمِس أسۍ "ریٔنٹہٕ گر" ونان۔
"رینٹ" گوو ودن وان لاگُن، "رینٹھ لائِگنۍ" گوو اگادِ گرٕھُن، تھپھ نہٕ
تُلٕنۍ۔ چونکہِ یہٕ مأہر زٔنۍ أس وانہٕ گرِ ہندۍ پأٹھۍ وبداکھ زیٹھہٕ رأوِتھ
پھِران تہٕ پھِران، اوے پیوٚس "ریٔنٹہٕ گر" یا "رینٹھ" ناو۔ ریٔنٹہٕ گرِ یا رینٹہٕ
ہندِ ذریعہِ موردن ودناونکہِ رسمُک نیب چھُ حضرت شیخ نور الدین ریشی

ہِنٛدِس سٕتھ شُر کِس مَنٛز تہٕ پاتھان، یِیلہِ تِم دَنان چھہِ زِ ''ریٖنٛٹھ چھےٚ تِمَن ہِنٛد دوکھہِ مَنٛزے پٔھن سوکھ پرٛادان''۔

ہوٚنس داشرِ پٔتھہِ سوٗر لارے — بزٲرس گَجہِ اَندرے سوکھ

ریوٗشاہ وَنن خداے گارے — ریٖنٛچہِ چھےٚ دوکھے سوکھ[8]

آخرٕ تہٕ موکلیوو یہِ رسم تہِ، ریٖنٛٹھہٕ گرٛگیہِ محض اَکِس سوریَتس لُکہِ کِردارٕ ہِنٛدِ حیثیتہٕ لُکہٕ وٕترِس مَنٛز جاے پرٛاوِتھ تہٕ بس۔

وان صِفتہِ ہُنٛد دوٚیم اہم پہلوٗ چھُ یہِ تہٕ زِ یِم وان کٲشرٕن مرثین مَنٛز موجوٗد چھِ تِمن پٔچھےٚ نہٕ صرف بٹٕن ہِنٛدٕن وانن سٟتؠ مشابہتھ بلکہِ چھِ اَکِ ہے فارمہِ مَنٛز گنڈنہٕ آمتؠ۔ حتا کہِ کٲشرِ زبٲنؠ مَنٛز چھُ کربلاے وانن ہُنٛد اَکھ موٗلُل خزانہٕ موجود۔ کلاسکی مرثین مَنٛز چھےٚ کربلاے وانن واریاہ صوٗرژ اختیار کرِمژٕ۔ ''کٲشُر مرثی ہُنٛد توٲریخ'' کِس تازٕ ایڈیشنس مَنٛز چھُ شاہد بڈگامی ویٖژھناوِتھ وَنان زِ ''وان'' چھُ کٲشرِ رثٲیی شاعری ہُنٛد آگُر''[9]۔ تِمو چھُ لیوٗکھمُت:

''اسلام یور واتنہٕ تہٕ کٔشیرِ مَنٛز کربلاکِہن شہیدن ہٕنٛز عزادٲری شروع سپدنہٕ پٔتہٕ گیہِ اجتماعی رنگس مَنٛز کٲشر مرثی شروع۔ اوٚکنہِ یہِ کیٚنژھا اسلام یور واتنہٕ پتہٕ کربلاے مرثی ورٲے کٲنسہِ ہِنٛدِس مرنس پٔتھ وان کِس صورتس مَنٛز وننہٕ یا لیٚکھنہٕ آو، سُہ گوٚو رسہٕ رسہٕ محدود تہٕ زمانوترٛ وو انفرٲدی حالٲژ ثاتن ہِنٛدی پاٹھی پتھ کُن مُشرٲوِتھ، البتہٕ ''وان'' فارم آیہِ کربلاکِہن ظلمن باوتھ کرنس مَنٛز سبٕٹھاہ راس۔ کٲشر مرثی ہٕنٛز ابتدٲیی شکل چھےٚ بلکل ''وان'' ہِش۔

ہتہٕ وادٕ ری ین دوران یمہٕ کأشر مرثی لیکھنہٕ آمٕژ چھے، تمن منٛز چھِ جایہ جایہ ''وان'' یا وٲنی مصرعہٕ موجود۔ وان یاوٲنی مصرعہٕ چھِ اکثر ذاکر مجلس منٛز وجدٕ کِس حالتس منٛز پران۔ کربلا کِس دلدوز واقعہس ورٕژھناوُنس چھے وان فارم تیٛژاہ راس آمٕژ زِ کأشر مرثی ہُند گوڈٕ کال یعنی سلطان سکندر ہٕندِ عہدٕ (۱۳۹۲ء) پیٹھٕ ازتام چھِ پزٕ تھ زمانس منٛز مرثی ہٕندِس فارمس تہٕ طرزس منٛز تبدیلی ینہٕ باوجود ''وان'' تمے اندازٕ ازتام لیکھنہٕ یوان۔ ساسہٕ وادٕ ''وان'' چھِ بے ناوتہٕ واریاہ ''وان'' چھِ کأشرِ مرثی ہٕندٕ ہن ژوشونی دورن منٛز مرثی نگارو وٕنی ہتۍ۔ ''وان'' چھِ ازکل تہٕ مقام بندرِوایتی مرثی۔ یِم چھِ جدید مرثی، نوحہ تہٕ باقٕی طرزن لرِ لوٚر عام لوٗکھ مجلس تہٕ جلوٗسن منٛز پران۔ یِم چھِ پرٛانین مرثین ہٕندی کینٛہہ وان مصرعہٕ، یِمن مرثین ہٕندِس صنفس منٛز تہٕ ''وان'' ناو چھُے

| | |
|---|---|
| اِدٕ دیٛدِ وۆدنس | تریشہٕ ہتہٕ وچھِ ہتہٕ |
| دودٕ رٕستہٕ میانہٕ | کان آیو جان درآیو |
| کیٛاہ گوم | کیٛاہ گوم |

**یا**

| | |
|---|---|
| ژٕ بوزتم بہٕ ونے رسہٕ رسہٕ مالِنہٕ | دپان چھس زِندٕ پانہٕ قبرِ وسہٕ مالِنہٕ |
| آلیس کیٛاہ بأے دادِ ستی بوسہٕ مالِنہٕ | ترٛژھ وان تراوِ ہے ہاوسہٕ مالِنہٕ |

حضرت فاطمہؑ ہٕنٛز کوٗر چھسہٕ مالِنہٕ

(کأشرِ مرثی ہُند توأریخ، ص: ۱۲۱ یا ۱۲۶)



# مرثی: رِوایت، ورتاوتہٕ تجربہٕ

شاہد بڈگامی

کأشرِ زبأنؠ منز مرثی نگأری ہِنٛدٕ بن ۶۲۲ ہن ؤری ین ہِنٛدِس توأریخی پۆت منظرس از تام سام ہینہٕ ستۍ چھُ نناں زِ کأشر شأعری یۆ دوے تجدید تہٕ تجربن ہِنٛدیو مرحلو منٛزۍ گذارن روٗزامت پۆز کأشرِ مرثی ہِنٛدِس چھرا کأشرِس ہیتس منٛز آیہٕ نہٕ تمہِ ستۍ زیادٕ تبدیلی۔ کشیرِ منٛز ۱۳۹۲ عیسوی پتھٕ حضرت امام حسینؑ تہٕ کربلا کین شہیدنؑ ہنٛز عزادأری عوأمی طور شروع سپدنہٕ پتھٕ چک دورس تام لکھنہٕ تہٕ مجلسن منٛز پرنہٕ آمژن ژھوچن مرثین چھِ لل دێدِ ہِنٛدِ بن واکھن، شیخ العالمؒ سنٛدٕ بن شُرکین تہٕ حبہ خوتونہٕ ہِنٛدِ دورِ کین وژنن ہُنٛد انہار نۆن۔ پرانہِ زمانُک وان فارم چھُ کأشرِ مرثی نگأری ہنٛز بنیاد۔ یہِ چھے اکھ حقیقت زِ شہمیری دورِ پتھٕ سِکھ دورٕکس آغازس تام آو کأشرِ مرثی نگأری منٛز اچ بنیأدی کأشر ہیت تبدیل کرنہٕ ورأے رَسہٕ رسہٕ تجربن ہُنٛد مرحلہٕ طے گرِتھ وارِیاہ بدلاو۔ شہمیری دورتہٕ چک دورچہٕ ژھوچہٕ مرثیہِ آیہِ زِ تھٕراونہٕ تہٕ سِکھ دورس تام آیہِ مقام بند کأشرِ کلاسیکی مرثی نگأری بارسس یێمہٕ ستۍ کأشرِ رثأیی شأعری منٛز اکھ انقلأبی تبدیلی آیہِ۔ پۆز وان تہٕ روانہٕ روٗدی تتھۍ

ہیتس تہٕ آہنگس منز جاری۔ یتھٕ کنۍ کشیرِ منز عزاداری ہندس آغازس منز لگہ طرزِ عوامن سۍ پانہٕ نو ومُت اوس۔ کأشر مرثی نگأری ہندس ژورمس یتہ موجودٕ دورس منز آے نۆوۍ نۆوۍ تجربہٕ کرنہٕ تہٕ کأشرِ رثأیی شأعری ہنز ہیت تہٕ گُنہٕ گُنہٕ بدلاونہٕ۔ جدید رثأیی شأعری منز چھِ تم اعلیٰ نمونہٕ بزرگ تہٕ نوجوان کأشر بوسخن ورو واریاہن آزاد نظمن، ژُمصراین، منظوم حسینی فیچرن تہٕ انگریزی ادب کِس سانیٹ فارمس منز تخلیق کری متۍ۔

کأشرِ مرثیہٕ چھےٚ کأشرِ زبأنۍ منز عقیدتی ادبُک اہم تہٕ سارِوے کھوتہٕ بۆڈ حصہٕ۔ یمیُک آغاز کأشرس شعرِ ادبس لرِ لۆر باقاعدٕ پأٹھۍ لل دیدِ ہندِ زمانہٕ پیٹھے سپد یومُت اوس۔ کأشرِ ادبکہِ موللہِ شعری سرمایکہِ بارہاوک اندازٕ ہیکہِ یٚمہِ سٟتۍ لگاونہٕ یتھ زِ کأشر مرثی نگأری منز چھ فقط ترٚیمہِ دورچین مقام بند کلاسکی مرثین منز حمد، نعت تہٕ مدحُک حصہٕ کُلہم کأشرِ شأعری کھوتہٕ واریاہ زیادٕ تہٕ 1819 عیسوی پیٹھٕ 1947 عیسوی تام یٚمہٕ مقام بند کأشرِ کلاسکی مرثی ووستاد مرثی نگارو تخلیق چھےٚ کرِمژٕ تہٕ یمن ہندی مُکمل مسودٕ دستیاب چھ تمن ہُند تعداد چھُ ساسہٕ واد۔ یتھٕ کنۍ چھ 128 ہن ؤری ین دوران کأشرن کلاسکی مرثین ہندِ لأزمی حصہٕ رنگۍ کأشری نعت تہٕ تخلیق کرنہٕ آمژ یمن ہُند تعداد عقیدتی شأعری منز سارِوے کھوتہٕ زیادٕ چھُ تہٕ اتھ کأشرِ شعرٕ ذآژرۆد اجتمأعی قبولِ عام ڈکھِ۔

کأشروان چھُ کأشرِ مرثی ہُند ابتدأیی صورت۔ کأشری بٹہٕ آکۍ پٹھٕ کالہٕ

پیٹھ مردن وان ترٛ اوان یمکۍ نموٗنہٕ وُنہِ موجود چھِ تہٕ مرثی ہٕنٛد بومسود و مطابق اوس وان سوگ شاعری ہُنٛد اکھ ابتدأیی روٗپ کٔشیرِ منٛز۔ کٔشیرِ منٛز اسلام واتنہٕ پیٹھ سائنس دورس تام ژورن دورن منٛز یُس رثائی شعرِ ادب کأشرِ زبانۍ منٛز تخلیق کرنہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ پرٛنتھ لحاظہٕ کأشرِ شعرِ ادبُک بوٚڈ تہٕ باگہِ بوٚرُت حِصہٕ یتھ کلہم پأٹھۍ پٔنُن کأشُر انہار چھُ۔

کأشر رثائی شعرادبُک بنیأدی موضوع بنیو وچونکہِ واقعہ کربلا تہٕ حضرت امام حسین علیہ السّلام تہٕ تہٕندۍ جگر پارن تہٕ فدا کارن ہنٛز بے مثال شہادت اوٚکنۍ چھے کأشر رثأیی شاعری کلہم پأٹھۍ اَتھۍ موضوعس پیٹھ تخلیق کرنہٕ آمٕژ۔ حضرت امام حسینؑ سٕنٛدِ شہادتِ عظمیٰ ہُک مقصد تہٕ فلسفہٕ چھُ الٰہی معرفت تہٕ دینِ اسلامُک تحفظ تہٕ تبلیغ یَتھ پیشِ نظر کأشر بو مرثی نگارو کربلا کِنۍ ظلمن باوَتھ کرنس ستی ستی مرثین منٛز حمد بأری تعالیٰ، مدح شاہ ولایتؑ نعتِ سرور کونینؐ اکہِ لأزمی حصہٕ رٔنگی شأمل کوٚرتہٕ مقام بند کأشر مرثی ہٕنٛدِس دورس تام آوامہِ کہِ ذٔریعہ کأشر عقیدتی ادبُک اکھ بوٚڈ بے مثال تہٕ مولُل خزانہٕ وجودس۔ مرثی چھ چونکہِ عالمی سوٗتھرس پیٹھ سارِنے زبانن منٛز عزادأری ہُنٛد ذٔریعہ روٗدمُت تہٕ کأشر زبأنۍ منٛز چھے مرثی عزادأری ہُنٛد سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ عوأمی ذٔریعہِ۔ یہِ وُنن چھُ حق بجانب زِ کأشرِ زبأنۍ منٛز چھ پٔتِمِن شِنۍ صٔدیین دوران اعلیٰ ترین رثأیی ادب پارن ہٕنٛدِس صورتس منٛز واقعہ کربلا کِنۍ ماتمی تہٕ رزمی پہلوون تمہِ اندازٕ باوَتھ کرنہٕ آمٕژ تیچ مثال بیٚیہِ کُنہِ زبأنۍ

منٛز نظرِ چھنہٕ گژھان۔

کأشر رثأیی شاعری چھنہٕ چھرا رزمیہ شأعری ہُند حصہٕ یوسہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛد بن جنگ نامن ہیٚتی گنز راونہٕ ییہٕ بلکہِ چھ کاشر رثأیی شعرٕ ادب ماتمی، رزمی تہٕ تبلیغی صورتس منٛز کربلا کہِ انقلابٕچ عکأسی کران۔ واقعہ کربلا چھ انسأنی تہذیبک تہٕ توآریخُک اکھ سُہ بے مثال واقعہ یُس روحأنی تہٕ وِجدأنی عظمتہٕ کِنہٕ پرٛتھ زمانس منٛز سأدر وار چھُ باسان۔ حضرت امام حسینؑ تہٕ تہند بن جگر گوشن تہٕ اصحابن ہنٛز شہادت چھےٚ پرٛتھ دورس منٛز طاغوتی قوتن تہٕ ظألمن خلاف محکومن تہٕ مظلومن ہنٛز آواز ہُنتھ ظلمس بُتھِ صف آراسپدنٕچ اکھ ہمہ گیر تحریک۔

حضرت امام حسین علیہ السلامن ہنٛدِ شہادتُک وجدأنی تہٕ عرفأنی اعجاز چھُ واقعہ کربلا رونما سپدنہٕ پتھ از تام دنیاہ کس پرٛتھ خطس منٛز عالمِ انسانیتس جدوجہدُک تہٕ عزم عملُک سُہ جذبہ عطا کران ییتھ دنیا کیو اکثر بڈٕ بوسخن ورو باوتھ کرٕمژ چھےٚ۔ کأشر زبأنۍ ہندیو شأعرو تہٕ کُراتھ پتی مین شِبن ہتن وٕری ین کأشر مرثی نگأری ہنٛد بن ژورن دورن منٛز چھرا کأشرس طرزس تہٕ ڈکشنس منٛز سیٹھاہ مأری مَنٛدِ اندازٕ باوتھ۔ یہ کتھ چھےٚ سیٹھاہ اہم زِ محرم الحرامُک ژندرٕ نبس پتھ نوٚن نیرنس ہیٚتی چھ کل کایناتس منٛز حضرت امام حسین علیہ السلام ہٕنٛدی عاشق وجدانکس اُکِس بدلے عالمس منٛز واتان تہٕ عشق و عرفانٕکۍ منزل طے کران۔ ہلالِ محرم نوٚن نیرنس ہیٚتی چھُ محرٕچ خوشبوے پرٛتھ انٛد واتان۔ یہِ چھُ حضرت امام حسینؑ سُنٛد عظیم تہٕ بے مثال

شہادتُک اعجاز زِ ساری ہے دنیاہس منز چھ مختلف مذہبن تہٕ مسلکن ستی وابستہٕ لُکھ کُنہِ امتیاز ورأے حسینی عشقس منز سرشار سپدان۔ یو ہے وجہ چھُ زِ دنیاہ چین سارِنے زبانن منز چھ حساس دِل شاعرو کربلا تہٕ امام حسینؑ پنُن ٹوٹھ موضوع بنوومُت تہٕ اکثر بجن زبانن منز چھ غارٕ مسلم سخن ورو حسینی عشقس منز ترتھ معرکتہ آراء نظمہٕ تخلیق کرمژٕ ییمہٕ عالمی سوٗتھرس پیٹھ رثأیی ادبکی شاہکار مانہٕ چھ یوان۔ کأشرِ زبأنی منز چھے مرثی نگأری ہِندِس ژورمس دورس یعنے موجودٕ زمانس منزٕ اکثر بڈٕ بو تہٕ سرکردٕ کأشرٕ مسلمان شأعرو علاوٕ غأرٕ مسلم سخن ورو خاص کُرِتھ کأشرٕ بٹو (برہمن) تہِ ترتھ حسینی نظمہٕ پتیٚمین ژتجہن ؤریین دوران تخلیق کرِمژٕ ییمہٕ جدید کأشرس ادبس منز اعلیٰ معیار تہٕ قبول عام کِنی سرس چھے۔ کأشرِ رثأیی ادب کیو پرانیو دورو منز چھ واریاہ کینژہہ زمانن ہِنٛدیو ہأری ثاتو کِنی ختم گومُت یہ کینژاہ حسینی عاشقو قلمی نسخن ہِنٛدِس صورتس منز پیٹھ کُن رٔچھِتھ تھووتمہٕ منزٕ گوو وُنہِ واریاہ کم چھاپ۔

کأشر رثأیی شأعری چھے سانہِ ادبی سرمایک سُہ بوٗڈ تہٕ مولُل حصہٕ یتھ منز ترٛیمہِ دورچہِ مقام بند کأشرِ کلاسکی مرثیہ پننہِ منفرد عروضی نظامہٕ تہٕ صوفیانہٕ طرزٕ چہِ موسیقی (مقام بندی) کِنی ساری ہے دنیاہس منز مشہور چھے۔

کأشرِ رثأیی شأعری ہُنٛد ترٛیم دور یعنے مقام بند (کلاسیکی) مرثی نگأری ہُنٛد دور چھُ کلُہم پأٹھی کأشرِ زبأنی ہِنٛدِ شعر ادبُک سُہ دور یتھ منز سانہٕ وادطویل مقام بند مرثی سانیو عظیم مرثی نگارو تخلیق کرِ۔

کاشرِ رثائی شاعری ہُند ترٛیٚیم دور یعنے مقام بند کاشرِ مرثی ہُند شاندار زمانہٕ گوو کشیرِ منٛز سِکھ دور حکوٗمت شروٗع سپدنس ستۍ باقاعدٕ پاٹھی شروٗع تہٕ یہٕ روٗد ڈوگرٕ دورس منٛز تہِ تَمے شدومدٕ سان 1947 ءتام جاری۔ امہِ دورُک آغاز کوٗر خواجہ حُسین میر مرحوٗمن مقام بند کلاسیکی کاشرِ مرثی ہِند تمہِ عظیم تخلیقہٕ ستۍ ییٚمہِ مثال بیہٕ کُنہِ تہِ مرثی ادبس منٛز میلان چھنہٕ، سہٕ اوس اکھ تأریخ ساز تجربہٕ یُس تمہِ زمانہٕ ہتہٕ بدٕ بو مرثی نگارو ییٚمو ساسہٕ بدٕ بن عنوانن پیٹھ کاشرٕ بن مرثین ہِندی مضموٗن تخلیق کٔری۔ تِمو منٛز گیہٕ واریاہ مرثی بیاضن یعنے مسودن پیٹھے کاغذ کیٚمبن ہِندِ بُزی تہٕ واریاہ مرثیہِ چھےٚ ازتہِ کشیرِ ہِندٕ بن شہری تہٕ گامی علاقن منٛز عقیدت مندن، ذاکرن تہٕ ساداتن نِش چھکراوِتھ ییٚمو منٛزٕ کینٛہہ مشہوٗر مرثی امام بارن تہٕ مجلسن منٛز ازکل تہِ سبٹھاہ شدومدٕ سان پرنہٕ چھےٚ یوان۔

1947 ءمنٛز گوو کاشرِ رثائی شاعری ہُند جدید دور شروٗع یتھ بہٕ حُسینی نظمہٕ ادبُک دورونان چھُس۔ مرثی ہِندِس اَتھ دورس منٛز آیہٕ اکھ نۆو ہیٚچ بروٗنٹھ کُن۔ تہٕ عالمی معیارُک سہٕ کاشر رثائی ادب آو بارس یُس سانہِ جدید شاعری ہُند تھکُن لایق حصہٕ چھُ تہٕ یتھ تِمو سارۍ وے حُسینی عقیدت مندو پتۍ مہِ نصف صدی دوران بٔرٕ ژر کوٚر ییٚمن منٛز مسلمان شاعرو علاوٕ واریاہ غأر مُسلم سخن ور تہِ شامِل چھِ۔ دینا ناتھ نادمؔ، پتامبر ناتھ درفانیؔ، جگن ناتھ سنگھ دلگیرؔ، اوتار سنگھ چندنؔ، جواہر لال سرورؔ، سورج کشن سورجؔ تہٕ پریم ناتھ شادؔ بیترِ ہِو بو کاشرٕ بو شاعرو دِیُت کاشرِ رثائی شاعری واریاہن شاہکار حُسینی نظمن

ہٕنٛدِس صورتس منٛز واریاہ کینٛہہ ۔ مرثی نگاری ہٕنٛدِس ژورمس یعنے موجودٕ دورس منٛز چھےٚ ترٚیمہِ دورٕچ طویل مقام بند مرثی تمے اندازٕ کشیٖرِ منٛز حضرت امام حُسین علیہ السلام سٕنٛزٕ عزاداری ہُنٛد اہم تہٕ بوٚڈ عوٲمی ذریعہٕ ،تکیازِ مقام بنٛد مرثی چھےٚ چھرا کاشرِ عروضی نظامہٕ تہٕ کاشرِ موسیقی ہنٛزِ مقام بندی کِنہٕ کشیٖرِ منٛز تہٕ کشیٖرِ نبر تہِ سٕتھاہ مقبول شعرِ ذات ژٕہنٛدِ حیثیتہٕ بے مثال ۔تھ پٔنٕنٕ کاشریت بدلاونہٕ آیہِ نہٕ۔

یہِ چھےٚ اکھ تأریخی حقیقت زِ کاشرِ زبانٕ منٛز چھُ مرثی ہُنٛد دٔسلابہٕ دسیاب موادکس بنیادس پٮ۪ٹھ 1392 عیسوی منٛز سپد یومُت ییٚلہِ زَن انگریزی زبانٕ منٛز Elegy تخلیق کرنٕک سلسلہ 1630 عیسوی منٛز Milton ملٹن سٕنٛز مشہورِ عالم Lycidas -Elegy سٟتؠ گوو۔ تمہِ پتہٕ کٔر Mathew Arnolord میتھیو آرنالڈن Thyrisis تہٕ Tennyson (ٹینی سنن) In Memorium ہِشہٕ معرکتہ الآرا Elegy تخلیق ییمہٕ سٟتؠ یہِ ثابت چھُ سپدان زِ انگریزی زبانٕ منٛز چھُ رثأیی شاعری ہُنٛد آغاز کاشرِ زبانٕ منٛز رثأیی شاعری شروع گژھنہٕ پتہٕ لگ بھگ 230 وٕہرٕ سپد یومُت ۔ یہِ کتھ نظرِ تل تھاوِتھ چھُ کاشُر رثأیی ادب دنیاہ کٮ۪ن قدیم تہٕ عظیم کلاسیکی رثأیی ادب پارن منٛز سرِس۔ اردو زبان وات ژٕ مغل دور 1588 عیسوی منٛز کشیٖرِ تہٕ اورنگ زیب سٕنٛدِس راجس منٛز آو گوڈنٮ۪ک کاشُر نژاد اردو شاعر کمال الدین رسواؔ ،کشمیری پٔنُن رلہٕ ملہٕ اردو کلامہٕ ہٮ۪تھ ١٦٩٨ عیسوی منٛز بروٚنٛٹھ کُن اوٚکِنہٕ چھُ یہِ وَنُن غلط زِ کاشُر مرثی نگاری کیاہ

چھُ ۱۹۴۷ عیسوی تام اردو مرثی نِشہِ کانٛہہ اثر قبول کوٚرمُت۔

کأشرِ مرثی نگأری ہِنٛدٕ سن سارِنٕے یعنے ژوشوٕنی دورن منٛز چھِ کأشرِ بو مرثی نگارو کأشرِ رثأیی شاعری ہِنٛدی تِتھی فن پارٕ تخلیق کٔری متی یم رزمی تہٕ ماتمی شأعری ہُنٛد شاہکار مانٕنہٕ یِن۔ کأشرِ مرثی منٛز چھےٚ سارِوے کھوتہٕ بٔڈ خوٗبی کِردارنگأری۔ حسینیؓ کردارن ہنٛز بوٚ ہودری، ایثار، صبر، تسلیم ورضا تہٕ قربأنی ہُنٛد بے پناہ جذبہٕ تہٕ شوق شہادت تہٕ یزیدی کردارن ہنٛز بربریت، خود سٔری، غروٗر تہٕ ظُلم وتشدد چھُ کأشرِ رثأیی شأعری ہِنٛدٕ سن سارِنٕے دورن منٛز تمہِ اندازٕ پیش کرنہٕ آمُت یِیمہِ کِس بنیادس پیٹھ یم کأشری شعری شہ پارٕ عالمی سوٗتھرِس پیٹھ سارِنٕے بجن زبانن تہٕ لاتعدادلوکچن تہٕ علاقأیی زبانن مُقابلہٕ اعلیٰ ترین تخلیقن ہِنٛدِ حیثیتہٕ ہکو کھ پیش کٔرِتھ۔

ترٛیٚیِمس دورس منٛز چھُ مقام بند کلاسکی مرثیہِ ہِنٛدِس مضموٗن ''ہمیشہِ بہارس''، منٛز حکیم حبیب اللہ حضرت علی اصغرسؓ ستی کوٗفین ہنٛز خوٗنخوٲری ہنٛز عکأسی یِتھہٕ کٔنی کران:۔

وُچھتو نبۍ ژ گُلس کوٗفکۍ خوٗنخوار کمہِ رنگہٕ وٕلنس نالاہ

اوس سفید ریشہِ منٛگان ترٛیش فُرات آسِتھ مالا مالو

گوس آبہٕ پُرٛھی اِمامٕ ش گلو بٔری بٔری آسِتھ کولو

اَوٕ سَر رٔٹِتھ کرنس نیزس اویزان

آسِتھ رسوٗلؐ سُنٛد آلاہ

کوٚرُکھ تتھ ستی بستہٕ زَن گلدستہٕ یُتھ خوردٕسالو

کأشرِ رثأیی شاعری ہُند ژوٗرِم دور یعنے موجود دور چھُ اَمیُک جدید تہٕ اکھ شاندار دور یتھ منٛز پروفیسر رحمان راہی حسینیؑ نظمہٕ ادبُک اکھ نوٚو اسلوٗب ہیتھ آو تہٕ پننو شاہکار حسینی نظموتہٕ ژُمصرأیو ستی کرِن کأشر زبان مالا مال۔ راہی صأب چھ اَمہِ حسابہٕ جدید حسینیؑ نظمہٕ ادبُک اسلوب ساز شاعر تہٕ أمی ہنٛدِس کلامس چھ ادبِ عالیہ ہُک درجہ تہٕ حأصل تہٕ قبول عام تہٕ۔ حضرت امام حسین علیہ السلام ہنٛدِ صبر و تسلیم و رضا تہٕ شہادت عظمیٰ کہِ فلسفچ باوتھ ییمہِ انداز راہی صأبن کرمِژ چھے سُہ چھُ موجودِ دورس منٛز کأشرِ رثأیی ادبک مخصوص تہٕ منفرد انہار بنیومُت یتھ نوِ پیٖیہٕ ہنٛدی شاعر تقلید چھ کران۔ راہی صأبنہِ کلامُکی یِم کینٛہہ نموٗنہٕ چھ اعلیٰ ترین رثأیی ادبہٕ کِنہ شہہ پارن منٛز شأمِل یِم تِمو پتمین واریاہن ؤریین دوران بڈگامہِ کِنہ سالانہ حسینیؑ مشاعرن منٛز پیش أسی کری متی ؎

اَسہِ دارِ بر ترٛوٗپری تہٕ شہن تام پہند دِژ
آلو حسینسؑ اوس کران بو ترابؓ ہیوٚ



تِم کم سا خوش نصیب دِلچ ستھ یِمن حسینؑ
باوان بہ لطفِ سِرِ سعادتھ یِمن حسینؑ
یارو تِمن ہا لوح و قلم دستِ اختیار
تھاوان قبوٗلِ باندِ گومُت رتھ یِمن حسینؑ



حأران مہٕ گرٛز تھٕرن بہ نجف رآژ آفتاب

پھوٚلراوِ سخت سینہٕ کنبن سر سبز گولاب

مولوٗن اگر تگی تہٕ مٕرتھ زندگی لبکھ

راٰہی بہ چھس غبارِ پس پاے بو تراب

☆ (رحمان راہی)

کأشر رثأیی شأعری ہندِس ژوٗرمِس دورس منز چھُ امین کاملؔ یزیدسُند بزٕدِل کِردار، شمرٕ سنز کھوژٕ ونی شکل، یزیدی فوجس پیٹھ حضرت امام حسین سنٛدِ عظمتکِس تہٕ شُجاعتکِس وِجدأنی احساس پنٕنہِ جدید حسینی نظمہِ منز یتھہٕ کٕنی باوتھ کران۔

## یزید ونان

ہے آو حسینؑ

آو حسینؑ آو حسینؑ

افسوٚس یہ کیٛا سپدُم مے

کُنہِ پأٹھی یہ شأہی یہ خدأیی

میأنی بچأوِو، ہے ہے!

ہاشمٕرٕ تہمبر چشمہٕ

دپان آو حسینؑ

یکبار گُرہن زہن گرِو

دِہن مٔنڈ یو پدٕ ن تل
اکھ زٕ ون چھُ سہٕ ساس گرٕ شھو
أندی أندی گٔنڈ یوس سنگین قلا ے
اَوٕ یُتھ نہٕ مے کٔن روزِمو ہٕ کج موتس وَتھ

(امین کامل)

دینا ناتھ نادم سٕنز حسینٔ سانیٹ ، پروفیسر غلام نبی فراق سٕنز کربلأ ے غزلہٕ ، مظفر عازم سٕنزٕ پابند حسینی نظمہٕ ، غلام نبی خیال سُند کربلأ ے تہٕ شاہد بڈ گامی سُند منظوم حسینی فیچر تہٕ سانہٕ دورٕ کیٚن واریاہن سرکردٕ شاعرن ہٕنز حسینی نظمہٕ چھے کأشرِ رثأیی شاعری منٛز نوِ تہٕ مقبول تجربہٕ ییٚلہٕ زن رِوایتی نوحہ تہٕ سلام بیترِ تخلیق کرن والین بزرگ پایہ بڈ ن شاعرن منٛز فاروق بڈ گامی ، تنہا انصاری ، اکبر ہاشمی ، پتامبر ناتھ درفانی تہٕ فاضل کشمیری ہٕندی رثأیی شہہ پارٕ سرس چھِ ۔ کأشرِ مرثی ہٕندِس ژٕ ورِمس دورس منٛز چھُ نوِ پُیہٕ ہٕند ن کأشرٕ ن شاعرن ہُند اکھ بوٚڈ کاروان حسینٔ نظمہٕ ادبس منٛز پننو جدید تخلیقی تجربو سٕتی برابر اضافہٕ کران ۔ آزاد حسینی نظمن ہٕندِس مقبول تخلیق کار پروفیسر شاد رمضان سٕنز حسینٔ نظمہِ ہٕندی یم شعر چھِ کأشر رثأیی شاعری ہٕندی مأری مٔندی نموٗنہٕ :-

ژھیوٚن خیالن پَن تہٕ وٕ تھ اڈٕ ہنٛدِ رِظون
بانگ گے اللہ اکبر
لا اِلٰہ اِلا اللہ

لُکھ گئے سمان

گوو ژوپاسے نِدا

**لبیک اللّٰھُمَّ لبیک لبیک لا شریک لک لبیک**

کوٗرمشیدن خانقاہن زول نورٕ کی پرتون

کاینا تکی زرزراتن سوٗرتہٕ پوٗر

**سبحان ربی العظیم**

**سبحان ربیّ الاعلیٰ**

**ربنا ما خلقت ھٰذا باطلا**

پروفیسر مجروح رشید چھُ جدید کاشرِ رثأیی شأعری ہُنٛد اکھ سُہ سخن ؤرتیٚم
ہنٛزن حسینی نظمن پٹھ اکھ منفرد تہ مأری موٗند اندازٕ چھُ یہِ نموٗنہٕ چھ تتھ گواہ ے

کربلکِس سیٖکلس بخشتھ زَم زَم

تمہِ زَم زمہٕ یوٗ دوَے کانٛہہ فقط اکھ دام چوان

سُہ چھُ چأنی پأٹھین مژرس منٛز

وولسنہٕ یتھ بانگ دِوان

**الله اکبر لا اِلٰہَ اِلاَّ اللّٰہ**

تس تہِ چأنی پأٹھن خنجر استقبال کران۔

کأشرِ شأعری پیٹھ حضرت امام حسینؑ سٕنٛدِ عظیم تہٕ بے مثال شہادتُک اَثر
چھُ تیوٗتاہ سرٛون زِ کربلاہُک واقعہٕ تہٕ شہادتِ عظمیٰ چھُ ووں مرثی علاوٕ غزلن،

نظمن تہٕ رباعین تہٕ باقے صِنفن منز تہِ اکہِ علامژ رنگی ورتاونہٕ یوان۔ مثلاً یم اشعار

کأمِلن پھیُر زمانہٕ سأزی بُتھ
کربلاہچ ٹِلو علم یارو (امین کامل)



آبہٕ جوین ترٛیشہِ ہُنٛد معنے پرٛژھوم
اصغرسٕ زَن آم حلقس کان بیٛا کھ



خمس نبر اوس نارٕے نار مشکنٕ دار
خمس اندر بَس کُن بمار بییہٕ نہٕ کہنٕ
(رفیق راز)

1392 عیسوی پیٹھ سأنس موجودٕ زمانس تام رثأیی شأعری ہنٛدٕ بن ژورن دورن منز تخلیق کرنہٕ آمتی کأشر رثأیی ادبکی یم شہپارٕ چھِ سانہِ ادبی سرمایک فخر کرنس لایق سرمایہ۔ سارٕوے کھوتہٕ اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ کأشرِ زبأنی منز چھےٚ کلاسیکی مرثی للہٕ واکھن، شیخہٕ شرکین تہٕ لولہٕ وَژنن ہنٛدی پأٹھی چھرا کأشُر تہ کأشرِ ثقافتی عظمتکی آینہٕ دار۔ یِیلہِ زَن کأشرِ زبأنی منز اَسہِ نوبن شعرِ ذأژن دویمٕو زبانو منز کأشرس منز جاے دِژ۔

کأشر مرثی روز پتھ کالہٕ پیٹھ ازتام اجتمأعی طور کشیرِ ہنٛدٕ بن لچھِ بدٕ بن لُکن ہنٛز سبٹھاہ ٹاٹھ صِنف تہٕ اَتھ روٗ دعوام پانہٕ ناوان تہٕ اَمہِ ستی روٗحأنی آسودگی تہٕ حُسینی ماتمک ولولہ پانس منز پأدٕ کران۔ یِتھہٕ پأٹھی گوو کأشرِ مرثی

ہِندِس صورتس منز کأشرس رثائی ادبس اَتھ حدس تام قبوٗل عام حأصل زِ لچھِ وادلگھ روٗدی کأشرِ مرثیہِ وژھِ وأنجہِ وُہری ؤری یس لول بران۔ کأشرِ مرثی ہنز اہمیت ننہِ صرف کینژہ ونموٗنو ستی۔ حکیم عظیم سنز مشہور مرثی "کتاب" چھے حمدِ پٹھ دَردس تام لفظہٕ ژأرِ، استعارو تہٕ تشبیہو تہٕ خیالن ہِندِ بے پایان وُسعتہٕ کِنؠ اکھ عظیم شعری تخلیق۔ نموٗنہ چھِ حمدٕ کی یم شعر:۔

یا اللہ کرتم فضلا کرِ حمد بہٕ کتاب
تھاوتم قبوٗل ہٕدی یہِ شُکر ہمہٕ تعلیما
مدرسہ معرفتہٕ سواد سپنِم روشن
موٗھمُت سبق الست گژھِ ہم بیہٕ گوشن
بوٗزِتھ کأمِل چأنی اوصاف پنٕن اندیشن
موٗخصر زونگھ مطول اَتہِ نہِ اندیشن

خدایس حمد کرنگ یہِ انداز چھُ اکھ چھرا کأشر اندازٕ تہٕ کأشرِ زبأنی منز اَمہِ قسمکی معنہِ ساوی کیفیات صرف کینژَن لفظن منز پیش کرِنی چھُ تخلیق کأری ہُنٕد معراج۔

اَتھ مرثی منز چھِ دردٕ کی یم مصرعہٕ کأشرِ شأعری ہنز عظمتھ تہٕ کأشرِ مرثی ہنز فنی اہمیتھ نٔی کڈان۔

کرن کیاہ تہندِ ہے پارِ جگرس کوٗفکی بے کتاب
ہوٗرہس حقِ تعلیم کیٖتھ رٔچھی ہس تعظیما

لٔدِ کھ سَر نیزٕ رٔتھِلن سبق شُرٕ ہن تہند ہن جگر گوشن

ۂدۍ یہِ یزۍ دَس نیہِ شُمرِ ذی الجوشن

کوٗفلکی بے کتاب تہٕ پارٕ جگرس چھُ نہٕ صرف وسیع معنے بلکہِ یمن صرف کینژَن لفظن منز چھِ کردار نگاٗری تمہِ انداز کرنہٕ آمٕژ یُس فنی حُسن تہٕ شاعرانہٕ ووستہٕ کاٗری ہُنٛد بہترین نموٗنہٕ چھُ۔ کربلاکین معصُم شُرٕ ہن ہنٛدۍ سر نیزن کھارنس چھُ رٔتھِلن پٔپھ قرآنِ مقدس کین پارن ستۍ تشبیہہ دِنہٕ آمُت تہٕ یزید سنٛدِس ظُلمہٕ ایوانس منز قرآنِ مقدسکۍ یم پارٕ نیزن ہنٛد ہن نوکن پٔپھ واتہٕ ناوُنک تہٕ شُمر ذی الجوشن سنٛدِ ذریعہِ یزیدس نِش ۂدیہِ رٕنگۍ نِنک دِلخراش منظر چھُ کاشُرِ کلاسیکی مرثیہِ نگاٗری ہنٛدِ فنُک اکھ بے مثال نموٗنہٕ۔



# کأشرِس منٛز نعت: اکھ تعارُف

اصل (اردو): بشیر احمد نحوی
کأشر ترجمہٕ: ارشاد شمسی

یتھ سرزمینہٕ پیٹھ ییٚتہٕ تہٕ اسلامس پیٹھ شعوری تہٕ قلبی شیفتگی سان ایمان انن وألی موجود چھِ تِم چھِ لأزماً اللہ تعالیٰ سٕندی تعریف وتوصیف تہٕ تسبیح وتکبیر پتہٕ سرورِ دو عالم صلی اللہ علیہ وسلمن پیٹھ درود وسلام تہٕ نعت و منقبتن پننہٕ عبادتُک تہٕ اطاعتُک اکھ لأزمی حصہٕ زانان۔ عالمِ اسلامُک کانٛہہ تہٕ کلمہٕ خواں چھُنہٕ یَس نہٕ تِہنٛدِس ذاتِ اقدسس ستی بے پناہ محبت آسہِ تہٕ تِہنٛدِس اطاعتس آسہِ نہٕ اللہ تعالیٰ سٕندِس محبتس مترادِف زانان۔ دنیاچہن تمام زبانن منٛز تیٚمس شخصیت سٕندِس مدحس منٛز ساسہٕ بُدی دیوان، نعتیہ مجموعہٕ ہاے کلامِ مرتب چھِ کرنہٕ آمتی سو چھےٚ ٹاٹھس نبی صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕنٛز ذاتِ بابرکت۔ اردو زبأنی منٛز چھُ شاہِ کونین صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕنٛدِس مدحس تہٕ ثناہس منٛز برصغیر کیٚو شاعرو خوبصورت عنوانن تحت مدحت رسالکی گلستان سجأوی متی تہٕ ذاتِ اقدسٛ چھُکھ کاینات کہِ تخلیقُک مقصد بیان کوٚرمُت۔ سحابِ رحمت، غبارِ حجاز، شاخ طوبیٰ، چشمۂ کوثر، والیٔ بطحا، فارقلیط، روحِ کاینات، قاب قوسین، شاخِ سدرہ، نوائے بُردہ، جمالِ مدینہ تہٕ دارین

ہوٚن رنبہٕ وٕنہٕ عنوانن تحت چھِ قلبس تہٕ جگرس تازگی تہٕ طمانیت عطا کرن وٲلۍ مجموعہٕ شایع سپدی متۍ۔ عربی یس منٛز چھِ ساسہٕ بدۍ نعت امہِ مقدس دربار کہِ عظمتکۍ تہٕ جلالکۍ اٚنہٕ کٲری کران۔ ڈاکٹر صوفی محمد ضیاء الحق صاٮ۪بن چھُ عربی کین دہن بلند پایہِ نعتیہ قصیدن ہُند شرح ''ہمزیات عشر'' ناوٕ اکس ساسس تہٕ اٚٹھن صفن پٮ۪ٹھ تحریر کٔرِتھ حضرت حسان بن ثابت ؓ سٕندِ پٮ۪ٹھ شاہ ولی اللہ دہلوی ؒ سٕندس زمانس تام لکھنہٕ آمتین دہن نعتیہ قصیدن ہُند ترجمہٕ شرح سان اردو زبٲنی منٛز منتقل کوٚرمُت۔ فارسی زبٲنی ہنٛز حلاوت تہٕ میچھر چھےٚ اکھ مانٛز حقیقت۔ فارسی شاعرو چھُ بارگاہِ رسالتس منٛز مدحکۍ تہٕ ثناہکۍ موٚلۍ نموٗنہٕ پیش کٔرِتھ تھاوی متۍ، تہٕ ذاتِ رسالتمآب صلی اللہ علیہ وسلم چھکھ عرش برینس تل کنہِ ادبُک اکھ اعلیٰ مقام قرار دِیتمُت۔ عزت بخاری سُند یہِ شعر چھُ ہر کانٛسہِ ہنٛزِ زبٲنی پٮ۪ٹھ کھوٚتمُت:

ادب گاہیست زیرِ آسمان از عرش نازک تر
نفس گم کردہ می آید جنیدؒ و بایزیدؒ اینجا

کٲشرِ زبٲنی ہُند منظوم سرمایہِ چھُ نعت کہِ صنفہٕ ستۍ مالامال۔ شیخ العالم ؒ سٕندِ عہد پٮ۪ٹھ ازتام چھُ سارو ے کٲشریو شاعرو اتھ صنفس منٛز طبع آزمٲیی کٔرمژ تہٕ اتھ دوران چھکھ عقیدتکۍ تہٕ محبتکۍ جملہٕ لوٚازمات نظرن تل تھٲوِتھ سرکارِ دو عالمؐ ہٕندِس مدحس منٛز نہایت اعلیٰ پایکۍ نعت تحریر کٔری متۍ۔ کٔشیرِ ہٕندین شاعرن نشہِ تہٕ چھُ باقے عجمی شاعری ہٕندی پٲٹھی مدینہ چہٕ سرزمینہِ نشہِ دورِ رُکھ احساس لبنہٕ یوان تہٕ فراق کین نالن تہٕ آلون منٛز چھےٚ سوز وساز تہٕ دوٚچھ تہٕ

دادِچ کیفیت نمایاں۔ بنیتون عبدالاحد ناظم سِنٛدِ نعتک آہنگ:

چھُس دوٗر پیوٗمُت گرٛھتھ روٗدُم یارٕ مدینس

تمہِ نوٗرٕ روشن گیہِ در و دیوار مدینس



والیل مویکہِ بویہِ ستہٕ مست چھِ زٕ عالم

والشمس تہندے جلوہٕ رخسار مدینس



نعت کِس صِنفس منٛز چھُ کاشُر بو شاعرو تعظیم و توقیرٕ کی ساری آداب مدِ نظر تھاوِتھ بارگاہِ رسالتس منٛز گل ہائے عقیدت پیش کٔری متی۔ اتھ دوران چھِ کینٛژن شاعرن ہنٛزِ زبانٕ شاید بے خبری منٛز تِتھین خیالاتن ہُنٛد اظہار تہِ سپُدمُت، یمن نہٕ کانٛہہ بنیاد چھےٚ تہٕ نعت گوئی خاطرٕ چھُ سُہ لب ولہجہِ پاناونہٕ آمُت یُس اردو زبانٕ ہٕنٛدی غزل گو شاعر پننِس محبوب سُنٛد تذکرٕ کرنہٕ وِزِ اختیار کران چھِ۔

رسول میر، محمود گامی، وہاب کھار، مقبول شاہ، ثناءاللہ کریری، عبدالاحد نادم، غلام رسول نازکی تہٕ غلام احمد فاضل ہِوی نامورتہٕ کہنہٕ مشق شاعر و چھُ پننِس نعتیہ کلامس منٛز فکر و فنٕکی عمدٕ تجربہٕ کٔرِتھ عقیدتکی تہٕ نسبتکی حسین تہٕ ماری مٔنٛدی نموٗنہٕ پیش کٔری متی۔ مثنوی ہٕنٛزِ بحرٕ منٛز چھُ مقبول شاہ کرالہ واری نہایت اعلیٰ قسمکی نعت تحریر کٔری متی۔

ازلی علمہٕ کہِ بحرِ موٗاجے
ازٕلکی اسرار ژٔرے نِش دژاے

ناوچون کرٕ انکھ زن کلمہٕ چھِ واجے　　شاہِ معراجُ کر سون پاے

○

عبدالاحد نادِمؔن چھُ نعت کِس صنفس منٛز اکھ نوٚ ورنگ بوٚ رمُت۔ نادِمؔن کر یہ صنف نوبن وسعتن ستی ہم آہنگ۔ میر غلام رسول نازکی ہِوی نعت گوہن چھُ امہِ کتھِ ہُنٛد اعتراف یمہِ آیہ کوٚرمُت

وطن میوٚنے جہانس منٛز چھُ نامی　　چھِ یتیکو میر تے محمود گامی
چھِ اکی سے نادمس منٛز جمع گامتی　　نظامی، انوری، سعدی تہٕ جامی

○○○

نادِمن چھِ نعتس منٛز لطیف جذبات تہٕ احساسات مختلف شعری سانچن منٛز پیش کرنہٕ چہ کامیاب کوٗشش کرِمٕژ

اَسہِ چھےٚ سَتھ چانٛی اُمید گاہا　　پتہٕ وتھ چھی ژیٚنے پہترٕاونٕ
حاجت ونٛنگ چھُے نہٕ آگاہا　　اَسہِ گوٚژھ گٹہِ منٛز گاہا چون

○○○

کٔشیرِ ہِنٛد بن نعت گو شاعرن منٛز چھِ تِتھی کینٛہہ نفر گزرٕمتی یمو نہٕ پننہِ زندگی منٛز پننٛن کلام چھوپ تہٕ نہٕ گرٕکھ یہِ کلام عوامس تام واتناونچ پانہٕ کانٛہہ کوٗشش۔ تہنٛزِ اتھ عدم دلچسپی ہیکن کٔہ یاہ وجوہات آسِتھ۔ اکھ وجہ ہیکہِ شہرت نشہِ بے نیاٗزی تہٕ دوٚیم وجہ ہیکہِ معاشی تنگدستی تہِ آسِتھ۔ تِتھی نے ہِوبن خدا داد صلاحیژن ستی آراستہٕ شاعرن منٛز چھُ غلام مصطفیٰ مصفاؔ تہِ شامِل۔ یم اَسی جنوبی کشمیر کِس توارٕیخی قصبہٕ وچھیاٗرِس منٛز تبلیغس تہٕ تدریس ستی شب وروز آورٕ روٗزِتھ فرحت کنِن ژہبن منٛز شعر گوئی کُن تہٕ پننٛن توجہ دِوان۔ مصفا مرحومن ژاٗر مثنوی صنف تہٕ جملہٕ قرآنی پیغمبرن ہنٛز

زندگی، حالات تہٕ تعلیمات منظوم پیرایہ بیانس منز قلمبند کرِتھ کرِن ژَتجی ہن ساسن شعرن پٮ۪ٹھ مشتمل ''تاریخ الانبیاء'' (منظوم) تألیف۔ یمکی وُنیٚگتام صرف ترٛے جلد منظرِ عامس پٮ۪ٹھ آمتی چھِ۔ مصفاسُند اکھ نعتیہ مجموعہ ''گلشنِ مصفا'' تہِ چھُ بازرس درٛامُت۔ تاریخ الانبیاءٕ ہس منز چھُ حمد باری پتہٕ حسبِ روایت مصفا مرحومن مثنوی ہٕندِس اسلوٗبس منز شونزا ہن شعرن پٮ۪ٹھ مبنی اکھ طویل ''نعتِ سرورِ کائنات'' تحریر کوٚرمُت

| | |
|---|---|
| شافعِ المذنبین نذیرِ مبین | سیدُ العالمین ، رسولِ امین |
| افضل الاصفیا ابو القاسم | اکمل الانبیاء ہُو الخاتم |
| اوٚ محمدؐ و اسمہٗ احمد | نورِ سرمد چھُ سے بحسنِ سند |
| تختِ محمود چھُس مقامس ناو | بختہٕ بڈٕی ہے چھُ پاک نامس باو |
| جاءَ فِی الخَلقِ رَحُمہ مُہداۃ | از ازل تا ابد چھُ روشن ذات |



مصفا مرحومس متعلق چھےٚ یہِ کتھ مشہوٗر زِ نعت لکھان لکھان اُس تمن پٮ۪ٹھ اکھ وجدانی کیفیت طاری سپدان۔ سرمستی تہٕ مژرِ کِبن جذباتن ہٕندِس عالمس منز اُسی پننہِ پانہٕ نِشہِ تہِ بے خود گژھان۔ عربی، فارسی تہٕ کاشرِ ہن نعتن منز اُسی اکوے خیال مختلف طریقوادا کران۔ فارسی نعتن منز اُسی قرآنی آیات نقل کرِتھ اکھ نوٚ ورنگ بران۔ ۱۹۳۵ءمنز سپُد وٕچھیارِ اکھ بوٚڈ سیرتی جلسہٕ منعقد۔ میر واعظ مولانا محمد یوسف شاہ مرحوم اُسی جلسچ صدارت کران تہٕ اُتھی دوران پوٚر سکول شُر بو مصفاسُند لیوکھمُت نعت۔ نعت پران پران ییٚلہِ شُری قرآنی فصاحت ستی شیرِتھ پرِتھ یتھ شعرس پٮ۪ٹھ واتی

فدا خوابِ راحت نموده بر اُمّت　　　　نداشُد قُمِ اللَّیلَ اِلّاَ قَلِیلاً

○○○

امہِ شعرٕ ستی گیہِ میر واعظ سٕبٕٹھاہ محظوظتہٕ بوزن وٲلی رٕۄدی واریاہس کالس داد دِوان۔

جہانس کٲس گٹہٕ چأنی جمالن یا رسولؐ اللہ
زمانس دِیت نوبر چأنی کمالن یا رسولؐ اللہ

○

مہربان اتھ حدس تامت خدا چانین غلامن پٹھ
صبح تیٚلہِ پھوٚل اذاں بیٚلہِ پرٕ بلالنؓ یا رسولؐ اللہ

○○○

پرٕ اَنس زمانس منز چھُ قصبہٕ وتحبیور تواریخی تہٕ تعلیمی اعتبارٕ کٕہی یا شأعرن تہٕ عالمن ہُند مسکن رٕۄدمُت۔ خواجہ غلام حسن نحوی چھُ سلسلۃُ الذہبُک اکھ اہم کوٚر۔ تمو تہِ چھےٚ کٕہی یا فارسی تہٕ اردو مثنوی یہِ لیکھتھ پننہٕ قادرُ الکلامی ہُند ثبوٗت دیتمت۔ مگر نعتک صنف چھُکھ پننہٕ خاطرٕ زادِراہ تہٕ نجاتُک پروانہٕ متصوّر کوٚرمُت۔ مرحوم اُسی پرٕ بتھ ساعتہٕ ذاتِ رسالتمآب صلی اللہ علیہ وسلمن ہُند ذکرِ جمیل کرن وقتہٕ اشکبار روزان تہٕ نعتیہ شعرن مترنم آوازِ منز ژگنگراٗ وِتھ اُسی آقائے دوجہانؐ ہُند مقدس تصورذہنس منز انان۔

حجازی لالہ بیہِ نا سالہِ اِمشب　　　　کرس یمبرزلن بہٕ مالہِ اِمشب
یِواں کتہِ تام چھِمٕ خوشبو دماغس　　　　نواں دِل میوٗن ہرننہِ ژھالہِ اِمشب
کرس ٹاچھبن اُچھن منز پوشہِ ورشن　　　　برس بہٕ لولہِ مسہٕ کی پیالہٕ اِمشب

○○○

کأشرِس منز نعت ِکس صنفس پھأنٛپھلاونس منز تہٕ اچھ شعری تہٕ فکری فضا معطر کرنس منز چھِ فاضل کشمیری، مشتاق کشمیری تہٕ میر غلام رسول نازکی تتھی ناویمو نعتس منز منظر نگأری، عقیدت مندی تہٕ پننہِ ماحوٕچ تصویر کشی سبٹھہے بلیغ اندازس منز کرمژ چھےٚ۔ فاضل صأبنٕ ''انوارِ محمدیؐ''، مشتاق کشمیری صأبنٕ ''ارمغانِ حرم'' تہٕ نازکی صأبنہِ نعتیہ رباعیات چھےٚ پننہِ نرل اسلوٗبہٕ کنٕ زاننہٕ تہٕ ماننہٕ یوان۔ یِمٚتِن چھِ تریشوٕنی بلند پایہِ شأعرن ہنٛدِ کلامہٕ منز تبرکاً کینٛہہ شعر پیش یوان کرنہٕ۔

بس ژٕ ے شہِ لولاکؐ چھُکھ عالی مقام اے نازنین
گتھ چھی کران شمس و قمر، ہر صبح و شام اے نازنین
اے صاحب خلقِ عظیم شیدا ژےٚ چھی صد ہا کلیم
غنچہِ دہن چھُکھ درفشان، شیریں کلام اے نازنین

(فاضل کشمیری)



دِلن تسکیں، گُلن بخشان اسُن گفتارِ آنسرورؐ
شفا مرٚضن، دوا دادٕبن مےٚ چھُم دیدارِ آنسرورؐ
خدا ییٚمی مون لتس پزِ لأزماً آسنٕ نبیؐ سنٕز پژھ
چھُ یُس اکھ بندہٕ مولا، چھُ سُے اکھ یارِ آنسرورؐ

(مشتاق کشمیری)



# نعت: رِوایت، ورتاوٕ تہٕ تجربہٕ

عزیز حاجنی

## پۆت منظر:

نعت چھُ موضوعی نۆیتِگ سُہ باۓژ طریقہٕ یَتھ منٛز حضوٗرِ پُرنوٗر، احمد مجتبےٰ محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمَن ہِنٛدِ صوٗرتٕکۍ تہٕ سیرتٕکۍ تعریف چھِ کرنہٕ یِوان۔ اَمہِ شعرٕ ذآژ ہُنٛد بجر، حُسن، تہٕ دآری تہٕ طرحدآری چھےٚ اَمہِ کِس مَنہٕ مائنس تہٕ لاثانی موضوعس اندر گِیتھ۔

نعت چھُ عربی زبٲنۍ ہُنٛد لفظ تہٕ ڈکشنری منٛز چھُ اَمیُک معنی مدح، ثنا، تعریف تہٕ توصیف لیکھنہٕ آمُت۔ شعری اصطلاحس منٛز چھِ نعت تتھ شاعرانہٕ اظہارَس ونان یمیُک موضوع پیغمبرِ رحمت حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلمن ہُنٛد وجوٗدِ مسعوٗد، اخلاق حسنہ، محاسن تہٕ یمَن سارِنے چیزَن ستۍ منسلک شوٗژ سرٛیہہ تہٕ شوٗ دلول آسہِ۔ یہِ چھُ ادبی دُنیِہک سُہ ناگرادیُس عقیدت کہِ آگرٕ وُزان چھُ۔ اَمہِ کِس پسِ منظرس منٛز چھِ یَژھ پَژھ تہٕ لول محبت مِلہِ مِشہِ نظرِ گژھان۔ رسولِ رحمت صلی اللہ علیہ وسلمن ستۍ وابستہٕ عقیدتَس تہٕ عُشقَس منٛز اِمتزاج قایم تھاوُن چھُ نعت وَنن وٲلِس شاعرٕ سِنٛدِ باپتھ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ امتحان آسان۔ وَننہٕ چھِ آمُت:

باخدا دیوانہ باش و با محمد ہوشیار



یعنی حُبِ رسوٗل باوَنک اَکھ سہٕ طریقہٕ یتھ منٛز نہٕ کانٛہہ گُستائخی گژھنۍ گژھِ تہٕ نہٕ گژھِ شرعک سوٚتھ ژھینہٕ نک کانٛہہ اندیشہٕ ووتلُن۔

اصطلاحی معنی کِس پوٚت منظرس منٛز نعتُک ابتدا بدٕ کڈنہٕ وِزِ چھُ توجہ سارِوے گوڈٕ تمَن الہامی کتابَن تہٕ آسمانی صحیفَن کُن گژھان یمَن منٛز پانہٕ رب العالمین امِس پایہِ بڈِس پیغمبرٚس سنٛدی تعریف کُری متی چھِ۔ قرآنِ مجیدس اندر چھِ جایہِ جایہِ پیغمبرِ آخرزمانٚس سنٛز مدح سرائی کرنہٕ آمٕژ۔ اَتھ تناظُرس منٛز چھُ یہ وَنُن بجازِ گوڈٕنکۍ نعت خوان چھِ خود خدا صاب۔ مثالہِ خاطرٕ وُچھتو کیٛم کینٛہہ قرآنی آیات:

یٰاَیُّہَا النَّبِیُّ اِنَّآ اَرسَلنٰکَ شَاھِدًا وَّ مُبَشِّرًا وَّ نَذِیرًاوَّ دَاعِیًا اِلَی اللّٰہِ بِاِذنِہٖ وَ سِرَاجًا مُّنِیرًا ؕ (الاحزاب ۳۳، آیت: ۴۵۔۴۶)

ترجمہٕ:

"اے نبی! ژٕ سوٗز ژٕ کھاسہِ لُکَن وَننہٕ خاطرٕ، خوشخبری بوزناوَن والۍ سنٛدِ حیثیتہٕ، خوف پادٕ کرن والۍ سنٛدِ تہٕ خُدایس کُن دعوت دِنہٕ والۍ سنٛدِ حیثیتہٕ، بییہٕ تِہنٛدِ حُکمہٕ پژٕ زٕلوٕنہٕ ژانٛگی پأٹھۍ۔"

اِنَّ اللّٰہَ وَ مَلٰئِکَتَہٗ یُصَلُّونَ عَلَی النَّبِیِّ یٰاَیُّہَا الَّذِینَ اٰمَنُوا صَلُّوا عَلَیہِ وَ سَلِّمُوا تَسلِیمًا ؕ (الاحزاب ۳۳، آیت ۵۶)

ترجمہٕ:

بلاشک چھُ خُداے تہٕ تمٕی ہٕندی فرشتہٕ رسول اللہؐ ہٕنز پیٹھ دروٗد سوزان۔ اے ایمان اَنن والوٗ تہۍ تہِ سوٗزِیوٗ تمٕن پیٹھ دروٗد تہٕ سلام۔

وَمَآ اَرۡسَلۡنٰکَ اِلَّا رَحۡمَةً لِّلۡعٰلَمِيۡنَ ۝ (الانبیاء:21، آیت:107)

ترجمہٕ:

تہٕ تُہۍ آوٕ سارِنٕے عالمن پیٹھ رحمت بٕنتھ سوزنہٕ۔

قرآن و حدیث غور سان پَرنہٕ پتہٕ چھُ یہِ تاثُر واضح پٲٹھۍ گنان زِ کائناتُک اَکھا اَکھ ذرٕ چھُ ہر ہمیشہِ آنسرور صلی اللہ علیہ وسلمَن ہُند مدح خوان روٗدمُت۔ یہِ وَنُس اندر رچھُنہٕ کُہنے مبالغہٕ زِیتیاہ تعریف تہٕ توصیف نبی برحق صلی اللہ علیہ وسلمَن ہٕندی کرنہٕ آمٕژ چھِ تیتیاہ چھِنہٕ وُنِستام دُنیہَس منز خدایس ورٲے بییہِ کانٛسہِ ہستی ہٕندی کرنہٕ آمٕژ۔ زائد اَز ژوداہ شتھ (1400) وٗری وٲتی دُنیچَن مختلف زبانن ہٕندہِن مسلمان کیٛو غار مسلم شاعرَن، سخنورن تہٕ قلمکارَن اَمِس پایہِ بڈِس پیغمبر صلی اللہ علیہ وسلم ہٕندی تعریف کران۔ نامور فرہنگی لکھاری مائیکل ہارٹن ییلہِ کلھم انسانی تاریخ تہٕ تہذیب کِہن مختلف دورَن تہٕ شعبَن ہٕتی وابستہٕ اَکھ ہَتھ مقتدر شخصیاتَن متعلق "The One Hundred" ناوٕ کتاب لیچھ "محمد" صلی اللہ علیہ وسلم آے ترتیبَس منز اَمہِ باوجوٗد تہِ سارِوٕے گوڈٕ تھونہٕ زِ کتابہِ ہُند لکھاری اوس عیسائے۔ مائیکل چھِ

اَمہِ کِس جوٲنِ زِیتَس منٛز لیکھان:

"My choice of Muhammad(SAW) to lead the list of world's most influential persons may surprise some readers and may be questioned by others, but he(SAW) was the only man in history who was supremely successful on both the religious and secular lines."

''دُنیچَن سٮ۪ٹھہِ ہے بااثر شخصیتَن ہٕندِس ترتیبس منٛز محمدؐ صلی اللہ علیہ وسلم سارِوٕے گوڈٕ تھاوٕنکس میأنس فأصلَس پیٹھ ہیکہِ کینژن پرَن والین حأرأنی سپدِتھ تہٕ وارِیاہ ہیکَن اعتراض تہٕ تُلِتھ مگر تم چھِ چھُ تأرِتخس منٛز واحد شخصیت ییٚمی دینی تہٕ دُنیأوی معاملَن منٛز عظیم کامیأبی پرٲو۔''

بیٚیِس نامور انگریزی لکھأری ''کرن آرم سٹرانگ'' سٕنٛز شہرۂ آفاق کتاب "Muhammad: A Biography of the Prophet" تہٕ چھےٚ اَتھ پس منظرس منٛز وُچھِنۍ لایق۔

دراصل چھُ یہِ اعجاز اَتھ ناوس منٛزٕ ے۔ خبر عبدالمطلبن کیاہ زأنِتھ اوس یمَن ''محمدؐ'' ناو کوٚر رُمت۔ محمد یعنی یس حمد مطلب تعریف تہٕ توصیف کرنہٕ یِین۔

عربچ سرزمین اُس پتہٕ وَتھ پیٹھہٕ شعرگوئی ہٕندِ حوالہٕ زرخیز مانہٕ یِوان تہٕ شاعرَن اُس اَتہِ وارِیاہ تھٔز قدر۔ مشہوٗر فرانسیسی لکھأری کانسٹائن ورجیل گیوٗر

گیوٚ چھِ لیکھان ''باقے جاین اَس شاعرس ادیب ہنز حیثیت مگر عربس منز اوس شاعر حکیم، روٗحانی پیشوا، فاضلی تہٕ عالم ماننہٕ یوان۔ [1]

اسلامُک آفتاب طلوٗع سپدنہٕ برٛونٹھ تہٕ آسی عربس منز بہلہِ پایہِ شاعر تہٕ گونماتھ مگر تُتھے قرآنِ مجید نازِل سپُد، زندگی رٕٹ اَکھ نوٚو تراے۔ ژینَن طرزس تہٕ باوٕژ طریقس اندر آیہِ نمایاں تبدیلی۔ جنسی جذباتو پٔتھہٕ ووتلن واجینٛز فحش شاعری باسیہِ ہدایت پرٛاوَن والین بےسوٗد۔ چنانچہ گرامہِ قسمچہ وار یاہ کتابہٕ خودِ تخلیق کاروٕ ضایہٕ۔ قرآنی فرمان ''وَالشُّعَرَآءُ يَتَّبِعُهُمُ الْغَاوُنَ (اشعراء)'' بوٗزِتھ پھٔٹ شعروَنن والین وُسوا آسی تاہم چھُنہٕ اَمیک اطلاق تمام شاعرن پٔتھ سپدان تیچ واضح شہادت یہِ چھےٚ زِ یِیلہِ حضرت ابوٗ بکر صدیق رضی اللہ عنہٗ وَن یم اوتام عاصی تخلص کران آسی، گوڈنیک مناجات دربارِ نبویؐ یَس منز پیش کوٚر، حضور صلی اللہ علیہ وسلم سپدی سٔبٹھاہ خوش تہٕ یارِ غارس مرحبا کران ووننکھ زِ ''عاصی'' بدلہٕ تھاوَن ''اکبر'' تخلص۔ حسان بن ثابت رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ یُس قادر الکلام نعت گو آسنہٕ کنہٕ حضور پرنور صلی اللہ علیہ وسلمن سٔبٹھاہ ٹوٹھ اوس، آو ''شاعرِ دربارِ نبویؐ'' قرار دِنہٕ۔ یُوتے یوت نہٕ بلکہ دِژٕ ٹاٹھی نبی صلی اللہ علیہ وسلمن یَمن منبرس پٔتھ پانس لرِ لوٚر جاے۔ یِہندی نعت سپدی سٔبٹھاہ مقبوٗل تہٕ یَمن ہُند ترجمہ چھُ ڈُنیچن اکثر

---

1: کانسٹائن ہنز ضخیم کتابہ چھُ اردوٗ وس منز پروفیسر شمس الدین احمدن ترجمہٕ کوٚرمُت تہٕ یہِ چھُ ''محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم سے نئی پہچان'' عنوانس تحت شایع سپُد مُت۔

بجَن زبانَن منز کرنہٕ آمت۔ یہنٛدٕ ن نعتَن اندر چھُ والہانہٕ عقیدت، خوش یوٗن لول تہٕ فلسفیانہٕ سنز نظرِ گژھان:

وَشقَّ لَہٗ مِنْ اِسْمِہٖ لِیُعلہ

فذو العرش محمودا ھٰذا محمدؐ



ترجمہ:

''تہنٛدِ شانہٕ تہٕ عظمتہٕ خاطرِ کوٚڈ ربَن پننِہ ناوٕ منز تہنٛد ناو۔ تتھہٕ پاٹھی زِ عرشہٕ وول خدا چھُ محموٗد تہٕ تہٕ چھو محمدؐ''

روایت چھے زِ یِیلہِ اکہِ دوہہ رسول اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن صحابہٕ کبارَن مخاطب سپدِ تھ وون ''مخالفت کرن والین شاعرَن ہنٛز بےہوٗدگیہ چھے وونی حدِ کھوتہٕ زیادٕ بڈان۔ توہہِ کوٚر رومے مدد تلوارِ ستی۔ کانٛہہ چھا توہہِ منز تیٚتھ یُس زبانٔی ستی تہِ میون مدد گرِ؟'' حسان بن ثابت رضی اللہ تعالیٰ عنہٗ وَن کوٚر یکدم عرض ''حضورؐ بہٕ چھُس حاضرِ خدمت'' تتھہٕ پاٹھی چھُ یہِ خوش نصیب تہٕ پایہِ بوٚڈ صحابیؓ اوٚلین نعت گو شاعرِ سنٛز حیثیت پزٲوِتھ امتیاز حاصل کران۔ حالاں کہِ اکھ روایت چھے یہِ زِ نعت گوئی ہنٛد ابتداء اوس مکی دورسے منز گومُت تہٕ ابو طالب تہٕ حضرتِ حمزہؓ ناوی آنحضوٗرَن ہنٛد بوچھِ بابہٕ صاٮ۪بو اسی زٕ قصیدٕ درمدح رسول صلی اللہ علیہ وسلم اٚتھی دورس اندر لیکھی متی۔ بہرحال مدنی دورس منز اسی حسان بن ثابتؓ ہَن ستی کعب بن مالکؓ تہٕ

عبداللہ بن رواحہؓ تہٕ رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛز مدح سرآیی تہٕ دین اسلامکی تعریف ردِ کفر کس جذبس تحت سبٹھے لطیف تہٕ متاثر کُن اندازس منٛز کران۔ یم زٕ شاعر تہٕ چھِ نعت گویی ہُنٛد ابتداء کرن والین اندر نمائندٕ حیثیت تھاوان۔ دوٚیمہِ طرفہٕ چھُ یہِ تہٕ اَکھ تاریخی پزر زِ عوامی سطحس پیٹھ اوس اَتہِ نعت گوئی تہٕ نعت خوانی ہُنٛد آغاز اَمہِ برٛونٹھے تمہٕ وِزِ سپُد مُت ییٚلہِ رسولِ رحمت صلی اللہ علیہ وسلم مکہٕ پیٹھہٕ ہجرت کرِتھ مدینس منٛز وٲتی تہٕ مدینہٕ چوکور بو کوٚر تمن ژ ری گنٛڈی گنٛڈی یموٚ وَنہٕ وُن ہُر بوٚستی استقبال:

طلع البدر علینا من ثنیات الوداع

وجب الشّکر علینا مادعا لِلّٰہ داع

ایھا المبعوث فینا جِئت باالامر المطاع



ترجمہ:

"سانہِ بستی کھوٚت پھل ژندرٕ رہش زُوٚن یوسہِ وداع کہو سنگرو پٹی کِنی درایہِ۔ أسی مناوَو شادِیانہٕ سأنس وَنہٕ وِنس رُوداو بروے۔ اَسہِ کُن ینہٕ والہِ خاص مہمانہٕ وولہٕ أسی داروے کتھَن کن"۔

دراصل اوس ربہٕ سٕنٛدِ طرفہٕ معبوث کرنہٕ آمتِس أمِس پیغمبر سٕنٛدِس ذاتِ اقدسسؐ اندر رے یہِ اعجاز زِ کالُک دُشمن اوس صُحبس درسِ ہدایت حاصل کرنہٕ باپتھ زانوے ادب تہہ کران۔ مشن اوس آفاقی تہٕ مِشنکی اصول

تیتِھاہ راحت بخش تہٕ فائد مند زِ جہالت کِس اَنہٕ گٹس منز ہنہٕ آمتس عالمِ انسانیتس کھوت تہندِ ینہٕ زَنتہٕ پۄرٕ کُنہٕ آفتاب۔ آفتابِ رسالت حضور اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ہنز ذاتِ مقدس اُس پرٛتھ اعتبارٕ وجہ تاثیر۔ صداقت تہٕ صدق دِلی ترٛٹھ زِ عالمن اُس نہٕ وُچھمٕژ ے زانہہ۔ امانت دأری، ایثار تہٕ اخلاص، بشری بتر کھوتہٕ واریاہ تھوٚد۔ اَتھ طریقس تعریف تہٕ توصیف کرٕنی چھنہٕ گف کتھ۔ اتھِن چھُ غالبؔ ہیوٚ پوٚختہٕ کار شاعرتہٕ پوٚتُس پننِ سلامتی پی وَننس منز سمجھان زِ:

غالبؔ ثناۓ خواجہ بہ یزدان گزاشتم
کاں ذات پاک مرتبہ دانِ محمدؐ است



تِتھے رسولِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ہندِ برکت والہِ شخصیتک تہٕ تہندِ طرفہٕ دِنہٕ ینہٕ والہِ آفاقی پیغامُک شوہرٕ عربہٕ کیٛن طرفاتن تام پھأئن ہیوٚتُن، لوٗکن ہندی اکثریتن کوٚر اَتھ آمنا وصدقنا، تاہم اوس اَکھ طبقہٕ مخالفت کرن والین ہُند تہِ۔ مخالفت کرن والین منز یم شاعر اُسی، تم اُسی توہین آمیز شعر لیکھِتھ زٕکھٕہر اوان۔ تِتھے اَکھ شاعر اوس کعبؓ بن زُہیر تیمی ذاتِ اقدسسؐ نسبت تِتھی ناشایاں شعر گنٛڈی زِ تم آے دربارِ رسالتس منز سزاۓ موتکی حقدار قرار دِنہٕ۔ بہرحال آے تم اَمہِ پتہٕ پننِس بجیرؓ ناوی برادرس (یُس برونٹھے مشرف بہ اسلام سپُد مُت اوس) ہمراہ حُلیہ بدلأوِتھ دربارِ آنسرورسؐ

منز۔ بجیرَن کوٚ رنبینِ عرض زِ ''کعب چھُ پننِن گستاخین پیٹھ نادِم تہٕ معافی چھُ منگان۔ تِہٕ کرِو ناتِمس معاف'' رسول اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ووٚنُکھ بلا تعمل ''کیازِ نہٕ'' اَمہِ پتہٕ ووٚن کعبن شرمندٕ گژھتھ ''حضورؐ سہٕ گنہگار تہٕ خطا زَد بندٕ چھُس بہٕ۔ پننِن ناشایستگین پیٹھ شرمندٕ سپدِتھ چھُس معافی منگان''۔ رحمتہ للعالمینن کوٚر تِمن معاف تہٕ تِمو کوٚر اَمی وقتہٕ نبیؐ ہِندِس شانس منز اَکھ قصیدٕ پیش یُس بوزِنہٕ پتہٕ تِمن حضورِ پُر نور صلی اللہ علیہ وسلمن پننہٕ ردائے مبارک عطا کر۔ دُرِس دُنیہَس منز مشہوٗر اَتھ قصیدَس چھِ ''قصیدۂ بانت سُعاد'' ونان، تاہم چھُ یہِ ''قصیدۂ بردہ'' ناوِ تہِ مشہوٗر تِکیازِ اَتھ پیٹھ آیہِ کعب بن زُبیرس رِدائے مبارک عطا کرنہٕ۔[1]

## روایژ تہٕ محرکات

کاشرِ نعتیہ شاعری پیٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ چھُ ضروری زِ اَسی کرو تِمن ادبی روایژَن، محرکاتَن تہٕ سِلسلَن ہنٛز مختصر پاٹھی کتھ، یِم سانہِ اَمہِ قبیلچہِ شاعری ڈٲکھس چھِ۔ اَمہِ حوالہٕ چھُ فارسی زبانِ منز لیکھنہٕ آمژِ نعتیہ شاعری ہنٛز ذکر لازمی بنان۔

---

1: ''قصیدہ بردہ'' کہِ حوالہٕ چھُ نعتس متعلق لیکھن والیو کینٛژو کاشرو محققو اَکھ کنفیوجن Confusion پاٛدٕ کوٚرمُت۔ کعب بن زُہیرؓ سُند لیوکھمُت قصیدٕ چھُ ستمہِ صدی ہجری منز لیکھنہٕ آمتِس حضرت شیخ امام محمد شرف الدین ابوصیری ہِندِس ''قصیدۂ بردہ'' ہَس سٍتی رَل کرنہٕ یِوان۔ موخرالذکر قصیدٕ چھُ ''قصیدۂ بانت سُعاد'' نِشہِ بالکل الگ تہٕ اَتھ چھُ کاشرِس منز پروفیسر رشید نازکی صابن ترجمہٕ تہٕ کوٚرمُت یُس ''زمزم'' ناوس تحت شایع تہٕ سپدمُت چھُ۔

عربی زبانٕی پتہٕ چھِ فارسی زبان دُنیہچ دوٚیم بختاوار تہٕ باگہ بُرژ زبان یَتھ اندر اعلیٰ معیارٕچ نعت لیٖکھنہٕ آے۔ فارسی چھِ کُلہم پأٹھی تہٕ دُنیچَن ممتاز ادبی زبانَن منٛز شمار کرنہٕ یِوان۔ اَمہِ زبانٕی ہنٛد بونعت گو شاعر وچھ کُلہم نعتیہ ادبس انٛد ریٚتھن اَکھ الگ مقام بنوومُت۔ سعدیؔ، جامیؔ، رومیؔ تہٕ نظامیؔ چھِ گوڈنچہٕ تندلہِ ہنٛدی فارسی شاعر مانٛنہٕ یِوان یِموٚ نہٕ صرف ایران بلکہ دُرس عالمس منٛز پننہِ علمی بحَرُک اہرِ بیٖہنو و۔ یِمن خوش بخت شاعرَن ہنٛد بن مقبولِ عام نعتن پیٹھ چھِ لچھہِ بُدی عاشقانِ رسول ﷺ ہتہٕ وادوٕ رِیو پیٹھہٕ وجدس یوان رودی ٕمتی۔ شیخ سعدی شیرازی چھِ فارسی زبانٕی ہُنٛد ممتاز فارسی ادیب تہٕ شاعر ہنٛدی حیثیتہٕ پچھاننہٕ یِوان۔ حسن اتفاق چھُ یہِ زِ عربی زبانٕی منٛز لیچھمٕژ بونہٕ کنہِ درج تِہنٛز نعتیہ ربأعی چھنہٕ تِہنٛزی شاعری منٛز بلکہِ کُلہم نعتیہ ادبس انٛدرا کہِ مولٕلہِ تہٕ بے بدل نموٗنہٕ زٕنگی پیش کرنہٕ یِوان:

بَلَغَ العُلٰے بِکمالہٖ   کَشفَ الدُّجےٰ بِجمالہٖ
حَسُنت جمیعُ خِصالہٖ   صلوا علیہ و آلہٖ ا



مولانا عبدالرحمان جامیؒ چھُ بیاکھ بُہلہِ پایہِ عالم تہٕ شاعر۔ زأیداز پنٛژہَن (50) کتابَن ہُنٛد مصنف جامی چھُ اَکھ صاحبِ طرز نعت گو۔ بقولِ پروفیسر

---

اِ یہِ نعتیہ رُباعی چھِ جے اینڈ کے اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لنگویجز کہ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمٕژ انتھالوجی ''نورٕ آگُرس''، منٛز عبدالرحمان جامی لیس ستی منسوٗب کرنہٕ آمٕژ یُس سراسر غلط چھُ۔ وُچھو نورٕ آگُر صفہٕ 67۔

منز۔ بجیرن کوٚرنبینٕ عرض زِ ''کعب چھُ پننِن گستاخین پٮ۪ٹھ نادِم تہٕ معافی چھُ منگان۔ تہٕ کرِو نا تمس معاف'' رسول اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ووٚنُکھ بلا تعمل ''کیا زِنہٕ'' اَمہِ پتہٕ ووٚن کعبن شرمندٕ گژھتھ ''حضورؐ سہ گنہگار تہٕ خطا زد بندٕ ژھُس چھُس بے۔ پننِن ناشایستگین پٮ۪ٹھ شرمندٕ سپدتھ چھُس معافی منگان''۔ رحمتہ للعالمینن کوٚر تمن معاف تہٕ تمو کوٚر امی وقتہٕ نبیؐ ہٕندِس شانس منز اکھ قصیدٕ پیش یُس بوزنہٕ پتہٕ تمن حضورِ پرُنور صلی اللہ علیہ وسلمن پننۍ ردائے مبارک عطا کر۔ دُرس دُنیہس منز مشہوٗر اَتھ قصیدس چھِ ''قصیدۂ بانت سُعادٗ'' ونان، تاہم چھُ یہِ ''قصیدۂ بردہ'' ناوٕ تہِ مشہوٗر تکیازِ اَتھ پٮ۪ٹھ آیہِ کعب بن زُبیرس ردائے مبارک عطا کرنہٕ[1]۔

## روایژ تہٕ محرکات

کاشرِ نعتیہ شاعری پٮ۪ٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ چھُ ضروری زِ أسی کرو تمن ادبی روایژن، محرکاتن تہٕ سِلسلن ہنز مختصر پاٹھۍ کتھ، یِم سانہِ اَمہِ قبیلچہِ شاعری ڈکھس چھِ۔ اَمہِ حوالہٕ چھُ فارسی زبانۍ منز لیکھنہٕ آمژ نعتیہ شاعری ہنز ذکر لازمی بنان۔

---

[1]: ''قصیدہ بردہ'' کہِ حوالہٕ چھُ نعتس متعلق لیکھن والیو کینژو کاشرو محققو اکھ کنفیوژن Confusion پادٕ کوٚرمُت۔ کعب بن زُہیر ؓسُند لیوکھمُت قصیدٕ چھُ سٕتمہِ صدی ہجری منز لیکھنہٕ آمتِس حضرت شیخ امام محمد شرف الدین ابوصیری ہٕندِس ''قصیدۂ بردہ'' ہَس سٕتۍ رَل کرنہٕ یِوان۔ موخرالذکر قصیدٕ چھُ ''قصیدۂ بانت سُعادٗ'' نِشہِ بالکل الگ تہٕ اَتھ چھُ کاشرِس منز پروفیسر رشید نازکی صابن ترجمہٕ تہِ کوٚرمُت یُس ''زمزم'' ناوس تحت شایع تہِ سپدمُت چھُ۔

عربی زبأنی پتہٕ چھے فارسی زبان دُنیہچ دؤیم بختاوارتہٕ باگہِ بُرژ زبان یتھ اندر اعلیٰ معیارٕکی نعت لیکھنہٕ آے۔ فارسی چھے کُلہم پأٹھی تہِ دُنیہچن ممتاز ادبی زبانن منز شمار کرنہٕ یِوان۔ اَمہِ زبأنی ہٕندِ بونعت گوشأعروچھُ کُلہم نعتیہ ادبس اندر رِپُٹُن اَکھ الگ مقام بنوومُت۔ سعدیؔ، جامیؔ، رومیؔ تہٕ نظامیؔ چھِ گوڈنچہِ تندلہِ ہٕندی فارسی شأعر مانہٕ یِوان یِمو نہٕ صرف ایران بلکہ دُرس عالمس منز پننہِ علمی بتحرُک اہرِ بیٖہنو و۔ یِمن خوش بخت شأعرَن ہٕندہِن مقبولِ عام نعتن پیٹھ چھِ لچھہِ بُدی عاشقانِ رسول صلی اللہ علیہ وسلم ہتہٕ وادؤ رِیوپیٹھٕہ وجدس یوان رودی ہٕتی۔ شیخ سعدی شیرازی چھِ فارسی زبأنی ہُندممتاز فارسی ادیب تہٕ شأعر ہٕندی حٔثیتہٕ پچھانہٕ یِوان۔ حسن اتفاق چھُ یہِ زِ عربی زبأنی منز پچھُمٕژ بونہٕ کنہِ درج تِھنز نعتیہ رباعی چھنہٕ تِھنزی شأعری منز بلکہِ کُلہم نعتیہ ادبس اندر اکہِ موللہِ تہٕ بے بدل نموٗنہٕ رٕنگی پیش کرنہٕ یِوان:

| | |
|---|---|
| بَلغَ العُلٰے بِکمالہٖ | کَشفَ الدُّجےٰ بِجمالہٖ |
| حسُنت جمیعُ خِصالہٖ | صلوا علیہ و آلِہٖ [۱] |



مولانا عبدالرحمان جامیؒ چھُ بیا کھ اَہلہِ پایہِ عألم تہٕ شأعر۔ زأیداز پنژہَن (50) کتابَن ہُند مصنف جامی چھُ اَکھ صاحبِ طرز نعت گو۔ بقولِ پروفیسر

---

[۱] یہِ نعتیہ رُبأعی چھے جے اینڈ کے اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لنگویجز کہ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمٕژ انتھالوجی ''نورِآگرس''، منز عبدالرحمان جامی لیس ستی منسوٗب کرنہٕ آمٕژ یُس سراسر غلط چھُ۔ وُچھو نورِ آگر صفہٕ 67۔

مرغوبؔ بانہالی ''مولانا جامی یَس چھُ تمام عظیم فارسی شاعرَن منز یہِ امتیاز حاصل زِ سُہ چھُ نعت گوئی منز اَکِس نہرل تہٕ نستعلیق جمالیٲتی اظہارَس بارَسَس انان تہٕ آیندٕ نسلن ہِندِ خاطرٕ تتھ فنی شعورچہِ پختگی سان اَکھ مثالی نمونہٕ (ماڈل) بناوان۔ اجامی ہِندی نعتیہ شعر چھِ مشرقی زبانہٕ زانَن وٲلی اکثر عاشقانِ رسول علیہ وسلمؐ یژپاٹھی ٹھگنگراوان روزان۔

یاصاحب الجمال و یا سید البشر
من وجہکُ المنیر لقد نُورُ القمر
لایمکُن الثناء کما کانَ حقہ'
بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر[۲]



یَمَن شعرَن ہِندِ اہمیتک اندازٕ ہیکہِ یمہِ کتھہِ ستی زبرپاٹھی لگاونہٕ یتھ زِ یِہِندِس نفسِ مضموٗنَس تہٕ ہیتس پیٹھ چھِ فارسی، اردو تہٕ باقے زبانَن (یمَن منز کاشُر زبان تہِ شامل چھے) اندر درجنہٕ وادنعت لیکھنہٕ آمتِ۔

سدآہمہِ صدی عیسوی ہِندِس مشہدکس حاجی جان محمد قدسی ناوی ہنا کم مشہوٗر فارسی شاعرُس سرینگرٕ دفن چھُ، سُندٕ اَکھ نعت شریف تہِ گوٗوسآرےٕ برصغیرَس منز زبردس مقبوٗل۔ اَمیک گوڈنیک شعر چھُ:

---

۱: ۲: ''انہار'' نعتیہ نمبر، صفہٕ :72۔

۲: یم نعتیہ شعر چھِ نورآگرس منز سعدی لیس ستی منسوٗب کرنہٕ آمتِ۔ وُچھو نورآگر صفہٕ :66۔

مرحبا سیدِ مکی مدنی العربی

دِل و جان باد فدایت چہ عجب خوش لقبی

اَمہِ نعت شریفچ اہمیت بیان کران چھِ 'نعتِ مصطفےٰ'' کِس پیش لفظس منز پروفیسر مظفر احمد خان فروتنؔ لیکھان: ''پتہ نہیں شاعر یہ وجد آفرین نعت قلمبند کرتے وقت کس شدید قلبی کیفیت سے دوچار تھا کہ اس کی تاثیر سے سننے والوں پر رقت طاری ہوتی ہے۔ اس نعت میں شاعر نے ایک سادہ لوح انسان کی بے ساختگی سے نبی پاکؐ کے چند اوصاف عالیہ بیان کرتے ہوئے اپنی عاصیانہ حیثیت کا اظہار کر کے شفاعت طلبی کی تمنا کی ہے۔ کوئی باریک بینی یا مضمون آفرینی نہیں۔ بس ایک ادنیٰ اُمتی اپنے عالی و اکمل محسن کی بارگاہ میں ایستادہ ہو کر عرضداشت پیش کرتا ہے۔'' اَتاثیرُک چھُ یہِ عالم زِ مرزا غالبؔ ہِوی ووستادن تہِ چھُ اَتھ پیٹھ تضمین لیوکھمُت۔ بہر حال نعت کہِ حوالہٕ اگر فارسی شاعرَن ہُنٛد تفصیلی تذکرٕ کرنہٕ یِیہِ، تیلہٕ چھُنہٕ موکلن پایی۔ مولانا رُومؒ سُنٛد ذکر کرُن چھُ تاہم لازم بنان تِکیازِ تِہُنٛد نعتُک اسلوٗب چھُ باقے شاعرَن نِشہِ بیوٗن آسنس ستی ستی باریک تہٕ معنہِ ساوبن نوکتن سِنٛز تحریک دِوان۔

اردو زبانۍ کَرِ ادبی زبان بنوٗنے تقریبَن تمام سارے ادبی روایٲژ تہٕ نٕہجہِ اختیار، یِم فارسی ییس منز رائج آسہٕ۔ نعت لیکھنُک سلسلہٕ گوٚو اَتھ زبانۍ منز تمہِ وقتہٕ پیٹھے شروٗع ییٚلہِ یہِ وُنہِ کھڑی بولہٕ ہنٛدِس درجس پیٹھ اُس۔ اَتھ

سلسلس منز چھِ ابتدأیی نمونہٕ فخر الدین نظاؔمی تہٕ مُلا داوُ ودٕسنز ن مثنوی ین منز میلان ۔ اَمہِ پتہٕ یمَو شاعرو اتھ طرزِ اظہارَس شودمنہٕ لول بڑتھ یہ بروٚنٛھ پکنو وٕ تمَن منز چھِ میراں جی، محمد قُلی قطب شاہ، ولی دکنی، سوؔدا، انشاء اللہ خان انشاؔء، نظیؔر اکبر آبادی، غاؔلب، کاؔفی، حاؔلی، محسؔن کاکوروی، داؔغ، اقباؔل، حفیظ جالندھری تہٕ صلاح الدین پرویؔز خاص پأٹھی قابل ذکر۔ حفیظ جالندھری سُند شاہنامہ اسلام چھُ اَتھ تناظرَس اَکھ اعلیٰ کارنامہٕ۔ تتھے پأٹھی چھُ حاؔلی تہٕ اقبال سُند دِیت تہٕ قابلِ تحسین۔ یمَن شاعرَن ہٕندی کینٛہہ شعر چھِ اَمہِ زبأنی ہٕندِ نعتیہ ادبکی بہترین نموٗنہٕ تہٕ یِم چھِ بار بار مثالہِ رٔنگی پیش کرنہٕ یِوان:

کی محمدؐ سے وفا تو نے تو ہم تیرے ہیں
یہ جہاں چیز ہے کیا لوح و قلم تیرے ہیں



وہ دانائے سبل ختم الرُسل مولائے کُل جس نے
غبارِ راہ کو بخشا فروغِ وادیٔ سینا



اقباؔل

مسلمان شاعرَن ہٕستی ہٕستی چھِ اردو زبأنی ہٕندو واریاہو غأر مسلم شاعرو تہٕ رسول اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕندِس خدمتس منز عقیدتکی تہٕ محبتکی پوش ارپن کٔری ہٕتی۔ یمَن شاعرَن منز چھِ فراؔق گورکھپوری، جگن ناتھ آزاد،

مہاراجہ سرکشن پرساد شادؔ، عرش ملسیانیؔ، راج بھگوان داس بھگوانؔ، ہری چند، اختر قیس چالندھری تہٕ راجندر بہادر موجؔ خاص پاٹھی قابلِ ذکر۔

کأشرِ نعتیہ شاعری ہُنٛد تنقیدی مطالعہٕ کرنہٕ برٛونٛہہ چھ عربی، فارسی تہٕ اردو زبأنی ہنٛزن یِمن شعری رٔوشن تہٕ رُجحانن سام ہیٚنٛز لازمی۔

## مطلبِ سُخن:

کأشرِ زبأنی ہُنٛد ویوٚ دادبی زمانہٕ چھُ پزنہٕ پاٹھی ژوداہمہِ صدی عیسوی پیٹھہٕ شروٗع سپدان۔ اَمہِ دورٕکین دوشوٕنی نمایندٕ شاعرَن یعنی لل دید تہٕ شیخ العالمؒ ہُنٛد کلامہٕ چھُ عقیدتی شاعری ہنٛدِس زُمرس منٛز یوان۔ تاہم چھُنہٕ لل واکھن منٛز کانٛہہ تہِ تیُتھ نموٗنہ نظرِ گژھان یُس نعتیہ شاعری منٛز شمار سپدِتھ ہیکہِ۔ اَتھ برعکس چھُ شیخ العالمؒ سنٛدِس کلامس منٛز نعتیہ شاعری ہُنٛد پوٗتُر واریاہ وزن دار۔ زیادٕ ترشرٕ کہِ کس ہیٚتس منٛز لیکھنہٕ آمُت شیخ العالمؒ سُنٛد کلامہٕ چھُ اَمہِ پتہٕ لیکھنہٕ آمژِ کأشرِ نعتیہ شاعری نِشہِ واریاہ رٔنگی بیوٚن تہٕ منفرد۔ اَکھ یہِ زِ اَتھ پیٹھ چھُ تَمہِ وقتہٕ کیوٗ لِسأنی تقاضو مطأبق سنسکرت زبأنی ہُنٛد اثر۔ دوٚیِم یہِ زِ اَتھ منٛز چھُ وجدأنی تہٕ عشقیہ پہلو کھوتہٕ زیادٕ استدلالی رنگ غألب۔ مثالہِ باپتھ وُچھتو کھٕبونہٕ کنہِ درج یِم شعر:

| | |
|---|---|
| پأری پأری لگی زِتَس پأغمبرس | یَس ہنٛدِس دورس چھےٚ رحمت جأری |
| کأٹی یِیلہِ ہکھ لگہِ روزِ محشرس | تَس کُن وومیدوار آسن سأری |

یَمن شُر کُبن منز چھُ مدحِ رسول صلی اللہ علیہ وسلمُک موٗلہٕ مقصد لُکھ تتھ آفاقی پأغامس کُن راغب کرٕنی یَس اُمی پایہٕ بڈی پیغمبرن دُنیہَس برٕ وٕنٛھہٕ کُنہٕ تھوو۔ یہ تبلیغی عنصر چھُ شیخ العالمؒ ہَنٛ ہٕنٛدِس کلہم کلامس اندر اکہِ یا بیہٕ رٕنٛگی موجوٗد۔ شاید چھُ امی کِنز اتھ کأشُر قرآن تہٕ وَننہٕ یوان۔ امہِ اعتبارٕ اگر وُچھو تیلہِ چھِ نعتکی آ کارتہٕ انہارا کثر شیخہٕ شُر کُبن منز گِیتھ۔ غلام نبی گوہر چھِ اُتھی پس منظرَس منز لیکھان زِ "ہرگاہ سنوھِن شیخہٕ سُنٛد سورُے کلامہٕ چھُ نعت۔ ییلہِ یہِ شأعر اٰخرتہٕ کہِ خوفہٕ کانٛپہِ نیا متہِن احساسَن زبو دِوان چھُ، سُہ سوزتہِ چھُ نبی تاجدارٕ سُنٛدِ لولُک جذبہٕ مختلف اندازو تہٕ انمانو بار بار نمازِ ہِنٛدِس تأکیدَس منز تہِ چھِے حُب رسُولچ سیٛدِ سیوٚد دبا وتھ۔ شمشیر دارِ کھوتہٕ تیزتہٕ موٚیہِ والہٕ کھوتہٕ زأوِلِس پُلِ صراطس ترٕنُک ارمان تہٕ چھُ نبی سُنٛدِ دیدار کہِ تلاشچ پرٛھ۔ خوفِ جہنم چھُس شیتِن ژانان مگر ڈر چھُس زِ یُتھنہٕ مسلمان سُنٛدِ جہنمس گژھنہٕ کِنٛز اٰہنٛدی دردِ لِتہٕ غمخوار پیش کردگار شرمندہٕ گژھَن۔"[1]

شیخ العالمؒ سُنٛدِ نعتیہ کلامچ پھیرہاو خصوصیت چھِے یہ زِ پٕتِم ساڑ شےٚ ہَتھ وٕری وأتی کأشرِن وعظ خوانَن، دینی عالمَن تہٕ عام لوٗکَن یہِ کلامہٕ اشتیاقہٕ تہٕ جوش وجذبہٕ سان وِرٛھناوان تہٕ ووکھناوان۔

شیخ العالمؒ سُنٛدِ پتہٕ چھُنہٕ اَسہِ تقریبَن ڈوڈَس ہتس وٕرِیَس کأشرِ ادبہٕ رٕنٛگی بالکل کہیں اتھہِ آمُت۔ تبلیغِ اسلامہٕ کہِ اعتبارٕ چھُ یہ اکھ متحرک تہٕ اہم

---

[1] شیخ العالمؒ گوڈنیُک کأشُر نعت خوان۔ شیرازٕ نعتیہ ادب نمبر، صفحہٕ: 64۔

تأریخی مرحلہٕ تہٕ یہِ چھُنہٕ مُمکنے باسان زِ شیخ العالمؒ سٕندِ دٕسی شروٗع کرنہٕ آمژن نعت گوئی ہنٛزن دلنواز تہٕ وُتشاوَل روایژَن کیا آسہِ نہٕ اَتھ طویل وقتس دوران تقویت تہٕ ترویج میچھٕژ۔ تیٚلہِ کیا زِ چھُنہٕ اَسہِ حبیب اللہ نوشہری حبیؔ لیس تام کانٛہہ تہٕ نعت گو شاعر دریافت کُرتھ ہیوٚ کمُت، سُہ چھُ اَکھ الگ موضوع یُس ییٚمہِ مضموٗنکہِ موضوعٕ نشہِ بیوٚن چھُ۔

حبیؔ (1617-1555ء) چھُ حافظِ قرآن آسنس ستی ستی فارسی زبانٕ ہُنٛد مقتدر عالم، ادیب تہٕ شاعر مانہٕ یِوان۔ کاشُرس منٛز یُس یِہُنٛد کم کاسہٕ کلامہٕ درِدِس آمُت چھُ تَتھ اندر چھُ اَکھ نعتیہ گیت تہٕ شامل:

| | |
|---|---|
| کُن تہٕ کنزاً آو یے | جلوٕ ماران دراو یے |
| نحنُ اقرب آو یے | یارٕ گرٛھوو دیو یے |
| آشکارا دراو یے | صورتَن منٛز ژاو یے |
| چھُس محمدؐ ناو یے | یارٕ گرٛھوو دیو یے |



اَتھ کلامس چھِ کأشرِ تبرُک زانٛتھ اُچھن متھان تِکیازِ یہِ چھُ اَکہِ طویل مُدتکہِ ژھٕنہٕ پتہٕ دریافت سپُد مُت اَمہِ قسمُک گوڈنیک نموٗنہٕ۔

حبیب اللہ نوشہری لیس پتہٕ بیا کھ وَنہٕ آمُت سون نعت گو شاعر چھُ سید محمد ہادی فاخؔر۔ فاخرسُنٛد تذکرٕ کران چھُ نادِر تہٕ نایاب نعتن ہٕنٛدی نُسخہٕ جمع کرن وول محقق پروفیسر غلام محمد شاد لیکھان "پرانین بُزرگن تہٕ لوٗگ پھیرٕ تہٕ فاخر بابا سُنٛد کینٛہہ کلامہٕ خصوصَن نعت آیہِ بدَس۔ کینٛژن چیزن ہنٛز سپٕز اہم

نشاندہی'' ۔[1] فاخرؔ ہِندی یِم صرف زٕ ژ ورکاشُری نعت اَتھہِ آمٕتۍ چھہِ، تموٕ ستۍ چھُ اُمۍ سُنٛد سٹائل مشخص سپدان۔ غنایت تہٕ فریاد چھہِ یِہنٛد ن نعتن ہِنٛدی مخصوٗص رنٛگ:

یوٗد وَنی یار یأری ژٕے     فاخرؔ گژھہ تہٕ لادن چھِے

شربتِ نامِ بقا چھٕے     چینہٕ ہے پأری لجایو



اُتھۍ دورَس اَنٛدری پٔکھی چھہِ میر سعداللہ شاہ آبادی سعادتؔ تہٕ میر عبداللہ بیہقیؔ تہٕ وُتھی مٕتۍ۔ سعادتؔ چھُ طویل نعت لیکھان اوسمُت۔ فارسی، عربی، ہندی، ترکی تہٕ کاشرِ زبأنۍ منٛز لیکھنہٕ آمتِس شیٛٹھن شعرن پٹھ مشتمل نعتِ شریفس منٛز یِم کاشُری شعر چھہِ تِم چھہِ نعت کِہ بنیأدی تقاضوعانِ مطأبق۔ عبدالاحد آزاد چھُ اُمِس کثیرالکلام شاعرَس متعلق کرنہٕ آمتِس موخصر تذکرَس منٛز لیکھان ''میر عبداللہ بیہقیؔ کے والد کا نام میر عبدالرشید بیہقی تھا۔ صاحب علم و فضل اور اہل قلم صوفی تھے۔ اِن کی تصانیف کی تعداد ساٹھ تک بیان کی جاتی ہے۔ کشمیری زبان میں 'عقائد منظوم' اور ترجمہ 'مختصر وقایہ' منظوم لکھے ہیں'' ۔[2]

کائشرِ شاعری متعلق لیٛکھنہٕ یِنہٕ وول کانٛہہ تہٕ دستاویز یِیہِ نہٕ توٗت تام مکمل مانہٕ یوٗت تام نہٕ تَتھ اندر محمود گأمیؔ سٕنٛزِ شاعری ہِنٛد ن مختلف انہارَن متعلق

1. انہار ''نعتیہ ادب نمبر''، صفحہ:110۔
2. کشمیری زبان اور شاعر، جلد دوم، صفحہ: 277۔

تفصیلہٕ سان کتھ کرنہٕ ییہِ۔ محمودٕن زمانہٕ اوس کشیرِ منز فارسی ادبہٕ کہِ بہارُک تہٕ جہارُک دور۔ فارسی یس منز لیکھُن اوس فائشن تہٕ محمود اوس فارسی زبانی ہُند پرنہٕ پأٹھی ووستاد۔ اَمہِ باوجوٗد تہٕ ژأرتم پننہِ اظہارٕ خأطرٕ پننی مادری زبان۔ رہوایت شکنی ہُند یہِ طرح پیوٗ وکأشرِ زبأنی پھرٕ یوٗ ژتہٕ محمودس کرٕ پننوٕ ہمعصروتہٕ تَس پتہٕ ییہِ والوٕ شأعرو تقلید۔ محمود چھُ کثیر البیان۔ غزل گوئی، مثنوی نگأری تہٕ لولہٕ شأعری اندر چھِ تمی کینہہ سنگِ میل ترأوی متی تاہم چھکھ نعت کمے پہن لیکھی متی۔ اَمہِ باوجوٗد ہیکہِ نہٕ کانہہ یہِ ٹاکارٕ پرزرٕ گٹأوِتھ زِ محمود چھُ بحیثیت نعت گو تہٕ کأشرٕ بن منز سبٹھاہ مقبوٗل تہٕ زأنٕد از ڈوڈ ہتھ ؤری ووت کأشرٕ بن یہندٕ بن نعتن ہُند ورٕ دمشیدَن، گرن تہٕ باقی دینی مجلسن منز کران۔ اَمہِ بے پناہ مقبولیتُک اَکھ وجہ ہیکہِ یہِ أستھ زِ محموٗدٕن نعت چھُ کأشرٕس مزازس براہ یوان۔ نعتس پیٹھ کأم کرن والوٕ کینژٕ ومحققو تہٕ نقادو، یمَن منز رشید نازکی پیش پیش چھِ، چھے محموٗد گأمیَس یہِ ڈٕلِ زِتہٕ پٕٹ کڈٕنچ کوٗشش کرٕمژٕ۔ یہنز نعتیہ شأعری پیٹھ تبصرٕ کران چھِ نازکی صأب لیکھان ''محموٗد گأمیُن نعت چھُ أمِ سنزِ شأعری خاص کرغزل، ریختی، روٗف یاوَنہٕ وِنس تہٕ مثنوی مقابلہٕ نہایت کم ترتہٕ مبتذل باسان۔ محمود گأمیَن چھُ نعت دراصل رہوایت برقرار تھاوَنہٕ خأطرٕ یا رہوایت پأدٕ کرنہٕ خأطرٕ لیوکھمُت۔ أہنٕدِس نعتس اندر نہٕ چھُ گداز تہٕ نہٕ نغمگی ........شاعر (محمود گامی) ییلہِ نعت چھُ لیکھُن ہوٗان، تَس چھُ قلم باثران، خیال چھُس بانہِ گرٕشھان تہٕ ذہن چھُس رأسی گرٕشھان۔ سُہ چھُ

ہکان زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ئتھ‘‘ ۔[1]

اَمہِ پتہٕ چھِ فاضل تبصرٕ نگارَن محموٗد گامی سٕندہِ دون نعتن ہٕندی کینٛہہ شعر پننِس دعوہَس ستی بطورِ دٔلیل پیش کٔری متی ۔ مثالہِ پأٹھی دِنہٕ آمتین شعرَن منٛز چھِ یِم شعرتہٕ شأمل :

چھُ والیل تعریف گیسوے تو   رُخت والضحیٰ یا حیات النبیؐ



پرزلوٗنی نوٗر بٔری دَہ ستارے   سہٕ تعریف چھُے ژٕ نمن یا محمدؐ
ووزٕلی وُٹھ چأنی ڈیشتھ رنٛگ چھُ روٗٹمت   گولابَن کوسمن یا محمدؐ



میٲنی ذأتی رائے چھے یہِ زِ یِم شعر ہکو کھٲسی کأشرِ زبأنی ہٕندہِ گوڈنِکہِ درجہِ کِبن نعتیہ شعرَن لَرِ لوٗر تھٲوِتھ ۔ میٲنی محترم ووستاد تہٕ بزرگ نازکی صأبن چھُ ژَکھہِ ہٕتس اندازس منٛز محموٗدُنس نعتس اند بوٗر دِوان لیوٗکھمُت ’’بہرحال یہِ چھُ زِیوٗٹھ بحث، یتھ اگر کانٛہہ زیرِ دِیہِ جوابس پیہِ مزٕ ۔[2] جسارت کرنٕچ ہمت سپز یٕہندِس أکِس شأگردس وومید چھے زِ جواب میلہِ ۔

محموٗد گأمی لیس پتہٕ یِم شأعر نعتہٕ کہِ حوالہٕ کأشرِ زبأنی ہٕندِس ادبی تأرٟخس منٛز ممتاز مانہٕ یِوان چھِ تِمَن منٛز چھُ قطب الدین واعظؔ ، تہٕ مولوی محمد خضر مُقبلؔ خاص پأٹھی قابلِ ذکر ۔ واعظؔ سٕندی نعت چھِ نفسِ مضموٗنہٕ رٔنٛگی تہٕ پُر مایہِ تہٕ فنی

---

1. کلیاتِ نادم، صفہٕ: 17 ۔ 2: کلیاتِ نادم، صفہٕ: 19 ۔

اعتبارٕ تہٕ چُست۔ أمی ہندِس کلامس چھِ تخلیقی محاسن، خوبصورتی عطا کران تہٕ یتھہٕ پأٹھی چھُ یہِ أکِس Genuine نعت گو شاعر ہندِ حٲثیتہٕ ادبی دُنیہس منز پنُن مقام متعین کران:

چھُ چانٛنہِ ہٮ۪نبر زلَن پکان وَتہِ سورمہٕ ہرَن

عالمہٕ کہِ نُنٛدٕ بانے نبیؐ مختارٕ میٲنے

○

دِل چھُ چشمہٕ تَے چشمہٕ فوارٕ غمہٕ چانہٕ دَم ہتھ اوش ہاران

نظرا کرتم چھُس لاچارٕ حقہٕ ہندِ یارے وَنٛدٕ ہے جان

○

حضر محمد مُقبلؔ تہِ چھُ اَکھ باریک بین سخنور اوسُمت تہٕ دینِ اسلامس پیٹھ چھُس سرٕ نی تہٕ گنٛز نظر آسمٕژ۔ یِہندی نعت پرٕتھ چھُ انسان علمی تہٕ تأریخی نوکتَن أنٛزی منٛزی گرٕھنَس ستی ستی وولسنَس تہِ یوان:

ژٕ چھے شأہی تہٕ سلطأنی مسلم یا رسول اللہؐ

ژٕ چھکھ از لطفِ رُبأنی مکرم یا رسول اللہؐ

○

ولی اللہ متو تہِ چھُ اَمی دورُک شاعر۔ ادبس منز چھُ یہِ زیادٕ تر "ہی مال ناگرائے" مثنوی ہندِس خالق ہندِ حٲثیتہٕ زانِنہٕ یوان،[1] تاہم چھُ أمی کینٛہہ معیأری نعت تہِ لیکھی متی۔

کأشرِ شأعری ہُند سارِوے کھوتہٕ باڈٕو دارٕ تہٕ مولُل باب چھُ صوفی

---

[1] تقریبن سارِوے مثنوی نگارو چھِ پننِن مثنوی یَن ہندِس ابتداہس منز مناجات، نعت تہٕ منقبت لیکھی متی۔ شاید برکت تہٕ کامیأبی ہندِ نیتہٕ۔ اَمہٕ قسمہٕ کِنِ نعتَن ہُند تعداد چھُ کأشرِس منز واریاہ۔

شاعری ہُند۔ لل دیدِ پتّھ احد زرگرس تام یم درجہٕ وادصوفی شاعر کشیرِ منز پاؠد گےٚ تِمَو منزٕ چھُ واریاہَن ہُند کلام معیارٕ کہِ اعتبارٕ ادبِ عالیہٕ ہس منز شمار کرُن لایق۔ کاشرٕ صوفی شاعرو منزٕ چھِ واریاہو منزی منزی نعت تہٕ لیکھمٕژ تاہم چھُ یِمَو منزٕ خالے کانٛہہ تِمہٕ پایُک نعت لیکھتھ ہیوٚ کمُت یِیمہِ پایُک صوفیانہٕ کلامہٕ یِم تخلیق کران چھِ۔ بہرحال نعت لیکھَن والین یِمَن صوفی شاعرَن منز چھِ رحمان ڈار، وہاب کھار، واژٕ محمود، اسد پرے، رمضان بٹِ گنستان، صمد میر، شمس فقیر، احمد بٹہٕ وآری تہٕ احد زرگر بالخصوص قابلِ ذکر۔ یوٚ دوٚے یِمہٕ شاعر پزٕی پاٹھی نعت لیکھنہٕ وِزِ تہِ وحدت الوجودٕکی قاعدٕ تہٕ پیمانہٕ ورتاوِتھ احدس تہٕ احمدس درمیان کانٛہہ فرقٕ تھاوان چھِنہٕ، تاہم چھِ یِہنٛدِ کلامہٕ منزٕ تہٕ منزی منزی کینٛہہ تِتھی شعر نیران یِمَن خالص نعتیہ شعرٕ وَنِتھ ہکو۔ مثلن:

چشمہٕ ڈیشِتھ آہو روٗ دی کزل ون | چشمہٕ ڈیشِتھ یمبر زَلہِ پھوجہِ باغَن
چشمہٕ ڈیشِتھ پھولی گلستانہٕ لولو | جان وَنٛدٕ یو جانِ جانانہٕ لولو

احمد بٹہٕ وآری

○

دنٛدٕ قندٕ پھٔلی کیاہ چھِ رٔژی یے | اَسہٕ وُن گنجہٕ دہان
لعل لب کیا رحمت یے | نیرِ ٲتی یے روہ کران

شمس فقیر

○

قد چونےٚ وُچھ مےٚ بالا | یا محمد مصطفیٰؐ
حدو لاحد عرش اعلیٰ | یا محمد مصطفیٰؐ



صمد میر

کینژَن صوفی شاعرَن ہٕنٛدِس کلامس منٛز چھِ تِتھۍ شعرتہٕ میلان یِم نعتیہ شاعری ہٕنٛدِس مقصدس تہٕ مزازس بالکل برعکس چھِ۔ یُہ تہٕ یوت نہٕ بلکہِ چھِ کینٛہہ شاعر رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہُنٛد ذکر (نعوذ باللہ) اَکِس مجازی محبوبہٕ ہٕنٛدی پاٹھۍ کران۔ یُہ دوَے دِل مانان چھُنہٕ، مگر کتھِ پوٗرٕ پاٹھۍ گێنٛز کڈنہٕ خاطرِ چھےٚ اَمِہ قسمہٕ چہِ اَکھ زٕ مثالہ دِنہٕ لازمی بنان:

| | |
|---|---|
| گاہ تمۍ پیغمبر لوگونے | اِشارٕ ستێن پھٔٹرُن ماہ |
| ابوجہلن شکھ ترٛوونے | سُہ اوس پانٕے وَنے کیاہ |



شاہ غفور

| | |
|---|---|
| کمان ابرو بے پروایہِ | مجہِ تیر لاۓ تِتھم بے شمار |
| تمے تیرِ الماس جگرس مے آیہِ | لگیو ژھایہِ ہا مدنو |



رحیم صاب سپوری

تاجبس لایق کتھ چھےٚ یہِ زِ یِم دوٚشوَے وژَن چھِ ریاستی کلچرل اکیڈمی ہٕنٛدِ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمٕژ ''نورِ آگر'' تہٕ پروفیسر فروتنٕ ہٕنٛدِس ادارتس منٛز چھپےمٕژ ''نعتِ مصطفےٰ'' ناوٕچن نعتہٕ سوٚمبرَنن منٛز تہٕ شامل کرنہٕ آمٕتۍ۔

مجازی عشقس للہٕ کھوٗل کرن والی کینٛہہ مجازی شاعر تہٕ چھِ کینٛژَن جایَن نعت لیکھنَس دوران پننِس مخصوٗص ژێنن طرزس تہٕ باوٕژ طریقس منٛز تِتھٕ کٔنۍ ہیٚنہٕ آمٕتۍ زِ پرن وول چھُ ترٛٲہن تہٕ ترٛٲوِہَن گژھان زِ اگر تِتھۍ شعرتہٕ

نعتیہ ادبُک حصہٕ مانو کھتیلہِ کیا گوٚ "یا محمدؐ ہوشیار" آسنک مطلب۔ اختصارس کأم ہیتھ کرٕ بہٕ رسول میرنہٕ اکہِ وژنُک صرف اَکھ بند پیش:

وولنس مدٕ تے زولنس نأری          وولنس عشقہٕ زُنأری یے

نأری وَن قد چھُس جامہٕ گلنأری          للہ کرِ نا یأری یے

یہِ چھُ پوٚز زِ امہِ قسمکی مگر پیٚتی بڈٕی نہٕ وشفہٕ چھِ امیر خسروٗس سان باقے زبانَن ہِندِ بڈٕ بڈٕ شاعرَن تہِ گأمتی مگر تمہِ ستی چھنہٕ رسول اکرم صلی اللہ علیہ وسلمَن ستی عام محبوبہٕ ہِندی پأٹھی مخاطب سپدنس جواز ِیتھ نیران۔ کأشرِ شأعری ہِندِس سرمایس وۄن دِنہٕ پتہٕ چھُ نَنان زِ اَتھ زبأنی اندر چھِ ہتہٕ وادشأعرو نعت وٕنی متی، بلکہ اگر یتہِ وَنوزِ کأشرِ بوشأعرو منز چھُ خالے کانہہ تیٚتھ تیمی نہٕ نعت لیوکھمت چھُ، مبالغہٕ چھُنہٕ۔ بہرحال یمو شأعرو منزٕ کُر اَسہِ آدن کالکیٚن کینژَن صاحبِ طرز نعت گوشأعرَن پیٹھ کتھہٕ مگر یہِ سلسلہٕ روزِ توٚت تام نامکمل یوٚت تام نہٕ اَتھ منز مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری، مقبول امرتسری، سیف الدین تاربلی تہٕ ثناء اللہ کریری سُنٛد ناو ہیٚنہٕ ییہِ۔ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری یم سراپا نگأری ہِندی موٗللی نموٗنہٕ "گلریز" منز پیش کٔری متی چھِ، تم چھِ بے جوڑ تہٕ نِرل۔ منظرکشی تہٕ جذبات نگأری منز تہٕ چھِ تم لاجواب۔ مجأزی لولہٕ پرکشش مثنوی لیکھن وول یہِ شأعر ییلہِ نعت لیکھن ہوان چھُ، اُمس چھنہٕ رسول میرنی بأش گرٕ ھان بلکہِ چھُ یہِ ہشیار مغزتہٕ باریک بین سخنور ہِندی پأٹھی سأری آداب تہٕ بُندِ شہِ نظرِ تل تھأوِتھ نعت نبی لیکھان:

تتھ جایہِ شیدا ذرّہ صفت ساسہٕ بُدی خورشید

یتھ جایہِ پرتو تراوِ سہ مہروے مدینہ

ثناء اللہ کریری چھُ کاشرِ ہن ہُند محبوٗب نعت گو شاعر۔ جامؔی ہندِ ''نسیما جانبِ بطحا گزر کُن ۔۔۔ زِ احوالم محمدؐ را خبر کُن'' شعرِ کس متنس پیٹھ ''ہاواو واتکھ ناتوٗ تُے ییٚتہِ ڈاپھ ترآوِتھ مصطفےٰ''، لیکھِتھ اَنی کرِ رعلاقکۍ اَمی سیدذادَن مراز، کمراز ساری کاشرۍ وجدس۔ ''احوال لاٰخرت'' ہِش کار آمد کتاب لیٚکھن وول یہِ عالمِ دین چھُ بہر حال پننہِ کم قلیلا نعتیہ شاعری ستۍ زِندٕ تہٕ جاوید۔

عبدالاحد ناظم ہندِ پیٹھہٕ چھُ کاشرِس منز معنوی لحاظہٕ نعت گویی ہُند اَکھ نوٚو دور شروٗع گژھان۔ ناظم ہندِ پیٹھہٕ پیر غلام محمد حنفی سوپوری یَس تام یم تقریبَن زٕ درجن شاعر اَتھ زمانس منز نعت لیکھان چھِ، تِمَن منز چھِ اَتھ صِنفہٕ کاشرِس منز عروٗج بخشن والی عبدالاحد نادم تہٕ پیر عزیز اللہ حقانیؔ تہٕ شامل۔ کاشرِ نعتیہ شاعری متعلق کتھ ووتھنہٕ وِزِ یُس ناو یکدم تہٕ ساروٕے گوڈ زیوٕ پیٹھ یوان چھُ، سہ چھُ عبدالاحد نادمؔ۔ ''کاشرِ ادبُک توارِیخ'' لیٚکھن والی ناجی منور تہٕ شفیع شوقؔ چھِ نادمَس کاشرِ زبانۍ ہُند سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ نعت گو قرار دِوان لیکھان ''تِمۍ کوٚر رومیؔ، نظامیؔ، سعدیؔ تہٕ جامیؔ ہندِ بو نعتو منزٕ تہٕ الہام حاصل تہٕ محمود گامیؔ، فاخرؔ، قطب الدین واعظ، ثناء اللہ کریری، عبدالاحد ناظم بیترِ کاشرِ ہن بُہلہِ پایہِ شاعرن ہندۍ نعت پٔرتھ ژاٚرِن پننہِ خاطرٕ اَکھ

مخصوص لَے یتھ منز کاشرِ وَنوٗنک سوز وگداز، جذبک مُرشِجارتہٕ باؤژھُنٛد بے پھرٕ یک اظہار چھُ۔ یوٗ دوَے اَتھ لیہِ منز تِمس بروٗنٛٹھ تہٕ واریاہ نعت وَننہٕ اُسی آمٕتی مگر نادمَن تھووُنہٕ یہِ قافیس تابع بلکہ دِتُن معنی آفرینی تہٕ استدلالس کُن ژور توجہ۔ یہِ سپُد تیلی ممکن ییلہِ تِمۍ آنحضرتَنٛ ہُنٛد جمال تہٕ کمال پرٛزنوو، تِمَن سٟتی پانیارُک رِشتہٕ جوٗڈ تہٕ پنُن دِل تہٕ دماغ کوٗرُن نوٗرِنبوتہٕ سٟتی آباد۔[1]

نادم چھُ گوڈنیک کاشُر شاعر یمۍ پننہِ تمام ترٕ تخلیقی صلاحیژ تہٕ توجہ صرف نعت لیکھنَس پٹھ مرکوز کٔرِتھ اَتھ صِنفہِ نوٚو طرح دِیُت۔ سُہ اوس پاُداُیشی طور شوژرُک قائل تہٕ رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمَن ہُنٛد لول تہٕ محبت اوسُس رُمس رُمس منز۔ دینی تہٕ علمی خاندانَس سٟتی وابستہٕ آسنہٕ کِنۍ میوٗل تِمس لوکہِ پانَے مذہبی تہٕ ادبی کتابن ہُنٛد مطالہٕ کرنک ماحول۔ تِمۍ پوٚرباقی کتابَن سٟتی سٟتی فارسی زبانٕی ہنٛدبن بٔہلہِ پایہِ سخنورَن ہُنٛد کلامہٕ تہٕ اَمہِ سٟتی لٔج تِمۍ ہنٛدِس تخلیق شعورس زیرتہٕ ہیوٚتُن وَنُن:

مکی قمر تہٕ مدنی شمسہٕ زانٛہہ ہوو تھمسہ ماہ روخسار



یہِ اوس آغاز عشقِ مصطفےٰؐ کِنۍ جذبن شعرٕ وردَن وَلُنک اَکھ ترٛٹھ باوتھ یتھ اندر عنائت تہٕ چھے تہٕ مانہِ ساوبن استعارَن ہُنٛد فنکارانہٕ ورتاوتہٕ۔ نادمَن کٔری کاشرِ نعتیہ شاعری اندر واریاہِ رٔنگی جدت پادٕ۔ تِمۍ اَنۍ یہِ کاشرن ہنٛدِس

1. نوٚو کاشرِ ادبُک تواریخ، صفحہٕ: 177-172۔

مزازس نگھہِ مگر تعظیم رٕ چھرٕ چھ۔ رسول کریم صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛز معجزاتو ستی مالامال شخصیتکی تعریف کٔرِتھ کُنہِ مبالغہٕ ورأے تمہِ شاعرانہٕ ہنٛرمنٛدی سان زِ اسلامی عقیدس پٔتھ نہٕ پکن والی لۄکھ تہٕ وَنن یہِ بۄ زِتھ زِ زندگی ہُند آڈیل Ideal اَے وُنی زِتہٕ أمی ہیہ شانہٕ بٔڈسٕ۔ شعرن ہنٛدِ خاطرٕ ژٲرِتھ عام استعمالٕچ سہل زبان تہٕ رواں انداز۔ لوٗلس تہٕ استدلالس درمیان کۄرُتھ تیٚتھ امتزاج پأدٕ یُس شاعری ہنٛز ہُنرزانن وول باکمال سخنورٕ ے کٔرِتھ ہیٚکہِ۔ مثالہِ باپتھ وُچھتو یِم شعر :

| | |
|---|---|
| نبی یَن تہٕ قوطبن ییٚہِ اوتادن | سارِنٕی غوثن ژٕے رہبر |
| مورشد سپدأوی چأنی ارشادن | یا نبیؐ پادن وَنٛدٕ ہوے سر |



دُنیہکس ناماوار نعت گو شاعرَن ہنٛدِ کلامُک ہرترپنہٕ منہٕ منٛزشرٕ وٕپرأوِتھ کۄرنادمَن اَمیُک اوہر کأشرِ شاعری اندر رٕٹتھہٕ کُنہٕ پیوست زِ اَتھ میۄل اوبرِ گوبر، ووتھِ واشرتہٕ وُسجار۔ أتھی تنوظرس منٛز چھُ غلام رسول نازکی نادمَس یِیمہِ آیہِ خراج پیش کران:

چھِ أکی ہیہ نادمَس منٛز جمع گأمتی
عراقی، انوری، جامی، نظامی

''کلیاتِ نادم'' کِس دیباچس منٛز یُس طویل بحث پروفیسر رشید نازکی یَن نادمٕنس کلامس پٔٹھ کۄرمُت چھُ، تَتھ منٛز چھِ أمس کثیرالکلام تہٕ

قادرالبیان شاعر سُند کلامکۍ وکھرِ وکھرِ انہار گاشراونہٕ آمتۍ ۔ ''زِہجوری'' شہر آشوب تہٕ شمائل نبوی صلی اللہ علیہ وسلمس پیٹھ چھُ نازکی صاب وبڑھنتھ لیکھان تاہم چھِ اَتھ منز تِمن کینہہ وشفہٕ تہٕ گاٹمتۍ ۔ لیکھان چھ، زِ ''ترٚے شمائل چھِ مکمل، یِمن منزاَکھ مولوی صدیق اللہ سائل سُند چھُ، دوٚیِم وہاب کشمیری سُند تہٕ تریِم حضرتِ نادمہٕ سُند چھُ''۱ صدیق اللہ (شانہٕ ساز) سائلن نہٕ چھُ شمائل نبوی ؐ لیوٚکھمت تہٕ نہ چھُ اَمہِ قسمُک کانٛہہ مسودٕ وُنیتام دریافت کرنہٕ آمُت ۔ وہاب کشمیری یعنی وہاب پرین تہٕ چھُنہٕ شمائل نبوی ؐ بالکل لیوٚکھمت ۔ فاضل محققن یُس زِیوٚٹھ تقوبلی تبصرِ بقول تِہندِ وہاب پرے تہٕ نادم ہُندبن لیکھیمتٮ۪ن ''شمائل نبوی ؐ'' یَن ہِندِ حوالہِ کوٚرمُت چھُ تتھ گرٛھہِ تِمَن سارِنے جایَن ''مولوی صدیق اللہ حاجنی'' لیکھنہٕ یُن، ییٚتھن وہاب یا وہاب کشمیری لیکھنہٕ آمُت چھُ تِکیاز یِیمہِ ''شمائل نبوی ؐ'' کہِ حوالہِ نازکی صابن پنٛنۍ خیالات باوی مِتۍ چھِ سُہ چھُ مولوی صدیق اللہ حاجنی سُند نہ زِ وہاب پریُن ۔ وہاب پرین چھ، البتہ زائداز ترٛہ نعت لیکھی مِتۍ یِیمہِ کِنۍ سُہ صفِ اولہٕ کِبن پرگونعت لیکھَن والین شاعرن منز شمار کرنہٕ یِوان چھُ ۔ وہاب چھُ کاشرِ زبانۍ ہُند اولین صاحب دیوان شاعر تہٕ أمِ ہِندی نعتیہ غزل چھِ دوٚیِمہٕ قسمکبن غزلن ہِندی پاٹھی اظہارِ کہِ اعتبارٕ تہٕ فکری لحاظہٕ استدلالی:

عنبر تہٕ ادفر مُشکد ارعطرے چھُنہٕ کینٛہہ اعتبار

---

1. کلیاتِ نادم، صفحہٕ:۱۰۲۔

یم چیز چھی درروزگار دراُمتی زِ بوے آنجنابؐ



چھی گنہگار اُمتی تھاران تشنۂ لب ووٚنی شفاعتس پراران

ہاوِ دیدار چاوِ آبِ کوثر محمد مصطفےٰؐ پیغمبر



وہاٮ۪ن کالہٕ بوج سید امیر شاہ کریری چھُ کاشرٮ۪ن نعت گو شاعرَن اندر اَکھ اہم مقام تھاوان۔ پزر چھُ یہِ زِ امیر شاہن اوس پنُن توجہ رزمیہ مثنوی نگاری پیٹھ مرکوٗز کوٚرمُت۔ یہِ چھُ شاعری ہُند سُہ صِنف یَتھ مبالغہٕ آرائی رنگ کھالان چھےٚ تہٕ امیر شاہَن چھنہٕ سام نامہٕ تہٕ خاور نامہٕ لیٚکھنَس دوران یہِ ہُنر ورتاونس منز کانٛہہ کمی تھاوِمٕژ، ووٚں گوٚ ویٚلہِ تمِ نعت چھِ لیٚکھان خیاٚلی گُری چھِ یکدم روٗتہٕ گژھان۔ تصورِ عشق چھُ پاکیزگی تہٕ تقدس رٕژھرٲوی رٕژھرٲوی صدا قتکی لولہٕ برٕتی تہٕ اثر کرٕنی آلوٚنٛتھ اظہار پراوان:

اُمی چاٚنی نورِ مُطلقَن دیُت جلوٕ در دِلِ عاشقن

پیدا کوٚرُکھ حضرتِ حقَن کیا آفتاب اے نازنین



ظاہر سپُد آں والضحیٰ رُخسار زِ مکہ

پژزلیاو سُہ خورشید جہاں تاب مدینس



اَمہِ دورِکین باقے نعت گو شاعرَن منز چھِ عاشق ترالی، غلام احمد جید، پیرمحی الدین مسکین تہٕ پیر غلام محمد حنفی لیس علاوٕ بیٚیہِ تہِ کینٛہہ ناوگر پزر چھُ یہِ

زِنادمَس پتہٕ یوسہٕ سارِیے کھوتہٕ معتبر آواز اَتھ دورس اندر نمایاں سپُز سو چھے ''پیر عزیز اللہ حقانی'' سِنز۔ بقولِ عبدالاحد آزادؔ ''محمود گامی کے بعد اگر خطۂ کشمیر نے کوئی مطلق العنان سخنور پیدا کیا ہے وہ حقانی صاحب ہیں۔''[1] حقاؔنی چھُ تھدِ درجُک عالم تہٕ قلمکار اوسمُت۔ ڈوڈ درجن پیٹھی کتابہٕ چھَن لیچھمٕژ۔ کاشُر زبانۍ یُس مولُل تہٕ متبرک گُلہِ میوٚژھ أمۍ دیدٕ ورسخن سازن کوٚرتم چھِ أمۍ سِندۍ نعت۔ مقدارِ رٕنگی چھِ حقاؔنی صاینٕز کیٚہ نعت منظرِ عامس پیٹھ آمٕژ مگر اَمہِ باجوٗد تہٕ چھُ یِہند ناوگوڈنِکی نیٚ دوٗن ترٛین شاعرن منٛز ہینہٕ یِوان۔ یِہندین شعرن پیٹھ گرِ واریاہو شاعرو طرحی نعت لیکھنٕکۍ تجربہٕ، خاےِ کاٗنسہِ گیہِ کم کاسہٕ کامیابی حاصل۔ یِہندِ نعتُک جمالیاتی انہار چھُ قابلِ غور:

گوٚو جہاں تازٕ بہ رُخسارِ رسولِ عربیؐ
روٗٹ گلومشک زِ گُفتارِ رسول عربیؐ

○

مےٚ ستھ سورِم کُنِس جانس مو ہر آسم مےٚ پرٛتھ تانس
کرٕ ےِ تھف زورٕ دامانس مکمل یا رسول اللہؐ

○

کاشرِ شاعری ہُند ہمکال دور چھِ أسۍ عموٗمَن مہجور صاینہِ پیٹھہٕ شروٗع کران۔ یَتھ دورس منٛز چھُ نعت لیکھَن والین شاعرَن ہُند تعداد ہَتَن منٛز۔ تِتھین شاعرَن ہُند تعداد تہٕ چھُ درجنَن منٛز یِم صرف نعتے یوت لیکھان رُدۍ۔ اَتھ سلسلس منٛز چھِ کینٛہہ ضخیم شعرِ سوٚمبرنہٕ شایع تہٕ گامٕژ یِمَن منٛز چھ انعت چھِ۔

---

[1] کشمیری زبان اور شاعری

أز کہِ دوہہِ ییلہِ یہ یہ عبارت لیکھان چھُس واژ مےٚ نِشہِ اَمہِ قسمہٕ چہٕ زٕ کتابہٕ۔ اَکھ چھےٚ نٕڑ پورچہِ فاروقہ پروینِ ہنٛز تہٕ دوٚیم غلام حسن وانی المعروف حُباب عاشقؔ ہنٛز۔ کہے دوہہ بڑ وٚنہہ اُس مےٚ نِش سٹیٹ بورڈ آف سکوٗل ایجوکیشنس منٛز کاٗم کرن واجنہِ مزمِل ناوچہِ اَکہِ جواں سال خوتونہِ پننہِ نعتیہ کلاٗمچ سوٗمبرن ''گوڈٕ کنتھ'' لیکھنہٕ خاطرِ سوٗزمٕژ۔ اَمہِ قبیلکی اکثر شاعر چھِ شوقہٕ نعت لیکھان۔ یم چھِنہٕ شاعری ہنٛدٕ ہن فنی زاٗوِجارٕن سنان۔ یمَن چھُ یژ پاٹھی یوتےٚ مارٕ موٚت آسان زِیہنٛزِ ڈالی گُرتھ نبیؐ سٕندِس دربارس منٛز قبوٗل گژھنی۔ ادبی حلقن منٛز شوہرت پراون والیٚ موجودٕ دور کیٚ قریبَن سارِوے شاعرو تہٕ چھِ نعت لیکھیٚ ہٕتیٚ ووں گوصاحب طرز نعت گووَن ہنٛز اَتھٕ یتھ پراوَن والیَن منٛز چھِ میر غلام رسول نازکیؔ، عبدالاحد فیاضؔ، فاضل کشمیری، غلام حسن غمگینؔ، رشید نازکیؔ، علی محمد شہبازؔ، مرغوب بانہالی تہٕ غلام نبی گوہرؔ گوڈٕ انوارِ یوان۔

غلام رسول نازکی یَن ژاٗرکاٗشرِ شاعری منٛز پننہِ تخلیقی اظہار باپتھ ''رُباعی'' یا ونو ''ژُمصراٗے'' صنف۔ تمِ کوٚر اَتھ شعرِ قاٗلبس منٛز واٗقاتی، سیاٗسی، سماٗجی تہٕ تاٗریخی موضوعن ہٕتیٚ ہٕتیٚ اسوہ رسول ﷺ تہٕ بیان۔ یِہنٛدِس باوتس اندر چھُ تیُتھ تاٗثیر زِ ''نمرودنامہٕ'' تہٕ ''کاوِ یینہِ وول''[1] کتابن منٛز چھپےمٕژ اکثر نعتیہ رباعی چھےٚ نعتیہ شاعری ہنٛد بہترین نموٗنٕ نگی پیش کرنہٕ یوان۔

---

1 میر غلام رسول نازکی صابنن کاٗشرن شعری مجموعن ہنٛدی ناو۔

فکری تھزٕرس ستۍ ستۍ چھُ یِمن رُباعین 1 زبانٔی ہُندٕ رٕسیُل ورتاوتہٕ مقبوٗلیت بخشان:

یوٗ ہے عزت یہاے چھُم نیک نامی
اُمی چیزَن کوٗرُس نامی گرامی
کھوٗرَن تل چھم سکندر جم تہٕ دارا
جبینس چھُم تہُند داغِ غولامی

○

محمدؐ بے کسن ہُنٛد کس محمدؐ
دِلُک آرام روحُک رَس محمدؐ
نجاتچ چھے کُنی وَتھ رٕٹھ یہاے گتھ
محمدؐ بس محمدؐ، بس محمدؐ

○

مذکوٗرٕ مقالہٕ چھُ کلہم نعتیہ شاعری پیٹھ اکھ تفصیلی نوٹ تہٕ مدلل جائزٕ اما پوٗز اَسہِ ہیوٚک نہٕ پننہِ مجبوری کنٛز یہِ سوٗرُے مقالہٕ یتھ شمارس منٛز شامِل کٔرِتھ۔ غلام رسول نازکی لیس پیٹھٕ چھُ ازتام کہن بزرگ کھوٗ نوجوان نعت گو شاعرن پیٹھ تفصیل بحث کرنہٕ آمُت یُس آیندٕ کُنہِ شمارس منٛز شامِل ہکھون کٔرِتھ۔ (اَسی چھِ معاذرت خواہ)۔

○○○

1. تکنیکی طور چھا یم رُباعی کِنہٕ نہٕ یہٕ چھُس نہٕ تتھ متعلق کانٛہہ دعواہ راوُن یژھان۔

# نعتُک شعریات

رُخسانہ تبسُّم

بَلَغَ الْعُلیٰ بِکَمَالِہٖ　　کَشَفَ الدُّجیٰ بِجَمَالِہٖ
حَسُنَتْ جَمِیْعُ خِصَالِہٖ　　صَلُّوْا عَلَیْہِ وَاٰلِہٖ

○

نعت چھُ اسلام یِنہٕ پتہٕ شاعرن ہُنٛد پسندیدٕ موضوع روٗدمُت یٚیمِک انداز یٚیمہِ کتھِ تلہٕ تہٕ سپدِتھ ہیٚکہِ زِ ژودہن شتن وٕری ین پیٹھ پھہلتھ یہِ صنف چھےٚ ازتہِ تمی آب وتاب سان پٔنُن تابدار سفر جأری تھأوِتھ یٚیمہِ عزمہٕ، مقصدٕ تہٕ احترامہٕ سان امیک آغاز سپُد۔

تمام تم نظمہٕ، رباعیات، قطعات تہٕ مثنوی یِہ یمن منٛز رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕنٛزِ محبتُک تہٕ عقیدتُک اظہار کرنہٕ یِیہِ یا تمن ہٕنٛدی محاسن، محامد تہٕ صفات بیان سپدن، چھِ نعت کِس زُمرس منٛز یوان۔ فارسی، اردو تہٕ کأشرِس منٛز یٚیمہِ ساعتہٕ 'نعت' لفظ استعمال سپدان چھُ، امیُک مدعا چھُ منظوم اندازس منٛز مدح تہٕ توصیفِ رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم بیان کرٕنی۔

نعت کِس شعرِ یاتس منٛز چھُ یٚیمہِ کتھِ ہُنٛد خاص خیال تھاوُن پیوان زِ تم استعارات، تشبیہات تہٕ رمز و کنایہِ تہٕ ترکیبہٕ ین ورتاوس منٛز اننہٕ یِم امہٕ

صنفہِ خاطرِ موزون روزن۔ نعت لکھن وألس یا پرن وألس پزن حضورِ پُر نور صلی اللہ علیہ وسلمن ۂندِس ذاتِ اقدسس متعلق تمام لوٲزمات مدِ نظر تھاوِنی۔ محتاط تہٕ باادب روزُن چھُ از حد لاٲزِم۔ ہرگاہ لفظن ہناتہٕ پھیرِ گیرِ گڑھِ گستاخی ہُنٛد مرتکب ہیکہِ سپدِتھ۔ حبِ رسول صلی اللہ علیہ وسلم آسُن چھُ نعتہٕ خاطرِ اوّلین شرط۔ بقول ضمیر جعفری:

''جو چیز نعت کو دوسری چیز سے ممتاز کرتی ہے وہ ہے شاعر کے دل کا سوز و گداز اور عشقِ رسول ؐ میں سرشاری کا مرتبہ''[1]

عربس منز اوس گوڈٕ پیٹھے شعر و شاعری متعلق ادبی محفلن منز پننہٕ نٔبن خیالاتن ہٕنٛدِ باوتھ کرنک عنصر موجود۔ یژھن محفلن آسی ''انڈیہ'' ونان۔ قریش خاندانس ٲس ''نادی'' ناوِ چ پننٕز اکھ الگ انجمن۔ أنٛدی پکھی کِنہٕ شاعر ویوسہٕ تنظیم بناوِمژٕ ٲس تتھ اوسُکھ ناو کوٚرمُت ''دارُالندوۃ''۔ اتھ ستی وابستہٕ شعراء آسی عربہٕ کِنٛہ مختلف مائلن منز شرکت کرنہٕ کہِ غرضہٕ یوان۔ 'عکاظہ' اوس سارِنے مائلن منز اہم تہٕ سرس۔ اتھ منز آسی قصیدٕ پرنہٕ یوان۔ شاعری ہٕنٛدی حسن تہٕ قُبح نظرِ تل تھاوِتھ اوس اکھ قصیدٕ پسند یوان کرنہٕ یعنے کانٛسہِ شاعرِ سُنٛد قصیدٕ اوس پسند یوان کرنہٕ تہٕ تس شاعرس اوس 'شعر الناس' خطاب یوان دِنہٕ۔ ابوالکلام قاسمی چھُ اتھ متعلق لکھان:

''جہاں سالانہ میلے کی شکل میں دور دراز کے شعراء اور عوام ہزاروں کی تعداد میں جمع ہوا کرتے تھے کہ ''عکاظ'' میں ہی پیش کئے گئے کسی ایک قصیدہ کو اس

---

[1] ''نقوش'' رسول نمبر، ادارۂ فروغ اردو لاہور، ۱۹۸۴ء

سال کا بہترین قصیدہ قرار دیا جاتا تھا۔ اس قصیدے کو بعض روایتوں کے مطابق خانۂ کعبہ کی دیواروں پر لٹکایا جاتا تھا"[1]

گوڈٕ گوڈٕ آسی عربس منٛز قصیدے لیکھنہٕ یوان یمن منٛز اوس خاندانٕک بجر، تھز ربیان کرنہٕ یوان۔ اسلام برونٛہہ آسی عرب شعراء جنگ و جدالس وُتشں دِنہٕ خاطرٕ تہٕ پننہٕ نبن دشمنن نسل در نسل انتقام ہنہٕ، بےٚ راہٕ وی ہنٛدی جذبات سرِ عام فخراً بیان کرنٕچ رٕوِش پننہِ شاعری ہُنٛد نصبُ العین بنوومُت۔ یمن متعلق اللہ تعالیٰ ہَن سورۂ شعراءِ تہٕ نازِل کوٚر۔

اسلام چھُ سُہ واحد مذہب یمہِ ستیٚ اخلاق و آداب تہٕ زبان وادبکی پاٹھی زندگی ہُنٛد پرٛ بتھ کانٛہہ گوشہِ منوٚر سپُد۔ عربکی لوٗکھ آسی پننس فصاحتس و بلاغتس، ادبس تہٕ فلسفس پیٹھ مغرور تہٕ نازاں۔ زبان وادبہٕ کِس معاملس منٛز آسی باقین کُلی تہٕ ذٕری زانان، مگر قرآن مجید نازِل سپدِتھ بدلیوٚ تِمن ہُنٛد سونٛچ تہٕ اندازِ فکر۔

آغازِ اسلامس منٛز یٚیلہِ زبان و بیان کِس مأدانس منٛز حضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛدی دشمن شدت اختیار کران چھِ تہٕ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلم چھِ صحابہ کبارن فرماوان: "توٚہہِ کوٚر ہٕ تلوارو ستیٚ میٚہ مدد، کیٛاہ توٚہہِ منٛز چھا کانٛہہ یُس زیٚوِ ستیٚ میٚہ مدد کرِ"، یہٕ بوزِتھ چھِ حضرت حسان بن ثابت رضی اللہ عنہ دوٚوتھان تہٕ پنُن پان امہِ خاطرٕ پیش کران۔ حضرت حسانس رضی اللہ عنہ متعلق فرموو نبی دو جہان

---

[1] مشرقی شعریات، ابوالکلام قاسمی، ص: ۲۰

صلی اللہ علیہ وسلمن :

''کفار کی ہجو کہہ کر مسلمانوں کو شفا دی اور خود شفا پائی''[1]

''نعت'' چھُ عربی ییمیُک لغوی معنے کانسہِ ہندی صفت بیان کرنی چھُ۔ فرہنگ آصفیہ ہَس منز چھِ لفظِ نعتُک معنے صفت تہٕ ثناء، تعریف تہٕ توصیف۔ یتہٕ چھُ لکھنہٕ آمُت زِ نعت چھُ آنحضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛدِ تعریفہٕ تہٕ توصیفہٕ خاطرٕ مخصوص۔[2]

ادبی اصطلاحن منز چھِ نعت حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛدِ مدح یا تعریفہٕ باپتھ استعمال سپدان۔ نعت چھُ بحیثیتِ صنف اکھ الگ مقام تھاوان۔ نعتُک معیار تہٕ اصول آسی رسولِ پاک صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛدِس زمانِ اقدسس منز مقرر سپدی متی۔ تمہٕ آسی پانہٕ تہِ کینٛژن شاعرن ہنٛدِس کلامس اصلاح تہِ کران تہٕ تمن انعام واکرام بخشان۔[3]

اسلام برٛونٛہہ تہِ آسی مختلف قومن ہنٛدی لوٗکھ پنٛنی پنٛنی پاٹھی دیوی دیوتاہن ہنٛدی تعریف تہٕ خوٗبیہِ بیان کٔرِتھ پنٛنہِ عقیدتُک تہٕ محبتُک اظہار کران۔ مگر اسلام بارسس یِنہٕ پتہٕ روٗد نعت حضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛدِ خاطرٕ مخصوص تہٕ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛدی گوڈنِکی مدح خوان چھِ پانہٕ ربِّ کریم۔

''اِنَّ اللّٰہَ وَمَلَائِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ یَاَیُّھَا الَّذِیْنَ

---

[1] مشکواۃ شریف، ج: دوم۔

[2] کشف المحجوب، شیخ علی ہجویری، ترجمہ: ابوالحسنات مولوی احمد قادری

[3] ''نقوش'' رسول نمبر، ج: دہم، فروغ اردو لاہور ۱۹۸۴ء

اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَیْہِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِیْماً''۔

گویا نعتُک سارِوٕے کھوتہٕ اہم تہٕ مستند سرچشمہٕ چھُ قرآنِ مجید۔ یہِ آیہ کریم نازِل گرِتھ آو حضور صلی اللہ علیہ وسلمن درود وسلام سوزٕنی فرض قرار دِنہٕ۔ اللہ تعالیٰ ہس کھوتہٕ بوٚڈ کُس ہیکہِ ٹاٹھس نبی ییس پیٹھ درود وسلام سوزن وول اٗسِتھ۔ سورۂ احزابُک یہِ آیہِ کریم نازِل گرِتھ گر اللہ تعالیٰ ہَن پننہٕ کبریأیی تہٕ حمد بیان کرن وألی فرشتہٕ تہٕ شریک تہٕ ایمان والین آو نعتِ رسولؐ وننُک حکم۔

''لوح بھی تو قلم بھی تو ، تیرا وجود الکتاب''

تمام پیغمبرو چھےٚ سرورِ دو جہاں صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕنز ثناء تہٕ مدح خوأنی گرٕمٕژ۔ تمہِ پتہٕ رُوٚدی صحابۂ کبار، وٕلی، صوفی حضرات حضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕنز ثناء خوأنی کران۔ یِمن تعریفن منٛز آیہِ حضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕندی مختلف گوشہِ گاشراونہٕ یتھ منٛز خُلق، سخاوت، پزر، صداقت، شجاعت، امانت، دیانت، محبت، اخوت، بُتن ہُنٛد سرنگوں گژھُن، قیصر وکسریٰ کِہن دیوارن شِگاف گژھُن، فارسُک آتش کدٕ ژھیتہٕ گژھُن، رحمتُک نزولِ عام تہِ بنٛو وشاعرو پننٛ موضوع۔ غرض پزٕ بتھ کُنہِ پہلوس پیٹھ آیہِ روشنی تراونہٕ۔ بقول مرغوب بانہالی:

> ''عالمانہ تہٕ دانشورانہ سطحس پیٹھ چھُ نعت رسولؐ شناسی تہٕ دین فہمی ہُنٛد اکھ باثرتہٕ مستقل ادارٕ زانِنہٕ یوان''[1]

نعت آو فارسی ییس منٛز عربی پیٹھٕ۔ چونکہِ فارسی زبأنی پیٹھ اوس تصوفُک ژوٚر اثر

---

[1] پروفیسر مرغوب بانہالی، نعتیہ ادب 'انہار' خاص نمبر، کاشُر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی ۱۹۹۷ء

ییمہِ کنٛز نعتن ایرانس منٛز کأفی ترقی پزٕ آو۔ حافظؔ، سعدیؔ تہٕ جامیؔ ہِو بٔن شاعرن نِش چھِ امکۍ جان نموٗنہٕ میلان۔

کأشرِس ادبس منٛز چھُ نعت فارسی زبأنؠ پتٔھ آمُت یا ونوا ایرانہٕ پتٔھ ووت نعت کأشرِس منٛز۔ یوٚ تأنؠ زن کٔشیرِ منٛز نعت گوئی ہُنٛد تعلق چھُ ونہٕ چھُ یوان زِ امیُک آغاز گو وارٕ أہمہِ صدی منٛز محمود گأمی ہٕنٛدِ ذٔسۍ۔ یہِ زن صحی چھُنہٕ بلکہِ امہِ متبرک صنفہِ ہُنٛد آغاز چھُ حضرت شیخ العالمؒ نورالدینن کوٚرمُت۔ اتھ کتھِ ڈکھ کران چھِ غلام نبی گوہر لیکھان:

> ''جب ہم کشمیری ادب میں نعت کے ارتقاء کا ذکر کرتے ہیں تو یہاں پر بھی ابتداء شیخ سے ہی ہوتی ہے اور مناجات کا خشت اول بھی نورالدینؒ صاحب نے ہی رکھ دیا ہے''[1]

پروفیسر غلام محمد شادؔ صأبُن خیال چھُ:

> ''کٔشیرِ منٛز گیہِ نعت گوئی حضرت سید میر علی ہمدانیؒ ہٕنٛدِ پتٔھ شروع۔ تہٕ کیازِ چہل اسرارٕکس مجموعس منٛز چھِ اَسہِ رمزن تہٕ اشارن ہٕنٛز زبأنؠ منٛز کینٛہہ تِتھۍ نعتیہ غزل نظرِ گژھان یِم رٕسس تازگی تہٕ طراوت بخشان چھِ''[2]

عبدالاحد آزاد چھِ لیکھان:

> ''موضوع کے لحاظ سے شیخ کی بیانیہ نظمیں مختلف النوع ہیں۔ ان کے خاص خاص موضوع حمد و نعت، پند و نصیحت اور حقائقِ عرفان ہیں''[3]

بہر حال چھےٚ یہِ کتھ ٹاکارٕ زِ کأشرِ زبأنؠ منٛز چھُ نعتُک ابتداء حضرت شیخ

---

[1]: غلام نبی گوہر، صحیفۂ نور، گلشن پبلی کیشنز، مدینہ چوک گاؤکدل

[2]: غلام محمد شاد، کأشُر نعتیہ ادب، کشمیری ڈپارٹمنٹ ۱۹۹۷ء

[3]: عبدالاحد آزاد، کشمیری زبان اور شاعری

نور الدین نورانیؔ ہنٛدِ ذٔسی سپدان۔ پنہٕ ننٛن نعتیہ شرٕ کٕنن منٛز چھِ علمدارن حضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛدی اوصافِ حمیدہ، تہنٛد تھز رتہٕ بجر، عظمت، رحمت، تہنٛد شفیع المذنبین تہٕ شافع محشر آسُن قرآن تہٕ حدیثہٕ مطابِق ویٛرتھنووُمت۔

پأری پأری لگی زٕبس تس پیغمبرس ۔۔۔ تسنٛدِس دورس رحمت چھےٚ جأری

کأکی ییٚلہِ ہکھ لگہِ روزِ محشرس ۔۔۔ تمن کُن ووٚمیدوار روزن سأری



واوِ گرٕ اوِ میٛانہِ ننہٕ حضرتسؐ ۔۔۔ عرضی میٛانہِ تہُنٛد مضمون

پأری پأری لگہٕ ہس موہرِ نبوٚتس ۔۔۔ ووٚنی پیوٚم ژٕتبس گریکہِ وِزنون



## کلمہ محمدؐ تحقیق کوٚرُم



شیخ العالمسؒ پتہٕ ییٚنہٕ والیٚو کأشرٕ ہو شأعرو (فارسی کیٛو کأشرِس منٛز لکھن والیٚو) کوٚر تمن ہُنٛد مشن برونٛہہ پکناوٕنچ کوٚشش۔ یِمن منٛز خواجہ حبیب اللہ نوشہری یِم حبّی تخلص آسی تھاوان۔ شیخ یعقوب صرفیؒ، مرزا اکمل الدین بدخشیؒ، بابا داؤد خاکیؒ بیترٕ نمایاں چھِ۔ مثنوی نگار، صوفی حضراتو حتیٰ کہِ روٗمأنی شأعر تہِ روٗدی کینٛژھا عقیدتی طور تہٕ کینٛژھا رسم نکھہِ والنہٕ رٕنگی اتھ معتبر تہٕ مقدس صنفہِ آبیأری کران۔ محمود گامیؔ، صدرالدین وفائی، امیر شاہ کریری، مقبول شاہ کرٕالہ واری، سیف الدین تارہ بلی، محی الدین مسکین، مولوی صدیق اللہ، لسہ خان فداؔ تہٕ عزیز اللہ حقانی ناوٕ ہٕنٛس لایق۔

سلام چھے نعتُک اکھ اہم حصہٕ گنٛزرنہٕ یوان تہٕ سانہِ اکثر صوفی شاعروِ چ نعت وسلام ہنٛدِس صورتس منٛز وُنی ہتی یِمن منٛز صمد میر، احمد بٹہٕ وٲری تہٕ شمس فقیر بیترِ شامِل چھِ ـ نادِم، (مشہور نعت گو) احد زرگر، غلام رسول نازکی، فاضل کشمیری، مرغوب بانہالی تہٕ اَزِکی کینٛہہ نوجوان شاعر تہٕ چھِ نعت لیٚکھِتھ پننہِ عقیدتُک اظہار کران۔

بہٕ تُلہٕ ہا سر پٕنُن ییٚلہِ سٔجدٕ پٹھٕ تھوٚد
محمدؐ گوٚژھ لیٚکھِتھ آسُن جبینس

وُنی کینٛہن کِس دورس منٛز آیہِ غزلیہ نعتو علاوٕ ہائیکوہس منٛز تہٕ تہٕ غار منقوطہ نعت تہِ لکھنہٕ۔ یِمن نعتن منٛز چھِ جذبن ہُنٛد رچاو، اظہارُک حسین انداز تہٕ فنی لوازمات جلوٕگر یِمو نعتس اکھ نوٚو تہٕ خوبصورت اندازٕ دیُت۔

## کتابیات:


۱/ اردو کی نعتیہ شاعری، ڈاکٹر فرمان فتح پوری

۲/ اردو کی نعت گوئی، ریاض مجید

۳/ نعتیہ ادب، کشمیری ڈپارٹمنٹ

۴/ مشرقی شعریات، ابوالکلام قاسمی

۵/ ''نقوش'' رسول نمبر ۱۹۸۴ء، لاہور

۶/ ارمغان نعت، مکتبہ دین وادب لکھنو

۷/ عروج، گورنمنٹ کالج شاہدرہ لاہور


○○○

# کأشر لیلا......اکھ تعارف

رتن تلاشی

عقیدٕ یا مذہب چھُ سٕتھاہ قدیم کالہٕ پٔٹھٕ ادبُک اکھ نمایاں موضوع روٗدمُت۔ عقیدتی رنگہٕ کِس ادبس منٛز چھےٚ بیشتر پأٹھی دیہٕ ہنٛدِ سرساوِرچ، تِہنٛدِس رنگہٕ رنگہٕ جلوَن تہٕ وِہیٚن ہنٛز، تِہنٛدِ بجرٕچ تہٕ تس زانٛنکہٕ ہمسوٚچ باوتھ کرنہٕ آمٕژ۔ وہیٚن ہُنٛد یہٕ دوٗپ ''گیرم کروم سیم ہی'' یمیُک مطلب یہٕ چھُ زِ اے میانہٕ تخلیق کارٕ بہٕ چھُستھ ژٕ بأتن منٛز پرٕ کٹاوان، چھُ یہ کتھ ٹاکارٕ کران زِ پنِنس تخلیق کارٕ ہنٛدی پُرحأرتھ آسنٕچ چھُ منوش آدنٕ پٔٹھے وُسنس اؤنمُت تہٕ تِہنٛدِس اروٗپرس چھُ وقتہٕ وقتہٕ لفظوٗ سی رنگہٕ رنگہٕ روٗپ دِنچہٕ کوٗشِشہٕ کرمٕژ۔ عقیدتی یا مذہبی شاعری پسہٕ پردٕ چھُ اکہٕ نتہٕ بیٚیہٕ رنگہٕ انسانہٕ سُنٛد یوہے جذبہٕ کارفرما۔ ہیٚنٛدی عقیدٕ تہٕ مذہبس سٕتیٚ وابستہٕ شاعری ہُنٛد اکھ رنگ چھُ ''لیلا'' شأعری۔ پنٛنہٕ ہوا نواتہٕ موضوعِ حسابہٕ چھےٚ لیلا شأعری مذہبی شاعری ہنٛدِس زُمرس منٛز شأمِل مگر امیُک مطلب چھُنہٕ زِ پرٕتھ قسمچ ہندو دارمک شاعری مانہون أسی لیلا شأعری۔ مثلن دارمِک مثنویہٕ، ژرِہت یا نِراکار پرماتماہنٛدِ وجوٗدُک للہٕ کھول کرن وألی واکھ یِمن پٔٹھ ہکو نہٕ أسی ادبی تنوظرس منٛز لیلا شأعری ہُنٛد اطلاق آسأنی سان کٕرِتھ۔ ''لیلا'' چھےٚ اکھ ادبی اصطلاح تہٕ یہٕ

چھےٚ شعروٕنج اکھ مخصوٗص تۄ اے مگر امہِ باوجود تہٕ چھےٚ نہٕ یہِ کانٛہہ الگ ہیتی شعرٕ صِنف بلکہِ ہکو اتھ موضوعی صِنف تہٕ وٕنتھ۔ تِکیازِ اَمِچ پچھان چھےٚ امیُک موضوٗع نزٕ ہیت۔ تۄہہ بیشتر شاعری ییتھ لیلا ناوٕ دِنہٕ یِوان چھُ چھےٚ وژُنن تہٕ وژُن چالہِ لوکچن بجن نظمن منٛزٕ ے تخلیق کرنہٕ آمٕژ تہٕ یِمن منٛز چھےٚ جذبأتیت، موسیقیت، غنأئیت تہٕ ووج بیترٕ، الہٕ پلہٕ تِم تمام خصوصیژٕ موجوٗد یِم أسی وژُنی شأعری ہٕندی خاصہٕ مانان چھِ۔ چناچہِ لیلا شأعری ہٕنز شناخت سرکھرٕ کرنہٕ بروٗنہہ دِمو أسی امہِ لفظہٕ کِس لوغأتی معنہِ مفہوٗمس کُن توجہ۔

لوغأتی لحاظہٕ چھِ "لیلا" لفظس وٕکھرٕ وٕکھرٕ معنہِ مفہوٗم، مثلن کھیل یا گِندُن، کرلہِ کرنہِ، عجیب کأم، دِل رٕنٛزناوُن، چھرا دِل رٕنٛزناونہٕ باپتھ کرنہٕ یِنہٕ وأجنی کانٛہہ تہٕ کأم، شادمأنی، ناٹکن منٛز کأنسہِ اوتأری کردارٕ سنٛز اداکأری کرٕنی، اداکارٕ سُند اکھ باو، ژوٗوُہن ماترا ین ہُند اکھ چھند تہٕ گرُیس سِیاہ رنگہٕ آسہ۔ ہرگاہ أسی امہِ لفظٕکی گوڈنکی کینٛہہ معنہِ نموٗہنٛز بنیاد ہکو شاید أسی یہِ تصوٗر (دٕلیس متعلق) مأنتھ زِ یہِ کائنات نابوٗدٕ منٛزٕ بوٗد کرُن تہٕ پیچ ووسہٕ دروسہٕ جأری تھاوٕنی چھُ یِمہِ کائنات کِس خألقہٕ سُند پنُن من رٕنٛزناونہٕ باپتھ محض اکھ گِنٛدُن ناہ۔ عام محاورس منٛز تہٕ چھِ ییتھ دنیاہس باضے دیہِ لیلا ونہٕ یِوان۔ امی تصوٗرُک بیا کھ پہلو چھُ یہ تہٕ زِ لازمان تہٕ لامکان پرم برہم چھُ بعضے مخلوٗقن ہٕندِ رٕژرٕ باپتھ انسأنی رٕپس منٛز ییتھ بُترأژ پیٹھ ییتھ زٕمس یِوان۔ انسأنی زٕمس ییتھ چھُ سُہ یِمہِ انسأنی زندگی ہُند توٚت تُرن زأنتھ مأنتھ قبوٗل کرِتھ

تِتھے پاٚٹھؠ وٕتراوان یِتھٕ پاٚٹھؠ اکھ عام انسان وٕتراوان چھُ۔ اما پوٚز بشری
حالژ منز اٚسِتھ تہٕ چھِنہٕ تس اٚندی پکٕ لوٚکھ تسنزٕ اصلی دیوی شخصیژ تہٕ رتبہٕ نِشہٕ
بےٚ خبر آسان۔ اتھ تصورس چھےٚ وقتہٕ وقتہٕ مختلف سیدِ بوٚ سادو کوٚ عاٚلمو اکھ
فلسفیانہٕ بنیاد فراہم کٕرمژ تہٕ خاص کر چھُ امہِ قسمُک تذکرٕ ویشنو یندِس اوتار
کرٛشنس متعلق کرٛشنہٕ بکھتی ہندی پُشٹی مارگ تہٕ سکھی سمپردایوٚسی کرنہٕ آمُت۔
یِموٚے بکھتو چھےٚ کرٛشنہٕ سنزن بالہٕ پاچھن گِندٕ باشن، گوٗپی ین ستی ژھوہ
مارنس تہٕ تسندِ بن باہٕتے کراماٗژن تہٕ کارنامن تسنزٕ سِر ساوٕ کھیل یعنے 'لیلا'
زاٗنِتھ لول بوٚ رمُت۔ کھیلہٕ ہنٛدِس مفہوٗمس منزٕ ے چھُ لیلا لفظن راس (ریٚہہ)
لیلا تہٕ رام لیلا صورژن منز لوٚکہ نژن تہٕ لکہٕ پاٚتھرٕ چ شکل اختیار کٕرمژ یمن منز
اوتارن ہنزٕ زِندگی تہٕ شخصیژ ہُنٛد کاٗنہہ نتہٕ کاٗنہہ کارنامہٕ تہٕ پہلوٗ درشاونہٕ یوان چھُ۔

یِتھٕ پاٚٹھؠ ہکو وٕنِتھ زِ "لیلا" لفظُک چلے جاو چھُ سوٗگن وادس ستی
سپُد مُت خاص کر کرٛشنہٕ بکھتی تہٕ رام بکھتی ستی۔ کاٗشرِ زباٗنؠ ہنٛدِس ادبی
دنیاہس منزٕ تہٕ واٚژیہِ اصطلاح سوگن بکھتی ترٛ ایہٕ ہنزِ شاٚعری ہنٛدٕ وسیلہٕ۔ اما
پوٚز کاٗشرِس ادبی تنوظرس منز سپدی اتھ پٔننؠ معنوی حد مُقرر تہٕ لیلا آو تتھ شاٚعری
رنگس ناو دِنہٕ یتھ منز مختلف اوتارن ہنزِ زندگی، کارنامن تہٕ کراماٗژن،
تہندِ بن باہٕتے وصفن تہٕ خوٗبین ہُنٛد للہٕ کھول تہٕ کرنہٕ آو تہٕ تمن بروٗنٛہہ کنہِ
دوٗل ترٛ اٗوِتھ رٕژرٕ باپتھ عاجزی تہٕ کرنہٕ آیہ۔ یودوٚے اکہِ پاسہٕ اتھ لفظس
'اداکاری' ہُنٛد مفہوٗم ژھایہِ ہٕلس گو ومگر بیٚیہِ پاسہٕ لوٚگ اتھ یِیمہِ لحاظہٕ معنوی

وہراوتہِ زِاتھ منز سپُد بجن، ستۄنی تہٕ وۄنتھس منز مفہوٗمُک ہُر بر تہِ ۔ بجن چھُ مُلہٕ تلہٕ سہٕ بأتھ یتھ منز دَے یا کأنسہِ دیوی دیوتاسُند نامہٕ سمرُن یا بگوت بجر وکھناونہٕ یِیہٕ ۔ ستونی تہٕ وۄنتھس منز تہِ چھےٚ دیوی دیوتاسنز آرادنا یا توتاہ تہٕ شُکرانہٕ بیترِ کرنہٕ یوان ۔ مگر کأشرِس منز رۄزنہٕ لیلا تہٕ یِمن باہم کانہہ تہِ مقررٕ بنہٕ بندی تہٕ یتھٕ پأٹھی رۄز بجن، ستۄنی تہٕ وۄنتھ بیترِ باپتھ تہٕ اصطلاحٕ ورتاوس منز ۔ مثلن لالہٕ لکھمن چھُ 'لیلا' لفظ یمہِ آیہِ ورتاوان:

تنہٕ منہٕ دیانہٕ پڑانہٕ لیلا پرسَے
کرِست گور ہے پادَ پڑ نام

پڑ کاش رام گُری گأمی تہِ چھُ رام بجر وکھناونس رام لیلا ونان ۔ مثلن:

ودنہِ لُج لولہٕ ستہن اِدِ سو مِترا
کرنہِ لُج رامہٕ اوتارس یہِ لیلا

**یا**

نرایِنہٕ گٹہٕ کأستھ ہاو تم گاش
نرایِنہٕ چھُے ونان لیلایہِ پڑ کاش

تہٕ شو جی داس تہِ چھُ دیوی ہُندانہٕ گڑہ پڑاونہٕ باپتھ عاجزی تہٕ وۄنتی کرنس یمہِ آیہِ 'لیلا' ہے ونان ۔

یہٕ لیلا پرِ یُس صُبحن تہٕ شامن
تمِس دیوی سپھل کرِ منہٕ کامن

نُنۄ ریٚش چھُ پننِس کلامس منٛز دَلیس عأجزی کرنہٕ باپتھ 'ونتھ' لفظ ورتو ومُت مگر تس پتہٕ کوٚر بیشتر لیلا گو شأعروامہٕ باپتھ تہٕ لیلا لفظہٕ کُے ورتاو۔ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدی گوڈنکۍ لیلا گو شأعری صاحب کولن چھُ 'لیلا' تہٕ ژرہت أکۍ ہے معنیس منٛز ورتأوۍ متۍ۔ تس علاوٕ تہٕ کوٚر کینٛژو شأعرو یژھ دار مِک شأعری باپتھ 'لیلا' لفظُے استعمال۔ مثلن پرمانندٕنۍ کرٛشنہٕ اوتار لیلا تہٕ اتھ منٛز شأمِل عقیدتی بأتن تہٕ آولیلا ناودِنہٕ۔ یعنے یژھن تصنیفن منٛز چھُ لیلا نرل دیوی اوحالس تہٕ تہٕ بکھتی بأتن تہٕ وننہٕ آمُت۔ وٕں گو وحیثیتِ اکھ شوٚز ادبی اصطلاح ہکو أسۍ لیلا ژرہتہٕ نِشہٕ یمہٕ حسابہٕ وٕکھرٕ کڈِتھ زِ ژرہت چھےٚ اکھ طویل منظوٗم یتھ منٛز کأنٛسہِ اوتار ہنٛز اوتأری شخصیژ ہنٛدی مختلف پہلوٗ گأشراونہٕ آمتی آسن۔ اتھ منٛز چھُ بیانیہ عنصر لأزمی ییلہِ زن لیلایہِ باپتھ بیانیہ عنصر اختیأری أستھ ہیکہِ۔ لیلایہِ منٛز تہٕ ہیکہِ کأنٛسہِ اوتارٕ ہنٛز زندگی ہنٛدٕ ہن کارنامن تہٕ کراماژن ہنٛز ذِکر أستھ۔ امہِ باوجودتہٕ آسن اتھ منٛز أہنٛزِ زندگی ہنٛدی کینٛہہ گوشے بیان کرنہٕ آمتی۔ 'ژرہت' تہٕ 'لیلا' دوشوٕنۍ باپتھ چھُ وژنی آہنگ ورتاونہٕ آمُت، اما پوٚز فلحال ہکو یی وٕنتھ زِ لیلایہِ باپتھ چھُ یہِ آہنگ لابوٗدی تہٕ وژنی آہنگ چہِ موجودگی موجب ہکو لیلایہِ منٛز تمہٕ سارے خصوصیژ بدِ کڈِتھ یم وژنس وژُن بناوان چھِ۔ لیلاین منٛز تہٕ چھُنہٕ وژنکۍ پأٹھۍ جذبہٕ الفاظن تابع بلکہِ چھِ الفاظے جذبس تابع روزان۔ موسیقی ہنٛدِ نقطۂ نظرٕ تہٕ ہکو اتھ منٛز 'نیترگیت' تہٕ 'گاترگیت' دوشوٕنۍ ہنٛز خصوصیژ وُچھِتھ۔

لیلا شأعری ہکو بلا دریغ شأعری ہنٛدِس تتھ زُمرس ستی شأمِل کرِتھ یتھ أسی مقبولِ عام شأعری ونان چھِ۔ چنانچہِ لیلا ین ہنٛزِ تخلیق کأری پسِ پردٕ چھُ انفرأدی بُکھتہٕ باوچہِ باوٕژ علاوٕ ساموٗہک یا اجتمأعی عبادٕژ ہُنٛد مقصد تہٕ کارفرماتہٕ اچ بنیاد چھےٚ اجتمأعی عقیدس پیٹھے آسان امہِ سببہٕ چھُنہٕ اتھ منٛز ساخت تہٕ افأدیژ لحاظٕ لُکہٕ شأعری ہُنٛد رنگ تہٕ ناپید۔ سطحی طورتہٕ اگر وُچھو بیشتر لیلا ین منٛز چھےٚ لُکہٕ لَے تہٕ عامیانہٕ یاسیوٚ دساد تہٕ وبُز زبان ورتاونہٕ آمٕژ۔ لُکہٕ مزاز سببے چھُ "لیلایہٕ" باپتھ 'وژنی آہنگ' تہٕ ورتاونہٕ آمُت تکیاز ِاتھ آہنگس منٛز چھےٚ جذبأتیت ووتلاونچ برپوٗر توٗژھ تہٕ عقیدٕ باپتھ چھُ جذبٕچ أڈرن ضروری۔

چنانچہِ اسلام درمچہٕ مذہبی شأعری منٛز یتھٕ پأٹھی نعت، منقبت تہٕ مناجات بیترِ شعرِ ذأژن منٛز موضوعی فرق واضح چھےٚ، لیلایہٕ منٛز چھُنہٕ یہِ وضاحت امہِ آیہِ حتمی۔ لیلا شأعری چھےٚ مختلف شعرِ ترٛاین ہنٛدٕن سرحدن منٛز دأخل سپدان۔ ساموٗہک عقیدچہٕ عکأسی موجب یودوَے یہِ اکہِ پاسہٕ لُکہٕ شأعری ہنٛز سرحد مانڈان چھےٚ دویمہِ پاسہٕ چھُنہٕ یہِ سوگن بکھتی ہنٛدِ باشہِ مأدانہٕ منٛز ووتلنہٕ باوجود تہٕ سوگن وادس تامے محدوٗد روزان۔ یتھٕ پأٹھی زن کلہم کأشرِ بکھتی شأعری منٛز سوگن وادس تہٕ نرگوٗن وادس رَل گڈ سپدان چھُ۔ لیلا ین منٛز تہٕ چھُ امی آیہِ یہِ رَل گڈٕ ٹاکارٕ۔ سانٮ بیشتر لیلا ین منٛز چھِ شأعر أکی ہے لیلایہِ منٛز سوگن وادٕ پیٹھٕ نرگُن وادس تام ژھال نِوان یتھٕن موقعن

پٔتھ چھےٚ شوٗزِ سری شاعری تہٕ عقیدتی شاعری درمیان فرق کرٕنی تہٕ مشکل سپدان۔ کینٛژن نقادن ہُنٛد یہِ وُنُن زِ لیلایہِ ہنٛز اکھ خوٗبی چھےٚ فِکر تہٕ فلسفیانہٕ اوبر گوبر نِشہِ گریز ہیٛکہِ تتھٕ موقعن پٔتھ غلط ثابت سپدِتھ۔ یوٚ دوٚے یہِ گُریز لیلاین ہنٛدِ شناختُک شقہٕ اصوٗل مانوشاید پٔنن اَسہِ تیٛلہِ کرٛشنہٕ راز دان، پرمانٛند تہٕ زندٕ کوٗل بیترِ شاعرن ہنٛز کینٛہہ لیلایہِ امہِ شاعری ہنٛدِ دآیرٕ نبر تہٕ کڈنہِ۔ اتھ رل گڈس چھِ پٔننی کینٛہہ وجوٗہات یہنٛز وِرٕژھنے بروٗنٛہہ کُن سپدِ اما پوٚز فی الحال ہیکوی وٕنتھ زِ امکی اہم وجوٗہات چھِ اول مقامی رِوایتی سونٛچُک پوٗتُرگوٗب آسُن تہٕ دوٕیم بکھتی سُنٛد ایشٹ دیوتی مانُن یہِ پرم برٛہم چھُ۔

وٕں گو امہِ باوجودِ تہٕ ہیکو یہِ وٕنتھ زِ لیلاین ہنٛز غالب تراے چھےٚ بکھتی ہنٛدِس وردنس وٕلتھ دیہِ بجرِ چ تہٕ دیہِ لوٚلچ عکاسی۔ بیشتر لیلاین منٛز چھُ یہِ لوٗک تہٕ پرلوٗک سوکھہٕ دوو بناوٕنچ منہِ کامن، دنیاوی دوکھ ہرٕنچ عاجزی تہٕ پٔننس اِشٹ دیو سٕنٛدی تعریف اکہِ نتہٕ بیٛیہِ رنگہٕ باوتھ لبان۔ لیلا چھےٚ دَلیس یااوتارس کُن وٕنتی تہٕ شُکرانہٕ تہٕ، تسٕنٛدِ بجرُک اعتراف تہِ تہٕ تسٕنٛدٕ ن گونن ہنٛز وَکھنے تہِ۔ شاید ہیٛکہِ یہِ وضاحت لیلا ادبہٕ کِس اَکِس بڈِس حصس وحاطہٕ کرِتھ زِ لیلا چھےٚ وژنی آہنگ (بیشتر پاٹھی) واجیٛنٛز سوعقیدتی تخلیق۔ یتھ منٛز دیہِ سٕنٛدٕ ن مختلف رٕ پن ہنٛدی تعریف تہٕ عبادت تہِ کرنہٕ ییہِ یاسوکھ سکوٗن باپتھ عاجزی تہِ۔ وونی گو واپچ یہِ باوتھ گرٕتھہِ انفرادی آسنہٕ باجود اجتماعی عقید کیٛن حدن منٛزٕ ے آسنی۔



# آزاد نظم ــــــ صِنفی شناخت تہٕ ورتاو

نذیر آزاد

مغربی ادبہٕ کِس اثرس تحت یِم تجربہٕ مشرقی شأعری منز کرنہٕ آے تِمن منز چھےٚ مقدارتہٕ معیارٕ لحاظہٕ ''آزاد نظم'' انقلاب آفرین تہٕ دُوررَس۔ مگر باقے شعرٕ ذأژن برعکس روٗزیہٕ صنف ابتداء پیٹھے صنفی ضرورتہٕ تہٕ ہیتی شناختہٕ اعتبارٕ سبٹھے متنازعہ تہٕ غأر واضح۔ یہِ صنف آیہِ باقے مشرقی زبانن مثلاً اُردو تہٕ ہندی لیس منز انگریزی پیٹھہٕ۔ اَسہِ پأنٕناوِسیٚدِ سیوٚد انگریزی پیٹھ کنہِ یہِ وأژ اَسہِ نِش ہمسایہِ زبأنی اُردو کہِ وساطتہٕ، سُہ چھُ الگ بحث تہٕ اتھ متعلق تہِ ییہِ ییتھ مقالس منز کم کیٚو ژھا کتھ کرنہٕ۔ چنانچہٕ اَسہِ انہِ غزل تہٕ مثنوی ہِشہِ مقبول صنفہٕ فارسی پیٹھہٕ تہٕ سانٹ تہٕ ہائیکو ہِشہِ شعرٕ ذأژ انگریزی پیٹھہٕ۔ شعریات کیٚو مسلمہٕ اصولو مطأبق یِم تہِ صِنفہٕ اکہِ زبأنی پیٹھہٕ دوٚیمہِ زبأنی منز دأخل چھےٚ سپدان تِم چھےٚ گوڈٕ گوڈٕ لفظیات تہٕ استعارأتی نظام تہٕ پانس ستی انان ییتھ منز وقت گذرنس ستی وارٕ وارٕ تبدیلی چھےٚ یوان۔ مگر یمہٕ شعرٕ ذأژ چھےٚ پنٕنی ہیتی تہٕ (کینٹرشن صنفن خأطرٕ) موضوعأتی اصول تہٕ ستی انان۔ یہِ چھُ ممکن زِ اکہِ صنفہٕ نِشہِ نیرِ بیاکھ صنف۔ مثلاً عربی قصید منز دراٚیہِ فارسی زبأنی ہنز غزل تہٕ

امی غزلہِ منزٕ کٔر اردوہس منز آزاد غزلہٕ پننٕ شناخت بناونچ کوشش۔ مگر یہ چھے
حقیقت زِ بنیأدی اصول چھِ بنیأدی صنفن منز موجود روزان۔ آزاد غزلہِ ہند بوٗ
دعوادارو کٔر غزلہِ ہندِس ہیئتس منز ترمیم۔ کینژ ولوکو یوٗ ژھ رباعی منز ترمیم کٔرتھ
آزاد رُبأعی لیکھنٕ۔ یہ چھے مانُنہٕ آمژ حقیقت زِ کانٛہہ چیز ییلہِ واریاہس کالس
رواجس منز روزان چھُ سُہ چھُ Establishment بنان تہٕ تتھ خلاف چھے آوازٕ
ووتھان۔ مگر یہ تہِ چھے ٹاکارٕ حقیقت زِ نوٚ آواز چھے پرٛانٮ۪ن طریقن مخالفت
کٔرِتھ پنُن نوٚو سسٹم یا ایجنڈا بروٗنٛہہ کنہِ تھاوان۔ مشرقی زبانن منز عموماً تہٕ
کأشرِس ادبس منز چھے خصوصاً آزاد نظم صنفی ضرورتہٕ تہٕ ہیئتی شناختہٕ لحاظہٕ اوٚ
موکھہِ غأر واضح تِلکیأ زِ نہٕ چھُ یہ واضح گژھان زِ سانہِ رِوایتی صنفہٕ کتھٕ کٔنی چھے
اظہارٕ کہِ حوالہِ ناکام سپدان تہٕ آزاد نظمہِ کم اصول تھأوی بروٗنٛہہ کنہِ۔

عام پأٹھی چھُ ونُنہٕ یوان زِ یہ چھے شِشٹھ عروضہٕ نِشہِ آزأدی یژھان۔
(حالانکہِ شِشٹھ عروض تہِ چھے مبہم اصطلاح)۔ امِکی حأمی چھِ ونان زِ امہِ سٟتی
چھُ شعری تجربہٕ غأر مسنخ شُد شکلہِ منز بروٗنٛہہ کُن یتھ ہیکان، ییلہِ زن امِکی
مخألف اتھ سہل انگأری تہٕ عجزِ اظہار مانان چھِ، یتھ أسی آسأنی خأطرٕ ''نہٕ
تگُن''، وٕنتھ ہیکو۔ آزاد نظمہِ ہندی حأمی چھِ ونان زِ آزاد نظم چھے غأر مسأوی تہٕ
مختلف الوزن بحرو سٟتی متشکل گژھان۔ یہ ہیکہِ کُنہِ تہٕ بحرٕ نِشہِ یکسر آزاد تہِ
أستھ۔ انگریزی ادبس منز چھُ ٹی۔ ایس۔ ایلیٹ تھدِ پایہِ نقاد آسنہٕ علاوٕ نظمہِ
ہُنٛد اہم ناو۔ تمی چھہٕ انگریزی آزاد نظمہِ ہندِ خأطرٕ فرانسیسی اصطلاح verse

libre ورتو مُت حالانکہِ انگریزی یس منز چھےٚ یہِ صنف free verse
ناوٕ زاننہٕ یوان۔ ایلیٹ چھُ یتھ تنچس پٮ۪ٹھ وو تمُت زِ اَمچ تعریف چھےٚ ہر رنگہٕ
منفی۔ پیٹرنچ (pattern) عدم موجودگی، قافیچ عدم موجودگی تہٕ بحرِ ہنٛز عدم
موجودگی[1]۔ یہِ منفی صورتِ حال آو اردو شاعری ستی ستی کاشرِ شاعری منز تہِ
یمُک عروج نثری نظم چھےٚ۔ حالانکہِ فرانسیسی تہٕ باقہٕ یورپی زبانن منز اوس
گوڈٕنیُک پڑاو prose poem یتھ ووٚنی prosoem تہِ وننہٕ چھُ
یوان[2] یوسہٕ انتشار تہٕ بے اصولی ہُنٛد نموٗنہٕ آس۔ مگر امیُک دوٕیم پڑاو آو فری
وٗرسہٕ ہنٛزِ شکلہِ منز یمی اصولن ہنٛدِس بنیادس پٮ۪ٹھ رِوایتی شاعری نِشہٕ انحراف
کوٚر۔ چونکہِ آزاد نظمہِ تہٕ prosoem نثری نظمہِ درمیان چھُ گہرٕ تہٕ پیچیدٕ
تعلق، اِوموکھ یِیہِ یتھ مقالس منز تہِ اَکس صنفہِ ستی گاہے گاہے دوٕیمہِ
صنفہِ ہُنٛد ذکر تہِ۔ کاشرِس ادبس منز تہِ گیہِ ترقی پسندی ستی رِوایتی موضوعن
ستی ستی رِوایتی اسلوبن تہٕ ہیٛژن خلاف آواز بُلند۔ یٮ۪تہِ تہِ آیہِ غارمسخ شُدٕ
شعری تجربہِ خاطرٕ نظمہٕ لیٚکھنہٕ۔ یٮ۪تہِ تہِ آیہِ ترٛژہٕ نظمہٕ لیکھنہٕ یمن ہنٛدِ خاطرٕ کُنہِ
رِوایتی وزنچ پابندی غاری ضروری قرار آیہِ دِنہٕ۔ مگر شاید آو نہٕ آزاد نظمہِ ہنٛدِ
خاطرٕ کانٛہہ متعین اصول ورتاونہٕ۔ اگر یہِ ونو زِ سانہِن نظم لیکھن والین ہنٛدِ
خاطرٕ اَس بے اصولی ساروِے کھوتہٕ بوٚڈ اصول۔

اَسی گژھونہٕ زیادٕ دوٗر، رحمٰن راہی تہٕ امین کامل چھِ نوِ نظمہِ ہنٛدٕن بنیاد

---

1: شمس الرحمان فاروقی، تنقیدی افکار، ص: ۱۴۴

2: بودلیئر چھُ یژھن نظمن Poems En Prose ونان۔

گذارن منز شامل۔ دونوے چھِ فارسی/ اردو عروضس پیٹھ گنی تہٕ سرٕ نی نظر تھوان۔ دونوٕ یو بزرگو یژھی کاشر شاعری خاطرٕ غار فارسی/ اردو عروضہٕ بدلہٕ پننی میژ باگنے ہندی اصول مولناوٕنی تہٕ دوشوٕنی ووستادن ہنز غزلیہ شاعری چھےٚ فارسی/ اردو عروض چہٕ ترٛ کرِ پیٹھ پورٕ وٗتران۔

وٗچھتو یمن دوشوٕنی ووستاد شاعرن ہنز یمہٕ زٕ نظمہٕ۔ راہی سنز نظم چھےٚ:

ازوٗ چھم گوڈنچہ لٹہِ آنہٕ

تیٚتھ زِ دوشوٕ ےووبیو کوٚرن بگہٕ

پنجن پیٹھ وٗتھی وٗتھی

نکہٕ وآری وٗپھنأوی وٗپھنأوی

پرٕژھان چھُم:

چھُہم ناپرٕ زناوان؟

تلاترا ویہِ ہوٚندرٕ رپنجرٕ یلہٕ ...... (أنہٕ وٗچھِتھ)



اتھ منز چھنہٕ کانْہہ مخصوص بحر ورتاونہٕ آمٕژ۔ اکھ مصرعہٕ چھُ فاعلن مستفعلن فعلن تہٕ دوٗیم چھُ فاعلن فاعلن مستفعلن، ترٛیم کیاہ تام تہٕ ژوٗرِیم بیٚیہٕ کیاہتام۔ یتھ چیزس آزاد نظمہِ ہندی طرفدار آہنگ چھِ ونان تِتھ تہِ چھےٚ قدمس قدمس پیٹھ دب تہٕ درٕس لگان۔ یوہَے حال چھُ کامِلنہِ نظمہِ ہُند۔ حالانکہِ کامِلن چھِ اتھ منز مفاعیلن، مفعول تہٕ فعولن لفظ تہِ استعمال کٔری متی۔

نظمہِ ہُنٛد عنوان چھُ :

چھُس بہٕ تی

یِی بہٕ اوٗسُس

تی بہٕ چھُس

واو راں پکھہٕ

سدرہ آکاشُس

مفاعیلن

دِواں شہپاز چھو پنہ ...... (چھُس بہٕ تی)



فاعلن / فاعلاتن / فاعلن پتہٕ چھُ وزن راوان ۔ ووٗنی وُ چھتو یہِ تحریر، (تہذیبن ہٕنز بُمہٕ کمان) عنوان چھُ :

نبس پٹھ ییٚلہِ کم کم اوٚ بُر آسہِ

تہٕ تتھ لرِ آسہِ تاپھ تہِ

ژھوان تہٕ نائٹپان

اکثر چھُ اکہِ نبہٕ دندِ پٹھ

کُنہِ ساعتہٕ

دۄ یمس نبہٕ ڈندِس تام

یا امہِ کِس نصفس منٛز

ستن رنگن ہنز کمان پرٕ زلنہِ لگان......



یہ چھَنہٕ کانٛہہ نظم مگر امہِ چہِ امیجری تہٕ امہِ کہِ عنوانہٕ تلہٕ چھُ باسان زِ یہِ چھےٚ نوِ قسمچ نظم۔ یتھ منٛز استعارٕ تہِ چھِ تہٕ پیکر تہِ۔ یہِ چھُ محمد یوسف ٹینگ نہٕ اکہِ مضمونٕک ابتدائی اقتباس[1]۔ ٹینگ سُند تحریر چھا نثری نظم، چھُنہٕ یمہِ گفتگوٗ ٹک مُدعا بلکہِ چھِ ییٚتنس یہِ وُچھُن زِ راہی تہٕ کامل ہنٛزن نظمن منٛز کوسہٕ ہونر چھےٚ ٹینگ سنٛدِ اقتباسہٕ کھوتہٕ زیادٕ۔ چنانچہٕ اردوہس منٛز چھےٚ آزاد نظم تہٕ نثری نظمہٕ ہنٛزٕ زٕ الگ شکلہٕ مگر کأشرِس منٛز چھَنہٕ یمن دون منٛزٕ باگ کانٛہہ تہِ خطِ امتیاز۔ نثری نظمہِ ہنٛزِ ہیرٕ پٹھ کتھ کرٕنی چھُ وُنی کٔمس سانہِ موضوعہٕ نیبر۔ تِکیازِ ییٚتس کالس نہٕ اَسہِ آزاد نظمہِ ہنٛز ہیئت اتھس منٛز ییہِ نثری نظمہِ پٹھ کتھ کرٕنی آسہِ شاید ہوٗہس منٛز تیر چلاوُنس برابر۔ البتہٕ چھےٚ یہِ کتھ وٕنیٚ ضروری زِ آزاد نظمہِ متعلق چھُ وننہٕ یوان زِ وزنہٕ تہٕ بحرٕ نِشہِ آزاد آسِتھ تہِ چھُ اتھ پنٛنٕ اندرونی آہنگ۔ آہنگ پأدٕ کرنٕکی چھِ زٕ طریقہٕ۔ اکھ گوو وزن تہٕ دوٕیم چھُ قافیہ تہٕ آزاد نظم چھےٚ یمن دوشوٕنی منحرف۔ تیٚلہِ کیاہ چھےٚ امہِ کہِ آہنگٕچ نوعیت۔

بنیأدی طور چھےٚ آزاد نظم فرانسچ پأداوار۔ مےٚ ستی کرِ کانٛہہ اتفاق یا نہٕ کرِ، مگر بہٕ ونہٕ وثوقہٕ سان زِ اَسہِ أئی یہِ صنف اردوٗ پٹھٕ تہٕ اردوٗ والوٗ أئی یہِ انگریزی ادبہٕ پٹھٕ۔ گویا کہِ أسی چھِ بنیادٕ نِشہِ ژور قدم دوٗرٕ تہٕ ییٚژ دوری ہیکہِ ترمیمن خأطرٕ تہِ جواز لٔبِتھ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ فرانسیسی شأعری أس انگریزی کھوتہٕ تہٕ

پابٔندی ین منٛز ہینہٕ آمٕژ۔ اتہِ اوس نہٕ قافیہٕ بغیر آزاد نظمہِ ہُند تہِ تصور کرنہٕ یوان۔ گوڈٕ گوڈٕ آو اتہِ شاعرانہٕ نٹرُک رجحان بروٚنہہ کُن یمن منطقی تہٕ نتیجہِ Polished verse libre ہنٛزِ شکلہِ منٛز بروٚنہہ کُن آو یوسہٕ انگریزی شاعرو ہنا ترمیم کُرِتھ free verse ناوٕ ورتاو۔ انگریزی فری ؤرسہِ ہنٛز ہیٚتی خصوصیت چھےٚ یہِ زِ امیُک تشکیل چھُ رُکنہٕ (Foot) یا مصرعہٕ (Line) بجایہِ اسٹرافی (Strophe) کران۔ اسٹرافی ہیکہِ اکھ مصرعہٕ تہٕ أستھ تہٕ وار یاہَن مصرعن ہُنٛد مجموعہٕ تہِ، یم اکھ أکِس منٛز پیوست آسن گاہتی۔ کینٛژن نقادن ہُند وُنن چھُ زِ چنانچہٕ فری ؤرسہِ ہُند آہنگ چھُ موضوعس تابع تہٕ اوٚکنیٚ آسن خیالہٕ کہِ ژھوچرٕ یا زیٚچھرٕ کہِ لحاظہٕ مصرعہٕ ژھوٚٹی یا زیٚٹھی تہٕ اتھ منٛز چھنہٕ قافیُچ پابندی۔ ہُپاٚری آیہِ اردوہس منٛز قافیہ نہَ ورتاونس ستی ستی تمہٕ نظمہٕ لیکھنہٕ یمن ہنٛدی مصرعہٕ برابر تہٕ أکِس بحرِ منٛز أسی۔ یمہٕ چھےٚ معریٰ نظمہِ تہٕ یمن ہنٛزٕ بہترین مثالہٕ چھےٚ اَسہِ اختر الایمانس نِشہٕ نظرِ گژھان۔ مگر امہِ پتے آیہٕ تژھہٕ نظمہٕ تہِ لیکھنہٕ یمن ہنٛدی مصرعہٕ ژھوٚٹی زیٚٹھی أسی تہٕ یمن آو آزاد نظم وننہٕ۔ تِتھی فن پارٕ چھِ اَسہِ ن۔م۔ راشد، میراجی، بلراج کومل بیترِ شاعرن نِشہٕ نظرِ گژھان۔ چنانچہِ انگریزی زبأنی منٛز چھےٚ عروض چہٕ واریاہ آزأدی۔ امیُک وجہ چھُ امہِ زبأنی ہنٛز لسأنی نوعیت۔ یہِ چھےٚ لسأنی لحاظہٕ عربی زبأنی ہنٛدی پأٹھی تاکیدی زبان۔ تاکیدی زبانن منٛز چھُ بولنہٕ وِزِ پرٛتھ لفظہٕ کِس أکِس جُزس پیٚٹھ زور دِنہٕ یوان یِیلہِ زن لفظکی باقٕے جُز چھِ زور دِنہٕ

بغأر ادا یوان کرنہٕ۔ یِمن زبانن ہُند عروضی نظام چھُ زِ تِھر (Quantity) تاکید (Stress) تہٕ سُر لہر (Intonation) پٮ۪ٹھ مبنی۔ أکِس لفظس منز چھُ اکھ تاکیدی حصہٕ تہٕ اکھ یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ غأر تاکیدی جُز یِم موقع محل کِنۍ بدلِتھ تہِ چھِ ہیٚکان تہٕ امہِ تبدیلی کِنۍ چھےٚ اکھ بحر بیٚیِس بحرِ اندر تبدیل گژھان۔ مگر سُر لہر تہٕ وقفو کِنۍ چھنہٕ آہنگس منز تبدیلی یوان۔ تاکیدن، وقفن تہٕ لہرن ہنٛدِ امہِ استعمالکۍ چھِ اردوہس منز گوپی چند نارنگ تہٕ کأشرِس منز رحمٰن راہی حامی۔ مگر یہِ کتھ چھےٚ توجہ طلب زِ اردو تہٕ کأشرِس منز چھِنہٕ لفظہٕ کِہن حصن پٮ۪ٹھ دباو یوان تراونہٕ بلکہِ چھِ معنہٕ کہِ شدتہٕ خأطرٕ پورٕ لفظس پٮ۪ٹھ زور دِنہٕ یوان۔

دیکھا اس بیماری دِل نے آخر کام تمام کیا

دیکھا اس بیماری دِل نے آخر کام تمام کیا

دیکھا اس بیماری دِل نے..................علی ہٰذا القیاس۔

البتہٕ چھِ سأنی کُن موسیقی ہنٛدی عأدی تہٕ اکھ عام شخص تہٕ چھُ گیوٚن بوزان بوزان گلوکارٕ سنٛزِ غلطی پٮ۪ٹھ ونان "ڈوٚل" تہٕ سأنی گلوکار چھِ ساقط الوزن بأتن تہٕ پننہٕ نوٚ آلاپو سٟتۍ برابری انان۔ أسۍ چھِ تیلہِ یہِ نتیجہِ کڈنس منز حق بہ جانب زِ اَسہِ پزن تِم اصول بدٕ کڈٕنۍ یِم اردوہس منز ورتاونہٕ چھِ آمتۍ یتھ کِنۍ گوڈٕ ونہٕ آو زِ شأعرانہٕ نثرٕ پتہٕ آیہِ انگریزی لیس منز تہٕ امہِ خأطرٕ اصول مقرر کرنہٕ تِکیا زِ شأعرانہٕ نثرٕچ "بے اصولی" ہیٚچ نہٕ زیادس کالس

چلِتھ۔ اتھ ضمنس منز چھُ ایلیٹ سُند یہِ وُنُن سٔبٹھٕے معنی خیز زِ کانٛہہ تہٕ نظم (verse) ہیٚکہِ نہٕ آزاد (Libre) آسِتھ[1]۔ تہٕ فریزیر[2] چھُ فری وٗرس تھ نظمہِ مانان یِچ نہٕ باقاعدٕ تقطیع ہیٚکہِ سپدتھ مگر سو آسہِ توتہٕ تقوٗع کٔرِن حدن منز۔ یوسہٕ مروجہِ عروض نشہِ منحرف آسنہٕ باوجود تہٕ آسہِ نہٕ امہِ نشہِ علیحدٕ بلکہِ آسہِ اتھ منز عروضچ نٔو صورت گری۔ وُچھُن چھُ یہِ زِ انگریزی ہشہِ لچکدار زبانٕی منز تام ییٚلہِ آزاد نظمہِ ہُنٛد رشتہٕ مروجہ عروضس سٟتی برقرار چھُ اردو تہٕ کأشر ہشہِ غأر تأکیدی، ملفوظی تہٕ عروض شناس زبانہٕ کتھٕ ہٮ۪کن مغربی لہرن ہٕنٛدِس اثرس تحت یکسر عروضہٕ نشہِ انحراف کٔرِتھ۔ خاص کٔرِتھ کأشر شاعری ییٚتہٕ گوٚن محفلن منز شعر اٗسی تخلیق سپدان۔ اتھ سلسلس منز چھُ فاروقی سُند یہِ وُنُن بوزنس لایق۔ حالانکہِ اتھ منز چھُ عروضس بے جابنٛدِش تہِ وننہٕ آمُت۔

''جب تک ہم عروض کی بے جا بندشوں سے اپنے کانوں کو آزاد نہ کرلیں Speech of Rythm میں نظم کہنا تو بعد کی بات ہے اپنی شاعری کے موجودہ ساکت وجامد آہنگوں کے حجرہ ہفت خواں سے ہی نکل نہ پائیں گے۔''[3]

اتھ صورتِ حالس منز ییٚلہِ سأنی کٔن چھِ عروضس سٟتی مانوس تہٕ آزاد نظمہِ منز چھُ عروضہٕ نشہِ آزأدی باوجود اتھ سٟتی رشتہٕ تیٚلہِ کتھٕ کٔنی چھےٚ آزاد نظم عروضچ نٔو صورت گری؟ تیٚلہِ چھُ نا یہِ نتیجہِ نیران زِ آزاد نظم وَنن وول شاعر گژھِ عروضچ واقفیت تھاوان آسُن؟ یُس نہٕ پرٛانہِ صورژ نشہِ وأقف آسہِ تہٕ یُس نہٕ امہِ

1: T.S. Eliot - Selected Prose - Edited by John Hyward, p. 65
2: G.S. Fraser - Metre, Ryme & Verse , p.74
۳: شمس الرحمن فاروقی، تنقیدی افکار، ص: ۳۸۔۱۳۷

کٔبن قبوٗعن ہنٛز نشاندہی کرِتھ ہیکہِ سہٕ کتھ کٔنی ہیکہِ اچھ نوٚ صورت گری کرِتھ؟

کاشرِس منٛز چھُ آزاد نظمہِ ہنٛزِ ہیئژ متعلق واریاہ کم (بلکہِ نہٕ آسنس برابر)

لکھنہٕ آمٕت مگر اردوہس منٛز چھِ امہِ صِنفہِ ہنٛدِس شناختس پیٹھ واریاہ بحث

چلےٚ متؠ۔ امہِ باوجود چھُنہٕ اتھ تہٕ امہِ ذٲژ ہنٛز کانٛہہ متعین تہٕ واضح پہچان

سپدِتھ ہیچھٕژ۔ خلیل الرحمن اعظمی[۱] چھُ تتھ تخلیقہِ آزاد نظم مانان ییتھ منٛز مصرعہٕ

آسن لوٕکٕٹ بڈٕ مگر بحر آسہِ اکأیٔ ورتاونہٕ آمٕژ۔ وقار عظیم تہٕ چھُ امہِ خیالک ہم

نوا۔ سہٕ چھُ یتھہِ کٔنی مثال دِتھ سمجھاوان:

"......کسی نظم کے ایک مصرعہ کا وزن مفاعیلن مفاعیلن مفاعیلن مفاعیلن ہے تو باقی مصرعوں میں بھی رُکن (مفاعیلن) کی ایک مرتبہ، دومرتبہ یا اس سے بھی زیادہ مرتبہ یا اس کی محذوف شکل استعمال کی جائے گی، اور اگر پڑھنے والا اس کے مختلف مصرعوں میں صحیح ربط پیدا کر کے نظم کو پڑھے تو اس میں اُسے وہی ترنم اور آہنگ محسوس ہوگا جو اس خاص بحر کے لئے مخصوص ہے"[۲]

یتھے کٔنی چھُ جابر علی سید[۳] نہِ اکس نظمہِ منٛز اکس بحرِ ہنٛدبن رُکنن ہُنٛد

تعداد بڑھاونٕکی یا کم کرنٕک حأمی تہٕ سانٮن کینٛژن کاشرٮن نقادن ہُنٛد تہٕ چھُ

یی مانُن۔ چونکہِ یمن صاحبن ہنٛدِ استدلالہٕ ستی ہیکو اسی آسأنی سان کُنہٕ تہٕ

سالم بحرِ ہنٛدی رُکن بدٕ کڈِتھ۔ مثلاً ن۔م۔راشد سنٛزِ مشہوٗر نظمہِ "حسن کوزہ گر"[۴]

ہُنٛد بنیأدی رُکن چھُ مفعولن:

جہاں زاد نیچے گلی میں ترے در کے آگے      مفعولن: پانٛژ لٹہِ

---

۱: خلیل الرحمن اعظمی، آزاد نظم اور اس کے امکانات، مشمولہ علی گڑھ میگزین، شمارہ: ۱۹۵۷ء، ص: ۱۹۹

۲: وقار عظیم، نئے شاعروں پر ایک سرسری نظر، مشمولہ ساقی، دہلی، سالنامہ جنوری ۱۹۴۵ء، ص: ۲۱

یہ میں سوختہ سر حسن کوزہ گر ہوں　　　مفعولن: ژورِلٹہِ

تجھے صبح بازار میں بوڑھے عطار یوسف　　　مفعولن: پانژِلٹہِ

کی دُکان پر میں نے دیکھا　　　مفعولن: ترٛییہ لٹہِ

وُچھتو وونی کأشرِ زبأنی منز آزاد نظمہِ ہنٛدس بأنی دینا ناتھ نادم سنٛز نظم ''مےٚ چھَم آش پگہچ''۔ یہِ نظم چھےٚ بنیأدی طور پابند مقفیٰ نظم مگر کینٛژن جاین چھِ نو آزاد نظمہِ ہنٛدی خدوخال اتھ منز درینٛٹھی گژھان۔ یہِ تہِ چھےٚ سالم بحرِ منز تہٕ امیُک بنیأدی رُکن تہِ چھُ ''مفعولن'':

مےٚ چھَم آش پگہچ شولہِ دُنیا　　　مفعولن: ژورِلٹہِ

دوہس گاش ہُرِ، گُل تہٕ گلریز پرٛ زلن　　　مفعولن: ژورِلٹہِ

زمینس ءسبر لگہِ تہٕ سبزار پرٛ زلن　　　مفعولن: ژورِلٹہِ

وَچھس منز ہمس لولہٕ فموار پرٛ زلن　　　مفعولن: ژورِلٹہِ

پگہہ شولہِ دنیا　　　مفعولن: دویہ لٹہِ

''پگہہ شولہِ دنیا'' ہکو أسی ٹیک مصرعہٕ تہِ مأنتھ یُس نظمہِ ہنٛد بن دون حصن منز چھُ ورتاونہٕ آمُت مگر ترتیبس حِصس منز چھِ مصرعہٕ ژھوٚٹی زاٹھی۔ امہِ لحاظہٕ مانو زِ یہِ چھُ کأشرِ زبأنی منز آزاد نظمہِ ہُند ابتدأیی نقش یُس اردو معیارس پیٹھ وُترِنچ کوشش چھُ کران۔

اکہِ سالم بحرِ ہُند بنیأدی رُکن نظمہِ ہنٛدِ ابتداہ پیٹھٕ تکرارٕ سان ورتاوُن چھےٚ اردو کِہن سرکردٕ شأعرن ہنٛز مرغوب تکنیک۔ شفق سوپوری ہنٛدِ تجزیہ

مطابق چھےٚ فیض احمد فیضؔ نہٕ واریاہ مشہور نظمہٕ أتھۍ ہیٚژ منٛز[1]۔ ''کتے'' تہٕ ''انجام''، نظمن ہُنٛد بنیأدی رُکن چھُ مفعولن تہٕ اچھ سالم بحر چھےٚ متقارب۔ ''شورش بربکاولے'' تہٕ سوچ نظمن ہُنٛد بنیأدی رُکن چھُ فعلن۔ ''سر مقتل''، ''حسینہٕ خیال سے'' وغیرٕ نظمہٕ چھےٚ بحرِ ہزج ِکس مفاعیلن رُکنس پیٹھ۔ یہٕ اہتمام چھُ اردوکین سرکردٕ نظم نگار شاعرن مثلاً بلراج کومل، مُنیر نیازی، عمیق حنفی، میراجی ہنٛزن نظمن منٛز نظرِ گژھان۔ ن۔م۔ راشد چھُ امہِ تکنیکُک شہسوار تیٚمۍ فارسی/ اردو عروض چھِن آزادین پورِ پوٚر فأیدٕ چھُ تُلمُت۔

کُنہِ سالم بحرِ ہُنٛد بنیأدی رُکن مصرعس منٛز اکہِ، دوٚیہ، ترٚیہِ یا واریاہہِ لٹہِ استعمال کرنُک طریقہٕ چھُ سانیٚو واریاہو کینہہ مشق شأعرو ورتوومُت۔ حامدی کاشمیری سٕنٛزِ ''انہِ گٹہِ وٕ نیٚم''، غلام نبی خیالؔ نہٕ ''تخلیق، غلام رسول سنتوش سٕنٛزِ ''تصویر''، عبدالرحمان آزادؔ سٕنٛزِ ''مشورہ'' تہٕ شہناز رشید نہِ ''ویرِ تہٕ کُکل'' نظمن ہُنٛد بنیأدی رُکن چھُ بحر میرک فعلن۔ غلام نبی فراقؔ سٕنٛزِ نظمہِ ''بُلبلس کُن'' منٛز چھُ مفعولُن ورتاونہٕ آمُت مگر امہِ کینٛن مصرعن منٛز چھُ یہِ ژورِ ژورِ لٹہِ استعمال سپدمُت اِموکھ ونوٚ اتھ نظمِ معرّیٰ نہٕ کہِ آزاد نظم۔ چنانچہِ بحرِ میر چھنہٕ صرف کأشرِس بلکہِ اُردو تہٕ ہِنٛدی تہٕ کینٛژن جدید ہند آریأیی زبانن ہنٛدِس عمومی آہنگس سٕتۍ گہرأیی سان پیوستہٕ[2]۔ اِموکھ کوٚر یہِ آہنگ سانہِ جدید آزاد

---

[1]: شفق سوپوری، کلامِ فیضؔ کا عروضی جائزہ، ایجوکیشنل پبلشنگ ہاؤس دہلی۔ (۲: للہٕ دیدِ ہنٛدی واریاہ واکھ چھِ أتھۍ آہنگس منٛز تہٕ سانہ ونہٕ وننگ بنیأدی آہنگ رُکن چھُ یوٚہے فعلن۔ تفصیلہٕ خاطرٕ وُچھو میوٚن مضمون ''کینٛژن للہٕ واکھن ہنٛز میژ باگنے''، مطبوعہ: نیب، شمارہ: ۲۹، ص: ۳۵ تا ۴۰)

نظمہِ آسانی سان قبول تہٕ بوزن والین تہٕ باسے یہ نہٕ کانٛہہ وو پرٲزی۔ مگر پرن والین (نہ کہِ بوزن والین) باسے یہِ تِمن مصرعن منٛز ناہموٲری یِمن ہِندِس ٲخرس پٔتھ رُکن چھُ تقسیم گژھان۔ یِیلہِ یِمن مصرعن تقطیع چھےٚ کرنہٕ یوان یِم چھِ مختلف وزنن منٛز باسان یِمہِ ستی یہِ غلط فہمی گیہ پٲدٕ زِ آزاد نظمہِ ہِندی مصرعہٕ چھِ مختلف وزنن منٛز تہِ وننہٕ یوان۔ مثلاً رشید نازکی ہِنٛز نظم ''یہِ شہر سونُے'':

| | | |
|---|---|---|
| یہِ شہر سونُے | : | مفاعلاتن |
| عجب شہرا | : | مفاعلاتن |
| کوٲ کرٲژن | : | مفاعلاتن |
| سڑک تہِ وہوان | : | مفاعلاتن |
| عجیب ژوے ہِش | : | مفاعلاتن |
| عجیب ناسور | : | مفاعلن فاع یا مفاعلاتن+م |
| وُٹھ چھُ پھیشاں | : | فاعلاتن |

اتھ منٛز چھُ ناسور لفظُک ٲخری حرف یا آواز /ر/ وزنہٕ منٛزٕ نبر نیران۔ یہِ ہسکو أسی نظر انداز تہِ کرِتھ تِکیازِ عروضس منٛز چھےٚ یہِ آزٲدی۔ مگر دوٚیم مصرعہٕ ''وُٹھ چھِ پھیشان'' چھُ دوٚیمہِ بحرِ منٛز یعنی فاعلاتن۔ یِتھٕ کٔنی چھُ باسان زِ نظم چھےٚ دون بحرن منٛز وننہٕ آمٕژ۔ مگر بنیأدی طور چھُ ناسور لفظُک /ر/ دوٚیِمس مصرعس منٛز پیوست گژھان تہٕ یِتھٕ کٔنی چھِ مفاعلاتن دوشوٕنی مصرعن منٛز برقرار

روزان۔ کأشرٕ ین آزاد نظمن منٛز چھےٚ یژھ مثالہٕ بیہٕ تہٕ کینٛژن شاعرن نِشہٕ میلان مگر اردو شأعری چھےٚ یِژھو آزأ دیوٕ ستی مالا مال۔ سالم بحرن منٛز وننہٕ آمژٕ ن۔م۔راشدؔ، منیر نیازی، شہریار تہٕ تصدق حسین خالد سٕنٛزن کینٛژن یژھن آزاد نظمن یمن ہنٛدِ مصرعٕک أخری رُکن چھُ تقسیم گژھان، پیٹھ اعتراض کران چھے۔ یمہٕ ڈاکٹر حنیف کیفی[1] ین مختلف الوزن مانہٕ مژٕ چھےٚ۔ چنانچہٕ نظم چھےٚ موضوع لحاظہٕ اکھ مکمل اکأئی تہٕ یہ گژھِ آہنگہٕ لحاظہٕ تہٕ اکأئی مانہٕ ینٛز۔ یتھٕ کٔنٛز نہٕ امیُک موضوع مختلف مصرعن منٛز مختلف ہیکہٕ أستھ تِتھے کٔنٛز ہکو نہٕ اتھ مصرعہٕ پتہٕ مصرعہٕ تقطیع کٔرِتھ۔ وُچھو تصدق حسین خالد سٕنٛز نظم۔ پتہٕ وُچھو کیفی سٕنٛز مصرعن ہنٛز تقطیع تہٕ أخرس پیٹھ کٔری تو نظم بحیثیتِ اکأئی صورتِ حال ملاحظہ:

| صحیح صورت حال | کیفی سٕنٛز تقطیع | نظم |
|---|---|---|
| مفاعیلن مفاعی<br>لن مفا | مفاعیلن فعولن<br>فاعلن | خموشی چھا رہی ہے<br>شام ہے |
| عیلن مفاعیلن<br>مفاعیلن | مستفعلن مستفعلن<br>فعلن | تاریکیوں کے ہاتھ<br>پھیلے ہیں |
| مفاعیلن مفاعیلن | مفاعیلن مفاعیلن | خموشی اور تنہائی |
| مفاعیلن مفاعیلن<br>مفاعیلن مفا | مفاعیلن مفاعیلن<br>مفاعیلن فعل | پتنگا دامنِ رنگیں<br>سنبھالے اُڑ گیا |

---

[1] ڈاکٹر حنیف کیفی، آزاد نظم کی ہیئت اور تکنیک، مشمولہ ماہنامہ ''اوراق'' لاہور، ستمبر، اکتوبر ۱۹۸۱ء

| ساکت فضاؤں میں | مستفعلن فعلن | عیلن مفاعیلن |
|---|---|---|

ہیٚر کنہِ چِھن سطرن منٛز کرنہٕ آمتہٕ بحثُک ما حصل چھُ یہِ زِ سالم بحرن ہُنٛد بنیاًدی رُکن استعمالس منٛز یِنہٕ واجتِبن نظمن منٛز ہیٚکہِ یہِ رُکن ضرورتہٕ لحاظہٕ مختلف لٹہِ استعمال کرنہٕ یِتھ ۔(ضرورتس پٔتھ سپد بروٚنہہ کُن کتھ )۔یِمن منٛز مصرعہٕ ہِکس اَخرس پٔتھ یِنہٕ وول رُکن تقسیم گژھِتھ تمیُک باقٕی حصہٕ گژھِ آہنگہٕ اعتبارٕ دوٚیمس مصرعس منٛز پیوست۔مگر کتھ چھَنہٕ یژٕے تہٕ پیٚژ سہل۔اصل مسئلہٕ چھُ تِمن نظمن ہُنٛد یِمن منٛز محذوف بحرٕ چھےٚ استعمال سپدان۔وُ چھتوٚ بیٚیہِ رحمٰن راہیٖ تہٕ امین کاملنہِ نظمہٕ۔راہیٖ سنٛز نظم چھےٚ ''سونہٕ لانکہِ پٔٹھ''۔امیُک ابتدأیی حصہٕ چھُ:

ازہنا بروٚنٹھے پھن اختابہٕ لوٚس
شوٚخ رنگ شفقُک سُہ کاپرٕ نار لوت لوٚت سوٚری گو
شامہٕ ژھایوا کھأ ہِکس بنگأ لی زُلفن شانہٕ کوٚر
بالہٕ پٔتٕ لوٚتی پوٚری تراوان زون کھٔژ
تارکن مُستی چھےٚ ٹاربن منٛز بھٔرِتھ۔

کأمِلٓ سنٛزِ نظمہِ ہُنٛد عنوان چھُ ''نیلہٕ ناگ''۔وُچھِو امیُک ابتدأیی حصہٕ:

راتھ بیٚیہِ میأنِس وجودس ڈوٚل ہوا
دوت بیٚیہِ تتھی دردٕ ونہٕ ہِکس دامنس تل ژھال دِتھ
یِتھ اندرٕ قرنہٕ بدبن ہُنٛد نیلہٕ ناگ

یارِ گنزِ رس منز چھُ کتھِ تامتھۆ زان۔

دوشوٕنی نظمن ہُنز بنیأدی رُکن چھُ فاعلاتُن۔ مگر منزٕ چھُ فاعلن تہٕ نوٗن نیران تہٕ ستی چھِ مصرعہٕ ژھوٚ ڈی زٕ ٹھی۔ اتھ ضمنس منز تہِ پزیہِ اُردو والین کُن رجوع کرُن۔ ڈاکٹر منیب الرحمٰن چھُ لیکھان:

''اردو میں آزاد نظم کا ایک ہیئتی pattern ہے جس کا عروض سے اتنا ہی تعلق ہے جتنا دوسرے اسالیب کا۔ فرق صرف اتنا ہے کہ روایتی اسالیب میں شروع سے آخر تک ایک ہی بحر کی پابندی لازم ہے۔ لیکن نظم آزاد کا pattern ایک مخصوص بحر کے ارکان گھٹانے بڑھانے سے تشکیل پاتا ہے۔ یہ ارکان یا تو بحر کے میانی ارکان ہوتے ہیں یا ان کا تعلق بحورِ سالم سے ہوتا ہے''[1]

اتھ سلسلس منز وُچھتو راشدؔ سنز نظم ''دریچے کے قریب سے'':

| | |
|---|---|
| جاگ اے شمعِ شبستانِ وصال | فاعلاتن فِعلاتن فعِلن |
| محفلِ خواب کے اِس فرشِ طربناک سے جاگ | فاعلاتن مفلاتن مفلاتن فَعِلن |
| لذتِ شب سے ترا جسم ابھی چور سہی | ایضاً |
| آمری جان مرے پاس دریچے کے قریب | ایضاً |
| دیکھ کس پیار سے انوارِ سحر چومتے ہیں | ایضاً |
| مسجدِ شہر کے میناروں کو | فاعلاتن مفلاتن فعلن |
| جن کی رفعت سے مجھے | فاعلاتن فَعِلن |
| اپنی دیرینہ تمنا کا خیال | فاعلاتن مفلاتن فَعِلن |

[1] ڈاکٹر منیب الرحمٰن، نظم آزاد کی ہیئت، مشمولہ علی گڑھ میگزین، شمارہ: اول، ۱۹۵۷ء

پورٕ نظمہِ ہِنٛدِ مصرعن منٛز چھُ فاعلاتن ابتداہس منٛز تہٕ فعلن /فَعِلن چھُ سارِنے مصرعن ہِنٛدِس اَخرس پٮ۪ٹھ۔ منٛزِ باگ چھُ فَعِلاتُن یُس گوڈنِکس، شیٖمِس تہٕ اَٹھمِس مصرعس منٛز اکہِ لٹہِ، دۄیمِس، ترٛیٖیمِس، ژۄرمِس تہٕ پاٛنٛژمِس مصرعس منٛز دوٚیہِ لٹہِ آمُت چھُ تہٕ سَتیٚمِس مصرعس منٛز چھُ مُلہٕ موٗنٛجے حذب کرنہٕ آمُت۔ بنیاۍدی طور چھے یہِ بحرِ رمل مثمن محذوف تہٕ اتھ اکھ صورت چھےٚ حرکتِ عین تہٕ بیاکھ صورت سکونِ عین۔ راشدٕ سٕنٛزِ نظم چھےٚ حرکتِ عین ہیتھ۔

پٔرۍ تو ووٚنۍ دِنہٕ آمٕژ راہیؔ تہٕ کاملؔ سٕنٛزٕ نظمہٕ۔ راہیؔ سٕنٛزِ نظمہِ منٛز چھُ سارِنے مصرعن ہِنٛدِس ابتداہس منٛز فاعلاتن تہٕ اَخرس پٮ۪ٹھ فاعلن۔ منٛزِ باگُک فاعلاتن چھُ گوڈنِکس، ژۄرِمس تہٕ پاٛنٛژِمس منٛز اکہِ لٹہِ یٮ۪لہِ زن دۄیمِس تہٕ ترٛیمِس مصرعس منٛز دوٚیہِ لٹہِ آمُت چھُ۔ تتھے کٔنۍ چھُ کاملؔ سٕنٛدِ مصرعن منٛزٕ منٛزِ باگُک فاعلن مختلف لٹہِ استعمال سپُد مُت۔ أسی ہیٚکوٚ یہِ وٕنِتھ زِ ڈاکٹر منیب الرحمٰن سٕنٛزِ یہِ تکنیک چھےٚ کأشرِ آزاد نظمن منٛز تہِ کامیاۍبی سان استعمال سپٕز مٕژ۔ شفق سوپوری[1] سٕنٛدِ تجزیہ مطأبق چھےٚ ''مجتث'' ''خفیف'' تہٕ ''رمل'' بحرن ہٕنٛزٕ محذوف شکلہٕ فیض احمد فیضس مرغوب۔ وُچھتو کیٚنٛہہ مثالہٕ:

مجتث: فاعلاتن مفاعلن فعلن

سرودِ شبانہ، یاس، آج کی رات، بیترِ

---

[1]: ڈاکٹر شفق سوپوری، کلامِ فیض کا عروضی جائزہ، ۲۰۱۲ء

رمل:      فاعلاتن فَعِلاتن فَعِلاتن فَعِلن / فعلن / فعلان

مجھ سے پہلی سی محبت، رقیب سے، تنہائی بیتر

یتھے کُنی چھےٚ مُنیر نیازی لیس پئٹھ اَزی کِس گلزارس تام یہِ تکنیک بے شمار اردو شاعرو استعمال کرمٕژ۔ کاشرس منز تہِ چھےٚ امچہِ مثالہٕ قدمس پئٹھ نظرِ گژھان۔ راہی تہٕ کامل سُند ذکر آواتھ سلسلس منز گوڈَے۔ پیش چھےٚ بیٚیہِ کینژن شاعرن ہنزٕ مثالہٕ۔ یمہٕ مثالہٕ چھےٚ مُشتے نمونہ از خروارے:

| | | |
|---|---|---|
| فراقؔ | اگر سُے سونتھ | مفاعیلن مفاعیلن مفعولن |
| خیالؔ | ریشماں | فاعلاتن فاعلاتن فاعلن |
| فاروق نازکیؔ | چھوٚت کرٕہن | فاعلاتن فَعِلاتن فَعِلاتن فَعِلن |
| موتی لال ساقیؔ | مندورہ | مفاعیلن مفاعیلن مفولن۔ |

یہ چھےٚ معری نظم

| | | |
|---|---|---|
| عبدالرحمن آزادؔ | آمہٕ ہوٚل | فاعلاتن فاعلاتن فاعلن |
| ارجن دیو مجبورؔ | بالہٕ کوٚلی | ایضاً |
| شہنازؔ رشید | توٚژھ | فاعلاتن فاعلاتن فاعلن |

یتھٕ کُنی گوڈٕ تہِ وننہٕ آو زِ نظم چھےٚ اکھ مکمل اکائی آسان یتھ منز نہ صرف موضوعٕک بلکہِ آہنگُک تسلسل چھُ بنیاڈی وصف۔ یتھہٕ کُنی نظم مختلف حصن منز تقسیم کرنہٕ ہیکہِ یتھ یتھے کُنی ہیکن یمن حصن منز مختلف وزن تہِ ورتاونہٕ یتھ، یورُکُن سانین کاشرین شاعرن ہُند ظون کمی پہن چھُ گوٚمت۔ نظم یا نظمہِ ہُند

حِصہٕ اکھ مکمل اکائی چھُ منطقی طور یہٕ تقاضہٕ کران زِ امیُک وزنہٕ آہنگ گژھِ ہیرِ پیٹھِ بون تام سرِ کھر کرنہٕ یِن۔ مصرعہٕ پتہٕ مصرعہٕ تقطیع کرنک مطلب گوو خیالس ژٹھ واٹھ کرٕنی۔ ووٚنی چھُ سوال پادٕ سپدان زِ مصرعہٕ کیاز چھِ ژھوٚٹۍ زیٹھۍ۔ چنانچہ یم مصرعہٕ چھِ خیالس تابع آسان تہٕ خیال ہیکہِ ژھوٚٹ تہٕ اَستھ تہٕ زیوٚٹھ تہٕ ییلہِ زن غزلک خیال چھُ وزنس ماتحت روٗزِتھ اکی سانچُک تقاضہٕ کران۔ گویا کہ نظمہِ ہنٛدِ خاطرٕ کانٛہہ وزن مشخص کٔرِتھ چھےٚ یہٕ آزادی زِ منٛزِم رُکن ہکو کھ خیالہ کہِ ژھوچرٕ زِیچھرٕ مطابق بڑھاوِتھ یا کم کٔرِتھ۔ بیا کھ آزادی چھےٚ اَخری رُکن تقسیم کرٕنچ۔ تقسیم کرنہٕ یِنہٕ والہِ رُکنک اکھ حصہٕ روزِ خیالہٕ مطابق گوڈٕنکس مصرعس ستی تہٕ دوٚیم حِصہٕ گژھِ خیالہٕ حسابے دوٚیمس مصرعس منٛز پیوست۔ دراصل چھُ آزاد نظمہِ منٛز وزن تھٔتھے کٔنٛز کام کران یتھٕ کٔنٛز گیوٚنس دوران سازن ہُنٛد وزن چھُ آہنگ برقرار تھاوان۔ گلوکار چھُ اکھ شعر گیوٚتھ دوٚیمس شعرٕکس شروع کرنس تام وقفہِ دِوان مگر اتھ دوران چھِ ساز ندر ساز وایاں یمہِ ستی آہنگُک بہاو جأری چھُ روزان۔ سانہٕ کأشرو شأعرو چھےٚ رُکن تقسیم کرٕنچ آزادی یتھٕ کٔنٛز ورتأوٕمٕژ۔ مثلاً ارجن دیو مجبور سٕنٛز نظم:

| نظم | مصرعہٕ وار تقطیع | خیال چہِ اکأیی ہنٛز تقطیع |
| --- | --- | --- |
| جانوارا اکھ یواں | فاعلاتن فاعلن | فاعلاتن فاعلا |
| أندٕ پکھی نژاں بولیا کراں | مستفعلن مستفعلن | تن فاعلاتن فاعلن |

عبدالرحمان آزادٕ سنٛز نظم "آمہٕ ہوٗل":

| | | |
|---|---|---|
| نب چھُ بُتھ ژٕ کرِتھ | فاعلن فعلن | فاعلاتن فا |
| ژوکیمٕ شینہٕ ژھٹھ | مفعولن فاعلن | علاتن فاعلا |
| بُتراٗ ژہانیومب بدن | فاعلن مستفعلن | تن فاعلاتن فاعلن |
| گلہٕ تہٕ کُٹہٕ نبتھٕ نٛز | فاعلن فعلن | فاعلاتن فا |
| تہٕ کھوکھ چھِن پنہٕ ؤہر ژاٮ۪تی سُلی | فعولن فاعلن مستفعلن | علاتن فاعلاتن فاعلن |

پتھ رٕ دسوال تِمن نظمن ہُنٛد یمن سأنی گونماتھ نثری نظمہِ چھِ ونان۔ یہٕ چھُس گوپی چند نارنگ سُنٛد پھورٕ زور، لیہٕ لہر تہٕ intonation آہنگ تہٕ انور سدید سُنٛد نامیأتی آہنگ تہٕ شمس الرحمن فاروقی سُنٛد پیراگرافُک آہنگ پرنہٕ باوجود تہِ ونہِ نثری نظمہِ ہنٛد بو اصولو نشہِ پنُن پان لاعلم زانان۔ مےٚ چھُ باسان امیُک بوٚ ڈبارٕ اصول چھُ انتشار۔ مےٚ یمہِ دوہہ نثری نظمہِ ہنٛدی اصول تہٕ آزاد نظمہِ تہٕ نثری نظمہِ ہنٛز فرق سمجھ ییہِ مےٚ باسہِ مےٚ لوٚب پزٕی لاس۔



# نثری نظم...... ہیت تہٕ تجربہٕ

شفقت الطاف

کاشرِس شعرٕ ادبس منٛز چھےٚ نظم گویی تہٕ نظم نگاری ہنٛز رِوایت سٹھاہ قدیم تہٕ پرٛانۍ۔ امہِ اعتبارٕ ہرگاہ کتھ کروتیٚلہِ ہیکن واکھ، شُرٛکی، وژن، مثنوی ہشہِ سانہِ ویٚزِ شعرٕ ذاتژ تہِ نظمہٕ آسِتھ تکیاز نظم ہکو تتھ کُنہِ تہِ منظوٗم کلامس وَنتھ یَمیُک مضموٗن کُن تہٕ مسلسل آسہِ[1]۔ کاشرِن شعرٕ ذاژن منٛز ہیکہِ غزلےٕ یوت نظمہِ ہنٛزِ ترکیبہِ نِش ڈٲلتھ آسِتھ مگرٕ ؤں یٚیلہِ غزل ہیٚرٕ پیٹھٕ بوٗن تام کُنہِ مخصوص عنوان چہِ ہاوٕنکلہِ معنیُک مجموعی تاثُر چھیکرس ووتلاوِ یا یٚیلہِ لفظٕ نظم نثرِس مدِ مقابل ورتاونہٕ ییہِ تیٚلہِ ہیکہِ نہٕ غزل کُنہِ رنگہٕ تہِ نظمہِ ہنٛدِ وٕنڈٕ نِشہِ بدوٗن آسِتھ۔ یہِ چھُ پوٚز زِ وُہمہِ صدی تام روزمرٕ کاشرِ شاعری ہنٛزِ اسرار پسندی تہٕ رِوایتی رومانیُژ ہنٛزِ غلبہٕ گی منٛز تہِ پھاپھلے یہِ ترٛژھ کینٛہہ نظمہٕ یمن پزے فنی پوختگی، تجرٕ بٕچ تیٚہہ تہٕ تخلیقی قوٗژ ہُنٛد بُتر چھُ۔ امہِ چہٕ رٕژ مثالہٕ چھِ سأنۍ کینٛہہ لُکہٕ بأتھ، گوٗنگل نامہٕ تہٕ سون نمایندٕ صوفی کلام۔ البتہٕ ووتلے یہِ کاشرِ نظم اکہِ آزاد تہٕ مستقل شعرٕ ذاژ ہنٛدی رٔنگی موجوٗدٕ دورٕ ہےٚ منٛز یعنے سہٕ دور

---

[1] کاشرِ نظمہِ ہُنٛد تنقیدی مطالعہ......شاد رمضان

یُس پرنہٕ پاٹھۍ مہجورنہٕ ذٔسی شروع گوو۔ مہجورے چھُ سہ گوڈنیُک کاشُر شاعر یُس تصوفکی زوالنہٕ ژٕٹتھ انسانی سماج کٮ۪ن خارجی کھوداے خلی مسلن ہنز باوتھ کرنہٕ لوٚگ۔ مہجورن تراوِاَسہٕ بروٚنہہ کنہٕ گریسی کوٗر، وُزمل، آزادی، یمبرزل ہِشہٕ فکرانگیز نظمہٕ یمن اندر سہ شاعری ہِندٮ۪ن پرٛانٮ۪ن ؤنی تٮ۪ن، اظہارن تہٕ قدرن بُتھی پھیُر گرٛھتھ جدلیأتی تہٕ جمالیأتی فکرِ ہِندِس اثرس تَل ساَدروار تجربہٕ کران چھُ۔ مہجورُن قریبی ہم عصر عبدالاحد آزادتہٕ ہیوٚک نہٕ پنُن پان زیادٕ کالس زمانہٕ چوترایو گرٛایو نِشہٕ مُچھِ تھاَوِتھ۔ رِوایتی شاعری نِشہٕ لوٚب روٗزِتھ گُرِی تمی پنہٕ نٮ۪ن نظمن منز تِتھی کینہہ مضمون ڈٔریاف یمن منز کمزوروگہٕ کٮ۪ن لوٚکن ہنز بدحالی تہٕ مظلومیت گُپتھ چھےٚ۔ نِو روایژ پسند شاعری ہِندٮ۪ن اصولن للہٕ کھول گُرتھ دِیت تمی پنہٕ نٮ۪ن نظمن منز تِتھٮ۪ن جوشل مظہرن زایُن یمن سماجیأتی تہٕ اشترأکی انقلابُک سوزتہٕ سازوٗ زان اوس۔ دریاو، پاٹھ ژادر، آرٕ ول، وُزمل چھِ آزادنہٕ بہترین نظمہٕ۔ امہِ پتہٕ آیہٕ مارکسی تہٕ اشتراقی سوچ تھاون والٮ۪ن شاعرن ہنز اکھ چھوکھ بروٚنہہ کُن یمو کاشرِ پابند نظمہٕ فنی معیارتہٕ اعتبار بخشنس سٟتی سٟتی بے قافیہ تہٕ آزاد نظمہٕ لیکھنس دِس تُل۔ ساَنی ادیب تہٕ شاعرٲسی وونی اُردو تہٕ یورپی ادب پرٛتھ نوٮ۪ن فکرن تہٕ نٮ۪جن أنژی منزی گرٛھنہٕ ہیتی متی۔ امہِ وِزِ آسی حلقۂ اربابِ ذوق ناوٕچہ تنظیمہٕ سٟتی وابستہٕ شاعر خصوصن میراجی، ن۔م۔راشد، مختار صدیقی، مجید امجد، یوسف ظفر، قیوم نظر، مینا جالندھری بیترِ آزاد تہٕ معریٰ نظمہٕ فنی استحکام دِنہٕ موکھ سرگرم۔ یِہندٮ۪ن نظمن

ہنٛدی ہیتی ماڈل ٲسی فرانسیسی یا انگریزی شاعری ہنٛدی ۔ جدیدیت ناوُک فکری رجحان اوُسن ووٚنی ادبس منٛز عام گژھن ہیوٚتمٕت یمیُک اثر کاشرٕ ٕن شاعرن، ادیبن تہٕ نقادن پٮ۪ٹھ پیوٚن لاَزمی کتھاہ ٲس۔ یتھہٕ پاٹھی گیہ کاشرس منٛز نوِترٲیہ ہنٛزٕ نظمہٕ شیمہِ دٔہلہِ پتے شروع۔ اوٚک سمتی سیاسی منشور ردٕ کٔرتھ دِیُت کاشرٕ نظم نگاروتتھ نوٚ ینہٕ فکری رٔ ویس وجود۔ تتھ پتہٕ کنہٕ جمالیاتی تہٕ انسانی وجوٗدُک ابدی تہٕ نہٕ سورٕ وُنہِ پرٕزُک ناگہٕ رادگرہان اوس۔ یتی گیہِ مابعد جدیدیتکہِ ناوٕ فکرتہٕ نہجہِ کاشرٕ ٕن ادیبن تہٕ شاعرن ہنٛدِس ذٔہنس پٮ۪ٹھ حاوی۔ یمیُک نتیجہِ یہٕ دِژاوزِ جمالیاتی تہٕ خارجی حقیقت پسندی کھوتہٕ لوٚگ فردٕ ہنٛدٕ ٕن أندرِمٕن لمحاتی کیفیژن تہٕ پرٕزن چلے جاو۔ أزِ ئُک شاعر چھُ عقلیتکی ساری ماری منٛدی مفروضہٕ اوٚک پاسے ترٲوِتھ بے اطمینانی تہٕ بے پرٕ ژھی ہنٛدِس عالمس منٛز جدید نظمہِ ہنٛز متنوع ہیٔژ عملہِ منٛز أنتھ نرٕل تخلیقی تجربہٕ کران۔ امہِ انمانہٕ چھےٚ ازکل ''نثری نظم'' یا ''منظوٗم نثر'' کلہم عالمی ادبس منٛز مقبول ترین شعرٕ ذاتھ یوان مانہٕ۔

نثری نظمہِ ہنٛزٕ ہیت چُکاونہٕ بروٚنہہ پیہ اَسہِ آزاد تہٕ معریٰ نظمن ہیٔژن پٮ۪ٹھ تہٕ سرسری تبصرٕ کرٕن تِکیازِ یمن ترٮ۪شوٚنی چھےٚ جدید نظم آسنہٕ کنہٕ پانہٕ وٲنی کرٲنی ہانٛکل۔ کاشرٕ نظم نگار شاعروٲنی آزاد، معریٰ تہٕ نثری نظمن ہنٛزٕ ہیٔژ یورپی تہٕ اُردو شاعری پٮ۪ٹھےٚ پٕہہ۔ یہٕ وُنی چھُ پٮ۪تھٕن لاَزمی زِ یورپی شاعری نِشہِ متاثر گژھتھ ٲس اُردو والیوٚ گوڈے یمن نظمن ہنٛز خارجی گٔرتھ پانناوٕمٕژ۔

دوشوَے فرانسیسی (vers libre) تہٕ انگریزی (Free verse) ماڈل ورتاوِتھ وُلی تموٕ یمن مذکورٕ نظمن ہیٔژٕ ہنٛدی جامہٕ۔ یہِ پیٚیہِ ماننُن زِ یمن نظمن ہنٛز ہیت عملاونس منٛز پول نہٕ اُردو کنٛو کاشُر بو نظم نگارو رژھِ رژھِ یورپی ماڈل۔ سانہٕن آزاد نظمن ہنٛدی مصرعہٕ چھِ نابرابر تہٕ بے قافیہ۔ییٚلہِ زن اکثر مغربی آزاد نظمہِ ہنٛدین مصرعن درمیان مختلف آوازن ہنٛز آڈرن وُچھنہٕ یوان چھےٚ۔ یم مصرعہٕ ہیکن کُنہِ نظمہِ منٛز بے وزن تہٕ بے بحر تہٕ آستھ۔ مغربس منٛز چھےٚ فری وٕرس نثرس تہٕ پابند (باضابطہٕ) نظمہِ پانہٕ وٲنی کینٛہہ خصوصیژٕ مشترکہٕ ییٚلہِ زن سانہٕن پابند تہٕ آزاد نظمن ہنٛدی سرحد بیٚون چھِ۔ سانہٕن پابند نظمن ہنٛدی مصرعہٕ چھِ لوٚکٕٹ بڈٕ آسنہٕ باوجود باوزن۔ ییٚتے یوت نہٕ مصرعن ہنٛدی رُکن ہیکن کم یا زیادٕ آستھ مگر تہِ گژھِ تہِ چھُنہٕ بحرِ ہُنٛد ہشر راوان۔ مغربس منٛز چھُ آہنگ کہِ کُنٛزِ تہٕ مصرعن ہنٛدِ ہشرٕ بجایہِ مصرعن پیٹھ دباو (compression) تراوُنک رواج۔ سانہٕن آزاد نظمن منٛز نہَ چھےٚ مختلف وزنن ہنٛز مِلون تہٕ نہَ دباو تراوُنک کانٛہہ طریقہٕ پاناونہٕ یوان۔ سانہٕن آزاد نظمن چھُ پننُ اکھ تخلیقی مزاج تہٕ ہیتی پرٕزنتھ۔ یوہَے حال چھُ سانہِ معریٰ نظمہِ ہُنٛد تہِ۔ مغربی معریٰ نظمہِ چھےٚ (Iambic Pentametre) ناوٕ چہِ مخصوص بحرِ ہنٛز پابندی کرٕنی لٲزمی۔ یہِ چھےٚ تِہنٛز اکھ خاص تہٕ طرح دار بحر۔ سانہٕن معریٰ نظمن منٛز چھُنہٕ یژھ کانٛہہ بحر ورتاونہٕ یوان۔ بے رٕدیف تہٕ بے قافیہ آسنہٕ باوجود چھِ سانہٕن معریٰ نظمن ہنٛدی مصرعہٕ ہیٔژٕ پیٹھ بوٚن تام ہم وزن۔ لہٰذا چھنہٕ سٲنی معریٰ نظم

نثرس نکھہ ۔ وونی گو وازکل چھِ سأنی کینٛہہ شاعر معریٰ نظمہِ منٛز نثری مزاز قایم
کرنہٕ موکھ مسلسل بحرن (run-on-lines) ہُنٛد ورتاو کران ۔ امہِ سٟتی گیہ سانہِ
اکثر معریٰ نظمہِ بدآہنگ تہٕ تمن ڈول لیہ ہُنٛد پوٗتر ۔ کاٗثرس منٛز یوسہٕ تہِ بحر
معریٰ نظمہِ ہنٛدِ ہیتی تکمیلہٕ خاطرِ کامہِ چھےٚ لاگنہٕ یوان تمچ پابندی چھےٚ گوڈٕ پیٹھہ
اٚخرس تام کرنہٕ یوان ۔ سأنی معریٰ نظم تہِ روٗز آزاد نظمہِ ہنٛدی پأٹھی مغربی
ہیتی طرزِ نشہِ واریاہس حدس تام پٔنُن دامن پتھ رٲٹتھ بلکہِ کٔرامہِ مقأمی تخلیقی
مزازِ کِس دأیرس منٛز روٗزتھ پنٕنی منفرد ہیتی شناخت قأیم ۔

تتھے پأٹھی ہیکہِ نہٕ سأنی نثری نظم کُنہِ رنگہٕ تہِ شاعری ہنٛد بوٗنیأدی تقاضو
تہٕ خوبیو نشہِ بدوٗن اَستھ ۔ وونی گو واتھ منٛز ہیٚکن واقعہن ہُنٛد تسلسُل برقرار
روزنہٕ کٔنی کھلہٕ ڈُلہٕ ، سہل تہٕ موزون باوژ ہنٛدی امکان زیادے ژٔری اَستھ ۔
اتھ منٛز چھُ شاعر اجمال تہٕ اختصار ہشو بنٛدِ شونشہِ ہناموکجار لٔبتھ یسلہٕ تہٕ وضاحژ
سان پٔنُن تجربہ بوزکھس تام واتنأوِتھ ہیٚکن ۔ نتہٕ چھےٚ نثری نظم شاعری ہنٛد بن
سارِنے مروجہ اصولن ، ترکیبن تہٕ ضابطن ہُنٛد پاس رچھان ۔ موضوع ، ہیت ،
نامیأتی عمل ، لہجہ ، مزاز ، تسلسل ، اسلوب ، انہار ، آہنگ بیترِ چھِ نثری نظمہِ
ہنٛدی بنیأدی جُز ۔ ممکن چھُ زِیہِ انگریزی عبارت ماکرِ اَسہِ نثری نظمہِ ہنٛز بیجد
ہیت زانٛنس منٛز کُنہِ حدس تام رہنمأیی :

"Though the name of the form may appear to be contradiction, the prose poem essentially appears as a prose, but reads like poetry. In the first issue of the prose poem: An International Journal, editor

Peter Jhonson explained, "Just as black humor straddles the first line between comedy and tragedy, so the prose poem plants one foot in prose, the other in poetry, both heels resting precariously on banna peals".

انجیل مقدس کین متنن (Texts) ہنٛدی ترجمہٕ چھِ منظوٗم نثرٕ کی سارِوٕے کھوتہٕ قدیم نسخہٕ مانٛنہٕ یِوان۔ یپأری روٗ دی عرب گوڈٕ پیٹھے یہِ دعوا کران زِ پرٕ ِتھ عرب چھُ زبنہٕ کالہٕ پیٹھے شأعر آسان۔ اتھ چھُ وجہ یہِ زِ عربی زبأنی ہنٛدٕ ِن اکثر جملن درمیان چھِ رٔلہٕ وِنی قأفیہ۔ قرآن پاکُک واریاہ حصہٕ چھُ منظوٗم نثرس منٛز نأزِل سپُدمُت، خصوصن سورۂ الرحمان تہٕ سورۂ کہف۔ عربیس منٛز چھِ اتھ فنس سجع ونان تہٕ یژھے ہِشہِ عبارژ چھِ مُسجع ناودِنہٕ یِوان۔ اُردوہس منٛز چھےٚ امہِ باپتھ نثرِ مقفیٰ اصطلاح یِوان ورتاونہٕ یوسہٕ بذأتی عربی منٛزٕ ے دژٕ اہٕرٕ چھےٚ۔

نثری نظمہِ ہنٛز ہیئت آیہِ باضأبطہٕ پأٹھی کُنٛوہمہِ صدی ہنٛدٕ ِن فرانسیسی علامت پسند لکھارٕ ِن ہنٛدِ ذٔسی وجودس۔ امہِ برونٛہہ آسی ولیم وارڈس ؤرتھن (William Wordsworth) لیرِکل بلیڈس (Lyrical Ballads) أتھی ہیٔژ منٛز تخلیق کرٕ مٔژ۔ الوسیُس برٹرینڈ (Aloysisus Bertrand) تہٕ چارلَس بیوڈی لیر (Charls Baudelair) چھِ تِم زٕ ناوہٕنٛس لایق فرانسیسی علامت پسند شأعر یِمو اتھ شعرِ ذأژِ تِمہِ وِزِ عروٗج بخُش۔ تِمہِ أنی نثرتہٕ نظمہِ ہنٛدی سرحد پانہٕ وأنی نکھِ نکھ۔ یتھٕ پأٹھی گوو نثری نظم لیکھنُک رواج عالمی ادبس منٛز

عام تہٕ اتھ ہیٚژ منٛز آیہٕ بے شمار شہکار نظمہٕ بارسس۔ ریٔنر ماری رِکی (Rainer Marie Rike) تہٕ فرنیز کافکا (Franz Kafka) ...... (جرمنی) جارج لویس بورجیس (Jorge Luis Borges)، پبلو نیرودا (Pablo Neruda) تہٕ اوکٹوپز (Octavio Paz) ...... (لاطینی امریکہ)، ولیم چارلس ولیمز (William Charles Williams) تہٕ جرٹریوٗڈ (Gertrude) ......امریکہ چھِ عالمی ادبکۍ تم نمایندٕ تہٕ ممتاز شاعر یِمو نثری نظمہِ ہنٛدٕ بن عظیم فن پارن زاینٛن دِیُت۔ یِمو شاعروکرۍ امہِ نظمہِ ہنٛز ہیتی تہٕ تخلیقی عملہِ منٛز پنٛنۍ انفرأدی اصول تہٕ ضابطہٕ وضع۔ عصری دورس منٛز چھےٚ نثری نظم عالمی ادبچ اکھ ویٚز تہٕ ٹاکارٕ شعرٕ ذاتھ۔ امریکہس منٛز چھُ خالے کانٛہہ شاعر یُسنٛد کلامہٕ نہٕ اتھ صِنفہِ منٛز برونٛہہ کُن آو۔ جیمس رَیٹ (James Wright)، رسل ایڈسن (Russel Edson)، چارلس سمک (Charles Simic)، کیمپبل ایم سی گرتھس (Campbell Mc Graths) چھِ امریکہکۍ تم عصری شاعر یِمو نثری نظمہِ ہنٛدِس تخلیقی فنس منٛز جورٕ روٗس کمال پرٛوو۔ ٹریفک (Traffic) تہٕ گریٹ امریکن پروز پوئمز (Great American Prose Poems) چھِ امہِ ملکہٕ چہِ نثری نظمہِ ہنٛز فکر انگیز سومبرنہٕ۔



# سانٹ: آگُر، ہیئت تہٕ تجربہ

مشعل سلطانپوری

یورپی زبانن ہنٛدِس ادبس منٛز یم شعرٕ ذاۓ ژورتاوس منٛز روزمژٕ چھےٚ تمن منٛز چھُ سانٹ اکھ اہم صنف۔ اَسہِ چھُ اتھ ستی کینٛژ ھاتر جموکنٕ تہٕ کینٛژ ھاسیٚدِ سیوٚ دانگریزی ادب پرنہٕ موجب زان سپز مژٕ۔

سانٹ کتہِ پیوٚ وتھنہٕ یا کتھٕ پاٹھۍ آو بارسس، اتھ متعلق چھُنہٕ ادبی دانشورن، لکھارٕن تہٕ نقادن ہنٛدٕن بیانن منٛز ہتھ فی صد ہشر۔ انگریزی زبانٕۍ ہنٛدٕن انسائیکلوپیڈیاہن ہنٛدِ لکھنہٕ چھِنہٕ پھیرٕ روٗس۔ کاشرِ زبانٕۍ منٛز چھُ پروفیسر غلام نبی فراقؔ ''ادبی اصطلاح'' ناوٕ کتابہِ منٛز اَمہِ صنفہِ ہنٛزٕ ہیرٕ متعلق مختصر پاٹھۍ اظہارِ خیال کوٚرمُت تہٕ مرحوم نشاط انصاری صابنہِ ڈٕسی چھُ واریاہ کال بروٗنٹھ ہناواش کڈِتھ اکھ مضمون لیٚکھنہٕ یتھ چھاپ تہِ سپُد مُت یتھ منٛز اٹلی امیُک آگُر قرار دِنہٕ آمُت چھُ تہٕ وننہٕ چھُ آمُت زِ یہِ ووت تتہِ پتہٕ فرانس تہٕ پتہٕ انگلستان۔ لکھان چھِ ''فرانسہٕ پتہٕ انگلستان واتنہٕ خاطرٕ اوس یمن دوٗن ملکن درمیان روٗد بارانگلستانٕ یوت مگر یہِ مختصر فاصلہٕ طے کرنس لگی فرانسہٕ پتہٕ انگلستان واتنس منٛز الہٕ پلہٕ ترٛےٚ ہتھ ؤری۔ یاں زِ اگر اٹلی منٛز

ژود آسی مہِ صدی منز نوٚن دزاو، انگلستان ووت سدا آسی مہِ صدی منز۔

پزر چھُ یہِ زِ کُنہِ زبأنی ہنٛدِس ادبس منز کانٛہہ صِنف، اِدِ سو شٲعری آسن یا نظمہِ ہنز پاڈ گژھنہٕ پتھ کانٛہہ مخصوص شکل رٹنس تاں چھُ واریاہ کال لگان تہٕ یِہِ عمل چھےٚ بعضے صدی وادن چلان روزان۔ نتہٕ گوو کانٛہہ صِنف ییہِ ییہِ کُنہِ زبأنی ہنٛدِ ادبہٕ پتھ پہہ اننہٕ، یتھٕ پأٹھی زن سانیٹ اردو تہٕ کأشرِس منز آو۔

سانیٹ ہِشہِ شکلہِ ہُنٛد اکھ نموٗناہ چھُ Piero delle Vigne یَس کُن یوان منسوب کرنہٕ یُسنٛد مَرن سنہٕ 1249 عیسوی چھُ۔ یہِ اوس فریڈرک دوم سُنٛد مشہور چانسلر۔ یتھس بأتس کیاہ ناواوس تمہِ وِزِدِنہٕ یوان، تہٕ چھُنہٕ معلوم۔ کأتھو تجربو منٛزی نیرِ تھ تہٕ کم کم وِہِ بدلأ وِتھ روٗ دیہِ بأتھ جنوبس کُن پکان، تمیُک انداز ہیکہِ کرنہٕ یتھ۔

وٗں اگر یورپی ادبکی بیشتر نقاد، یہِ صنف تھُرٕ نچ ملمٔلی صرف 1249 عیسوی یس منز گزریمتس Guetton of Arrozeناوٕی شأعرس یوٕتے گنڈن، ماچھُ انصاف۔ پوٚز اَمی شأعرن کرامہِ بأتہٕ چہِ ہیٚز متعلق کینٛہہ تژھ کتھ طے، یِم وُنیکتام چلان آمژٕ چھےٚ۔ مثالہِ پأٹھی اکھ یہِ زِ یتھس بأتس گژھن باقأعدٕ بحرن منز اَٹھ مصرعہٕ آسنہٕ۔ یعنے اَٹھن مصرعن ہُنٛد گژھِ بند آسُن۔ گوڈنی یتھ قأفیہ نظام آسہِ، ا ب ب ا، ا ب ب ا تہٕ تمہِ پتہٕ شےٚ مصرعہٕ ییمہِ باپتھ یوہَے قأفیہ نظام ضروری چھُنہٕ۔ پوٚز بحر گژھِنہٕ بدلُن۔ اَٹھ مصرعل تہٕ شےٚ مصرعل بندن گژھِ بظأہر ژھبن ہیوٚ باسُن تہٕ اَٹھ مصرعل

بنٛدک گوڈنیُک ژُ مصرعل گژھِ دۆیمہِ ژُ مصرعلہٕ کھوتہٕ ٹاکارٕ پہن آسُن ۔ تسٕنز
ۂنی مژبیا کھاہم کتھ چھےٚ یہِ زِ اسلوٗب ہےاوٗ ری نہٕ یوٗ ری تہٕ خیال ہے ڈیوٚل
پہن تہِ آسہِ ،بأ تھ گژھِ اکھ مکمل اکائی باسُن ۔

Guettenian ساننٮ٘ے بنیوٗ وڈانٮ٘ے تہٕ پیٹریارک ہٕنٛد بو اتھو، کم زیادٕ
تبدیلی پتہٕ سُہ سانٹ پٕچ پتہٕ یسلہٕ پأٹھی پأروی کرنہٕ آیہِ ۔یوہے بنیوٗ وپتہٕ اٹلی
ہٕنٛدٮ۪ن سانٹ لکھن والین شأعرن کیُت اکھ لاجواب نموٗنہٕ ۔خاص کرِتھ
پیٹرارک ہٕنٛدِ باپتھ تمہِ وِزِیٚلہِ تمِی مشہوٗر عالم تہٕ لافأنی ''لارا'' ناوٕی بأ تھ لیکھی،
یمو بأتو ستی گووسانٹ لکھنہٕ باپتھ اکھ تیُتھ معیار مشخص یُس نہٕ بڈٕ بڈٕ شأعرو
تہِ ڈأ لِتھ ہیوٚک تہٕ یمہِ چہِ پٔدی وتہِ پتھ درٕس یورپ کوٗ تھو بأ تھ لکھن والیو
شأعرو پکُن ہیوٚت ۔

سانٹ لکھنس دس تُلنُک دستارٕ آو اٹلی ہٕنٛدِس پیٹرارک ناوٕی شأعرس
امہِ موکھٕ گنڈنہٕ تہٕ سانٹ نگأری ہٕنٛز زاجاے آیہِ امہِ کنِہ اٹلی قرار دِنہٕ زِیہِ ناو
یاں زِ سانٹ چھُ بذأتی اطالوی زبأنی ستی تعلق تھوان تہٕ امیُک اصل چھُ
Sonetto، معنہِ چھُس لوٗکُٹ نغمہٕ یا مختصر بأتھ ۔ بوزی تو گیت ہیوٚ ۔اکھ
انسائیکلوپیڈیا لیکھ چھُ اتھ سلسلس منٛز یہِ عبارت ہٮ۪تھ:

"The Sonnet is a poem of the 14 iambic Pantameter Lines, Sonnets have been in various rhyme schemes, but the most durable pattern has been Italian or Patrarchan Sonnet. It consists of an octave (8 lines) rhymic abba abba and a sestet (6 lines) using two or three rhymes in various combinations"

سانیٹ چھُ زِ کہِ تاشوقہٕ شاعری باپتھ ورتاونہٕ یوان تِکیازِ اتھ چھُ تِتھی وِ ے باتو ستی ڈسلابہٕ سپُد مُت۔ وننہٕ چھُ یوان زِ 1328 عیسوی سنس منز اوس یہِ گُڈ فرائی ڈے بڈس دوہس پیٹھ اٹلی شہرِ کِس اَکِس گرجس منز دُعا منگنس منز مصروف زِ اَمس پیٚیہِ اَکِس انہرشہِ نازلہِ کُن نظر یوسہٕ اَمی ہندی پاٹھی دعا منگان اَس۔ دوشوٕنی لوٚگ کامہِ دیوٗن کان تہٕ آے عشقہٕ کِس زالس منز تِتھہٕ پاٹھی ولنہٕ زِ موکلن پاے روٗدُ کھ نہٕ۔ دپان چھِ پیٹرارک روٗد وُمرِ وُمرانس یوہے عشق وَکھناوان۔ اَمی ہندہن امہِ قسمہٕ کین باتن ہنز سومبرن سپز Conzoniere ناوٕ شایع۔

یمن باتن ہُند ترجمہٕ سپُد انگریزی زبانی منز دون شاعرن ہنز وِ مشترکہٕ کوششو ستی۔ یہندی ناو Aryati تہٕ Surrey اَسی۔ (باسان چھُ چاسرن چھُنہٕ اتھ کُن کوٚر مُت)۔ 1557 عیسوی یس منز شایع سپز منز Tottle's Miscellany شہرہَ آفاق کتابہِ کنز گوو سانیٹ آفاقی حدن تام واتنس منز کامیاب تہٕ پزتھ کانہہ شاعر گوو اتھ مشتاق، اِدسہ لوکُٹ اوس بوٚڈ۔

ولیم شیکسپیَر ہندی 154 سانیٹ سپدی 1609 عیسوی منز شایع، پوٚز سکالرن چھُ یقین زِ یم چھِ 1590 عیسوی یس تان لیکھنہٕ آمتی۔ قیاس آرائیہِ چھےٚ وُنہ تہِ چلان کینژن کتھن پیٹھ۔ لیٚکھنہٕ یِنگ تسلسل، یہنز تاریخی تہٕ موضوعاتی ترتیب تہٕ متعلقہ لُکن ہنز تشخیص بیتر۔ گوڈ نِکو 212 ہَو سانٹو منز چھِ واریاہ اَکِس لوچرس متعلق لیٚکھنہٕ آمتی تہٕ یمو منز الہ پلہٕ سواد ہتہِ پیٹھ

ڈوڈس ہتس تام اَکِس پُر اسرار حبشی خوتونہِ کُن وننہٕ آمِتۍ۔ یِمن سانٹن ہنٛز سومبرن چھےٚ شیکسپیٖرن یا تسٕندی پبلشرن کستاں .Mr. W.H ہسٕنٛد ناوٕ معنون کرِ مِتی، یسُند پے پتاہ وُنہِ تہِ لگان چھُنہٕ۔

شیکسپیٖر ہسٕنٛدہن سانٹن منٛز چھےٚ اطالوی زبٲنۍ منٛز لیکھنہٕ آمتو یا پیٹرارک ہسٕنٛدبو سانٹو نِشہِ ہنا تبدیلی لبنہٕ یوان۔ یِم چھِ ژُ مصرعل ترٛے بند تہٕ اکھ دُ مصرعل اندُت۔ قافیہ نظام چھُس 'ا ب ا ب ج د ج د ہ و ہ و ح ح'، موضوعاتی حسابہِ تہِ چھےٚ تبدیلی آمٕژ۔ چھرا تاشوقہٕ شاعری نہٕ قسمہٕ قسمہٕ فلسفیانہٕ موضوع تہِ، مثالہِ پاٹھۍ زمانہٕ، موت، دوستی، قرابت داری یا شاعری ہُنٛد لافانی آسُن بیترِ۔

وننہٕ چھُ یوان زِ فرانس منٛز وٲژ یہِ شعرِ ذاتھ تمہِ وِزِ ییلہِ فرانسکی پادشاہ فرانسوا ین اٹلی ہُنٛد ملک زیوٚن۔ اتِکی فنونِ لطیفہ تہٕ شاعری تہٕ ادبکی صنف وٲتی فرانس یِمن منٛز سانیٹ تہِ شامل چھُ۔

یِتھ کٔنی بروٚنہہ پٮ۪ہن وننہٕ آو، کیٚنژن ماہرن تہٕ عالمن ہنٛز راے چھےٚ زِ سانیٹ ووت گوڈ فرانس تہٕ پرتگال پتہٕ انگلستان، یہِ واریاہس حدس تام وَیہِ وُن یا پزر باسان چھُ۔ فرانس منٛز چھِ سانیٹ لیکھنس منٛز ڈیسپارٹس، ڈی بٹ، پایرڈی بروٚک، ڈبیٹی بیترِ شاعراتھ تیوٚتاہ ووتھ بوٚ دِوان زِ انگلستان کیٚن شاعرن تہِ چھُ یِہنٛد اثر قبول کرُن پیوٚمُت۔ تاہم چھُنہٕ اتھ کتھِ کانٛہہ شک زِ انگلستانس منٛز روٚد سانیٹ چہِ ترقی ہُنٛد رفتار واریاہ سوٚت تہٕ اتھ لوٚگ گُنہ

کمالس واتنس سئٹھاہ وق۔ اتھ چھِ مختلف وجوہات یِمو منٛز خاص گٔرتھ اکھ وجہ یہِ چھُ زِ تمہِ وقتہٕ کِس انگلستانس منٛز اٚس ترنم تہٕ موسیقیت ہِو بٔن صِفتن ہنٛز وٕرٛۍ تہٕ بحرن تہٕ اوزانن ہُنٛد شعور اوسکھ رۄمہٕ کٔبن لُکن مقابلہٕ سئٹھاہ کم۔

انگریزی زبانی منٛز چھُ سانٹ لیکھنس منٛز شیکسپیرٕ سئٹھاہ مشہور رُدمُت۔ تس پتہٕ سپنسرٕ یَس امہِ صِنفہِ ہُنٛد شہزادٕ وننہٕ آو۔ اتھ زبانی منٛز یِم بہلہِ پایہِ سانٹ لیکھن وٲلۍ گٔنٛزراونہٕ یوان چھِ، ملٹن، وآرڈس وٕرتھ، کیٹس ، براوننگ، میتھو آرنلڈ، روزٹی تہٕ رابرٹ بروک چھِ تمن منٛز سرس۔

اتھ شعرِ صِنفہِ منٛز مصرعن ہنٛدس تعدادس (یاں زِ ژوداہ مصرعہٕ آسنس) تہٕ یِم مصرعہٕ دون حصن منٛز بٲگراونس اندر سپز خالے کمی بیشی۔ صرف چھے مصرعن ہنٛدِس ترتیبس منٛز کُنہِ وِزِ تبدیلی نظرِ گژھان۔ مثالہِ پٲٹھی اٚٹھ مصرعل تہٕ شےٚ مصرعل بند ویاھو بجایہِ ژُ مصرعل ترٛےٚ بند تہٕ پٔتم زٕ مصرٕ۔ امأپوٚز بحرن تہٕ قافیہ نظامس روٗز تبدیلی سپدان۔ پیٹرارک سُنٛد یا اطالوی سانٹک قافیہ نظام اوس:

'اب ب ا 'اب ب ا 'ج د ج تہٕ د ج د '۔

شیکسپیرٕ سُنٛدِ بٔن سانٹن اٚس قافیہ بندی 'اب ا ب، ج د ج د، ھ و ھ و تہٕ ز ز۔ سپنسرن ورتاو قافیہ بندی یِمہِ آیہ: اب ا ب ، ب ج ب ج ، ج د ج د تہٕ ھ ھ۔ انگریزی زبانی منٛز امہِ شعرِ صِنفہِ ہنٛز مقبولیت وُچھتھ آیہِ دنیاہچن واریاہَن زبانن منٛز سانٹ لیکھنٕچ کوشش کرنہٕ۔

یَمن منز اردو، ہندی تہٕ ملکہٕ چہٕ باقے زبانٕ تہٕ شائل چھےٚ۔ اردو پاٹھی یم سانیٹ لیکھنہٕ آے، تہندٕ قافیہ نظام رؤد عام طورٕ ا ب ا ب ’ج د د ج‘ ھ و و ھ تہٕ ز ز۔

کاشرس ادبس منز گوو 1947 پتہٕ تجربن ہُنٛد اکھ دور شروع۔ مروجہ شعر صِنفن منز نوٚ ہنہٕ خیال تہٕ موضوع ورتاونس ستی ستی ہیٚیتن نوٚہن شعرِ ذاژن ہنٛدی تہِ تجربہٕ سپدٕنی۔ نثرس منز افسانہٕ، ناول، رپورتاژ تہٕ سفرنامہٕ لیکھنٕکی تہٕ نظم کھاتس منز غزل تہٕ وژن صِنفن کِہ پہن مائل بُرتھ ٹھ، آزاد نظم تہٕ معریٰ نظم لیکھنٕکی آے تجربہٕ کرنہٕ۔ یم آسہٕ زیٹھہٕ تبدیلیہٕ تہٕ تھی تجربہٕ یہنٛدِ خاطرٕ ترقی پسند تحریکہِ بروٗنٹھے وتھ مانٛڈ مژ اٗس۔

سانیٹ شعرِ صِنف اٗس بروٗنٹھے اردو ادبس منز آمژ تہٕ کاشر شاعر آسی نہٕ امہِ نشہِ بےٚ خبر۔ چنانچہِ یَمن تہٕ گوو یہِ شعرِ ذاتھ ورتاونہٕ کِس تجربس کُن ظون۔ سورگہٕ وٲسی دینا ناتھ نادم چھُ سُہ گوڈنیُک شاعر یَمی سانیٹ لیکھنٕچ کوشش کٔر۔ کاشرِ زبانٕ منز یُس گوڈنیُک سانیٹ تمی لیوٗکھ، سُہ سپُد کونگہٕ پوش رسالہٕ کِس دوٚیمس شمارس منز چھاپ۔ چھُ تہِ یہِ سانیٹ، یوٚز عنوان چھُس دِتھ ”زوٗن کھٔژ ژوٗٹ ہش“۔ موضوع لحاظہٕ چھِ یہِ ترقی پسند فارمولاہس مطابق ہتھ فی صد۔ اردو زبانٕ منز لیکھنہٕ آمژ مجازٕ سنٛزِ ”آوارہ“ نظمہِ نشہِ متاثر باسان۔ تہٕ گُرِتھ تہِ چھےٚ یہِ نظم نادمنہِ لامثال اسلوبچ ٹاکارٕ شہادت دِوان۔ ہیٔیت چھےٚ اتھ مکمل سانیٹچ۔ مصرعن ہُنٛد تعداد ژوداہ، قافیہ نظام تہِ سُے، زٕ ژٕ

مصرعل یاں زِ اٰٹھن مصرعن ہُنٛد اکھ حصہٕ تہٕ بیٛا کھ شےٚ مصرعل۔ قافیہ بندی ا
ب ب ا ج د ھ ج ، د ھ شےٚ مصرعل حصس منٛز چھےٚ قافیہ بندی
کم کاسہٕ تبدیلی کرنہٕ آمڑ۔

ناُدم صابن بیٛا کھ سانیٹ چھُ کاشرِ شیرازِ کِس ناُدم نمبرس منٛز چھاپ
سپُد مُت۔ عنوان تہٕ چھُس سانیٹ۔ مےٚ باسیوٚ ویہِ موضوع کیو ہیٔژ لحاظہٕ اکھ
مکمل سانیٹ۔ موضوع چھُس یارِ سُنٛد سراپا ہاوُن تہٕ لوٕلکی وِہر۔ مصرعن ہُنٛد
تعداد، حصہٕ باگے، تسلسل، داخلیت تہٕ اندُ ت، سانٹکی ساری لوازمات
ہیتھ۔ یہِ ہیکہِ کاشرِ زبانٔی منٛز امہِ صِنفہِ ہُنٛد اکھ یادگار نموٗنہٕ اٰستھ۔

امیُک قافیہ نظام چھُ اب ب ا ا ب ب ا ج د ا ج د ا۔
نادم صابن بیٛا کھ سانیٹ چھُ سُہ یُس تمو نعت کہ موضوعہٕ باپتھ ورتو وُمت چھُ۔
یہِ سانیٹ چھُ پروفیسر رشید نازکی صابن کلیات نادم ترتیب دِنہٕ وِزِ حاصِل
کوٚرمُت تہٕ کاشرِ زبانٔی منٛز نعتُک موضوع ورتاونہٕ کِس سلسلس منٛز کاشرِ نعتیہ
شاعری سام ہوان ہوان دینا ناتھ نادِم سُنٛد یہِ سانیٹ درج کوٚرمُت۔ یہِ
چھُ ہناز تٔھس بحرس منٛز۔ مصرعہٕ چھُس ژوداہ تہٕ قافیہ بندی چھُس ا ب ب
ا ا ب ب ا ج د ج د ھ ھ۔ تھدِ پایک نعت آسنس ستی ستی
چھُ یہِ سانیٹ دینا ناتھ نادمنہِ فنی پختگی تہٕ بے جورِ ووستادلہِ ہنٛز پانہٕ اکھ
مثال۔

مےٚ لوٚب نہٕ یمو ترٚیو سانٹو ہریمانہٕ یہنٛد لیوٚ کھمُت بیٚیہِ کانٛہہ سانیٹ۔

پروفیسر شفیع شوق تہٕ ناجی منور صأبنہٕ ڈٕسی لیکھنہٕ آمژ "کأشرِ ادبُک توأریخ" کتابہِ منز چھُ اتھ سلسلس منز باوِنہٕ آمُت زِ سنتوش صأبن لیٖکھی سانیٹ تہٕ پۄز مےٚ سپز نہٕ "بےسوکھ رُح" شعرِ سومبرن ڈٕستیاب، لہٰذا انیوم نہٕ کینٛہہ۔ تِتھے پأٹھی چھِ مرحوم نشاط انصاری صأب تہِ لکھان زِ کاملن تہٕ سنتوشن لیٖکھی سانیٹ۔ مےٚ دِژ ایوکأمل صأبنن سارِنے شعرِ سومبرنن پھِیُر۔ تتہِ گوم نہٕ کانٛہہ سانیٹ نظرِ۔ خأر سانیٹ لکھنٕچ سپز نہٕ میانہِ خبراترِ حسابہِ ییٚہِ کانٛہہ کوشش۔ یہِ اوس صرف اکھ تجربہ یُس پھأپھلِتھ ہیۄک نہٕ۔ اتھ ہیٚکن وجوہات أستھ۔ میانہِ خیالہِ چھُ یہِ صنف نہٕ پھبنُک اکھ اہم وجہ یہِ زِ اسہِ چھےٚ لولہِ باوٕژہنٛدِ باپتھ پننہِ زبأنی منز گوڈٕے غزل تہٕ وژُن، زِ اہم شعرِ ذأژیم تاشوقہٕ شأعری باپتھ سبٹھٕے لگہٕ ہار چھےٚ۔ وٕں گووأسی ہیٚکہٕ ہو یہِ ہیت مختلف موضوع بیان کرنہٕ خأطرِ تہِ ورتأوِتھ۔ پۄز یژھہٕ کوششہِ چھےٚ محنت طلب تہِ تہٕ صبرک امتحان تہِ یمیُک نہٕ یہِ ژٕلہِ لارِہنٛد زمانہٕ اجازتھے دِوان چھُ۔



# سانیٹ......اکھ تعارُف

ارشاد شمسی

سانیٹ شعرِ ذاژ ہُند آگُر چھُ اٹلی، سِسلی (Sicily) ہُند شاعر Giacome Da Lentini چھُ امیُک موجد یوان مانٕنہٕ۔ یہِ اوس حکمران فریڈرک دوم سُند دربارٕ شاعر۔ سانیٹ اصطلاحُک ماخذ چھُ لفظ سونیٹو(Sonnetto)۔ امہِ قدیم پراوِنسیProvincal لفظُک معنہِ چھُ اکھ لوکُٹ نغمہٕ یا اکھ مختصر گیت۔ سون سانگ(Son Song)چھُ لاطینی تہٕ 'sonus'چھِ لاطینی زبانٕ منز آوازِ ونان۔ تُر وأہمہِ صدی منز آو سانیٹ ترتھ نظمہِ ونٕنہٕ پیچ بحر 'Iambic Pentameter'اُس تہٕ ییمہِ چتبن سطرن ہُند تعدادژوداہ تہٕ پتُن اکھ ضابطہٕ بند قافیہ نظام اوس۔ سانیٹ لکھن والین اوس سانیٹرز (Sonneteers) یوان ونٕنہٕ تہٕ أسی ہکو کھ کاشُر پأٹھی سانیٹ ساز یا سانیٹ نگار وٕنتھ۔ انگریزی زبانٕ منز چھے ساننچ وبڑھنے یتھہٕ گنز کرنہٕ آمژ:

"A sonnet is fundamentally a dialectical construct which allows the poet to examine the nature and ramifications of two usuassly contrastive ideas, emotions, states of mind, beliefs, actions, events, images ect., by juxtaposing the two against each other, and

possibly resolving or just revealing the tensions created and operative between the two."

سِسلی ین مکتبُک سربراہ Giacomo Da lentini ہِنٛدِ پتہٕ بخش اتھ صِنفہِ Guittone d'Arezzo ہن نوٚ وزُوزہتہٕ تہٕ یہٕ واتناوُن Tuscany تام یِتہٕ اٚمۍ یہٕ صِنف پنٕنہِ زبٲنۍ ہٕتۍ متعارُف کٔر۔ یہٕ اوس پانہٕ نوِ سِسلی ین (1235-1294) مکتبُک بٲنی کار۔ اٚمۍ لیٚکھۍ الہٕ پلہٕ ڈاے ہتھ سانیٹ۔ دانتے یعنی Dante Alighieri (1265-1321) تہٕ Guido Cavalcanti (1250-1300) اٚسۍ امہِ وقتٕکۍ ناماوار اطالوی شاعر یمو سانیٹ نگاری منٛز طبع آزمٲیی کٔر۔ وٕں گوو قدیم سانیٹ نگارو منٛزٕ چھُ Petrarca (اٚمِس چھِ انگریزیس منٛز Petrarch پیٹرارک ونان) سارِوے کھوتہٕ مشہوٗر تہٕ معروف سانیٹ نگار۔

قٲفیہ ترتیب کِس بنیادس پٮ۪ٹھ چھِ سانیٹ ترٛےٚن قسمن ہِنٛدی۔ اطالوی (Italian)، شیکسپیٖری (Shakespearean) تہٕ سپنسری (Spensarian)۔ اطالوی سانیٹس چھُ پیٹرارکی، رگیولر تہٕ کلاسیکی سانیٹ تہِ ونہٕ یوان۔ یہٕ چھُ دوٚن جُزن پٮ۪ٹھ مشتمل آسان۔ یِم دوشوٕے جُز چھِ رٕلتھ اَکِس 'argument' ہَس زایُن دِوان۔ گوڈٕ چھُس 'octave' یا آٹھ مصرل یوان۔ اتھ ہکو دوٚ گٕن 'quatrain' یا ژٕ مصرل تہٕ وٕنتھ۔ یہٕ چھُ سانیٹس منٛز اکِہ 'proposition' ہٕچ بنیاد تراوان۔ اتھ منٛز ہیکہِ کانٛہہ مسلہٕ 'problem' یا سوال 'question' اٚستھ۔ آکٹیو

پتہٕ چھُ سانٹس منز 'sestet' یاشہ مصرل یوان ۔ اتھ ہکو دۆ گُن 'tercet'

یاز ترٛ مصرل تہٕ وَنتھ ۔ اتھ شہ مصرعس منز چھُ مسلک حل 'Resolution'

آسان ۔ رِوایتی سانٹن ہنز نٲیم (ninth) سٔطر چھےٚ اوکنز اہمیتچ حامِل تِکیاز

اتھ منز چھُ 'turn' یا 'volta' یوان ۔ اتھ ہکو اسی کأشرِ پأٹھی موڑ، گریز یا

گردش وَنتھ ۔ یوٚہے وولٹا چھُ پراپوزیشن پٮ۪ٹھ ریزلیوشنس تام واتنچ ژینہٕ ون

دِوان ۔ حتیٰ کہ تِم سانٹ تہٕ یِمن منز نہٕ مسلہٕ/حل ساختُک کانٛہہ اہتمام کرنہٕ

چھُ آمُت، تِہنز نٲیم سٔطر چھےٚ توتہٕ امہِ وولٹا ہُک پےٚ دِوان ۔ امی نٲیمہِ سٔطرِ پٮ۪ٹھ

چھےٚ سانٹ کِس لب ولہجس، تٔلہٕ تراوس، موڈس تہٕ وٕطیرس منز تبدیلی ہِش

محسوس سپدان ۔ یہِ موڑ یا وولٹا چھُ ہاوان زِ بنیأدی خیال سپُد نہٕ مکمل بلکہِ چھُ

سُہ اکھ نٔو شکل رٹان یا چھےٚ سانٹس منز پیش کرنہٕ آمتہِ بنیأدی خیالہٕ چی تردید

یوان کرنہٕ ۔ اَکِس سانٹس منز چھُ اکھ خیال، اکھ جذبہٕ یا اکھ احساس پیش

یوان کرنہٕ تہٕ سانٹ کِس دۆیِمس حصس منز چھُ شاعر پننِس ذہنی اضطرابس

قرار بخشان، کانٛہہ کتھ مکمل کران، کُنہِ کرنہٕ یا تُلنہٕ آمتہِ سوالُک جواب دِوان

یا کُنہِ مسلس اندبوٚر دِوان ۔ سانٹس منز چھُ یہِ تھکھ، وقفہٕ یا ژھٔہن کُنہِ رموز

اوقاف 'punctuation' مارکہٕ ستی ہاونہٕ یوان نتہٕ چھُ تحریری صفس پٮ۪ٹھ

سانٹ کِہن دۆن حصن منز باگ دۆن سطرن ہنز جاے (Space) یوان

تراونہٕ تہٕ پرن وألِس چھُ پأنی پانے امہِ تبدیلی ہُند احساس گژھان ۔

یوٚہے موڑ یا وولٹا چھُ سانٹ نگارس خاطرٕ اکھ چلینج ۔ تِکیازِ خیالہٕ کِس گوڈنِکِس

تہٕ دۆیِمس پڑاوس درمیان گژھِ ژھٔہن/ژھٔہد آسنہٕ باوجود تہٕ اکھ منطقی واٹھ

روزُن۔ یِمن دون حصن درمیان گژھِنہٕ ڈٕنجر پاڈِ گژھن بلکہِ گژھِ تو اثرٕ تہٕ تسلسل برقرار روزُن۔

اطالوی سانیٹس منز اُس گوڈنِکس اٹھہٕ مصرل 'octave' حصس منز قافین ہنٛز ترتیب یِیمہِ آیہِ:

ا ب ا ب ، ا ب ا ب

نتہٕ

ا ب ب ا ، ا ب ب ا

تہٕ شہ مصرل 'sestet' خاطرٕ اوس:

ج د ھ ، ج د ھ

ج د ج ، د ج د

جان ملٹن (1608-1674) ہٕنٛدی زٕ باتھ بعنوانِ 'On His Deceased Wife' تہٕ 'On His Blindness' چھِ انگریزی زبانٕ منز اطالوی سانیٹ قافیہ ترتیب ورتاوچہِ مثالہٕ۔

انگریزی زبانٕ منز آیہِ سانیٹ اطالوی سانیٹن ہٕنٛدِس تقلیدس منز لیکھنہٕ۔ شُرا ہمہِ صدی ہنٛدِ ترٛیمس ڈہلس منز کرِ Sir Thomas Wyatt شاعرن سانیٹ لیکھنچ گوڈنچ شعوری کوشش۔ سانیٹچ بیا کھنٕو شکل کرِ Henry Howard یعنے ارل آف سرے ین متعارف۔ یہِ شکل اُس ٹیکنیکی اعتبارٕ اطالوی سانیٹ نِشہِ مختلف۔ ارل آف سرے ین یوسہٕ سانیٹ صورت ایجاد

گرتھ قافیہ بندی آسہٕ تھٕ گژھ:

اب اب ، ج د ج د ، ھ و ھ و ، ز ز

شیکسپیٖرن (1564-16160) کوٚرامی سانیٹ شکلہِ ہُند اتباع تہٕ یہِ صِنف واتناوِن بامِ عروجس تام۔ تمۍ لیکھی ڈوڈِ ہتہِ پیٹھی سانیٹ۔ یِم ساری سانیٹ چھِ ژوداہن سُطرن/مصرعن ہنٛدی ماسوائے سانیٹ 126۔اتھ چھےٚ ژوداہو بجایہِ بَہہ سُطرٕ۔ یِم تمام سانیٹ چھِ ارل آف سرے ہنٛدِس قافیہِ ترتیبس تابع۔ یِم سانیٹ چھِ موضوع حسابہٕ دون ورگن ہنٛدی۔ گروپ 1 تا 126 کین اکثر سانیٹن ہُند خطاب چھُ کُمس تام نوجوانس کُن کرنہٕ آمُت، یُس شاید سانیٹ نگارُسنٛد دوست یا مُحب چھُ۔ 127 تا 154 سانیٹ چھِ کُستام سیاہ فام زنانہِ کُن منسوب۔ یوسہٕ وونی توارتخس منٛز 'ڈاک لیڈی' ہنٛدِ ناوٕ زانٕنہٕ چھےٚ یوان۔ انگریزی سانیٹن چھُ شیکسپیٖری سانیٹ تہِ وننہٕ یوان۔ سانیٹ XVIII چھُ شیکسپیٖرُسنٛد شہرۂ آفاق سانیٹ یُس موہرِ سطر چھےٚ۔

Shall I compare thee to a summer's day

شیکسپیٖری سانیٹ چھُ ترٛبن ژُ مصراین تہٕ آخری دون مصرعن منٛز باگرتھِ ،لہٰذا اچھُنہٕ اتھ منٛز پیٹرارکی سانیٹکی پاٹھی کانٛہہ ژھبن یا ژھدتہٕ نہٕ کانٛہہ وولٹا یا گریز۔ اطالوی سانیٹس برعکس چھُ اتھ منٛز کانٛہہ خیال، احساس یا جذبہٕ اولہٕ پیٹھٕ آخرس تام اکی انمانہٕ برونٛہہ پکان۔ سانیٹکی آخری ژٕ مصرعہٕ چھِ امی خیالکی نقطۂ عروج۔ یِمن دون مصرعن چھےٚ رباعی ہنٛدِ بن آخری دون مصرعن ہنٛز

ہش اہمیت تِکیاز ِیم چھِ کلہم سانٹکٕ لُبِ لباب پیش کران۔ سانٹن منز چھے ہیتی تنگ دامنی آسنہٕ باوجود تہٕ اکھ موضوعی کشادگی۔ اٹلی منز اوس سانٹک موضوع صرف حسن تہٕ عشق۔ پیٹرارک ہی نابغہٕ روزگار شاعرن کوٚر سانٹ نوٚبن آفاقن ستۍ روشناس۔ تمہٕ ہندی لولہٕ سانٹ چھِ از تہٕ زمانی بعد آسنہٕ باوجود سانٹن دِلن مُہتھ نِوان۔ ایلزبیتھیاے دورس منز تہٕ رُود سانٹ سارِنے صنفن سرس۔ وُں گوو جان مِلٹنن پھُٹرٕ او سدآہمہٕ صدی ہٕندِس وسطس منز یہِ رِوایت تہٕ سانٹ آو ذاتی، مدنی تہٕ ملکی معاملاتن خاطرٕ تہٕ ورتاونہٕ۔ شاعرِ فطرت ورڈس وٕرتھن کوٚر اکہِ طرفہٕ سانٹ منظرنگاری باپتھ استعمال تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ کرٕن اتھ منز مذہب، سیاست، سوانح تہٕ دیگر مضمونن ہٕندِ خاطرِ وَتھ ہموار۔

انگریزی زبانۍ ہٕندِ وساطتہٕ ووت سانٹ اردو، ہیٚندی تہٕ کاشرِس منز۔ یِمن زبانن منز روٗد سانٹ موضوع رٕنگۍ آزاد۔ کاشرِس منز چھُ دینا ناتھ نادم (1916-1988) گوڈنیُک شاعرِ یمۍ سانٹ لیکھنس دَس تُل۔ ''زون کھٕژ ژوٹ ہش،، عنوانس تحت سپُد تمۍ سُند سانٹ کونگہٕ پوش رسالہٕ کِس دوٚیمِس ایڈیشنس منز شایع۔ ییٚتین چھےٚ یہِ کتھ ونُس لایق زِ انگریزی شاعری منز چھُنہٕ سانٹس کانٛہہ عنوان دِنہٕ یوان بلکہِ چھُ صرف سانٹ یا سانٹ :I ،سانٹ :XIV یا سانٹ XVIII لیکھنہٕ یوان۔ دینا ناتھ نادم سُند یہِ سانٹ چھُ ترقی پسندی ہٕندِس مقصدیتس پیٹھ پوٗرٕ وَتران۔ نادمس پتہٕ لیوٚکھ

امین کاملن 'روت موکل' عنوانس تل سانیٹ ۔ یہ سپد تہنز گوڈنچہ ''مس ملر'
(1955) شعرِ سومبرنہ منز شایع ۔ غلام رسول سنتوش (1997-1929)
سُند ''بےَ سوکھ رُح'' ناوِی پننہ گوڈنچہ شعرِ سومبرنہ منز 39 سانیٹ شامِل ۔
غلام نبی فراقن تہ چھ کینہہ سانیٹ لیکھی متی ۔

کأشرس منز کیاز ہیوٚک نہٕ سانیٹ بطورِ صنف وو تلتھ، تتھ ہیکن کہِ یاہ وجوہات آستھ ۔ یمن منز کینہہ یم چھِ :

۱/ سانیٹن چھُ پنُن اکھ ضابطہٕ بند قأفیہ نظام، یِچ تقلید کرِنی اگرنا ممکن تہٕ آسنہ ؤل گو مشکل تہٕ اوس ضرور ۔

۲/ کأشرس منز آسہٕ موسیقی تہٕ نغمگی ہنز صنفہٕ گوڈے موجود ۔ یم اصناف آسی وار یاہ کالہٕ پتہٕ تعشوقہٕ شاعری خاطرٕ سٹھے موزون، موافق تہٕ مناسب ۔ لہذا ہیوٚک نہٕ سانیٹ یمن صنفن ہنز جاے رٹتھ تہٕ پننہٕ اجارٕ داری قایم کرِتھ ۔

۳/ اکھ صنف ووزُم اُنتھ پاناوُنی تہٕ پتہٕ موزون موضوعات ورتاوِتھ تہٕ آگر ہیچ تقلید کرِتھ یہٕ بامِ عروجس تام واتناوُنی چھُ بہرحال محنت طلب، صبر آزماتہٕ کارِ فرہاد وول معاملہٕ ۔ یہے چھُ وجہ زِ سانیٹس میوٚل نہٕ کأشرِ زبأنی منز پناہ، دوام تہٕ استحکام ۔

○○○

# رُباعی تہٕ ژُ مصرٲے: اکھ تعارُف

علی محمد نشتر

کلہم تحقیقی مطالعہٕ پتہٕ چھےٚ یہِ کتھ بروٗنٛہہ کُن آمژ زِ رباعی ہٕندی ابتدٲیی آثار چھِ ایران کِس فوک لورس منٛز ژھٕرِتھ اٲسی متی۔ ایرانٕچ فوک رباعی چھےٚ مختلف ہیتن تہٕ فارمن منٛز بروٗنٛٹھ پکمژ۔ کُنہِ اوس گوڈنیُک تہٕ ژورِم مصرعہٕ ہم قافیہِ آسان تہٕ کُنہِ اوس دوٚیِم تہٕ ترٛیِم مصرعہٕ ہم قافیہِ آسان۔ کُنہِ اٲسی ژوٚنوٚے مصرعہٕ ہم قافیہِ آسان۔ مگر دپان مختلف قافیہِ سکیم آسنہٕ باوجود اوس فارسی لُکہٕ ادبہٕ چہِ رباعی ہُند وزنہٕ نظام مخصوٗص تہٕ گنٛڈِتھ۔ دپان وارٕ وارٕ سپُد یوٚہے فوک لوٗرُک وزنہٕ نظام فارسی رباعی ہٕندی عروض مقرر[1]۔ بقولِ سردار علی جعفری زِ رباعی چھےٚ فوک لورٕچ قدیم ترین صِنف یوسہٕ ترقی کران کران اعلیٰ شاعری ہٕنز صِنف بنیٚیہ۔

یہِ بظاہر ہنگامی حوالہٕ تہٕ چھُ یتھ کتھِ کُن ظون پھِران زِ کلاسکی یا جدید ادبی صِنفن ہٕندی قدیم کالٕکی آثار چھِ متعلقہٕ فوک لورس منٛز اکِہ نتہٕ بییِہ رنگہٕ

---

۱: عروضی پیمانہٕ مطابق چھِ رباعی ہٕنز بحر ژوٗدٕہن وزنن پیٹھ مشتمل آسان۔ یُس ژُ مصرٲے یمن اوزانن پیٹھ وُترِ، تتھ چھِ رباعی ونان۔ وٕں گو واتھ بحرِ ہز جس منٛز ہکو غزل تہٕ قصیدٕ بیترٕ تہٕ لیکھتھ۔

موجود آسان۔ یہِ فطری قاعدٕ زیرِ نظر تھاوِتھ ییٚلہِ اَسی زیرِ بحث ژاکھ تہٕ ژُ مصرآے شاعری ہُنٛد مطالعہٕ کران چھِ، کینٛہہ کتھٕ چھےٚ فوری طور بروٚنٛہہ کُن یوان۔ اکھ یہِ زِ سانہِ شاعری ہُنٛد بوٚڈ بارٕ حصہِ چھُ فوک لور کِس مزازس سٟتؠ رلان۔ دوٚیم کتھ چھےٚ یہِ تہِ زِللہٕ واکھن، ''واکیانی'' تہٕ شیٚنٛجہٕ شرُکن ''شلوٚک'' ناوؠ سنسکرت لفظن لوٚنٛچہِ گنڈنچہِ وِزِ چھِ اَسی پننہِ زبانؠ ہنٛدؠ ''وِبداکھ'' تہٕ ''شرُک'' لفظ نظر انداز کران۔ وبداکھس تہٕ واکھس یا شرُکس تہٕ شرُکس چھِ پانہٕ وانؠ واریاہ لسانؠ قرابت باسان۔ بہرحال چھُ سوال یِہ زِ اورٕ یور گژھنہٕ بدل چھُ گوڈٕ پننِ سرمایہِ دوٚنٛہٕ ژھرُن ضروری بنان۔

یوٚت تام کاشرِس منٛز ژُ مصراین یا ژاکھن ہُنٛد تعلق چھُ، اَمِچ رِوایت چھےٚ کاشرِس فوک لورس منٛز پننؠ آدن کالکؠ آثار ژھانٛڈِتھ بدِ کڈٕنچ کل کڈٕناوان۔ یہِ چھُ پزرٕ زِ کاشرِس منٛز سپُد رباعی ہُنٛد دٕسلابہٕ فارسی رباعی ہنٛدؠ سےٚ اثرٕس تل۔ مگر دلچسپ کتھ چھےٚ یہِ زِ سانؠ مستند شاعر تہٕ عروضکؠ ماہر لِکھارؠ مرزا عارف تہٕ میر غلام رسول نازکی صاب وانؠ رباعی ہنٛز مشق کران کران کاشرِس مزازس تیتؠ نکھٕ زِ یمن ہنٛزٕ بیشتر رباعی تہٕ باقؠ شاعرن ہنٛدؠ دوٚبیتی فن پارٕ چھِ رباعی کھوتہٕ ژاکھن تہٕ ژُ مصراین زیادٕ قریب باسان۔ سائنس لگہٕ ادبس منٛز چھِ کتیاہ شعرٕ پارٕ موجود، یمہٕ ہیتی طور ژُ مصراین تہٕ ژاکھن بے حد قریب چھِ باسان۔ مثلن یمہٕ کینٛہہ مثالہ

زوٗن گھرٕ شمے لوٚپیٚہٕ مے ببرے      وَسہِ زوٗنی بے کستن خبرَ ے

بأے واجتھن بأے ییوان خبرے          لیس نہٕ آسان سو چھے نیران نظرے



تکنیکی طور چھُ یہِ اکھ مکمل ژُ مصرأ ے۔ اگر یہِ فارسی فوک لورُک بأتھ آسہِ
ہے شاید ما گنڈ ہنس تم رُبأعی ہٕنٛدِس آدن کألی نموٗنس ہتی۔ امیُک دلنشین
اسلوٗب تہٕ زندٕ زُو پیکر چھُ وو لسنس انان۔ تِتھے کُٕزٕ نی تو کھ یمہٕ لُکہٕ بأتھ[1]

دژ الیس تہٕ دژ الیس وأرِو کُن یے
ہتی ہے نیوٗم بوے پنُن یے
سلام ہے کُر مکھ برٕ اژُون یے
حرام ہے ہشہِ موٗنڈِ کلہٕ ٹُلن یے

**یا**

ژرِ پوٚپ ژرِ پوٚپ پتہٕ گِندو أنٔی تھوٚپ
زوٚن ژٕنٛدر کھسے نِکہٕ لالہٕ لسے



یمن تہٕ تِتھی نے لُکہٕ بأتن منٛز چھُ فنی طور مکمل ژُ مصراین ہٕنٛدی پأٹھی وحدتِ فکر
، وحدِ تاثر تہٕ فنی وو پژاو۔ یہِ کتھ چھےٚ عیاں زِ فوک لورس منٛز محفوظ تِتھن بأتن
چھِنہٕ کلاسکی رُبأعی ہٕنٛدی مخصوص اوزان تہٕ عروٗض۔ مگر یہِ کتھ چھےٚ شقہٕ زِنہَ چھِ
یم لُکہٕ بأتھ وژن فارمس منٛز تہٕ نہَ واکھ ہیتیس منٛز۔ بلکہِ چھِ یم صرف تہٕ
صرف ژُ مصرأ ے ، ژاکھ۔ امہِ تلہٕ چھُ فوری طور یہِ نتیجہِ اخذ سپدان زِ ژُ

[1] کأشرِ بن لُکہٕ بأتن ہُنٛد انتخاب: شادرمضان

مصراین تہٕ ژاکھن ہنٛز رِوایت چھےٚ ییٚتہِ کأفی پرٲنۍ ۔ تِکیازِ ژُ مصراین ہنٛزٕ مثالہِ چھےٚ مہانے پرٛکاش، واکھن تہٕ شرُکھن منٛز بار بار درٛینٹھی یوان ۔

یِہ کتھ چھےٚ قابلِ ذکر زِ کأشرِس منٛز لکھنہٕ ییٚنہٕ وأتِلس دۄ بیتی شعرٕ سرمایس چھِ مرزا عارف ژاکھ، راہیؔ صأب ژُ مصرآے تہٕ محی الدین حاجنؔی مرحوم دۄ بیتی ناوکران ۔

شأعری ہِندِس مأدانس منٛز اگر غزل یا رُبأعی، ہیٚتی طور پٮ٘ہ انمٕژ شعرٕ ذأژ چھےٚ مگر کأشرۍ شأعرو دِیہ کلاسکی رُبأعی ہِندٮ۪ن قأعدن تہٕ حد بٔندیٚن تیوٚت تابع ۔ تِکیازِ (یِہ زن ونہٕ آو) تمام صوفی شأعرو تہٕ حبہٕ خوتونہِ تہٕ مہجورن واتنو واسلوٗبی انہارٕ کنٛز غزل وژنس قریب، تِکیازِ اَسہِ اُس اتھ پتٕ کنٛز وژنچ زبردس فوک لے ڈکھِ تہٕ ربأعی ہنٛز صِنف مقأمی آہنگ تہٕ مزازٕ مطأبق ورتاوان ورتاوان وأتی سأنی مقتدر شأعرژُ مصراین تہٕ ژاکھن نکھہٕ ۔ تِکیازِ فوک لورس منٛز ذٕ سیاب وِرثہِ باسیوٚ واَسہِ رباعی ہِندِس ہیٚتی نظامس واریاہ قریب ۔ وننک مقصد چھُنہٕ یِہ زِ رباعی ہُند آگُر کیاہ چھُ سون لُکہٕ ادب؟ بلکہِ چھُ مطلب یِہ زِ یِتھٕ کٔنۍ کلاسکی رُبأعی ہِندی ابتدأیی آثار ایرأنی فوک شأعری منٛزٕ بدِ کڈنہٕ آمتۍ چھِ، تِتھے کٔنۍ چھِ کأشرِس لُکہٕ ادبس منٛز ژاکھ تہٕ ژُ مصراین ہنٛز رِوایت بدِ کڈنچ بنیاد فراہم کران ۔

رباعی ہِندِس شٕتھ عروٗضس مقابلہٕ ورتو وو وستاد کأشرِ شأعرو پننہِ رِوایتی فوک مزازٕ مطأبق ہنا آزاد بحرن ہُند عروض تہِ ۔ اِ موکھ تہٕ زِ بقول راہیؔ

صاَب زِ عربی لیس مقابلہٕ چھُ کاَشرِس منز ژُ ہیچل تہٕ پانژٕ ہیچل لفظ واریاہ کم۔

دۆیمہِ طرفہٕ چھُ رفیق رازؔ (شاید راہیؔ صاَبس در جواب) ونان زِ یێلہِ فارسی تہٕ اردو علاوٕ عبدالاحد آزادؔ تہٕ مہجورؔ بیترِ کاَشرِس منز عربی بحرن ہُند کامیاب پاٹھی استعمال کران چھِ، تیلہِ کیاَ زِ چھُنہٕ عربی عروض درٗس کاَشرِ شاعری باپتھ لگہٕ ہار یا قابلِ عمل؟

یۆت تام زن ژُ مصراین تہٕ ژاکھن متعلق رِوایتک تعلق چھُ، تتھ متعلق اگرچہِ گوڈے کتھ سپز تہٕ مگر اتھ ماَدانس منز سنجیدٕ تخلیقی شروعاتس متعلق چھےٚ کینٛہہ رایہ گوڈے بروٚنہہ کُن آمٕژ۔ پروفیسر محی الدین حاجنؔی چھِ ژُ مصراین ہِندِس ابتداَیی تجربس تہٕ قاَیم سپزیمژِ روایژ متعلق رقمطراز:

> ''لغوی معنہ کِنۍ ونو اَسی پزٕ بتھ تتھ ژُ مصری بندس رباَعی، یتھ گوڈنہِ کیٚن دون تہٕ ژۆرمِس مصرعس قاَفیہِ تہٕ رٕدیف سمہِ...... اگر مرزا عارفن ژُ مصرعی بند لیکھٕنۍ ییٚتی، یِمن منز واریاہ کلاسکی اصولو مطاَبق رباَعی چھِ...... اَسی ونو زِ یِم یِم بند عروضہٕ مطاَبق رباعیہ چھُنہٕ تمہٕ گٔیہ دُبیتی......یُس پزٕ بتھ گُنہ زباَنی منز اکھ الگ صنفِ سخن چھُ تہٕ یمیُک زن سانہِ زباَنی رباَعین ہُند ہیوٗ ضرورت چھُ'' (نثرچ کتاب:۱۲۹)

دۆیم راے چھےٚ یہِ زِ ژُ مصراَے (رباَعی) لیکھنک سنجیدٕ سِلسلہٕ کۆر امین کاملؔ صاَبن ''مس ملر'' کتابہِ منز ''بحوالہٗ کاَشر انسائیکلوپیڈیا، جلد:۵''۔

ترٛیم راے چھےٚ یہِ زِ رباعین تہٕ ژاکھن پیٹھ مشتمل گوڈنچ مکمل چھاپ سپدن واجیٚنۍ کتاب آس ''میر غلام رسول نازکی صاَبنۍ'' 'نمرٗود نامہٕ'۔ اتھ منز چھِ اکھ ہتھ تہٕ ترُوہ رباَعی تہٕ ژاکھ شاَمل۔

محمدؐ بے کسن ہُند کس محمدؐ　　دِلُک آرام روحُک رَس محمدؐ
نجاتچ چھےُ کُنی کتھ رٹھ یہے وَتھ　　محمدؐ بس محمدؐ بس محمدؐ

یہِ کتھ چھےٚ ژٕنتس تھٲنۍ ضروری زِ یُس شعرٕ سرمایہ کاشرِس منز ربأعی ہٕندِس کھاتس منز درج چھُ سپدُمُت، سُہ چھُ فنی تہٕ تکنیکی طور ربأعی صِنفہِ نِشہِ الگ تھٲون بہتر۔ اِوِ کِنز چھِ یمن ژُ مصرعی نظمن ژاکھ یا ژُ مصرأے وَنن ٹھیکھ۔ ربأعی ہنٛز قأفیہ بندی چھےٚ اا ب ا (خسی رباعی)، یا ا ا ا ا (غأرخسی) قأفیہ ترتیبس منز آسان۔ یعنی کہِ ربأعی ہُند مصرعہٕ نمبر اکھ، زٕ تہٕ ژور چھِ ہم قأفیہ آسان یا چھِ غأرخسی یعنی ژونوَ ے مصرعہٕ ہِوس قأفیس منز مقفیٰ آسان۔ کأشرِس منز چھاپھ سپدیمتین ژُ مصراین ہنٛز قأفیہ سکیم چھےٚ 'اا ۔ ب ا' ترتیبس تحت۔ مثلن عارف صأب چھُ ونان:۔

جِس خوجہِ گوبلیکلۍ دیار زینتھ　　پنڈت گنگایہِ سوٚ دُک نار زینتھ
ونان اوس پیر گورَس چھی مبارک　　دھرم وُنہِ زندٕ وُنہِ دیندار زینتھ

کأشرین ژُ مصراین ہنٛز قأفیہ بندی چھےٚ 'اا ۔ اا' ا ب ۔ ا ب ۔ یا' ب ج ب' اا ۔ ب ا' سکیمہِ تحت یوان۔

مدن وارس دِلُک اوحال باویوم
دپیٚومس چارٕ کیٚاہ یتھ اضطرابس
وُٹھن اُسنا پھوٚلُس ووشلیوٚ و عرق آس
ہواوچھِ گژ ایہِ شبنم ڈوٗل گلاس

(راہی)

خلافت دِتھ بہٕ کۆر تھس شاد و مسرۆر
زمینس پیٹھ خلافت چھُم بدستۆر
شرف دِیُت تھم بہٕ چھُس ممنۆن و مشکۆر
مگر گرٕ تژاونس پیٹھ گوس مجبور

(نازکؔی)

یہِ زن گوڈے وننہٕ آو زِیُس شعرٕ سرمایہِ کاشرِس منٛز ازتام ربأعی ہٕنٛدِس زُمرس منٛز اننہٕ آمُت چھُ، سُہ چھُ دراصل ژاکھن تہٕ ژُ مصراین ہُنٛد شعرٕ سرمایہِ مانن بہتر۔ ربأعی چھےٚ تمام شعرٕ ذأژن منٛز مشکل ترین صنف قرار دِنہٕ آمٕژ تہٕ سانیٚ نمایندٕ ربأعی گو شأعرو تہِ چھُنہٕ کلاسکی ربأعی ہٕنٛدِ مشکل عروضچ تمہِ آیہِ تابعدأری تہِ کٔرمٕژ کینٛہہ۔ ربأعی ہُنٛد ژۄرِم مصرعہٕ چھُ درٛس فن پأرِک ویٚور مانہٕ یوان۔ اتھ معاملس منٛز تہِ چھنہٕ سأنی بزرگ شأعر پانس خاص پابند تھوٕنکی قأیِل باسان۔ پروفیسر مرغوب بانہالؔی صأب چھِ اتھ صورتحالس کُن اشارٕ کران لکھان:

”عارفؔ صاحب کی ان رباعیوں کو دوبیتی کہنا درست معلوم ہوتا ہے“

(مرزا عارف: فکر و فن، ص: ۱۰۵)

دۄیمہِ طرفہٕ چھُ پروفیسر غلام نبی فراق صأب میر غلام رسول نازکؔی صأبنٛن ژُ مصراین ربأعی تہٕ عارفؔ صأبنٛن ژُ مصراین ”ٹُکھ“ ونان۔ خبر کیازِ؟ (تفصیلہٕ باپتھ وُچھو ”أزِچ کأشر شأعری“ ہُنٛد مُنٛزِم حِصہٕ)۔

مشعل سلطانپورؔی صأب چھِ اتھ بارس منٛز لکھان:

''اگر کانٛسہِ شاعرن رباعی لِکھنٕچ کوشش تہٕ کٔر، تس سپٕز نہٕ کامیأبی...... أسی ہیکو نہٕ وٕنتھ زِ تِمن کیٛاہ اوس نہٕ یہِ فن ویوٚد، پوٚز قومی مزازس کیٛاہ کرٕہن...... یہِ شعرٕ ذاتھ أہکھ نہٕ ییٚتہٕ کُس مزازس برٕہے یوان'' (شیرازٕ: جلے، دسمبر: ۲۰۰۸ء)

کاشرِس منٛز یِمو شعرائے کرامو رباعی صِنفہِ ہِنٛدِس عنوانس تحت پنٕن خاص کلامہٕ چھاپ کٔرِتھ بازرتھٕ وو، تِمن منٛز چھِ مرزا عارفؔ، میر غلام رسول نازکیؔ، امین کاملؔ، غلام نبی خیالؔ، رشید نازکیؔ، محی الدین نوازؔ، خاموش کریریؔ، ایوٗب صابرؔ، محی الدین حبیبؔ، موتی لال ساقیؔ، بشیر بھدرواہیؔ، ستار رنجورؔ، نشاط انصاریؔ، ارجن دیو مجبورؔ، عبدالخالق شمسؔ، بیٚترِ شاعر شأمِل۔

مرزا عارفؔ تہٕ غلام نبی خیالؔ صأبن کرِ عمر خیام سٕنٛزٕ عظیم رباعی ین پننہِ استدادِ مطأبِق کاشرِس منٛز ترجمہٕ کٔرِتھ تھٕکنٕ لایق کأم۔ پروفیسر رشید نازکیؔ، پروفیسر مشعل سلطانپوریؔ تہٕ سلطان الحق شہیدیؔ صأبن کرِ علامہ اقبالؒ سٕنٛزٕ واریاہ رباعی ترجمہٕ۔ یِمہٕ یٔژھ پأٹھی ژٕ مصراین منٛزٕ ے شأمِل چھےٚ۔ یہِ کتھ چھےٚ ژٕیتس تھوٕنٕ لایق زِ ییٚتہِ کاشرِ کلاسکی رباعی ہُنٛد عروضی نظام پننٕن ژٕ مصراین منٛز ژھوٚٹرِ وز تھٕر ووتہٕ، تتہِ کٔر تِمو ژُ مصرأے لِکھنس دوران خصی تہٕ غأر خصی قأفیہ سکیم پننٕن ژُ مصراین منٛز پابندی سان لاگو۔ مذکورٕ شعرائے کرامو ورتأوی مختلف موضوع ژُ مصراین منٛز۔ وٕں گوو مرزا عارفؔ تہٕ میر غلام رسول نازکیؔ صأبُن لب ولہجہ چھُ خوبصورت طنز وظرافتُک مِلہِ مِش گلدستہٕ۔

غریبن مال دِیُت، زر دِیُت تہٕ سر دِیُت کموٗن راج پننٕن لیڈرن کِیُت

تِمن شاہی اُمس تلقین صبرُک ییہوہے روزاں دوہے قربانین رِکیت

(عارف)

گندک ڈٔلِ آسہِ ترٛہن ساسن تہٕ شیٖتن ژٕہَن ساسن کرن داہ زٔنی رتس ناس

ترقی ہُنٛد یہِ عالم واتہِ جلدٕ ے عوام الناس ییلہِ ساسن کرن ڈاس

(نازکی)

یتھے کنٕز چھُ ایوب صابرنہٕ ژٕ مصرعی نظمہِ ظریفانہٕ لب ولہجہ ہٮ۪تھ ووتلان۔ رشید نازکی صاب چھُ پننہِ ننٛ ژٕ مصراین منٛز عشقِ محمدیؐ ہٕکی مختلف انہار گاشراوان۔ اگرچہِ اکثر و بیشتر پأٹھۍ شایع سپدن واجنٮ۪ن شعرٕ کتابن منٛز ہُتہِ ییتہِ ٹکہٕ ہنا، ژاکھ ژٕ مبرِ یاربأعی ہناتہِ چھاپھ سپٕز مگر اتھ فنس پزنہٕ پأٹھۍ سگ دِنس منٛز یُس رول مرزا عارف، میر غلام رسول نازکی، محی الدین رتن پوری، ایوب صابر تہٕ پروفیسر غلام محمد شاد صأبن ادا کوٚر، تمہِ ستی چھےٚ ژٕ مصراین ہنٛز شعرٕ صنف سانہ شأعری ہنٛز اکھ سأدٕ روار شعرٕ ذاتھ بٕنتھ ووتلیمٕژ۔ مرزا عارف صأبنہٕ رباعیاتِ عارف، آگر ووٚنی، میخانہٕ خیام، میر غلام رسول نازکی صأبن "آوازِ دوست، نمرُود نامہٕ تہٕ کاوٕ ییٚنہٕ وول تہٕ محی الدین رتن پوری سٕنٛز "برزخ" ناوٕ شایع سپدہٕمٕژ کتابہٕ روزن نوجوان شأعرن ہنٛدِ باپتھ مشعلِ راہ۔ اتھ صنفہِ کُن خأطر خواہ توجہ دِنہٕ ستی ہیٚکن سأنی ہونہار نوجوان شأعر غزل تہٕ نظمہِ لرِلوٚر ژٕ مصرأے ژاکھن پیٹھ ہنی باگہِ بوٚ رُت سرمایہِ تخلیق کٔرِتھ۔ تکیازِ انفارمیشن ٹیکنالوجی ہٕنٛدِس یتھ تیز طرار دورس منٛز چھےٚ مختصر ترین افسانن ہنٛز مقبولیت کُل کڈان زِ ازکل چھُ ژٕ مصرأے شأعری باپتھ زمانہٕ کأفی موأفِق تہٕ لگہٕ ہار۔



ISSN 2249-510X

# University Research Journal
# ANHAAR
# 2014

A Refereed Journal of Kashmiri Litreature and Language



**Department of Kashmiri**
University of Kashmir
Hazratbal, Srinagar - 190006